# کأشرِ عجائبات

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز



# شیراز

وُری ۲۲ • ۱۹۸۵ء • شمارہ : ٦

## عجائبات نمبر

(دوّیم ایڈیشن)

نگران و مُدیر اعلےٰ

مُحمّد یُوسُف ٹینگ

ایڈیٹر

چمن لال چمن

اسسٹنٹ ایڈیٹر

بشیر اختر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

© سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

انچارج پبلی کیشنز ـــــــ ظفر مظفر

معاون پبلی کیشنز ـــــــ محمد امین

کتابت - ـــــــ شمس الدین طاہر، محمد شفیع

پریس :- ـــــــ میڈکاف پرنٹرز - دہلی

گوڈنیک ایڈیشن - ـــــــ ۱۹۸۵ء

دوئیم ایڈیشن - ـــــــ ۲۰۰۴ء

تعداد - ـــــــ ۵۰۰

موٗل - ـــــــ

کتاب میلنک پتاہ

کتاب گھر

مولانا آزاد روڈ سرینگر

# فہرست



● بالا دٔر زیارت حضرت بل
یتھ أندرٕ کینہ موٗئے مقدس چھُ

# گوڈٕ کتھ

کلہنَن چھہ کشیرِ ہنٛز مدح کران لیکھان:-

"یہِ مُلک اوس ہریہِ سندی مأنی کشیپَن پأدٕ کوٚرمُت۔ اَوِکنہٕ چھینہٕ
شہ رہنہٕ کأرِس منٛز تہِ زیادٕ وولان شیتھ نہٕ اَتھ کانٛہہ تکلیف واتہِ۔ علم۔ تھزٕ مندرِ
کونگ۔ شینہٕ دوٚلی تہٕ دَچھ، غرض پرہتھ کانٛہہ سہ چیز چھُہ یِیتہِ سوٚلبہٕ سوٚلبہٕ یِنیچ
سورگس منٛز تہِ وہرٕ ژھے چھینے۔"
اَمہِ پتہٕ دوہ یہِ ہتہٕ وُہرِ زیادٕ کوٚر حضرتِ میر سیّد علی ہمدانیؒ یِتھ
"باغِ سُلیمان" ناو یمیک سیٛود ساد معنے عجائباتن ہنٛز زمین چھیے۔ سامی رِوایژن
ہُنٛد سُلیمان تہٕ ایرانی اسطورک جمشید چھہ لگ بگ ہشے رِواژن ہِنٛدی نِشان
دِپان ہخامنشی شہنشاہن ہنٛد شہر تختِ جمشید" چھہ اَمہِ خأطرٕ مشہورزِ اَنہٕ اوس ہوا ہس
منٛز وُڈان وول تختِ جمشید وسان۔ کشیرِ منٛز تہِ چھہ سرینگرٕک تختِ سلیمان تاوُک کوہ
اَمی اسطورٕنٛز لاڈن تھاوان۔
ایرانُک مشہور شاعر قدوسی مشہدی یُس کأشرِ میٛنٛز منٛزے شروٚب چھہ کشیرِ ہنٛد
بجرُک ذکر کران یتھ حدس تام کرتھان۔ رُبع

نباشد شرمِ بطحا گر عنان گیر حجاز آید بہ طوفِ کوہِ کشمیر

شاعرانہ پیرایہ ہوکُن تراوِتھ چھُ یہ یژھ رپھ بزلوٗن زِ کشیر چھےٚ اکھ خاص
کرامانٕچ سرزمین۔ قدرتن چھُ ییتھ پٔنٕن شہس اُکھ ڈولمت مگر کاشرِ ہنٛدی
کمالات تہٕ چھِنہٕ کم۔ تہٕ ہینکہ بٔڈ دعوا سان قدرتس وٕنِتھ ع

سفال آفریدی، ایاغ آفریدم

کشیر چھےٚ واریاہن کلچرن ہنٛز گنڈرگاہ تہٕ واریاہن تہذیبن ہنٛد مالیُن
روزمٕژ۔ ییتہٕ چھُ قدرتن تہٕ انسانن پانہٕ وانٛی زلیتھ عجایباتن ہنٛد اکھ شہ دکان
سجوومٕت۔ یُس ساری ہے دُنیاہس منٛز امتیازی حیثیت چھُ تھاوان۔ شاید چھُ
یوہے وجہ زسانہٕ پرانین تواریخی کتابن منٛز چھُ اکھ مستقل باب "عجایبات کشیر"
نظر گژھان۔ تہٕ اُسون ہنٛز حیدر ریا ملک حیدر، محمد اعظم دیدمری یا حسن کھوئہامی
تِم چھِ یمن عجایباتن ہنٛد خاص طور ذکر کران مگر ذراسہٕ نظرہ ہے وُچھو۔ سانی کاربٕ
ہونرٕ تہٕ ایجادات تہٕ چھِنہٕ کم عجایبات کینہہ۔ توے چھ کشیر منٛز کینہہ نوادر نظر گژھان
یم نہٕ ساری ہے دُنیاہس منٛز وُنہٕ پین کانٛہہ اَسنہٕ چھِنہٕ کس کنکس سیتی نسبی تعلق
تھاوان (میانی کنی چھنہٕ سانی صاحبن یہ وٕنن صحی زِ یہ لفظ چھُ تبتی زبانی ہنٛد۔ یوتانی
سے خبر چھےٚ یہ چھُ منگول زبانہٕ منٛز آمت۔ چنگیز خانٕنی تاتار اسی صحرا گوبی منٛز
کنگ زالان۔ تتھ اَنٛدی اَنٛدی نزان) مگر اکھ چھُ تہٕ روپ کاشرٕ بود یتھمت یُس
اُکھ ییتھ تکنیکی دورس منٛز تہٕ دُنیاہک ساریوے کھوتہٕ شروگ، متحرک PORTABLE
مفید FUNCTIONAL تہٕ کارآمد وشیردان (Heater) بناوان چھُ۔ توے چھُ
یہ وہ ٹی تمن جاین تہٕ مقبول گژھان۔ یوت تہٕ کاشُروانان چھُ یہ چھُ کاشرِ
ہنٛز INGENUITY ہنٛد شاہد کار۔ ییتھے کنی چھُ یہ وٕنن سراسر مبالغہ زِ وازہٕ وان

آوسر ژوبوٗت ایران یا مُنٛز مہ ایشیا منٛز۔ کینٛژن ضیا فُرن ہنٛدِ ناوٕ سیٚتی گژھِ ہینہٕ یہ بزم لگُن زِ یِم چھِ ایرآنی۔ پنٛز چھُ گوشتابہٕ تہٕ میتھِ مازٕک چھُنہٕ ایرانس پیٚے تہٕ نہٕ چھُ اُتھ مغلآیی کھینس سیٚتی واٹھ۔ کینٛہہ سنٛز آسن ضرور کشیر منٛز درآمد سپدٕمٕژ مگر موجوٗدٕ صوٗرتس منٛز چھُ وازٕ وان خالِص کاشُر انسٹیٹیوٗشن۔ یتھ پٲٹھۍ دنیاہس منٛز کانٛہہ جوُر چھُ نہٕ تہٕ یُس فرانس کِس CUISINE نس سیٚتی مان ہیٚکہ کرِتھ۔ یِتھے کٔنۍ ہیٚتون کاشُر صوفیانہٕ گیوٗن۔ ییٚلہِ کینٛہہ وٕری برونٛہہ فرہنگی ایرانکی مہمان کلچرل اکادمی ہٕنٛز اکس تقریبہ منٛز آیہٕ تہٕ اُتہٕ بوٗزکھ صوٗفیانہٕ موسیقی۔ تمہٕ زٲنہٕ تہٕ بیٚیہ اُسمانہٕ تہٕ تِمو ووٗن حالہٕ تہٕ سان۔ "یہ آسہ ایرانہٕ منٛز کہ حال راوٕرمٕتۍ چھِ تہٕ چھُ کشیرِ منٛز رٔژھرِتھ۔ یِژۍ کٔنۍ چھِ کشیر ایرآنی کلچرُک سُہ میوزیم یتھ وارٕ وٕنۍ دِینٕچ ضروٗرت چھےٚ۔"

یِتھے کٔنۍ ہیٚتون زانہٕ کدلُک دُمٹھ یتھ منٛز بڈشاہ صابنۍ ماج چھےٚ دفن تھ چھِ اسی بس سرسری نظرٕ وُچھان۔ مگر ایرانہٕ تہٕ مغل تہذیبکی باکمال تہٕ مستند نوکتہٕ دان مرحوم سیّد عابد علی چھِ لیکھان زِ امکہِ گُنبدک طرز چھُ تِمہ سٹایلُک گوڈنیُک تجربہٕ یُس بییٚہ تہٕ شیر تھ سنبالِتھ تاج محل چہ شکلہِ منٛز صوٗرت پذیر سپُد (بحوالہ ماہنامہ کتاب لاہور۔ کشیر نمبر)

اُسہ ییٚلہِ پننِس اَندرٕ یکِس نظر دِژ اُسہِ یاسیو وزِ اُزکِس ناپرسان دورس منٛز تہٕ چھےٚ کشیر عجائیباتن ہنٛد منزل کینٛہہ عجائبات چھِ لوٗسمتۍ تہٕ کینٛہہ چھِ لوسنس تیار تہٕ کینٛژن متعلق چھےٚ غلط فہمی موجوٗد۔ کاشرٮ۪ک دامن کشیرِ ہنٛدٮ۪ن عجائیباتن ہنٛدِ ذکرٕ سیٚتی برنہٕ خاطرٕ یاسیو اُسہِ مناسب زِ اَتھ ساریٕ سے عجائیبا خانس گژھِ کوم کرنہٕ یِنۍ تہٕ یہ گژھِ تحریری صوٗرتس منٛز محفوظ کرنہٕ یِن۔ کاشرِس کلچرس سرمایس

گیٚیوٚو آسی تھٕے ۔ اِنشاءاللہ یِہ کرِ ساری ہے ہندوستانی ادبس مالامال ییٚتھیمہِ
نمبرٕکہٕ ین کینٛژٕن مضمونن منٛز چھُ گوڑنچہِ لٹہِ کینٛژن واریاہن اہم موضوعن پیٹھ
اوٚرِجنل رِسارٕچ کٔرِتھ نوٚکتہِ باوٕنہٕ آمٕژ تہٕ یِہ کرِ یمن موضوعن مُتعلق اکھ نوٚو زانہٕ کارٕی
پیدٕ کینٛژن موضوعن چھُ گوڑنچہِ لٹہِ دل وِنہٕ آمٕت۔ مثلن زٕینتہٕ کُجہٕ ہُنٛد عجیب وغریب
وجوٗد تہٕ اَمیُک پُراسرار سفر۔ کانٛگرٕ ہُنٛد آغاز تہٕ اِرتقا پنٛجرٕ کآرٕی منٛز کٔشیرِ ہُنٛد دیت
کأشرِ لوٗیہِ مُرژو غار۔ باقٕے مضمونن مثلن وازٕوان، شالبافی، بوٗنہٕ تہٕ وٮ۪تھ تہٕ چھ
رِوایتی نظرِ ین ڈوٚکہٕ سوٚر کٔرِتھ نوٚوی معلومات گاشِراوان۔ مٮ۪تے چھُ باسان
زِ ییٚتھیمہِ نمبرٕکی اکثر مضمون ہرگاہ انگریزی تہٕ بٲقٕے زبانن منٛز ترجمہٕ سپدن تم تکن
دُنیاہس کٔشیرِ مُتعلق گٔرِتھ اکھ نوٚو AWARENESS بٲدٕ۔ میانہِ تحریکہِ پیٹھ کوٚر
معراج الدین صأبن سرینگرِ کیٚن ہاوس بوٹن سٕر دِے۔ ہرگاہ یمن ہتدٕ ین ناون کٔنگِے
دِمو، یوٗرپی، عربی، چیٖنی، ایرٲنی تہٕ روٗسی اثرات چھِ وُٹھان۔ میانہِ خیالہٕ آسن ہٕنہ
یِتھو رنٛگین تہٕ EXOTIC ناو دُنیاہس منٛز بیٚیہِ کُنہِ جایہِ اَکِس شٕنکس پیٹھ سمان۔ یِہ چھُ
سانہِ تہذیبکہِ انجذابی طاقتُک مظاہر کران۔

یِہ چھُ پوٚرٕ زیٚیتھ نمبرس منٛز بیٚیکہِ ہے بیٚیہ واریاہ کینٛہہ ویٚپراونہٕ یِتھ۔ سٲنی ایڈیٹر
چمن لال چمن صأبن ثووٗٹ واریاہ زو۔ واریاہن قلم کارن لیوٗکھن تہٕ تمن روٗدٕ گرایَن
پیٹھٕ وگرایہِ کران مگر یِہ زن سون عام دستوٗر چھُ، واریاہو دستو دیت کٔنہ ڈول مگر
تہٕ کٔرِتھ یِہ جمع سپدٕمٕژ چھِ قٲبلِ لحاظ۔ یِہ نمبر چھُ کأشرِ صحیفہ نگأری منٛز ماننٛدٕ مرٕژ دَ یہ
الگ تراوِتھ اکھ تازٕ کار رِوایت تہٕ اکھ نوٚو داوِ رنٛگ شروع کران۔ سون ادب چھُ
اکثر اوٚک ہوٚنگی شعر افسانہ یا کانٛہہ ایسے نتہ ڈراما۔ یُن وطن پر کھاوُن تہٕ اَنکِو ون چھُ

ڈیٖنہٕ اَسہِ ہُکمے پہن ٹارِ کھسان۔ اُسہِ چھےٚ خوش گژھان زِ یوٗرِ پیٚیہِ لیکھن وآلی گژھن اَسہِ
پَننہٕ وٲنِجِ شیٖچھ خبر دِنۍ۔ یہِ چھےٚ ساَنہِ ذہنی حد بندی تہٕ ساَنہِ دِلچسپی ہُنٛدِ ژھوچرٕک
تہِ ثبوٗت۔ پننہِ روایت قایم تھٲوِتھ چھےٚ سون اَز یکٕ شمارٕ رِ کھہٕ نہٕ بَرٕ قدم ترٛاوان۔ وۄمید
چھےٚ زِ یہِ تجربہٕ گژھہِ سانِن پَرَن والِین ٹارِ۔ اَمہِ سیٖتۍ گژھہِ نہٕ صرف کاشُر لٹریچر کِس
ہُلمس اَکہِ نوٚوِ گوٚنڈ ثیک ہُرٕہ بلکہ یہِ دِیہِ شوقس نوٚو وُتش تہٕ کاشِرۍ قلمکار گٔنڈن پننہٕ
زبانۍ ہُنٛد دامانہٕ اور رچھنَس تحقیقی تحریرو سیٖتۍ بَرنہٕ خاطرٕ ہوٚل۔ یہِ چھےٚ رِسالہٕکین ایڈیٹران
مُبارک دِوان تہِ ہیکن یہِ نمبر گٔنڈتھ لاف دِوان دِوان میر انیسُن یہِ شعر پٔرِتھ ؎

لگا رہا ہوں مضامینِ نو کے پھر انبار
خبر کرو میرے خرمن کے خوشہ چینوں کو

سرینگر

۲ رفروری ۱۹۸۶ء

محمد یوسف ٹینگ

(مدیرِ اعلیٰ)

بشیر اختر

# پنجرٕ کأری

کأشرِ زبأنۍ ہنٛد اکھ مقبوٗل عام شعر چھُ ؎

زٲلۍ پنجرو منٛزۍ نظر ترٛاو
بالہٕ آسہِ مے تنٛبہٕ لاو

یہِ شعر اوسُس یہِ پننہِ لوکچارِ دٕہ تموٗن بہوٗن پرٛیتھ ساتہٕ تہٕ پرٛیتھ کوچہٕ گلس پیٹھ گِنگہٕ راوان۔ زٲلۍ پنجرو منٛزۍ ترٛاوِنۍ ماشوقہٕ سِنٛزن نظرن ہنٛدۍ تیر ژٲلِتھ تنٛبہٕ لوٗن کیاہ گو۔ تہِ نہٕ اوسُم تجربہٕ تہٕ نہٕ احساس۔ صرف اوس مے یُتی یاد زِ سانہِ مکانہٕ کس نمہٕ بٲیمس پورس اوس زیوٗٹھ ڈالانہٕ یتھ ژٕہ واپارۍ زٲلۍ پنجرٕ دارِ دارِ آسہٕ تہٕ تموٚے منٛزۍ آسہٕ صُبحس اکھتابہٕ کھسہٕ وٗن گاشہِ ژٕژٕرِتھ کٕنۍ پرٛیڈان یتھ کٕنۍ یان ژادرن لگاتار پٲٹھۍ آبِ دٕہ شان چھُ آسان۔ پنجرٕ منٛزۍ پرٛیڈٕ وِتا پہٕ ٹیکٲسۍ ژٕنس تہٕ چھُنس پتھرس پیٹھ کم کم نقش بناوان تہٕ بدلاوان۔ تِکوٚن، موربہٕ، خطاٚے ترٛوٲنۍ اأتی لٔٹۍ دار تار کھہی تہٕ اأتی عآن تہٕ غآن، روٗپہٕ سِنٛزِ ترٛٹۍ مالہٕ۔ صبحہٕ پیٹھٕ دِگرتام آسی یمن تاپہٕ ٹیکین ہنٛز شکلہٕ ڈِزائن بدلان یوٗتام اکھتاب ڈلنک وَق واتہٕ ہیے۔

اَز چھِنہٕ یِم زٲلۍ پنجرٕ نہٕ نمہٕ ڈالانہٕ۔ زمانہٕ بدلنس سیتی سیتی بدلیو فنِ تعمیرُک معیار۔ یتھ جایہِ پیٹھ کالہِ بنگلہٕ وار ماڈرن آسی کھاران تتہِ چھُ اَزٕ سِتارِ بام پیش۔ دروازٕ

کیہن چیو کاٹھن بیٚتہٕ نقش دار کرٲسی لاگان تتہٕ چھہ وونی ورنڈا دار برانڈہ تہٕ

طاقن کیو دوسہ دیوارن بیٚتہٕ پیٹھ کالہٕ گو لکہٕ دار کرئی ہنو سیتی ڈاٹھ تہٕ پوشہٕ تھرکڈان

اُسی چھہٕ وونی تِز ھوٚرِے ڈسٹمپر متھنک رِواج۔

اِسلام ووت کٔشیر اَندر ژوداہیمہ صدی ہندین ابتدأیی اَیامن منز۔ یہ

مذہب اوس کشیر تام واتنہ برونٛہہ یورپ افریقہ تہٕ وسطِ ایشیاکین دوٗر درازِ علاقن

تام پھٔہلیومُت تہٕ مذہبی انقلابہٕ علاوٕ اوس مسلمانوٚ یمن تمام مُلکن ہٕندِس فنِ تعمیرس

پیٹھ زبردست اَثر ترٛوومُت۔ چنانچہ اوس ایران، ترکی، منگولیا تہٕ مراکش ہِوین دوٗر

دراز مُلکن ہٕندِس فنِ تعمیرس منز عربی خطاطی نقاشی تہٕ گُلکاری ہٕنٛد سیٹھاہ

زیادٕ چلیے جاو۔ اسلامی فنِ تعمیرس اٚس باقے قومن ہٕندِس فنِ تعمیرس مقابلہٕ ڈیار فرق

یہٕ زِ مسلمان اٲسی بُت گری تہٕ بُت تراشی ہٕنٛدی زبردست مخالف۔ اَکنہٕ مقابلہٕ اٲسی

یونانی تہٕ باز نطینی بٔراکٹھ زیٚہہ بُچن تہٕ مٲروارن بیتر ہٕنز جایہ مختلف جاندارن

ہٕندی آکار بناوان۔ ناگہٕ پوٚکھرِن تل اٲسی رتم یُتھ پاٹھی اٲس ڈٔہرِتھ سیٹھاہ کلہٕ بناوان

تہٕ تمی ہٕنٛزی آبہٕ جوئیہٕ کڈان۔ یِتھے کٔنی چھے ہندوستانی فنِ تعمیر تہٕ بُد خصوصیت دیوی

دیوتاہن ہٕنٛز مورتی یمہٕ اَزتہٕ اَجنتا، ایلورا، کونارک تہٕ سانچی ہِوین ستوپن تہٕ

وِہارن اندر نظرِ گژھان چھے۔

مُسلمانوٚ پتھ اووٕ بُت تہٕ فنِ تعمیرس اندر جمالیاتی ذوق کوٚرکھ خطاطی تہٕ میناکاری

سیتی پوٚر۔ یہ فن ورتوو تِموکنین پیٹھ تہٕ ترٛی ھی مہارژسان یتھ کٔنی کاغذس

پیٹھ ورتوو کھ۔ باقے قومو مقابلہٕ دِژ تِمو پننین اعتقادن اساطیرن تہٕ تہذیبی

قدرن ABSTRACT شکل۔ تِمو ورتوو اِبہام تہٕ فطرتُکی مناظر بٔت وِکھ اظہارکی



نٲلۍ پَنجرٕ — ڈالانٕہ دارِ ہُنٛد اَکھ نموٗنہٕ

وسیلہٕ-زوٗن، اَکھتا ہٕ، ... بیتر بنامِ دِکھ ہینٛہ MOTIF
تہٕ بیمے چیز مختلف شکلو، ... آکار و سیتی پیش کٔرتھ دِتھ کھ پَنٕنہ نین جذباتن
زِ پو-

مذہب دار آسَنس سیتی سیتی آسی عرب زبردَس حِساب دان تہٕ- تمو بناو
جیومیٹری ہینٛہ اظہارُک سارِۍ کھوتہٕ بوڈ وسیلہٕ تہٕ دائیرن، تکوتن، مُربن، اشکال
کوٗنن تہٕ لکیرن ہٕنٛدِ ذریعہ کھاٚ جکھ فنِ تعمیرس تہٕ خطاطی ہٕو ہِن نوٚژُک فنَن
زبردَس تُھر-

یہ چھیٚ تہٕ ہیرِ خبر زِ مذہب اِسلام چھُ پردہٕ دارِی ہٕنٛد زبردَس قایِل- گرن
تہٕ سالہٕ سیٚن بیتَرِ اندر اوس بدون زنان خانہٕ بناونُک رواج- مثلی کانٛہ تہٕ تھٔنٛز وسیہ
سو دراسہ پَردَن تھایہِ روٗزِ تھ دربارچہ کاروایی ہٕنٛد ملاحظہ کران-
شاید چھُ پردہٕ دارِی ہٕنٛد یہِ ضرور تھ سارِۍ کھوتہٕ بوڈ وجہ یمہِ دیوان
خانن اندر چلیمن گنڈنُک تہٕ زالی پنجرہٕ کھارنُک رواج دیُت- چنانچہ سَیدِ پنجرکارِی
ہٕنٛد آغاز کشیرِ اندر مسلمان کارِیگرن ہٕنٛدِ یورواتنہٕ سیتی- تواریخی حوالہٕ نظرِ تَل
تھوٗ تھ چھیٚنے یہِ کتھ تا کارِ زِ کشیرِ منز آیہِ زانہٕ ڈبہ سارو ۍ برٛ ونٛہ پنجر دار دارِ بٔچہ
لاگنہٕ- زانہٕ ڈب چھُ ڈُنی ٹھٕہک سارِۍ کھوتہٕ پٔرون SKY SCRAPER-
مرزا حیدر دو غلاتن سِنٛدِ دَنہٕ کِنہ آس یہِ باہ پور تھٔز تہٕ بڑ ہٕتھ پور س آسیس
پنٛژلہٕ کمرہ یمن باضابطہ پاٹھو ڈالانہٕ وار ڈبہ آسہٕ تہٕ دارِن آسکھ زالی پنجر گنڈِ تھ- یہ
مندور آس سارِۍ لکرِ ہٕنٛز- زِک دورِ حکومتس اندر آیہِ یہ زالہٕ تہٕ توموٗجوٗب
روٗدنہٕ امہ کہِ تعمیرُک کانٛہہ تہٕ نشانہٕ باقے- زین العابدین سِنٛدِ وقتہٕ آیہ سیّد محمد مدنی

مائِز مسجد تعمیر کرنہٕ یتھ ژھ وادا پٲروبن روغنی ٹاٹھ اسی لاگنہٕ آمتی۔ اَمہٕ کِبن کینژن طاقن اندر چھِ دُنہٕ تہٕ کنہٕ گراہہٕ ہیندی کینہہ زالہٕ پنجر موجود۔ یم یِکھٕ باوان چھِ زِ پنجر کٲری ہند آغاز اسہ ہے یتہٕ بڈشاہس برونٹھے سپد مُت۔ اگرچہ تتھ منز ہیتہٕ نفاست اُس نہٕ آسان۔

زین العابدین اوس پندٲہمہٕ صدی ہِندس ساشتمس وُہلس تام کٔشیرِ ہُند بادشاہ۔ تمِس اسی ایران، تُرکستان، رُوم تہٕ ہندوستانکین مختلف بادشاہن سیتؠ ذاتی تعلقات تہٕ یِمنے تعلقاتن ہُند نتیجہ اوس زِ طرفاتن ہِندی ماہرِ علم تہٕ ماہرِ فن اسی کٔشیرِ یوان تہٕ کاشرین کاری گرن اوس یِمن مُلکن ہُند دورٕ کرنُک موقعہٕ میوٗیر سپدان۔ چنانچہ چھِ اَمہٕ دورٕچہ خطاطی، مرصع کٲری تہٕ فنِ تعمیرکی وارِیاہ نموٗنہٕ از تہٕ اَسہِ نظرِ تَل۔ زالہٕ پنجر اسی یِمن دوہن تِتھ پاٹھی کنہٕ کامہٕ اَندرٕ رے بناونہٕ یوان تہٕ کٹاسن ہِندی ڈسہٕ اسی مختلف قسمہٕ چِن سامان تہٕ سلن بیٹھ پوشہٕ لنجہٕ بیترِ کھارنہٕ یوان۔ اَمہٕ پتہٕ زِ ساری سے دورِ سلاطینیہ برونٹھہٕ اوس یہٕ فن وُنہٕ کوٹھی کھوٗکھشی یکان تہٕ پنجر کٲری اندر اُسہٕ نہٕ کاشرو سہٕ مہارت حاصل کرِمتہٕ یوٚسہٕ مسجد قرطبہ، مسجدِ استنبول یا دمشق چِن زیارت گاہن اَمہٕ برونٹھہٕ زِ ہتھ ؤری شولان اُس۔ مغل دورِ حکومتس منز لوٚب اَمی فنن بوٚر پاٹھی چہار۔ کنہٕ کامہٕ علاوٕ آیہٕ پنجر کٲری ہنچہ کامہٕ اندر سیٹھاہ خوبصورت ڈیزایِن تہٕ جیومیٹری ہندیو مختلف آکارو سیتؠ ترتیب دِنہٕ۔ کنہٕ کامہٕ بیٹھ پنجر کٲری ہُند سارِوٕے کھوتہٕ حسین نموٗنہٕ چھُ سرینگر شہرس منز آباد ڈھگ بابہٕ صاحبُن آستان۔ اَمہٕ زیارتُک ہنزِن دارِن تہٕ طاقن چھِ سنگِ آہکس بیٹھ کھارنہٕ آمتی دِچھِ راٹھ ہِندی سیٹھاہ خوبصورت زالہٕ پنجر جوڑِتھ۔

کشیر اندر چھُ لکرِ کامہِ منز ژالی پنجرن ہند سارِوے کھوتہٕ حسین نموٗنہٕ
ترال قصبس نزدیک ڈاڈسر گامس اندر بابہٕ اکبر دینٕ سُند روضہٕ۔ اکبر دین صاحبٕ اوس
زےٚ دیدٕ منٛد بابہٕ صاحب تہٕ زےٚ دیدٕ آسہٕ تو ہیہٕ خبرٕ ےزسو اُمس حضرت شیخ العالم رح
نورالدین ریشی سٕنز نگرواجنی۔ اکبر دین صاحبٕن آستان چھُ اشٹ کوٗن یعنی اٹھ کوٗنل
ہٕکنس بیٚیٹھ کھارنہٕ آمُت۔ اَمِیُک اکثر پاٹھو کشیر ہندیٚن اکثر وہارن تہٕ بودھ خانقاہن
بببتھرِ اوس آسان۔ طرز تعمیر کیتھ چھُ یہِ آستان چینی تہٕ ایرانی فن تعمیر ک ترح ملہٕ وَن ہش
باسان۔ اَتھ چھُ پگوڈا طرزک تھٕو ورِ بام یتھ رومی گاچہ خوبصورت برزنگ چھُ کھارتھ
اشٹ کوٗنی برزنگس چھُ تھزِ وایاری آدمی قد پنجرٕ پیٚٹھ جوڑتھ۔ یِمَن اندر پٕرتھ اکِہ
پنجرٕ پیٚٹھ ڈیزاین دوٚیمہ نِشہٕ بِلکُل الگ تہٕ یکسر مختلف چھُ۔ شاید چھُ بناون والی کاری
گرن ڈیزاینن ہنز یہِ تفاوتھ تہٕ آینتھ ماینتھ تھاوِمژ تاکہ تمام رائج الوقت خوبصورت
ڈیزاین روزن اَکِہ جایہ محفوظ۔ یِمن ڈیزاینن سیتی رلہ وِنی کینہہ آکار چھِ خانقاہ
ترال تہٕ زیارت بٹہ مالی صاحبنہٕ تہٕ موجود۔

شرا ہمہ صدی ہندس یوٗرپس منز اوس یہِ رواج ژتم آسی مکانن تہٕ سرکاری
دفترن بیشتر دار بوتہ طاقو بدلہٕ مختلف قسمہ چہ شیشہ دار لاگان۔ دار پٹن آسی سبز
سوٗرخ لیڈری تہٕ گولانی شیشہ پٹی سٹھے مہارتہ سان لاگنہٕ یوان۔ ژکھس اندر
یہن والین نفرن اوس شیشہ پٹو منزی مختلف رنگن ہند پریڈ ون گاشس نہٕ صرف
خوشتوٗن باسان بلکہ آسی یم رنگ اَکھ پکن ژتن ہندی کنی قدرتی میناکاری ہندی
نموٗنہٕ ہاوتہٕ مہیا کران۔ شاید چھُ دیوان خانن سیتی پنجر پیٚٹھ دار ڈالانن اوے
کنی "زوٗنہٕ ڈب" ونہٕ آمُت یعنی تم ڈالانہٕ یِمن ہند پنجر وِکنی مختلف رنگن ہند

گاش پرٛیٛڈِ آمٕژ قسمچہ زٕ ؤنہٕ ڈٕیہ آسہٕ بیٛنہ کالہِ ساری سٕے شہرس اندر مُروٗج۔ اما پوٚز ووٗنی چھہ یِمَن مکانَن ہنٛدی نموٗنہٕ مابیسمہ تہٕ تاشوان کیٛن صرف ٹٕمَن علاقن اندر نظرِ گژھان۔ بیٛنہِ دیان پیٛتھ کالہِ حافظہٕ گیوٗن آسی لاگان۔ صفاکدلس منٛز پینڈت بل کاک درشند مکانہٕ اوس پنجرٕ کاری ہٕنٛدِ سٕہٕ تھیے خوبصوٗرت نموٗنہٕ۔ اما پوٚز زمانہٕ چہ تبدیلی کِنی آیہ آمٕ چَن دارِن ہنٛدی تمام پنجرٕ والنہٕ۔ شاید چھُہ یہ سانہِ ذوقِ حالکُ اِنتہا پیٛتھے کِنی آیہِ مخدوٗم صاٗبنہِ پرٛانہ استانکی پنجرٕ پیٛٹھ والنہٕ تہٕ تِموٗ بدل دارِن شیشہ پیٛٹھ جوڑنہٕ۔

ہندوستانس اندر چھہ بُزرگن ہنٛدِن مقدن آندی آندی جنگلہٕ بنٛدی کران یا بادشٕہن ہنٛزِ اصلی قبرِ بدل دٕ ڈیمہ پوٗرکس تعویذس رنگلٲے بیترِ کران۔ اَتھ مقابلہٕ آسی کشیر اندر حضراتہِ اولیاہَن ہنٛدِس ترُبتِ شریفس پیٛٹھ خوبصوٗرت ڈزاین دار پنجرٕ کاری کرِتھ ژھرلاگان۔ یوسہٕ عام طور پوٗنی مہ طرفہٕ چورس تہٕ پیٛٹھی مہ طرفہٕ ڈلام آس آسان۔ ژھرس پیٛٹھ کِنہٕ آس زربفت، کمخاب یا باقے موللین کیرٕن ہٕنٛزِ کھمٹر پوش یا غلاف تراونہٕ یِوان۔ سِتھے اَکھ خوبصوٗرت ژھر چھُہ سرینگرس اندر راہ بابہ صاٗبنِس استانس پیٛٹھ جیومیٹری ڈِزاینَن اندر اَختاب ستانہٕ تہٕ باقے بجھی جیز بناوِتھ چھہ۔ اَکھ خوبصوٗرت ژھر چھُہ بابا نصیب صاٗبنِس استانس تہٕ ژرارِ شریف چہ زیارژ تہٕ۔

پنجرٕ کاری ہنٛدی خوبصوٗرت ڈزاین آسی پیٛتھ کالہِ زانپانَن بناوان یمَن اندر مہرتہٕ آسی پھیروان۔ اَتہٕ زانپانَن آسی پنجرن اندر رنگ دار شیشہ بران۔ پنجرٕ کاری وٚرتاوس اَتہٕ ننگ فن چھُہ ووٗنی تعمیرس اندر تقریبن ختم گومُت۔ آمرِ فا چھُہ یہ گُنہٕ ہاوس بوٚٹن ہنٛدِس تعمیرس اندر ورتاوس یِوان سٕہ تہٕ صرف جنگلہٕ بنٛدی بیترِ۔

پروفیسر عبدالاحد

# کشیرِ منٛز شال بأفی

کٲشیر چھےٚ پننیو اٚتھٕ کامیو سببہٕ دُنیاہس منٛز مشہوٗر۔ یِتھۍ اٚتھٕ کامہِ چھےٚ جایہِ جایہِ وأتِتھ کأشرِ ن کأرۍگرَن ہِندِس وِقارس پوٚچھر دِوان تہٕ کأشرِ ن لُکن ہُنٛز اقتصأدی زندگی خوشحال تہٕ مضبوط بناونَس منٛز اٚتھٕ روٚٹ کران۔ یِمو اٚتھٕ کامیو منٛز چھہ کأشرۍ شال سیٹھاہ تھپکنی لایق۔

کأشرِ شالَن یُس اٚتھٕ روٚٹ کشیرِ اقتصأدی طور پایہ بر جا کرنَس منٛز تہٕ یِہنٛز شہرت دوٗر دوٗر تام واتناونَس منٛز کوٚر مُت چھہ تِتھ پیٹھ یوٚت ناز کرو تیوٚت چھہ کم۔ پیٚتھ کالہِ آسی بے شُمار کأشرۍ شالہٕ یٚفی سٕتی آوٕرۍ روزان تہٕ تم آسی اٚمی سٕتی پننی ضرورِیات بیترِ پوٗرٕ کران۔ جارج فورسٹر سٕندِ وَننہٕ مُطابق آسہٕ اکِہ وقتہٕ شہرِ سرینگر چہ لگ بگ سارینے زنانہٕ شالو بأپت پھمب کتنس سٕتی آوٕرِ روزان۔

یِتھے کٕنۍ آسی یوٚر ریچھ لوٚکھ نیپولین (NEPOLEON) سٕندِس زمانس تام یِعنے (K 96, تام) کشیرِ تہٕ کأشرِ ن مُتعلق زیادٕ زانان۔ اما یوٚز یِتھے کأشر شال نیپولین سٕنز آشنہٕ جوسفین (JOSEPHINE) ہِندِ اتھَن منٛز آو کشیرِ ہِندِ حُسنک تہٕ کأرۍگرۍ ہُند چرچہ ہیوٚتن یوٗرپس منٛز زٕ والیو رسیدن۔ یِہے حال سپُد تِمہ وِزِ یِلہِ سلطان زین العابدین بڈشاہن یہ گوڈنکِہ پھیرِ منٛز ایشیا سوٗز۔ تور وأتِتھ آو

یہ چھکہ چاوِ سان تہٕ کُس شاہی لباسس منٛز شامل کرِ نہٕ۔

شالبافی کرا آیہ کٔشیر منٛز بارسس تہٕ یہ کتھ کٔنٛژ پھانپھلے یہ۔ یم چھ تم اہم سوال
یِہنٛد جواب مورخ چھینہ ہیکان ٹھیک پاٹھی دِتھ۔ اَز تام چھ مورخ یی لیکھان روزِ مِتی
زِ شالبافی ہنٛد اصل وطن تہٕ آگُر اوس منٛز ایشیا بینہٕ پیٹھٕ یہ کٔشیر سُلطان زین العابدین
بڈشاہن نیاو۔ مورخن ہنٛدوٚن چھُ زِ یِتھ تیموُرن شمالی ہندوستانچہ بیشتر سلطنتہٕ پننِس
قبضس منٛز آنہٕ۔ کٔشیر ہنٛدِس سلطان سکنٛدرس پیٹھ ٹوٚسوا آسی۔ سہ بانبرِ یووٕ تہٕ تمی سوزِ پنٛن نیچو
شہزادٕ شاہی خان پے شمار تحفہ ہیتھ تیموُر سٕنٛدِس دربارس منٛز۔ مورخ چھ لیکھان زِ یِھنتے شاہی خان (بڈشاہ
سمرقند ووت تیتھے برونٛہہ سہ تیموُرن جیل۔ خاطرٕ چیلہٕ منٛز چھُنٛہ پینہٕ میوٚل تس بقولِ مورخین سمرقندس تہٕ منٛز ایشیاکین
مختلف کارِیگرن ہنٛدِ پن نمونن تہٕ قصبن بینٛنِ سیتی پار زان کرنک موقعہٕ۔ مورخ
چھ ونان زِ شاہی خاندان سپُد سمرقندٕ چہ شالبافی وچھتھ تیوٚت متاثر زِ سلطان
بڈشاہ بننہٕ پتہٕ کوٚر تمی یہ فن کٔشیر منٛز وآتناونک پوٚرٕ شُر۔ کیٛنہہ مورخ چھ لیکھان
زِ شالبافی آیہ کٔشیر منٛز میرزا حیدر سٕنٛدِ دربارِ سٕمس۔ کیٛنہہ چھ پتہٕ ونان زِ اَمہ فنک
بانی اوس شاہِ ہمدانؔ صاب۔ یِمن سارِنے کتھن ہیٚیٹہٕ سام ہیوان چھ یمن منٛز
چھینہ تاریخیت (Historicity) لبنہ یوان تہٕ یمہ چھیے فرضی کتھ باسان۔

سائنسی بُنیادن پیٹھ تحقیقن چھے یہ کتھ وولی پوٚر پوٚرٕ وٚتھنا ووٚمٕژ
زِ شاہی خان (بڈشاہ) اوس نہٕ سمرقند سوزنہٕ آمت تہٕ نہ میوٚل تس ذاتی طور منٛز ایشیاکین
فنن سیتی پار زان کرنک موقہٕ۔

دوٚیم کتھ چھے زِ ہرگاہ شالبافی ہنٛد شُر سلطان زینُ العابدین
بڈشاہن کوٚرمت آسہے تیلہ اوسہٕ ممکن زِ یہ فن کیا آسہے بتھ ہنٛدی ہیے دورِ

حکومتس منز بہا پھلیو مت تہ کشیر بیرونی تجارتک (EXPORT TRADE) اکھ اہم جز بنوومت۔ زین العابدینن کر تقریبن پنژاہن وری ین حکومت۔ یہ وقت چھ اکھ نوفنہ کہ پوٗر پوٗر بہا پھلیہ تہ کاڈکڈ نہ بابت سیٹھاہ کم۔ خاص کرتھ زمانس منز ییلہ ٹیکسٹایل انجینرنگ تہ ٹیکنالوجی وغیرہ بارسس آس نہ آمژ تہ ییلہ جاگیرداری نظامہ سبب کمیونیکیشن COMMUNICATION، بہتر ناقص تہ نا پایدار اوس۔

سلطان زین العابدین یا میرزا حیدر یا شاہِ ہمدان صاب کشیرِ منز شالبافی ہنز موجد قرار دِین چھُنہ تواریخی اعتبارٕ صحیح۔ یِمہ کتھہ چھے دراصل فارسیس منز لیکھن والیو وقایع نگارو ییچھ مژ۔ ییمن لیکھارین ہنڈ اصل مقصد اوس سلطان زین العابدینس یا شاہِ ہمدان صابس برونہہ کنہ زیاد تعریف کرنی تہ ییمن میڈیول (MEDIEVAL) کشیر تعمیر کرنک کریڈٹ (CREDIT) دِین۔ شالبافی ہنز ہنر اُس کشیر منز ییتہِ وتہ موجود تہ اُمہ اُس تمہ وقتہ بوٚڈ ترقی براوِمژ ییلہ ہاروپی تہذیب ییتہ بارسس آس۔ امہ کتھہ ہنز تصدیق چھ نموٗ ٹالو (TILES) ییتی ییدان ییم اَسہ ہاروٗن پیٹھ دستیاب سپدیہ متی چھ۔ ییمن ٹایلن پیٹھ چھے زنانن ہنز تصویرہ موجود۔ ییمن زنانن چھ تِتھی زاولی پلو (TRANSPARENT CLOTH) لاگتھ ییمو منز تہنز تن تہ بدن بہتر بوزنہ چھ یوان۔ کینہہ زنانہ چھے شالکی سکارف ڈلیتھ۔ ہاروپی ٹالو ییتی چھے یہ کتھ ٹاکارہ پاٹھی نیتی نیران زِ کشیرِ منز اوس ییتہ کالہ پیٹھے اُوٗن تہ زاوٕل (TRANSPARENT) کپڑ وونک رواج موجود۔

آرکیولاجی (ARCHAEOLOGY) ورائے چھ اکھ تہ ییتی لیکھنہ آمتی تاریخی ماخذ تہ سانہ اتھ دلیلہ پوچھر دوان۔ مشہور چینی سیاح ہیون سانگ

یُس کُشیر سٔتہ مہ صدی عیسوی مَنٛز آیوو چھ اَمہ کنہ ہٕنٛز ذکرکران زِ کشیر مَنٛز اوس
اَتھ زمانس مَنٛز نٲزُلہ (SOFT) یِیر مِک کپٔر وونہٕ یوان سٕہ چھ لیکھان۔

The Cioting Materials of the People of Kashmir Were Named as Kiao-She-ye (Kaushaya)and Muslin (Tieh)and Colico(P.u)Kausheye being Silk from a Wild Silk Worm Chra(Orchumo) Kohauma a Kind of Lenin; han(or Kan) Polo,a Texture of Fine Wood of Will Animal. This Wool being Soft and Fine was easily Spun and Woven in to a Prized Material for Clothing.

ہندو مذہبی کتابو مۆجوب اوس شال کشیر مَنٛز ایپک (EPIC AGE)
زمانس مَنٛز وونہٕ یوان ہتہ یہ اوس تیوٗت مقبوٗل زِ یہ آو سیتا یہ (SITA) ورِدِنس مَنٛز دِنہ
پینہٕ چھ یوان وَنہٕ زِ کوروَو (KURU) دِتی تقریبَن .... اشال پانڈون PANDV-AS.

کٲشِرِ ہنٛدٕری موسمی تہٕ بیٚیکہٕ آبٕکی بے نظیر اوصاف (CHEMICAL

COMPOSITION OF VALLEYS. MINERALLY. RICH

WATER) ٲسۍ پشمینہ شال وونَنس موافق۔ برنیئر (BERNIER) یُس، اصدی
عیسوی منٛز اورنگ زیبس سیتۍ کٔشیر آو، ووتھ کاشُر آب تہٕ موسمُک بغور مطالعہ کٔرِتھ یِتھ
نتیجس پیٚٹھ زِ کاشِر شال چھِ بے نظیر خوبصورتی چھےٚ محض ڈلہٕ کہٕ آبہٕ سببہ یُس آب دُنیہس
منٛز بیٚیہِ کُنہِ جایہِ موجوٗد چھُنہٕ۔ یہ کتھ چھےٚ یاد تھاوُنس لایق زِ وارِیاہو لُوکو بیٚ توموکرِ بیہہ
یِتھۍ شال بناونٕچ کوشش۔ اَمابوٚز تم سپدۍ نہٕ اَکھ کوشِشہِ منٛز کامیاب تِکیازِ
تِہندِس مُلکس منٛز اوس نہٕ سُہ آب وہوا موجوٗد یُس کٔشیر منٛز چھُ۔

اَمہِ علاوٕ اوس نہٕ پشمینہ پیٚیر کٔشیرِ ورٲے بیٚیہِ کُنہِ یوان سوزنہٕ۔ جان تھانکی
(CHANTHAN تہٕ رودٕکھکی (RODOKh) پٔہلی ٲسۍ یہ پیٚیر صرف کٔشیر سوزان
تہٕ ٲسۍ اَکھ کتھ منٛز یقین تھاوان زِ ہرگاہ تم پشمینہ پیٚیر کٔشیرِ ورٲے بیٚیہِ کُنہِ جایہِ
سوزُن ممکن چھُ قدرتا ماکرِ ہے تِمن اَمہِ پیٚیرِ نِشہِ محروم۔

یِمو سارِوے کتھو تلہٕ چھُ نکرِ ترِان زِ شالباف ٲسۍ کٔشیرِ منٛز بیتھ کالہٕ پیٚٹھٕ
موجوٗد۔ بدٛشاہ ہنٛدِ زمانہٕ برٛونٛہہ اوس کاشُر شال دِلہِ ہنٛدین معتبر تہٕ مقدس سرکلن
(CIRCLES) منٛز مقبوٗل۔ خواجہ معین الدین چِستی یِس ہیٚتھ ووٚتھ بزرگ تہٕ اوس
یی وَلان۔ دراصل اوس شال برٛونٛہہ پیٚٹھے بُزرگن، درویشن، ساداتن تہٕ مذہبی
رہنماہن ہنٛد مقدس پوشاک یوان مانہٕ یہٕ ٲس بُزرگی تہٕ درویشی ہنٛز علامت
سمجھنہٕ یِوان۔

مغل بادشاہ اکبرن یلہٕ دینِ الٰہی جٲری کوٚر تمۍ ہیٚتۍ کاشُر شال

ڈلِتھے بینۍ پاٹھی تہٕ بزرگی ہندی دعوٰی کرٕنی۔ اَمہِ کتھِ ہُنز باوتھ کران چھِ ابوالفضل

پنٕنِس اکبرنامس منز۔ اکبر بادشاہن ہیُتھ شالہٕ بزرگی تہٕ درویشی تھاوٕنہٕ باپتھ وڈنۍ خاطرٕ اکبر سند مخالف مورخ عبدالقادر

بدایونی چھُہ اَمہِ کتھِ ہُنز کاہنہٕ ذِکر کران۔ امہ پتہٕ زنہٕ چھِہ پنٕنِس زِشالہٕ آسی صوفی خصلتکی

درویش وُلان تہٕ یہ ولیہٕ سیٹھا اوس پنٕزی پاٹھی بر ہیز گاری ہُند ثبوت میلان۔

یِمہ بحثہٕ سیتی چھُہ یِتھ سوالس وُتھن میلان زِ ہر گاہ شالبافی برونہہ پیٹھے کشیر

منز موجود آس تیلہِ کیازِ روزِ یہ دوّیمن ہُنزن نظرن لِنٕنہٕ چھِپنہٕ تہٕ یہ کیازِ دراہ

بڈشاہ ہُندِ وزیٖ ٹاکارٕ پاٹھی نۍ تہٕ نیبر۔ اَمہِ سوالک جواب ژھانڈنہٕ باپتھ چھُہ ضروری

زِ آسی ہیمو یتھ کالہٕ کِس کشیر ہِندِس اقتصادی نظامس سام۔

یتھ کالہٕ اوس کشیر ہُند اقتصادی نظام زراعتس پیٹھ ڈرتھ۔ کشیر آس

لوکٕٹین لوکٕٹین گامن منز پاٹھ کرِتھ یم خودکفیل آسی۔ پرٕ یتھ گام اوس اکھ اقتصادی

یونٹ یتھ منز گریسی مشترکہٕ پاٹھی زراعت اندوانہٕ وان آسی۔ زراعتہٕ علاوٕ آسی

گریس تمہٕ تمام کامہٕ کران یِمہ گامی زندگی قایم تھاونہٕ تہٕ پوچھراونہٕ باپتھ ضروری

آسہٕ۔ یِمن کامین منز آسہٕ کولہٕ کھننہٕ، سڑکہٕ بناونہٕ تہٕ کپرٕ وونٕنۍ بیتر تہٕ شامل۔

کشیر ہِندی امہِ اقتصادی نظامن یتھ منز کاشُر سماج لوکٕٹین لوکٕٹین خود

کفیل دِہاتن پیٹھ ڈرتھ اوس تہٕ یتھ منز گریسی زراعتس سیتی سیتی اتھ کامہٕ بیترِ

تہٕ آسی اندوانہٕ وانۍ دِیتنہٕ کشیر منز کامہٕ ہُنز سماجی تقسیمہ (SOCIAL

DIVISION OF LABOUR) ہُنزن بُنیادن پیٹھ کامین تہٕ کارن پھاٹھلنہٕ

اَمہِ سماجی تہٕ اقتصادی طورطریقک نتیجہ دراو یہ زِ دوّیمن کامین ہِندی پاٹھی روز

شالبافی تہٕ گریستین ہِندین اتھن منز تموہُنز اتھ منز کاہنہٕ بہتری آنہٕ تھکیازِ

ہتم رٕوِی زراعتس تہٕ دوٚیمین کامین ستی تہٕ آوٕری۔

خاٲر ہارٕون تہذیب یارسس پیٹھ ستی میوٚل شالیٲنی پوٚرٕ پوٚرٕ کاڈ کڈنک سوقہٕ۔ تہٕ کیاز ووٚنی آسہٕ اَتھہٕ کامہٕ زراعتہٕ نِشہٕ بیوٚن سپنٕز مرٕ۔ تہٕ ووٚنی آسہٕ ہیمہٕ کامہٕ ہیٚنڈ سمٲجی تقسیم SOCIAL DIVISION OF LABOUR جن ہٕنیاٲزن پیٹھ مارکیٹہٕ (Market) بابت اَندواتناوتہٕ یوان۔ یہٕ اَمس پٮ۪ٹھ پاٹھ اَکھ بڑٕ تبدیلی یوٚسہٕ کاشرٕس اقتصادی سمٲجی نظامس پوٚرٕ پوٚرٕ بدلاوِنس منٛز کارگر ثابت سپٕز تہٕ ییمہٕ اَتھہٕ کامین ہنٛدین اوزارن تہٕ سامانن منٛز تہٕ سیٹھاہ بہتری پاٲدٕ کٔر۔

یہٕ نوٚو ماحول رٕوٚد تقریبن اِٹھمہٕ صدی عیسوی تام کاشرٮ۪ن شیٖران تہٕ پاٲران تہٕ تمن رنگہٕ رنگہٕ اَتھہٕ روٚٹ کران۔ اَما پوٚز اَمی ہیچہٕ اَمہٕ زمانہٕ پتہٕ مزید ترقی پژاوتھ۔ اَمیک سبب اوس یہٕ زِ اِٹھمہٕ صدی عیسوی پتہٕ رٕوِ کشیرِ منٛز سیاسی معاملات اَکی سے ڈٲنچہٕ پیٹھ۔ خانہٕ جنگی تہٕ افراتفری میوٚل سیاسی مرکزی سیٹھہٕ سیٹھ وٕنِش ییمہٕ کِنہٕ اَتھہٕ زمانس منٛز بافتے کامین ہنٛدی پاٹھ کھوٚژ شالیٲنی تہٕ پوچھِر لوٚب تہٕ بلکہ ووٚلتس سیٹھاہ دار۔

حالات سیدی مزید خراب ییلہٕ ذولچو (Dulacha) منگولن کشیرِ پیٹھ حملہٕ کوٚر۔ اَمہٕ حملہٕ ستی سپٕد ساری سے کشیرِ پھٕنی پھاس رٕ عام لوٚکن ستی سپدی کاٲریگرن مارٕ۔ بیٚن پچھوٚلس رٕوٚد نہٕ شیدرِ شام کُنہٕ۔

۱۳۲۰ عیسوی پتہٕ بدلے یہٕ حالات ییلہٕ پوٚرا اسلام ووٚدنا۔ سمٲجی تہٕ اقتصادی بہتری آتہٕ یا پتھ کرناوی حکمرانو معقول انتظام۔ اَتھہٕ کامین آو دُبارٕ

پوچھر دینہٕ ۔ شالبافی آیہ از سرِ نو منظم کرنہٕ ۔ زین العابدین بادشاہن تُلی کینہہ نتھو
قدم یمہٕ کنی یہ موسمت فن دُبارٕ زندٕ سپُد ۔ تِمو کرٕ کارِیگرن ہنٛز حوصلہ افزٲیی ۔
شالہٕ لوم (Loom) تہٕ دوٚیم اوزار بہتر بناونکی کٔرِ تمیٚ پوٚرٕ پوٚرٕ کوشش ۔

مغل بادشاہو دیُت شالبافی مزید پوچھر ۔ کٲشری شال دوٗر دراز جاین
تام واتناونہٕ خاطرٕ کٔرٕ تِمو مارکیٹنگ (Marketing) جدید طریقن پیٹھ منظم ۔
افغان دورس منٛز میوٚل شالبافی بیٚیہ پوچھر ۔ اَتھ زمانس منٛز واتٕ یہ
یوٗرپ تہٕ اُتھی زمانس منٛز آیہ عمل کاری یارس ۔

سِکھ حکمرانو تہٕ ہا دیہ شالبافی ہُرہ سر دِنس منٛز دلچسپی ۔ اما پوٚز تم سپدی
نہٕ لوٗمن ہُند تعداد بڑاونس منٛز کامیاب ۔ تہٕ کیازِ انگریزو آسٕ برونہہ پشمینہٕ پیٛرس
(pashm) پیٹھ اکہٕ قسمُک مانوپولی (Monopoly) قایم کٔرمٕت ۔ تِم آسی
گلاب سنگھ نہٕ تہٕ زوراور سنگھنہٕ مدد سیتی پشمینہٕ پیٛر لداخہ پیٹھ نوٗر پور، شملہ
تہٕ پنجاب بیترٕ واتناونس منٛز کامیاب سپدی متی ۔ انگلستانکی تہٕ فرانسکی تاجر آسی
وودٕ سپدی یوٚد لداخہ پیٹھ پشمینہٕ پیٛر انناوان ۔ امہٕ سیتی ووت شالبافی بار دٕدار ۔

ڈوگرن ہندِ وقتہٕ گیہِ شالبافی بیٚیہ ہنا پھٔد ۔ امہٕ وِزناوس کٲشرِ شالہٕ بدلہٕ
یوٗرپس منٛز مشینہِ سیتی تیار کرنہٕ آمٕت شال زیادٕ مقبول ۔ مشینہٕ ہُند شال اوس سستہٕ
تہٕ یوٗرپکیو لوکو ہیوٚتِ تمے کٲشرِ پوشالوٕ بدلہٕ ونِنی ۔

۱۸۷۶ عیسوی دیٚیلہِ فرانس تہٕ جرمنس جنگ سپُد بیٚیہ سپُد کشیر منٛز شالبافی ہُند خاتمہ تہٕ
شالبافو تہٕ کھنڈٕر واوو تراو شال وونُن تہٕ کیازِ شالن اوس نہٕ وونی یوٗرپس خریدار روزمت ۔
ہندوستانی راجہ تہٕ مہاراجہ تہٕ آسی نہٕ وونی کٲشرِ شال ہیٚنہٕ خاطرٕ تیار ۔

موتی لال ساقیؔ

# کانٛگر

کشیرِ ہٕنز کانٛگر چھےٚ اَکھ اَکۍ ہٕنز پیچھان۔ یوٚت کانٛگرِ آز توٚت وات آز کشیرِ تہٕ ییٚلہِ کانٛگرِ وُچھِ تس پییٚہِ کشیرِ ژ ہیتس۔ وٕنِدٕ آسی تن یارٕ بنہٕ کول، سوٚنتہٕ آسی تن یارٕ بُرد۔ بیٚرتھ کٲشرِس گرِس منٛز چھےٚ کانٛگر موجوٗد آسان۔ یِتھ پأٹھۍ کانٛگرِ آتی تتان تہٕ اَتی تیٚران چھےٚ تِتھے پأٹھۍ چھِنہٕ کٲشرِ بن تہٕ تتہٕ نس تیٚر نس تار لگان۔ اَکۍ تیٚر تہٕ ماگ، اَکۍ فاقہٕ تہٕ دژاگ اوٚدےٚ تہٕ چھےٚ کانٛگر کٲشرِس مزازس تیٚز راس آمژ زِ ہارٕ بنہٕ تاوِ منٛز تہٕ چھُس نہٕ کانٛہہ لار کران۔ وہرٲتھ تیٚز یٕ تن تہٕ کانٛگرِ بن چھُ یوتش کھسان۔ سوٚنتہٕ بہرٕ بن مَنتہٕ گرٛٹھی بن کیٚشٕرس کالس رٕہین کٲشرِ چھےٚ کانٛگرِ نالہٕ موٚت کٔرِتھ بہان۔ سوٚنہٕ سُند فرش تتہٕ ترٲوِتھ آسہ بیٚنیاز کانٛگرِ میلنہٕ تتھ بیٹھ جاے۔ کٲشرِ پوتہٕ چھِنہٕ کانٛگرِ کیٚنہہ کم لول یوٚرمُت۔

پأری لگیے میأنی کانٛگرِ یے لولو
ژژارِ وأہ جمکھ روٗنہِ کانٛگرِ یے لولو
اسلام آبادٕ پیٚچ جأنی کانٛگرِ یے لولو
پأری لگیے میأنی کانٛگرِ یے لولو

تہٕ بیٚیس لکہٕ بأتس منز چھُ کانٛگرِ ہُنٛد وٕریک سفر وکھناونہٕ آمُت۔

وہیکھ اوے رٕہیکھ کیتی کانٛگری

زیٹھ اوے بریٹھ ٹیکھ کانٛگری

ہار اوے لار ئیجی کانٛگری

شرٛاوُن اوے باوٕن سوٗرٕ سے کانٛگری

بأدر آیہ ڈأدر بینٛی کانٛگری

أشد اوے قأعد سوٗزنے کانٛگری

کارتِک اوے نٲرتِک لوٚدے کانٛگری

منجہور اوے کوٚنجہ لیجے کانٛگری

پوہ اوے توٚہ لوٚدے کانٛگری

پھاگُن اوے زاگُن ژوٚلے کانٛگری

ژِتھر اوے مِتھر پِشِیے کانٛگری

کأشرِ ہِن کیٛا اسہٕ سارِنے چھےٚ کانٛگرِ ترٛٛھے ٹأٹھ، یِیتِھ مجنونس لٲل آسہ۔
ییٚنے آسہٕ یِوان ہُنہٕ ترٛ یتہٕ زِہیچھ راٹھ کمہٕ کتھ گُزارو میٚگر وِنٛدرس منز لرٕ آے گرٕنہٕ ہِنٛز
چھےٚ گھرُے۔ پزٕ ہیتھ شرارتہٕ ہوٚت شخص چھُ مخالفس وَنان "چلاوہٕ کانٛگر تہٕ پھسر وٕسنے
......" تہٕ باضے ییٚلہٕ اوٚرِ یور کانٛگر چلان چھےٚ أکِس بٔتس چھُ گرٕنہٕ بُتھی گرٕنہٕ ہان،
وو نٕی اوس سہلے میٚگر گرٕ وأنتھ چھُ اِنسان آچھ گرٕنہٕ ہان تہٕ کیٛا زٕ بیٚنہٕ منز دوٚیمس
دِنہٕ باپتھ کانٛگر کٕڑنہٕ باپتھ چھیٚنہٕ کانٛہہ تیار گرٕنہٕ ہان۔ ہوٚے تہٕ وٕن واریاہ یوٚ رپی
لوٗکوٚ کأشرِ ہِن چھےٚنے کانٛگر رٕزِ سیتھ گنٛڈِتھ تأل آسان۔

کاشُر یوت ووتھ توت وأژ کانگرتہٕ۔ یوت زِ راجستھانہٕ تہِ چھےٚ شیٖشہٕ کالس منٛز کانگر اور ریور گری بچہ کران نظرِ گژھان۔ یِہ چھُ سُے راجستھان بیٚیتہٕ رینہٕ کالہِ کُن شہٕمہ سیتی تلہٕ تل یِدی تہٕ بیٖٹھ تال چھےٚ دزان۔

کانگرِ اُس کنُہہی مہِ صدی منٛزے امرتسرہٕ لوہور تام واژمُت۔ اَز کنہٕ کتھ وأرِ ہی گرس منٛز چھےٚ دوہ گژ اران تتھ شمار کرنس سوٚمبکس چھےٚ فُرصتھ۔ کانگر چھےٚ کشیٖرِ نیبرِ تہٕ اَندی ٔبکھ علاقن منٛز وونہٕ یوان مگر کاشرِ کانگرِ ہُنٛد زاۆی جارہٕ ساینس کانلی ہُنٛد اُکھ تژ ترہ برکتہٕ اَنن اَندی ٔبکھ علاقن ہِنٛدی کأری گر۔ بیٚیہ یمہِ قسم دار کانگرِ بیٚیتہٕ وونہٕ چھےٚ یوان تمن ہُنرن اکھتے چھےٚ بدل۔ رہ تہٕ کانگرٕ بنٛڈ پورٕی کانگر اسلام آبادُک کانگر، ژارِ کانگر بیٚترِ۔ ییمن کانگرِ قسمن چھُ ناوُ کنہٕ مگر انہار چھُکھ الگ الگ، پاژراو چھکھ وُکھرٕ یارہٕ راو حسابے مول تہٕ۔ پاژراوِ تھ ژارِ کانگر زینتہٕ نوٚنہٕ پھرِ قزاق تیرِ ہشُ مُہرہ تیتی۔ اُنژھ تہٕ ستھویدار، ڈول دار تہٕ واہنجہ منٛز تھونی لایق۔ یوٚز تیز پہٕن نارِ پھیکھ ہیٚ منٛز ییٚیس کانِہ کوٚ پیٚیس اُکھس کیتھ۔ یژھ کانگر چھےٚ نینہٕ کھوتہٕ زیادٕ سجاوٹ لگان۔ یعنی کانہن ہُنرِ زاۆِ ح کانگرِ چھےٚ تارٕ کرِژھس پلیٖٹھ دوٚہی دہ ہس غولام۔ زاۆنہٕ گری کانگر تہٕ چھےٚ پایدأری موجوٗب گژھنس ہینٛنی لایق۔ یہِ وہترِ اوِ پلہٕ ہارتہٕ۔ ہر گاہ ژھراوون دوہن وُرہی یارو زِ نوکر۔

کانگرِ ہُنرِ پایہ دأری ہُنٛد دار و مدار چھُ کانہن تہٕ وونس پلیٖٹھ۔ یژھ کانہٕ آسن تژھے آسہِ کانگر تہٕ مگر کوٚپے گژھس دوٚر آسن۔ زاۆی جن کانہن ہُنرِ کانگر چھُ وُشنیرِ ژوٚر آسان۔ گژھ کانہن ہُنرِ کانگر تہٕ چھُ وُشنیرِ جانہٕ مگر اُتھ چھےٚ واٹنس بوٗز تھے۔ واٹنس بوٗزی تھےٚ اوٚکنِ زِ گژھ کانِہ چھےٚ وُلی وُلی تژ وشان

تہٕ وٕسی پیوان۔ پائٹس کانہن ہنٛز کانگر گیہ مکھ مگر پائٹس کارنہٕ چھےٚ ہنا موٗجب پنہٕ اوٚگرِ تھٕوٚکرٕ آسان۔ ییٚمہٕ کنہٕ پائٹن کانہن ہنٛز کانگرِ پائراونس مشکل چھُ پیوان۔ یوٚزٕ زاوِی جٕن کانہن ہنٛز کانگرِ ہرگاہ پائٹن کانہن ہنہٕ کوپ آسہٕ، تتھ چھےٚ جان واٗنش۔ کُلم کانہٕ، گیری کانہٕ (وِرِ کانہٕ) یوٚت زٕ پھٹرِ پس کانہٕ تہٕ چھ کانگر وونس لاگان مگر ییٚمن کانہن ہنٛز کانگرِ چھےٚ کانگرِ یوکھوٗ تہٕ اَستر آسان۔ اَسترٕ یِہ کتھ وُٗزھ ہٕ بوٗزی توٗ اَستر کیا گوٚو۔ اَستر چھِ وتھچھن یوچھن کانہن ہنٛز ژکہِ روٗس کانگر تہٕ ونان۔ دوٚیم یہِ زٕ اوٚج کانگرِ یاڈوٗرِ دار کانگر وونہٕ برٕ ووٗشہٕ چھُ کانیٚشن کوٚنڈلہِ پیٹھ اوٚگرِ یو تھوٗ گرہ یو کانہو سیتی ییرٕن کران۔ یِتھ پیٹھ بیٚتہٕ زاوِی جٕ کانہٕ چھُ وونان۔ اُتھ اوٚگرِ تھوٗگرِ ییرہٕ تہٕ چھ کانٛلی کنھ اَستر ونان اٚتھی اَسترس پیٹھ چھےٚ اَدٕ کانگر ڈوٗر پیوان کھارنہٕ تہٕ نقش پیوان کرنہٕ۔

کانگرِ وونس چھِ بذاتی زٕ چیز لگان۔ کوٚنڈل تہٕ کانی ژرارٕ۔ کانگرِ چھےٚ کوٚنڈل ڈب کڑتھ کتر ژوٗ کھاسی بیالہٕ ہیوٗ آسان ہٕ کوٚنڈلہِ ہنٛز ڈبہٕ سیٚدٕ چھےٚ کانہٕ کرِس تہٕ ڈوٗر پیوان وونہٕ یا زالی پیوان ژٹنہٕ۔ یوٚزٕ تیتھ تہٕ چھُ اکھ کانگرِ قسم ییتھ کوٚنڈلہِ ڈب آسان چھنہٕ۔ اَیِہ کوٚنڈل چھےٚ لوکچہ ڈُلچہ چالہٕ ییتھ ڈوٗر کھارنس گنجائش چھنہٕ۔ کانگرِ ہنٛدرِس کھوٗ پرِس یا کرِس[1] دیٚش کانہن ہنٛد ووٗنِتھ چھُ آسان) تہٕ چھ الگ الگ حِصہٕ ژوٗک، ڈب تہٕ کوپ۔ عام کانگرِن چھُ ژوٗک گاسہٕ آرِ چالہٕ ووٗنِتھ آسان، مگر زاوِی جہ یا زالی داریاٚنہٕ کانگرِ چھُ ژوٗک تھوٚد تہٕ زالی دار آسان۔ زانہٕ گیرِی کانگرِن ہنٛد ژوٗک تہٕ چھُ ویٹھوٗ زالی ژٹھ آسان مگر یہِ چھُ ژرارِ کانگرِ ہنٛدرٕ ژکہِ کھوٗ تہٕ کھوٗل آسان۔

---

[1] کانگرِ ہنٛدرِس کرِس چھِ کھور تہٕ ونان ۔ اُچھ چھیٚنہٕ کنہٕ کانگرِ کھور (م)



اَسہِ تۄگ ہَچہِ مَنٛز گُلزار کھارُن — ڈۄنی ہَچہِ کٲم

زاٲوِ ژِن کانگرِن ہٕنز ڈب وونَس چھِنے الگ الگ رنگن ہٕنز کانہٕ لاگنہٕ یوان۔
روزہٕ کانگرِ تہٕ زاٲلہ دارِ کانگرِ وٲرٲے یِمہٕ زاٲوِ جو کانہِ کانگرِ وونان چھہٕ تِمن چھہ
ڈبہ پیٹھ حاشیہِ جالہِ ڈوٗر آسان وٕنِتھ۔ کٲپس چھہٕ ژھیرٕ۔ دَرِ تہٕ پھیرِ۔ دَرِ چھِنے
کانگرِ ہِندِس چانٹس دوٕ یُو طرفو تہٕ کانگرٕ اور یور پکناوُن وِزِ چھہ دَرِ نے ہیچھہ کران۔
پھیرِ گیہ تِمہ ہُن کھنڈ موٕ چھہ کانہِ یِمہ۔ کانگرِ ہٕنز ڈبہِ منز بند ین کرنہٕ۔ یِمَن کانگرِن پیٹھ
کوپ آسہ تِمن ہِندی پھیری چھہ صرف کوٗنڈلہِ ہٕنز لاٲزتام والنہٕ یوان۔ مگر یِمَن کانگرِن
کوپ دوٗر آسہ تِمَن ہِندی پھیری چھہ ژکِس سیتی بند آسان۔ یِمَن کانگرِن ژوٗ وہہ
پیٹھ ژٕ تجی تام تھہ پھیری آسن تِمہ کانگرِ چھِنے مضبوط آسان۔ ژالنہٕ گنڈنہٕ خاطرٕ چھہٕ
کانہِ کوٗر یو ہرن منٛزٕ ے پھسأوِتھ آسان تہٕ پھیری چھہ دَرِن پٲٹھ مہ اَندٕ وٕلِتھ آسان۔
یُتھ کٲپس تھپ روزن کرِتھ۔ رنگہٕ کانگرِ وٕنہٕ خاطرٕ چھِنے کانہِ الگ الگ رنگنہٕ یوان
تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ چھہٕ ترٛین ژون رنگن ہٕنزن کانہِن ہِندٕ استعمال سپدان۔ کانہِن
رنگ دِنۍ کام چھہ کانِلو پانے کران۔

کانگرِ وونَس منٛز چھِنے کانِلِس اَنڈ، اَرِ تہٕ زیٖن بکار لگان۔ اَنٛجہٕ سیتی چھہٕ
کانہِ تہٕ کڈان۔ یِمَن پٹھٕ اوان تہٕ گران تہٕ۔ آر چھہٕ پھیرِ تہٕ دَرِ بند کرنس لگان
تہٕ زیٖن چھس کانہِ ژٕلنس لگان۔ دونی رٕوٕد خام مالہِ کانہِ تہٕ کوٗنڈلہِ۔ کانہٕ چھہ
جنگلن تہٕ کنجہِ علاقن کُن۔ اَتہٕ چھہِ لیٖنہِ کانہِ پاٲش تہٕ کرٕتھ کانہِن ہِندی زنڈ آسان۔
روٗدی باقے کانہٕ قسم تِم چھہ پاتھلِس منٛز تہٕ دستیاب۔ دونی روزٕ کوٗنڈلہِ تِمَن ہِندِ باپتھ
چھہ کانیشن کرالس آویزٕ۔ کیٛتھہٕ کٲسب کرال چھہ کوپ ہیٛتھ سارِ ے کانگرِ رٕ بہٕ شہر تھران
تہٕ پیٛان۔ یِتھٕ کانگرِن چھُنہٕ پیٹھ کانہِن ہِندِ وٕلِت کرنۍ ضرورت۔ مگر اکثر

چھِنہٕ پرٛژھہ کانٛگرِ تیٚنِس لگان۔ خلٲے آسہٕ کانٛہہ یُس کترٕ وکانٛگرِ تپہ تہٕ کیاہ زٕ پرٛژھہ
کانٛگرِ تٕپیٚٹھ تہٕ چھِس زنگہٕ نہٕ یڑٕ محفوظ تہٕ نہٕ پلوٗ پوشاکھ۔

کانٛگرِ کتہٕ آیہٕ تہٕ اَسہِ کرٛرٹٕ نالہٕ مَتہٕ۔ اَتھ مُتعلق لیس بہٕ ہرِ کھوٚت تمیٚ ژھٔن
تہٕ ڈیٚنِتھ۔ وَنِ والہٕ ووٚن ییتہٕ زِ اکبر بادشاہس سیتی یم اطالوی یور آے تِموے آنٕ
کانٛگر یور تہٕ بادشاہن ژھِنیہ یہٕ کاشرِ ہِن پُشترِ تھ یمہ تِمَن آلتر نالہٕ ولہٕ۔ اَپُچ کِرٕ
اَتھی کتھِ پرٛژھہ تہٕ دیتہٕ ہس ووچ، وجہ چھُ صاف زِ اَسہِ چھُ پرٛژھتھ ووہ یرٕ چیز اصل
یاسان۔ اَدٕ سہ مَتہٕ لوٗی تَن کھنڈھارتہٕ۔

اَسہِ چھہ یرٕ زن لقمان یاسان۔ تِمَن زن آسہِ کتھ تہٕ سہلان۔ حالانکہِ اٹلی ہٕنڈِس
نارِ بالس نہٕ چھُ شکلہِ کینہہ تہٕ ناوٕ کینہہ کانٛگرِ سیتہ کانٛہہ ہِشَر۔ اٹلی ہٕنٛدِ نارٕ بانہٕ چھُ شکلہِ
کینہہ یوٚہے ژٕکہِ روٗس کھانہٕ دار ٹوٗر ہیوٗ اورِ لیورِ یکناوہٕ باپتھ اٹلی ہٕنٛدِ نارِ بانہٕ چھُ
گوٗل کھوٚل کرٕ کھتہ یوٚہے ژٕکو دار بالٹین ہیوٗ یتھ ژالن ہش تہٕ گنٛڈتھ آسان۔
تتہٕ چھہ اَتھ روٗمن دورِ پیٚٹھے ترلاوان۔ یمہ کانٛگرِ ناوس سیتی ہشَر آسنس کانٛہہ
گنڈٕ گنڈٕ چھنہٕ۔

یوٗت کرِتھ تہٕ اوس نہٕ اَسہِ کانٛگرِ اٹلی ہٕنٛدِ دیتہٕ مانیس کانٛہہ اعتراض۔ یوٗز
سوال چھُ زِ کانٛگرِ چھیٚنے سیٹھاہ بٔڑ وشٕہ پیٹھٕ کشیر منٛز مروج۔ رمنکہ پینڈتن چھُ شُری
کنٹھ چرلتس منٛز لیوکھمت:

"یٚمِتھے تتہٕ ونٛدِ چھُ واتان۔ کانٛگرِ (ہسن نکا) چھیٚنے تتھ پاٹھو وَنان یتھ
پاٹھوٕ اَچھن ہِنٛز تگساتار ژھٹان آسہٕ۔ یوہے وطیرٕ پانہٕ تو کامہ دیوٕن شولیہ آنہٕ
باپتھ (بیٚمی شوٗن کامہ دیوتہٕ نیمہ اَچھہ ہٕنٛدِ پرٛژ نٛڈ زول)" تہٕ کلہن چھُ لیکھان:

" انسانہ سٕنٛز کوٗشش چھےٚ کانٛگرِ منٛز تیمبرٕ ہن سٟتۍ زلان۔ یِمہٕ کُنہِ ساتہٕ بڑٕ مۆر گرِتھ چھےٚ نژاوان۔ ییٚلہِ زَن کانٛگرٕ زھیتہٕ چھےٚ گاٹٕہ باسان۔ کُنہِ ساتہٕ چھےٚ قسمتہٕ ہٕنہ کارٕ وۄتہٕ گرٕتھان یوٚدوَے پھۆکھ دِیادِی گٔلی چھِ آسان کھٔتۍ ہٕتۍ۔"

سینٹ پیٖٹرس برگ ڈِکشنری موجوٗب چھُ "ہسن تِکا" لفظ کلہنن تہٕ تمہِ ساتہٕ ورتوومُت ییٚلہِ تمۍ وکرمادتیہ سٕنٛدِس شونگن کُنٛٹھس مُتلق لیوٗکھمُت چھُ زِ یہ اوس وُہیٖہِ وِنہِ کانٛگرِ ہٕنٛدی پأٹھۍ برٛیہہ دِوان۔ کلہنن چھُ بیٚیس اکِس جایہ تہِ یُتھےٚ ذِکر کوٚرمُت یمیٚک سٕمےٚ کٕنہ ڈےٚ حوالہٕ دیُتُن۔ سنسکرت والیوکُس تاوکوٚر کانٛگرِ مےٚ چھُنہٕ تتھ سٟتۍ غرض مگر "ہسن تِکا" لفظس بَنہٕ کانٛگر یاوَنوٗ یِتھ پأٹھۍ زِ کانٛگر لفظُک اَگُر چھُنہٕ ہسن تِکا۔

کانٛگرِ ہنٛد ذِکر کرِان چھُ آر۔ ایس۔ پنڈت لیکھان:۔ "کِکش اَگنی" لفظس چھُ کرتھکس نار تہٕ معنےٰ۔ یُہُے کِکش اگنی چھےٚ کأنٛژر کانٛگر یتھ نار بٔرِتھ تم (کأشرۍ) وٕنٛدس منٛز سٟتۍ چھِ تھاوان۔ اَتھ ہیٚنکہِ دُنٛگس نار تہٕ معنےٰ بَنٛتھ تہٕ الاوٕ تہٕ جلاو تہٕ۔ رگھوونشس منٛز چھُ یہِ لفظ الاوٕ تہٕ جلاوکِس معنیس منٛز ورتاونہٕ آمُت مگر کِکش اگنی کانٛگرِ لفظ آگُر آسُن تہٕ چھُنہٕ وبرٔزن لایق۔ کانٛگر کشیرِ اَلی ہٕنٛد دیُت آسُن چھُ ہنٹن نولز تہٕ انکاری تہٕ سر والٹر لارنس تہٕ یمۍ تہِ یہ دعوا کوٚرمُت چھُ توارٟخی حوالہٕ نظر تل تھأوِتھ چھُنہٕ تمۍ ہُنٛد دعوا ہَٹہٕ وُسن یا ہٕہت لایق۔

کانٛگرِ ہٕنٛدِس آگرس ووٚن دِلنس کُنۍ چھُ ہِن ٹن نولزن تہٕ ڈیان دِیتمُت تہٕ سُہ چھُ لیکھان "کانٛگر" لفظُک آگر سُہ کھٔر کرنس مُتعلق چھِ ترٛاندازٕ۔

۱۔ " یہ ترِ کانٛگر چھُ دوٕن لفظن "کانہ" تہٕ "گر" (بناوُن وول) ہُنٛد مرکب۔ کانہ گرس چھُ معنےٰ کانٛگرِ دوٕن وول یا کانیٚشُل تہٕ اَمیُک معنےٰ ہیٚنکہِ وٕنتھ کانہ تہٕ اتھ سٕتھ۔ کشیرِ

3. H.A. Stein.
Kalhana's Rajatarangihi.
4. R.S. Pandit.
Kalhana's Rajatarangihi.
5. Walter Lawrange.
The Valley of Kashmir.
6. William Careys.
Travel and Adventure in Tibit



# بوٗنۍ

مظفر احمد خان

بوٗنۍ تہٕ شبیہہ چار چھِہ کاشرِ ہنٛز لاٗزم و ملزوٗم۔ کرنل ٹارنز (COL - TORRENS) چھُہ لیکھان زِ "وِلہ ہنٛدرِ ہِن شہنشاہَن ہنٛدرِ ہِن شان و شوکتہٕ کہِن یاد گارَن منٛز چھےٚ بوٗنۍ آدم اَتھو بےٚ ہرٛ ومولہ لبو عارِ ژُ وکھو تہٕ زیادٕ پوشہٕ وِنۍ"[1] یتھ کلاہہ سیتی چھُہ اَتھ گمانَس ڈکھ لگان زِ بوٗنۍ چھےٚ مغلو کشیٖرِ تام واتناوِمرٕ۔ اگر اتھ منٛز کانٛہہ پزر چھُہ تیٚلہِ چھےٚ بوٗنۍ "ایرانِ صغیرس" منٛز واتنہِ بیٛتہٕ چی سپدیمژ یتھ پاٹھۍ نوش چھےٚ پنٛنولاکُن خانہٕ دارنۍ بنان۔

اَما پوٚز مشتاق احمد یوٗسفی سٕنٛز رِوایت چھےٚ تیٚلہِ سرینگرٕ بح تواریخی بُڈ مشید نارٕ بزی گیہِ، عالمگیرن دوٚپ زِ مشیدہ تہٕ بنہِ بییہِ، یوٚ دوٗے اَمہِ کرِ صحیح بو نہٕ دِنہٕ، تیٚلہِ ہیکن نہٕ اکھ ساس عالمگیرٕ یکہِ وٕ ہاٗزٕ لبتھ تہٕ اکھ بُڈ بوٗنۍ پاُچ کرِتھ[2] تزکِ جہانگیری منٛز چھُہ درٕج۔ "راولپور گامس منٛز یمس سرینگر شہرٕ پیٹھ ہندستان کُن وَتہٕ منٛز ڈاین کرٛہن ہندِس دوٗرِ رس پیٹھ واقع چھُ، چھےٚ اکھ بوٗنۍ یوسہٕ اَنٛدرٕ دَزٕ مژ چھےٚ

---

[1] کشیرِ" جلد اول، مصنف ڈاکٹر غلام محی الدین صوفی پنجاب یونیورسٹی لاہور ۱۹۴۸ء

[2] "ذرگزشت" مصنف مشتاق احمد یوسفی چمن بک ڈپو دہلی ۱۹۷۶ء

پٔنژٕ ہ وٕری بڑٕہ ہٕنہٕ ییٚلہِ یہِ اوسُس پانٕہٕ گُرِس پیٹھ سوار تہٕ بیٚیہِ اَسہِ پانٕژٕہ گُرِ تہٕ ژٕ خواجہ سرا (لانٔژہ) سٟتؠ آسی ژٲیہ اَکھ منٛز ......" اکبرنامس منٛز چھُ لیکھتھ زِ میانِ مالی ژٲنٛزہ یہِ پرٛتہ ژٕلاں اَکھ منٛز تہٕ تِم رٕدی لرِ لوٗر رووِدینٕہ "[1]

یہِ مُو تو اَرِ یمی کہاوٕ تِہ دسٟتی چھےٚ یہِ کتھ نٔنی نیران زِ بوٗنی آسِ کشیٖرِ منٛز تیٚیلہِ تہٕ ییٚلہِ مُغلن ہندستانس کُنؠ بہتہ کرٕنؠ اوس۔

فارسی پاٹھٕ چھِ بوٗنہِ دنان "چنار" یا "چہ نار" یعنے "کیٛاہ نارا ــــــ!" یہِ ناو چھُ اَکھ پٔنہٕ بیٚنہِ چہ برکرٕنہٕ پیٚوٗمُت۔ بوٗنہِ ہِن چھُ ہرِ دِ ہرنٕہ برٛونٛہہ وو زلان تہٕ دوٗرِ چھُ باسان بوٗنہِ ہِن نار لوٗگمُت۔

ہے چنار شعلہ پوش و شعلہ پرور و شعلہ بار

شور ہے صحنِ چمن میں "ایں چہ آتش ایں چہ نار"

(کمال الدین شیدا)

بوٗنہِ ہندِ حُسنٕچ بُنیاد چھےٚ ترٛہن چیزن پیٹھ۔ اَکھ اَمیُک بوٗڈ تہٕ تھوٚد کوڈ تہٕ تھٕنہ پیٹھ لنگن تہٕ لنجن ہُندا اَکھ چھچ ہانٛگن چھترِ ہِن برابر کُنیٚ۔ دوٚیُم اَمیُک پن یُس سبزٕ آسی تن یا خوشکِ کٲنی خوش یوٗن چھُ باسان۔ اَمیچ پانٔژہ تو نہٕ پھیٚنے اَکھ چین پانٔژن اوٚنگجن سٟتؠ زلان تہٕ اَکھ چھےٚ اَتھس سٟتؠ تشبیہہ دِنہٕ آمٕژ ؏

نگارِیں آبخناں دستِ چنار است!

کہ گوئی دستِ پرورش بہار است

(ظفر خان احسن)

---

[1] "تزکِ جہانگیری" مصنف نورالدین جہانگیر رایل ایشیاٹک سوسائیٹی۔

بوٗنہٕ ہٕنٛد ٹرٛیم گوٚن چھُ اَمیُک بیوٚن مِزاز۔ اَکھ چھُنہٕ ہَردَس منٛز واوٕ زردی پھیران، بلکہ وۄشلُن۔ اَوے چھُ شاعرن ونان ؎

قسمت پہ اپنی مجھ کو گر اختیار ہوتا
میں گلشنِ جہاں میں نخلِ چنار ہوتا
پیری میں میری ہوتا اک رنگِ نوجوانی
فصلِ خزاں بھی میرا رشکِ بہار ہوتا

(خوشی محمد ناظر)

ہَردَس منٛز چھُ بوٗنہٕ پَن ہٕرتھ ہیوان تہٕ باغَن، مرغزارَن، کھہَن تہٕ گاسہِ جاین منٛز چھکرٕ نہٕ پِوان۔ یوٚدوَے سَبزٕ پَن چھُ پوٗٹ ہیوٗ نَرم، ہوٚکھ ؤتھر چھِہ یادآمی تہٕ یاقرخانہٕ ہوی ترٛاوش۔ یم بادآمی اَتھٕ چھِہ کرٛہنہٕ منٛز بیٹھ اَکھ خوش پوٗنٛ چھٹھ ہش ترٛاوان مگر روزٕ ڈُن نہٕ کینٛہہ۔ باغوان تہٕ گرٛیسی کیچھ چھِنے لَرٕ ہلی ہیتھ برٛگہٕ برٛگہٕ ڈۄلِ دِتھ بادآمی ؤتھرن ہٕنٛدی انبار وُٹھتھ اَنان۔ لوکٕٹی کیوٗ بٔڑی چھِہ یمَن بیٚنے زوٗ ؤتھرن پیٹھ لر ترٛاوِتھ تہٕ ڈلہٕ گٕنِتھ دِتھ یمَن انبارَن الوداعی نالہٕ متی کران۔ "کاوٕج" چھِہ دَہ دِنہٕ خاطرٕ پشارن آسان۔ ترٕکھ دِتھے چھِنے ریٛہہ یمہٕ ؤتھرن اَنٛدی اَنٛدرِ اَکھ وۄزُل جامہٕ بناوان تہٕ یمہٕ چھُہ دَزن دِگہٕ ہٕنٛد صوتی اظہار بٹھ لٹہٕ سیتی کران۔ بچارٕ پن چھِہ وۄزُل جامہٕ کرُل کران۔ سوختہٕ گرٕ ہتھ چھِہ یم انسانَن ونٛدس منٛز ٹاٹھس یارٕ پسٛندی پاٹھی وَچھس سیتی روزان۔ بوٗنہٕ زٕ نہٕ بٔرتھ کانگرِ چھِنے چِلے کلاس منٛز اَکھ بے مِثال نعمت۔!

اَوے چھُ بوٗنہٕ اَتھَن کاٹترِس ذہنَس پیٹھ اَکھ سرٛوٚن اَثر ترٛاوِمت۔

کأشرٟ کارٟ گر، ہچہ واٗلی، رٟفگر، قالیباف، نقش گیر، سونرٟ، روشن گرٕ تہٕ کاغذگرٟ چھ پننین کارن منٛز بوٚنہٕ وٚتھرس لول بران۔ یا نژھ توٚتہٕ ہیٛتھ چھ یہٕ شاید "پنٛن تنٛن" ہٕشرٟ علامتھ بنٛتھ تہٕ تہٕنٛدٟن جذباتن منٛز شینٛتھ گومٕت۔ بوٚنہٕ ییٚتھ چھ شہرس منٛز وارٟیاہن جاین ہنٛدٟ ناد۔ بوٚنہٕ باغ، بٔڈٕ بوٚنی، ناوٕ دبوٚنی، نوفلہٕ بوٚنہٕ، ہفت چنار، چار چنار وغیرٕ۔ "بوٚنہٕ گوڈ ہیوٚ" "بوٚنہٕ مٕہل تارن" تہٕ بوٚنہٕ شیٛہجار" چھ ہاوان کأشرٟ زبانہٕ پیٛٹھ بوٚنہٕ ہنٛد اثر۔

کأشر باغ چھ بالاورٕ یاش تٕ نادرٕ تہٕ بوٚنہٕ شیٛہجارٕ رٕوس اڈٕ لیوٚک روزان۔ یہ ٹٔنٛز چھ شاید منٛغلوٚ کأشرٟ ہیٛچھ ناد میتی۔ یتھ تہٕ چھیٛ کیٛلہٕ ماداٗنن منٛز بوٚنہٕ رٟوٚنہٕ آمٕژ تہٕ تہٕنٛد کنٛہر یا تٔنہر چھ بیوٚن بیوٚن کیفیژ منٛس منٛز یادٕ کران۔ اکھ شاعرن چھ وونمٕت۔ ے

تمھ واٗنسٕہ بوٚنہٕ تَل
یتھ زمانا گوٚ
کلہٕ تھوٚد تٕلتھ
کُنی زٕن

ماداٗنس منٛز وونہٕ دِتہٕ
واے تمیٛک کُنٛہر![1]

گنٛین بوٚنہٕ باغن منٛز چھ نسیم باغ سرٕس۔ اکبر بادشہن ہنٛدو گوڈنیٛک بوٚنہٕ باغ

---

[1] فریدوٚن توٚ لٔلی در" ماڈرن اسلامک لٹریچر فرام ۱۸۰۰ ٹو ڈی پریزنٹ"

[2] جیوگرافی آف جموں اینڈ کشمیر سٹیٹ۔

(دآننٛد کول بامزٕی)

وَ سوہنہِ افتابہٕ ڈل ئیٹھِس پیٹھ وَنہٕ چھُ پوان زِ یِلہٕ یہٕ شاہجہان سِندِ وقتہٕ اَندووت

اَتھ منٛز آسہٕ باہ شُتھ لُبۍ ۔ "از بہشت عدن نسیم آمد" (۱۰۴۵ھ مطابق ۱۶۳۵ء)

چھُس مادۂ تاریخ ۔ اَتھ باغس یِس ووٚنۍ "نسیم" ناوٕ مشہور چھُ، نیرِ ہے شیٖہجارس منٛز

جورے ۔ تِتِس رٕہنہٕ کاٗلِس منٛز چھُ اَمیک شُہُل تہٕ سر ییٚہُل ہوا دٕدیٖ مِتین دِلَن ریٛخ

تراوان ۔ یِہ خیٖمس منٛز روزَن والین ہِندِ خاطرٕ باغِ بہشت ! افسوس ووٚنۍ چھُ یہِ محض کشمیر

یونیورسٹی ہِندِ اِحاطک اکھ حِصہٕ بنیوٗ مُت ۔

بیاکھ مشہوٗر بوٗنہٕ باغ اوس الٰہی باغ یُس بشیر خان رضوی ناوِ کٕہ اَکہِ شخصَن نسیم

باغٕہ اَلہِ پلہٕ ترٛشے کلومیٖٹر دوٗر ۱۶۳۹ء ہس منٛز بنوو ۔ اَمہِ ناوُک چھُ ووٚنۍ اکھ گام تہِ اَتہِ

چھےٚ زِ ترٛییے بوٗنہٕ روزمٕتۍ داراشکوہَن تہٕ بنوو اَکھ بوٗنہٕ باغ وٚیٖجہ بیارِ ۔ اَمہِ

باغٕچ ساریوے کھوتہٕ بزرگ بوٗنۍ گیہ کیٚنہہ وری بُرٛونٛہہ زمین بوس ۔ اَتھ اوس

زمینَس پیٹھ ژوٗنژاہ فُٹہٕ لیٖبیٖٹھ ۔ لارنس صاٛبَن چھُ لیوٗکھمُت زِ لولابس منٛز وچھ تِمَو

اَکھ بوٗنۍ یتھ ساڑ ترٛاہٹھ فُٹہٕ لیٖبیٖٹھ اوس[1] ۔ رِواٛیتھ چھےٚ زِ دُنیہس منٛز چھےٚ ساریوے

کھوتہٕ وٚیٖٹھ بوٗنۍ طہران کِہن مضافاتَن منٛز کوہِ البرزس پیٹھ کھڑ ۔ اَمیک لیٖبیٖٹھ

چھُ شٕہاٹھ فُٹہٕ ۔ آنند کول (۱۹۲۵ء) چھُ لیکھان زِ سینٛدرٕہ تہٕ ویٖتھِ ہِندِس ملس

(دیانے پریاگ) پٕنٛژ چھےٚ اَکِس زوٗرِس پیٹھ پرٛاہہٕ وقتہٕ پیٹھٕہ اَکھ بوٗنۍ یوسہٕ نہٕ تھدان

نہٕ ژھوٹان تہٕ نہٕ وِہٹان چھےٚ[2] ۔ جِباتیاتی اصولو موجوب چھُنہٕ یہٕ قابلِ یقین محض اَکھ

غلو (HYPER BOLE) ۔

---

[1] ویلی آف کشمیر ۔ والٹر لارنس

[2] فلور آف برٹش انڈیا ۔ جے ۔ ڈی ۔ ہُکر

بوئہ چھئہ کھسان ہیٚہ ہیٚہ بڑ ہتھ جایہ۔ اما پوٚز یم ہیکن پٔرِ ہتھ جایہ ژوٚہ پیٚتھ
صرف چھ گوڈنکین ژئون پانژن ؤریَن اَکھ واتُن پیوان۔ مٔتیدرن، منٛدرن،
زیارتن، سکولن، کولِہ بٔھکین تہ سڑکہ لبن بیٚنٛتھ چھِنے یِمہ بلخصوص لاگنہٕ یِوان۔ بوئہ
باغ ییٚتہ اکہ طرفہ آبہ کولہ منٛز ہوس بوٹ لنگر انداز چھ آسان چھ ریٚتہٕ کالہ شامس جنت
ہیوٚ باسان بیاتہ ئدی پوٚرنٛش ویٚتھہ منٛز باگ سہ بوئہ زوٗ اخدا زانہ بوٗلی کیاہ چھئہ
بییلکی پائٹھی اکھ پاک تہ پوٚتر کُلی مانہٕ آمُت۔

بوئہ ہنٛدی لنگ لنجہ چھ پانہٕ وٲلی بیٚنیٚ تہ ووٚنٛ یُنہ اکھ چھٔتر بناوان تہ سبز
وُتھرن ہنٛد اکھ جلوٗس چھ لنجن اکھ زمُردی غلاف۔ بختان ییٚتہ پانٹھی چھئے بوٗلی تایہ
ژٔنجہٕ تہ رُدہ منٛز اہین منٛز مُسافرن بناوِتھ منٛز۔ کاریوان رکھی کھر۔ بوئہ گوڈ چھ بعضے
رُہدراژن منٛز چھپن جایے تہ بدس تھاوان۔ گوڈن ہنٛد دِل چھ پھوہر تہ میٚنٛز رنٛگہ
آسان۔ اما پوٚز یہ چھئہ ویر یا پھر لستہ پینکی پائٹھی جمع گژھان تہ ہیچہ أندی أندی اکھ
موٚٹ ژرم بناوان۔ اتھ چھ چاکہ ہوستی رہ بیچی ہوی وہ تھان یم وارہ وارہ ہرتھ چھ
پیوان۔ پرٛ ہتھ ہرٕ ونی دِیلہ کھنٛڈ چھئے اکھ عارضی آرخ بیٚتہ کُن ترٛاوان۔

وٕنٛدس کلتھ چھ ہیٚتہ نہ بوئہ ہنجر پھیران۔ اکی شوٗ نگتھ بامن (WINTER
BUDS) چھ کاڈ کڈان تہ تمن پیٚنٛتھ غلافہ چھئے چار ستی ژھینہ گرُ ہتھ ڈسی پیوان۔ اَدہ
چھئہ سونتہ کہ چننکہ واش کڈ نک بییہ لگان۔ ییٚوٗن گامژ غلافہ چھئے کاژرٕ ٹیکوزی
(Tea-cosy) ہیٚشہ تہ یمن پیٚنٛتھ چھئے مانٛژرٕ رنٛگہ جھٔنٛد (FUR) پژہ بزلان آسان۔

بوئہ ہنٛدی پوش چھ سیٚٹھاہ لوکٹی تہ ساد۔ ییٚتی لوکٹی زِ عام کائشرِ ن چھئہ
بوئہ چھلیہ ہنٛد احساسے گژھان۔ ہیٚتہ بدی بکی پوش چھ یکوٹہ اکے ریوٚنٛز بناوان۔

دوٚیہ پیٹھٕ شن نام رٕینٛزٕ چھہ اَکی سے زاٹوی جِہ لَنجہ پیٹھ جڑِتھ آسان تہٕ اَکھ گرُمن ہیُٚو
بناوان ۔ یوٚدوے بوٗلی دِ جنسی چھےٚ (ربانے نرتہٕ ماڑتہ) توٗتہٕ چھہ نرتہٕ ماڑ پوٗشن ہیُٚون
ہیُٚون آسان تہٕ بیُٚون بیُٚون رٕینٛزٕ تہٕ بناوان حالانکہ نرٕ رٕینٛزٕن ہندی زرٕد
گرُن چھہ ماڑ رٕینٛزٕن ہندین سبزٕ گرُن ہندِ کھوتہٕ اٖدلی تہٕ زاٗدلی آسان ۔ یم گرُن چھہ
سوٗتہٕ جلدے ہُرتھ پھوان ۔ ماڑ گرُن چھہ واراہس کالس کٔلس پیٹھ رٕوٗزِتھ بیُٚول تیار
کران ۔ ماڑ پوٗشن منٛز چھےٚ صرٕ (CARPELS) بیُٚون بیُٚون آسان تہٕ برٕعکس بیہ منٛز صرف
اَکھ سیٖنیہ داین (OVULE) اَمہ علاوٕ چھہ یمن پوٗشن منٛز اسٹرٕیہ ہوی — (STAMI-
NODES) تہٕ آسان مگر تہندی دٔکلہ (ANTHERS) چھِہ پوٗشہِ لینٛدر (POLLEN)
بناوان ۔ ماڑ پوٗشن منٛز (POLLINATION) چھےٚ واوٕ سیتی گرُھان تہٕ بیٚاٗلی
چھکرٕن (SEED DISPERSAL) تہٕ چھےٚ واوٕ سیتی اَنڈوٕاتان ۔

بوٗلی چھِہ کٔشیرِ منٛز یوت کھسان یِہ چھےٚ سرد معتدل خطس منٛز واراہس
علاقس پیٹھ چھکرِتھ ۔ کٔشیرِ پیٹھ وسط ایشیا، افغانستان، ایران وغارہ مُلکن منٛز تہٕ
چھےٚ بوٗنہٕ کٔشیرِ نیبرٕ گرم معتدل آب وہواہس منٛز تہٕ چھےٚ بوٗنہٕ رُونہٕ آمٕتۍ ۔ برٛونٛہ
چھُ اَکھ بوٗنہٕ باغ یس وونی مقاٗمی گورنمنٹ کالیجک احاطہٕ بنیومُت چھُ ۔ اَتھ چھُ منٛز باگ
اَکھ آبشار تہٕ زٕ ترٕیہ بالادرتہٕ اَسہ مٔتۍ خاص مغل باغن ہند آیہ ۔ نینی تال ڈلہ
کِس مشرقی بٔٹھس پیٹھ چھےٚ مے زٕ بچہ بوٗنہٕ وُچھمٕتۍ ۔ جموس ہوٗس گرم شہرس منٛز تہٕ
چھےٚ پروفیسر حسن شہن کینہہ بوٗنہٕ رُومٕتۍ، یمو وونی جوٗانی منٛز کھورتروٗومت چھہ ۔
بوٗلی چھِہ کنہ پھٹمٕتۍ ۔ باقے زوٗزاتن ہندی پاٹھو چھےٚ اَتھ تہٕ لنگ لشہٕ
بوٗنہٕ ہوٗبن کٔلین ہندی نشان (FOSSILS) چھہ امریکس منٛز قریب بن شیٹھ لچھ

ڈری تہٕ یوٗرپس منٛز ترٛہ[۳] کرور ؤری پرٲنۍ۔ بوٗنہٕ ہنٛدی نکھہٕ اَشنا وچھ ہند جنیس بیپھٕ شمٲلی امریکہس تام منٛز منٛز چھکرِتھ۔ یمن ہنٛد تعداد چھُ داہ۔ پانٛژھ چھ امریکہس جنوٗبی علاقس تام محدوٗد روٗدمتۍ۔ بلقے پانٛژھ چھ یم۔

۱- بوٗنۍ (PLATANUS ORIENTALIS) یوٗسہٕ عام طور ہتھ فٹہٕ تھزر تہٕ تیٚنٛترٛہ[۳۳] فٹہٕ لیپٹس تام واتان چھےٚ۔ اَمہٕ کین گرٛنٛن چھہٕ دوٚ یہ پیپھٕ شَتھ تام بھہری رینٛزٕ آسان۔ (ii) امریکی سایَکامور SYCAMORE یا وہایٹ وُڈ (WHITE WOOD) یمینٛک نباتاتی ناو (PLATANUS OCCIDENTALIS) چھُ۔ یہ کُل چھُ اَکھ ہتھ تہٕ شیٹھ فٹہٕ تھوٚد آسان مگر بوٗنہٕ کھوتہٕ ننیک۔ اَمکۍ نرم رینٛزٕ چھ لٕنجن پیپھٕ اَکہٕ اَکہٕ نیران (iii) لنٛدن پلین (LONDEN PLANE) یتھ (PLATANUS ACERIFOLIA) وَنان چھ۔ یہ چھےٚ بوٗنہٕ تہٕ سایَکامورٕچ دوغلہٕ (زلہٕ) ذاتھ۔ سایکامورٕ کھوتہٕ ژھوٹ تہٕ موٹ۔ رینٛزٕ چھس جورٕن منٛز جرِتھ آسان۔ (iv) کیلی فورنیا سایکامور یتھ (PLATANUS RACEMOSA) وَنان چھ تہٕ ییٚس شیٹھ فٹہٕ تھوٚد چھُ آسان۔ اَتھ چھ دوٚ یہ پیپھٕ ستن تام رینٛزٕ اَکس گرٛنٛس منٛز آسان (v) ہنٛد چیٖنی منٛز کھسن ودل (PLATANUS KERII) چھُ باقیو نِشہٕ زیادٕے بیٖوٚن۔ اَمکۍ ڈٔہر چھہٕ اَکھے چالہٕ آسان بلکہ ٹھوٗلہٕ شکلہٕ[۲]

شہرچن بوٗنن چھُ سٔتھاہ دَدارٕ وومرتن۔ یہند تعداد چھُ دوٚہہ بیتہٕ دوٚہہ

---

[۱] انسایکلوپیڈیا برٹانیکا۔

[۲] اِنسایکلوپیڈیا برٹانیکا۔ ایڈیشن ۱۹۷۴ء۔ چھاپ ۱۹۸۳ء

ژھوکان۔ ہیتھ مس ڈیہولس منز چھے درجن واد بوٗنہٕ ہوٚکھتھ اُزجان گامتۍ۔ یمو
سڑکو سر سبز بوٗنہٕ نوُنشہِ اَتھ چھلۍ ہیتہٕ چھ تمن ییٚہ سو رعنائی ہیتھ وہری پوٚت پھیرتھ
یوٚدوٕے نوٚو بوٗنہٕ ین اُزرُوٚنہٕ۔ اَلی ہنٛز کولے خدالیس حوالہٕ! اگاف کورسیہ بیٚنٹھ
ایمپوریس تام چھے ازکل ہوچھمن تہٕ بے زوٗ بوٗنہٕ ہنٛز اَکھ زیٛٹھ تنٛدٕل وو دنہٕ
وودنہٕ رُیٹھ گامتۍ۔ تھنٛد زمردی بوٗشاک چھُ وونی نالوٚد تہٕ سُرٕ رنٛگ کرٕ ژٕ چھُ
بیہٕ لس حالس تہٕ سانہٕ عقلہٕ پیٹھ ماتم کران۔ بیاکھ ہوٗمُتت جموٗ ٹھ چھ ٹوٹا گراونٛدس
رنٛنی موجود۔ بہنٛد ہوٚہ کی چھ زِیٛڈی وجہ۔ اَکھ وُڈ بورر (WOOD BORER) یس کُلس
اَنٛدرۍ اَنٛدرۍ سینٛدر چھ کران۔ بیاکھ گوٚ محکمۂ تعمیراتِ عامہ۔ سڑکن ڈٕڈ، روڈ یا جرتہٕ
کلم ترژاوتھ چھ کلّین ہنٛدۍ موٗل سٕریہ تہٕ ہواہ خاطر ترسان تہٕ پتو جان بجی تسلیم کران
بجن تہٕ گو ہین گاڈہن تہٕ برتھ چھکرن ہنٛد بارٕ سینی تہٕ چھے میٚنٛز دِیہٕ دِینہٕ یتھ کنہٕ ہش
ڈرگرژھان تہٕ موٗلن چھے ژٕ ژٹ گرژھان یا چھینہٕ تم میٚنٛز منز دِرتھ ہِکان۔ بوٗنہٕ بچاونہٕ
خاطر گژھِ سڑکہٕ تہٕ بوٗنہٕ منز خالی جاے آسنۍ۔

ریاستی انتظامیہ چھ وزِ وزِ بوٗنہٕ زِرنہٕ ناوان۔ اما پوز زمیندار طبقہ چھ ویرِ تہٕ
پھر ستس تھزٕ انوائری دِوان۔ تیکیاز یم زِ کُلی ذاتن چھے زوٚد زدتہٕ پوٚنسل۔ بوٗنہٕ خاطر
گژھِ آسنۍ خواجہ خضر نیٛ وانس تہٕ حضرت ایوب صُندٕ صبر۔ تمہٕ علاوہ سیٹھاہ بیکار زمین،
اَما پوٚز سرکاری احاطن منز خصوصن تعلیمی ادارن منز چھے بوٗنی پنٛدیہ لگی ذاتھ۔ سماجی
شجر کاری منصوبس تحت تہٕ چھے بوٗنہٕ نوٗرادِنہٕ یوان۔

بوٗنہٕ چھ سرکاری تحفظ حاصل۔ یہ چھے سرکاری ملکیت چاہے یہ اسونٛن کانٛسہِ ہنٛدس
ذاتی زمینس منز نہٕ رُوٚدتھ۔ کانٛہہ اکھاہ تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ بوٗنی ژٹتھ ما یوٚت نام یہ ہوٚکھِ تہٕ

تۆ یِیہٕ تہِ ییسہِ سرکار اِجازت دِلیس۔ بوٕنہِ ہٹ چھےٚ میز کُرسی بناوٕنہٕ خاطرٕ کار آمد۔ اَتھ چھُ جان پلےٚ وُڈ (۵۰۰۰ س ۸۷۶) تہِ بَنان۔ امایوٚز لٗکھ چھِ اَتھ زِینہِ بدلہٕ زالان۔ زِیٹھُ یہٕ سہٕ ہیٚنچہٕ ژٕ ینہِ ژھیتہٕ گرتھان چھےٚ۔

علامہ اقبالؒ چھُ ونان۔ ع

جس خاک کے ضمیر میں ہو آتشِ چنار
ممکن نہیں کہ سرد ہو وہ خاکِ ارجمند

تیرَ اتھ مشر کوتاہ پزر چھُ!



محمد یوسف ٹینگ

# ژیشٕہ کُج

## کأشرِ تواریخی کُل یُس وۄنی نابوٗد گوٚمُت چھُ

کٲشیرِ ہٕندیٚن فارسی تواریخَن منٛز چھُ اَکھ تیٛتھۍ کُل تقریبن ڈاین
ہَتھ وُرِ بیٚن سفر کران، یُس کٲشیرِ ہٕندِ اکھ شاندار عجوبہٕ اوس مانَنہٕ یِوان۔ تیٚہٕ تاہ
زِ اَکھ وَقتس منٛز اوس یہِ تواریخ نوٚیسن سیٚتی سیٚتی بادشاہن ہٕندِ توجہ ترِ پانس کُن
پھِران۔ اَز چھُ یہِ کُل کانٛہہ سال تہٕ یلہٕ کٲشرِ بن عجایبات ہٕنٛدی پأٹھۍ نابوٗد گوٚمُت
تہٕ شاید چھُ اَمِیُک دَداہ دُنیاہکِس عالم نباتاتس (BOTONY) وۄتمُت تہٕ یہِ خاص
SPECIE چھےٚ واریاہن پراچین چیزن ہٕنٛدی پأٹھۍ ختم (EXTINCT) گامٕژ۔ مگر
کٲشیرِ منٛز چھُ اَمیُک وقوعاتی (TOPOGRAPHICAL) ثبوت اَز تہٕ موجود۔ تہٕ
اَمہِ کِنۍ گژھہِ یہِ کٲشرِ تیٚہٕ یوت کیازِ کُلِ عالمکین نباتات شناسَن ہٕنٛد توجہ حاصل کرن
ہَل تھَل گام ییٚتہٕ یہِ کُل موجوٗد اوس، چھُ بقولِ آرل سٹاین "راج ترنگنی"
ہٕنٛد شلا تھلا۔ سٹاین چھُ وَنان زِ اَتھ شاہہ پیٚٹھ مہاراجہ اننت سٕندِ وقتہٕ اَکھ لَڑآے۔
سہ چھُ ابوالفضلُن حوالہٕ دِتھ وَنان زِ اَتھ شاہہ اوس اَکھ نَنہٕ ٹھٕ کرُن کُل۔ سٹاین
چھُ ابوالفضلنۍ عبارت نقل کران۔ "اگر اَمِچہِ کِنہِ لوکچہِ لنٛجہِ تہٕ زیٛر دِمو، سوٗرے کُل چھُ

سرزٕ براندام سیدان"۔ ستاین چھُ ہل تھل گام پرگنہٕ ییچھس منز درٕج کران۔ سہ چھُ ونان زِ یہ گام چھُنہٕ ووڈ سروے آف انڈیا نقشن منز موجود تہٕ مےٚ تہٕ ہیوٚکنہٕ اَمیُک محل وقوع لبھتھ۔ یِم تواریخ اَسہِ تام واتٕمٕتی چھِ غالبن چھےٚ تِمن منز اَمہِ کُلہٕ کہ گوڈنیچ چشم دید گواہی مرزا حیدر دوغلات (وفات ۱۵۵۱ء) سٕندِس کتابہٕ "تواریخ رشیدی" منز یوان۔ سہ چھُ لیکھان۔

"ناگمہ سرٕ یہٕ تہٕ ہینِس کشیر منز اکھ اہم قصبہ چھُ، چھُ اکھ تیتھ
کُل یُس تیوٚتاہ تھوٚد چھُ زِ ہر گاہے کانہہ تیر کش کرِ۔ سہ واتہٕ اَتھ
تھرس پیٹھ۔ یتھے کانہہ اَمہِ (کُلہٕ چہ) اَکِس لنٛجہ ژھیٚپھ دِوان چھُ ساریٚسے
کُلِس چھےٚ تھٕہ تھٕہ اژان"

اَمہِ پتہٕ چھُ مغلِ اعظم اکبر سٕند وزیر اعظم تہٕ درباری تواریخ نویس ہینِن کتابن آئینِ اکبری تہٕ اکبر نامس منز اَمہِ کُلُک تفصیلی ذکر کران۔ سہ چھُ لیکھان۔

"ہل تھل کِس گامس منز یُس ییچھ پرگنس منز چھُ، چھُ اکھ ٹُنٹھِ
QUIRIN کُل۔ ہر گاہے اَکِھ لنٛجہ تہٕ اَتھہٕ سیتہٕ ژھیٚپھ کرو ساریٚسے
کُلِس چھےٚ تھٕہ اژان۔"

"اکبر نامس" منز چھُ تمیٚ کتھِ بیٚیہ ہن واش کوٚڈمٕت۔ "جہاں پناہن (اکبر بادشاہن) کوٚر خانپور (یتھ اَز ستاین خام پور لیکھان چھُ تہٕ لُکہ زبٲنی پیٹھ تہٕ چھُ خام پور ناوٕ) یینہٕ اَز تہٕ مغل سرائے چھےٚ ییٚس سرینگرا اژون وَتہٕ ہنٛد آخری پڑاو چھُ، سر یہٕ منز قیام۔ اَتھ جایہ چھےٚ باوِل لایق کتھ سہ کُل ییتھ "ہل تھل" ونان چھُ۔ یہ چھُ وَتہٕ ہنٛدِس اَکِس طرفس پیٹھ موجود۔ یہ چھُ وُچھن والین ہنٛدِ خاطرٕ

واقعی اکھ عجوبہ۔ اَتھ چھ بڈٕ مضبوٗط گوڈٕ تہٕ منٛز یِمہٕ حِصہٕ۔ اَتھ چھ واریاہ لنگ لنٛجہ
تہٕ بیٚشمار بێنہٕ وٕتھر۔ ہر گاہے اَتھ کُنہ لنٛجہ زہیر دِموا سأرِسے کُلِس چھیٚے نٔنھٕ نٔنھٕ
اڑان۔ اَمہِ ذأژہٕ ہنٛدی واریاہ کُلی چھ موجوٗد مگر تِمن چھِنہٕ یہِ خأصیتھ۔

اَتھ حوالس بوٗزٕ کیٛنہ چھِ کتابہٕ ہنٛدا انگریزی ترجمہٕ کار بیوٗرنج لیکھان۔
"خان پورُک کُل چھُ ظأہرا تِمے بیٚتھ مُتعلق حیدر دوغلاتَن اِشارہٕ کران چھُ تہٕ ونان
چھُ زِ یہِ چھُ ناگام سرِیہ منٛز۔" اقبال نامہ "لیکھن وول کُلہِ بجایہِ چھُ کُلِس
"ہل ہل" ناو کران۔ حالانکہ ابوالفضل چھُ "ہل تھل" کُلہِ بجایہ گامس یہِ ناو کران
سرجارنج کنگھم سُنٛد خیال چھُ زِ کُل چھُ تِمہِ ذأژ ہنٛد بیٚتھ ——— PRINEOUR
TREQULLA) ونان چھ۔ حیدر ملکہِ ژووڈُر چھُ بیٚیہٕ لِس تواریخس منٛز اَمہِ
کُلیُک ذِکر کران تہٕ اَتھ "ہل تھل" ناو کران۔
"اقبال نامہ" چھُ اَتھ کُلِس "بیدِ لرزان" ناو کران۔" اکبر بادشاہ سُنٛد
بیاکھ" تواریخ "نویس ملا عبدالقادر بدایونی چھُ "منتخب التواریخس" منٛز لیکھان
"مُلکہِ کشیرِس منٛز یِم عجائبات سانہو سپاہو وُچھی تِمن منٛز چھُ خانپورُک نٔلینہٕ
کُل تہٕ یہِ چھُ تیوٗ تاہ SENSITIVE زِ اَتھ چھیٚے کرٲیہِ سیٚتی نٔنھٕ پادٕ گژھان
اَمہِ کرِ گوٚ ڈٔک موچر چھُ "زٕ اَرش" تہٕ اَمیُک تھر زِ گزٕ زیادٕ بہن۔ اَمچہ لنٛجہ
چھیٚے وِریٚیہ بیدِ مجنوٗنس ہیٚشہِ۔ مترجم ڈبلیو ایچ لوی چھُ اَتھ WEEDING-WA
LLOLLA) تہٕ ونان۔ ہر گاہے کانہہ شُر تہٕ اَتھ لنٛجہ اَتھہٕ لاگہِ تہٕ زہیر دِلیس سأری
کُل چھُ نٔنھان تہٕ گژھتہٕ گیوٗر کرُن ہیوان۔
اکبر بادشاہ سُنٛدِس وَقتس منٛز کوٗر "راج ترنگنی" ہنٛد فارسی ترجمہ مُلّا

محمد شاہ آبادِ ین ہیٚس کینٛژن رِوایت کرٕنۍ والین ہنٛدی کینٛہ کاشُر اوس تِمو لیکھو اتھ کینٛہہ مُفصل حاشِیہٕ تہٕ جاین تہٕ ناوَن کرٕن پننہِ زمانہٕ کہِ حسابہٕ دُرستی۔ سُہ چھُ لیکھان زٕہل نٲل گاٹک ذِکر چھُ پننہِ کلہن پننہِ کتابہِ منٛز ناوہٕ ہیتھ کران مگر راجا جینٛا پیڑن یِم پانٛژھ گام پننہِ ویٚنیسہِ (داشنہٕ) جیا دیوی دِتۍ، تِم آسی ہل نٲل نو گام ہیتھ پرگنہٕ منٛز تہٕ ارلنوہٕ سلنوا شہرس (سرینگرس) نزدیک۔ یہ چھُ ہل نٲل گاٹک گوڈنیک ذِکر یُس اَسہِ تام ووتمُت چھُ۔

(بحوالہ راج ترنگنی (فارسی) مرتبہ ڈاکٹر صابر آفاقی)

"تُزکِ جہانگیری" منٛز چھُ شہنشاہ نورالدین جہانگیر پانہٕ لیکھان:۔

"یہ گوس زٕو ڈٕر یِتھ یہ اَنہِ کُکو شکار کرٕ۔ یہ چھُ حیدر مَلکُن آبائی گام۔ مے کوٚر اتھ تور بورناو۔ وَتہٕ پیٹھ اوس اکھ کُل یتھ ہل نٲل وَنان چھِ۔ یتھے امیچ لنٛجہ تھپہٕ لایِو سوٗرے کُل چھُ وتل بُجہ کران۔ عام لُکن ہنٛد خیال چھُ زِ یہ خاص یتھے چھُ فقط اُتھواوت کلِس مگر مے وُچھ اَتہٕ واریاہ کُلہِ یِم اَمی رنٛگہٕ وتل بُجہ کران آسی۔"

یتھ جایہِ گژھہٕ اَکس وَون دِلچسپ کتھ کُن توجہ کرٕن بے محل زٕ ڈٕرنیک حیدر مَلک اوس کشیر ہُنٛد اکھ بوڈ رٔییس تہٕ مُغل بادشاہ جہانگیرُن خاص معتبر۔ "بہارستانِ شاہی" موجوب موٗر تِمی امیہ جکس سیتی زٕ لیتھ نوٗر جہانہٕ ہُنٛد گوڈنیک روٗن شیر افگن بردوان (بنگال) اَکِس گام آرامس منٛز۔ امہِ پتہٕ کرٕ جہانگیرن مہرالنساییٚن پتہٕ نوٗر جہان شاہی خطاب دِتہٕ آو بایس نیٚتھر کرٕ تہٕ برٕ ژٕہٕ حیدر مَلکس حوالہ تہٕ تسے روٗدتس تو نام رٲچھ کران، یُوتانی سو جہانگیرس سیتی خانٛدر کرٕنس پیٹھ تیار گیہٕ۔ حیدر مَلک اوس مہرالنسایہ زٕوڈٕری پننہِ

عالی شان زِنانہٕ مندوریٚن منٛز تھاوِتھ۔ یِلہٕ یِتھٕ نمہٕ جہانگیرس سیٖتی نکاح کوٗرُن تہٕ نوٗر جہان

لقب حاصِل کوٗرُن۔ اَتھ کوٗر یہ تصدیق جہانگیر حیدر ملکن شہنشاہس درخاس زِ

شہ کرِ ژوڈرس لیٚس تمہٕ وِزِ اَکھ ککوٗر کھ ادس نوٗر پورناو۔ نوٗر جہان آسہ

ژوڈرِ تہٕ حیدر ملکس سیٖتی پیٚتراہ منسوب سپٕز منٛز زِ گنٛوہمہٕ صدی عیسوی ہنٛدِس

گوڈنکِس نِصفس منٛز کشیریٖتھ وول سیاح وِگنے (WIGNE) چھُ لُتس ژوڈرِ کین

ٹیلکن ہنٛز کوٗرِتھ "کشیری نرژاو" قرار دِوان۔

اَمہٕ پتہٕ چھ آسی تاریخ واقعاتِ کشیر" از محمد اعظم دیدہ مری یران تہٕ میا یہٕ

مُطالعِکنی چھُ اَکھ منٛز اَمہٕ عجائبات کُلیک اعتری ذِکر یوان۔ اَمیک لیکھن وول

گوڈ ١٧٦٥ء منٛز یمہٕ عالمہٕ تہٕ ظاہر چھُ زِ اَتھ وقتس تام اوس یہ کُل موجود۔ سہ چھُ کشیرِ

ہِنٛدِن عجائبات ہِنٛد ذِکر کران لیکھان:۔

"یچھ کِس پرِگنس منٛز چھُ موضع ہل تھلس منٛز اَکھ کُل یتھ عرعر سفید وَنان

چھ۔ یہ چھُ تیوٗتاہ بار کُل زِ اَتھ تَل چھ کانٛسہِ لوکھ شہِل ہیکان کٔرِتھ۔ مگر اَمہٕ بجر یاد جود

ہرگاہے اَتھ اَکس لنٛجہ ٹھیچھ کرو سارے سے کُلِس تہٕ اَمہٕ کِس گوڈس تام چھُ ننٛہ ننٛہ

اَژان۔ تَوے چھُ تِتھ عرعر وَنان۔ ع

"تنش از فاقہ لرزد چوں درخت ہلہٕ تھل"

وٕنہ یِرٕ مورِخو چھُ گامس تہٕ کُلس رلاوِتھ واریاہ کُھر اَوٗمت مگر یہ کتھ چھےٚ ناکارٕ

زِ یہ کُل اوس اَردا ہمہٕ صدی تام موجود۔ اَتھ کُس سایٖنٹفک SCIENTIFIC

ناد ہیکو دِتھ تہٕ چھےٚ ماہرن ہنٛز کام۔ مگر یتھ کتھ سٕنٛز چھُ واجب زِ یہ کیاز گونٛا وٕد

تہٕ اَنہ کیاز چھیٚنہٕ کشیرِ منٛز اَمہٕ قسمُک اَکھ کُل تہٕ بقایا رُدمت؟ بہرحال یہ کتھ تہٕ چھےٚ مسلّم

نہٕ اُسی ہیکہٕ ہونا یہٕ کلۍ ذاتھ بٮ۪نیہِ نوٚو راوِتھ کیٚنہہ نہٕ مگر "درختِ ہل تھل" روزِ کٔشیٖر
ہنٛدِ اکہِ توارٟخی عجاٮ۪بہ کہٕ حٲژتھ ییٚنہٕ زٕنٛد۔

مےٚ چھُ وِزِ وِزِ لیوٚکھمُت زِ کأشرِ زبٲنۍ منٛز توارٟخ کشیٖر لیکھنہٕ وراۓ
ہیکو نہٕ اُسی یِتہٕ لِس پوٚت کالس پوٚرٕ پہٕ پوٚز زول دِتھ۔ اُمی کلیٚع کنھ نۍ توٚ کاہنہ
چھُ انھ "ہل تھل" وناں یِتہٕ کاہنہ ہل تھلٕک کلٕ۔ کاہنہ بید لرزاں یِتہٕ کاہنہ بیدِ
مجنوں یِتہٕ کاہنہ عرعرِ سفید یِتہٕ کاہنہ بٮ۪نیہِ کیٚنہہ۔ مگر کأشرِ زبٲنۍ منٛز چھُ اُمیٚک اصل
ناد یِتہٕ سائنسی ٔلکہ ژہیتہٕ ؤترس منٛز چھُ اُمیٚک اصل نیب موجوٗد۔ ہرگاہ ہےٚ ناگہ بیہٕھ
ژرارِ شریف پزارِ نہٕ ووکھلو وِ نہٕ نیرو۔ اتہٕ چھُ ماپت نارس ؤسہوٗن اکھ چھٕب یوان۔
ہل تھل گام چھُنہٕ از موجوٗد۔ تکیازِ باسان چھُ زِ کاہنہ ناگہانی بلاۓ مثلن تبٔنیٖل
یا زبردس رۄد پٮ۪نہٕ کٔنہ چھُ یہ چھٕمبی گومُت۔ یہ علاقہٕ ییمہِ جغرافیائی بناوٹک چھُ تمہٕ کنۍ
چھُنہٕ یہ قیاسہٕ نیبر۔ بہر حال مقبوٗل کرالہٕ وارِ نہٕ "بودی منگی" یا ٹھو چھُ یہ گام تہٕ بے
چراغ گومُت۔ البتہٕ چھُ اتہٕ اکِس نبرس ازتہٕ "ژینتہٕ کجھ" وناں یِتہٕ یہ ناد چھُ پٹوارِن
ہنٛدِس خسرہٕ گرداوری منٛز تہٕ درج۔ اَتھی شایہِ چھُ یہ کل او سمُت تہٕ اکھ اُسی ژینتہٕ کجھ
وناں ییس اکھ لاگنہٕ سیٹھا ژینتہٕ اوس کران۔ از چھُنہٕ یہ کل موجوٗد۔ مگر یہ چھ
سانہٕ توارٟخی وراثتٕ ہنٛد اکھ حصہ یِتہٕ سانہٕ ٔلکہ ژہیتہٕ ؤتریک ژوٚنگ۔
اَمہِ کنۍ چھُ کأشر توارٟخ لیکھنُک ضروٗرت تہٕ واضح گژھان۔ باسان چھُ زِ
پنٛژو وٕسہ یِنہٕ کنۍ یا تبٔنیٖل گژھنہٕ کنۍ چھُ یہ کل ختم گومُت تہٕ پتہٕ رۄد صرف
اَمہ جایہِ ہنٛد ناو تہٕ پتش۔ اَمہ عجاٮ۪باتک کُن نِشانہٕ "کجھ" ونٕنہٕ کنۍ چھُ باسان زِ
یہ آسہے یِتہٕ زیادِ تھوٚد تہٕ نوے چھُ عبدالقادر بدایونی ہنٛد بیانٕ پزرس
نکھہٕ باسان۔

نشاط انصاری

# وازوان

تواریخ چن کتابن ہنٛد مطالعہ یتہٕ چھےٚ یہ کتھ صاف سپدان زِ انسانہٕ ہنٛد زمینس پیٹھ قدم تھاونہٕ پتہٕ ییٚو سہٕ تس اہم ضرورتھ محسوس سپز سو آسہٕ تس پنٕن نفرٕ بر بچ ضرورتھ سپٕد ہیوا کھ بنیادی ضرورتھ اوس نہٕ تس تمہ وِز پانس اندری کیٚھ بظاہر امکانے۔ امایوٚ ز قدرتن چھےٚ انسانس اَشرف المخلوقات آسنہٕ سببہ بیین تمام جاندارن پیٹھ برٕ ہتھ زنگہٕ فوقیت عطا کرمٕژ۔ امہ فطری تھزرہٕ تہٕ بجر کنی ہیٚکہ انسانن بتہٕ زمینس پیٹھ نموٗدار سپدِتھے پننس شعورس کام ہتہٕ پانس کھوٗتہٕ کمزور جاندارن لوٚگ سہ پنٕنۍ تنھتہ مغلوب کرنہٕ۔ یوٚت دوے سہ انسان پننہٕ نفرٕ بر ہٕ باپتھ جنگلی سبزین، میوٚن تہٕ کلی دلن گوڑ گوڑ کام ہیٚنہٕ لوٚگ، اَمہ سٕہ اوس نہٕ پننہٕ کنی مطمئن اَتھ محدوٗد قسمہ کس کھینہٕ چینہٕ کس طریقس پیٹھ ہیمہٕ کنی سہ اکھ متبادل وتھ ژھانڈنہٕ خاطر مجبوٗر اوس۔ گوڈنچن غارن تہٕ کلی دٕرن اندر زندگی بسر کرن والیس گوڈہ کالہٕ کس بن مانس جالہٕ انسانس متعلق چھےٚ تواریخ عالم چن کتابن اندر امی انمانہٕ درج کرنہٕ آمت زِ گھوٚمن جنگلس بیابانن تہٕ بالہٕ درن اندر اوس انسان مادر زاد آیہ روزان تہٕ تیز نوکدار کنو تہٕ پتھر وِ ے ہِوو اوزار وسیتی اوس پانس کھوٗتہٕ ؤسی باپتہٕ کین تہٕ تس اذا واتناونٕ والین جنگلی

جانوَرن تہٕ وُڈٕ وٕہِن جاندارن ہُنٛد شکار کرِتھ پَنُن نفرٕ رٕنہٕ پاکِنہٕ وَرآے بَران تہٕ اَتھ طریقِ کارس اَندر اوس نہٕ گوڈٕ دورِکِس اِنسانَس تہٕ اَکِس دٕرِندٕرس اندر کانٛہہ بیکھیر فرق ۔ یہ غالب مغلوب فلسفہ چھُ گویا گوڈٕ دوہہ پیٹھے اوسمت نہٕ وُنی کینس تہٕ چھُ یہ فاسفہ چلان تہٕ آیندٕ تہٕ روزِ چلہٕ وُن تہٕ اَمیُک اِطلاق چھُ جمادات، نباتات حیوانات تہٕ انسانن پیٹھ یکسان طور سپدان۔ مطلب چھُ یہ زِ ییتھ دُنیہس اندر چھُ کم پایہ تہٕ ادنیٰ چیز تھدِ پایہ کین چیزن ہُنٛد غذا بنان۔ ڈاکٹر اقبال چھُ توے یہ حقیقت بیان کران زِ ع

ہے جرمِ ضعیفی کی سزا مرگِ مفاجات

مولانا رومی چھُ غالب مغلوب فلسفہ پننین یمن ترٛین شعرن اندر سیٹھاہ سہل طریقس اندر ظاہر کران ۔

خلق بخشد خاک را لطفِ خدا

تا خورد آب و بروید صد گیاہ

باز خاکے را بہ بخشد خلق

تا گیاہش زِ خورد      طلب

چوں گیاہش خورد حیواں گشت رفت

گشت حیواں لقمۂ انساں رفت

مطلب چھُ یہ زِ رٕوِ یہ زمینس پیٹھ ییتیاہ تہٕ نباتات چھ تم چھ زمینکی اَجزاہ ہیتھ پنُن غذا پاد کران۔ حیوانات چھ نباتاتو نشہٕ بالاتر آسنہٕ کِنی نباتاتن پیٹھے پلان۔ انسان چھُ چونکہ حیوانو کھوتہٕ اشرف۔ لہذا چھ حیوانات انسانہٕ سُنٛد

مرغوب خاطرٕ غذا بنان۔ ائمہ غالب مغلوب فلسفس پٮ۪ٹھ چھاپ چھےٚ انسانہٕ سٕنٛدِس ذہنس پٮ۪ٹھ تمہِ وقتہٕ پٮ۪ٹھٕ ائمت ییلہِ یہِ آدم ٲسۍ زمینس پٮ۪ٹھ نموٗدار چھُ سپدمُت۔

وَق گُزرنس سٟتۍ سٟتۍ ییمہِ وِزِ انسانن زمینہِ اندر پننہِ ٹھہرِ باپتھ ابا ضابطہٕ طور مختلف ذاٸقن ہنٛدۍ اجناس وہ پیداوار شوٗد لبٕ ووٚلۍ تہٕ زمینہِ اندر فصل حاصل کرنُک ارادٕ کوٚرُن۔ سہٕ آو جنگل ترٲوِتھ پانٕ تھلین کُن تہٕ یتھٕ پاٹھۍ لوٗگ سہٕ نا گہ رادنہٕ کوٚلہ بٹھین پٮ۪ٹھ ارادتن سکونت کرنہٕ تہٕ وارٕ وارٕ سپُد سہٕ زمینہِ منٛز مختلف اجناس پاد کرنس قابل تہٕ ییمہِ وقتہٕ انسان اکھ اہم ضرورتس اندر سمٹھاہ کامیابیہٕ خود کفیل سپُد سہٕ لوٗگ پننس کھیٚنس چیٚنس اندر شعوری طور تبدیلیہِ انِنہٕ۔ تہذیب وتمدُن کِہ زیورٕ سٟتۍ پانہٕ وکرنہٕ پتہٕ آدس رنٛگہٕ رنٛگہٕ تہٕ مزدار ضیافژ تیار کرنُک خیال تہٕ تِمن ضیافژن ہنٛدِس بناوٕنس منٛز اوس تسنٛدِ خاطرٕ بنیادی چیز ماز، ییمیٚک ابتداٗ انسانن گوڈٕ دہ ہہ پٮ۪ٹھے اوس کوٚرمُت یوٗہے ماز چھُ انسانہٕ سٕنٛدِ غذاہُک سہٕ اہم جُز ییُس طبی لحاظٕ تسنٛدِ نشو ونماہٕ تہٕ قوتِ مدافعتہٕ خاطرٕ سٮ۪ٹھاہ ضروٗری چھُ مانٕنہٕ یوان۔ یتھ توٗرِ فکرِ زِ ماز اکی طریقہٕ کھیٚنس اندر چھُنہٕ صحیح لذت حاصل سپدان تہٕ کیازِ گوڈٕ گوڈٕ اوس ابتدائی دورُک انسان نیوٗلے ماز کھیٚنُک عادی بنیومُت۔ ییمہِ وِزِ تمۍ نار ہیوٗ اہم چیز دٔریافت کوٚر تمۍ ہیوٚت تُبرِ تھ ماز استعمال کرُن۔ یہِ طریقہٕ ورتاونہٕ پتہٕ وارِ یاہ کالہ آیہِ یتھ ماز کھیٚنہٕ باپتھ کانہہ متبادل طریقہ اختیار کرنُک ظوٗن پیومُت تہٕ پننِس ارتقاہکِس ترٕ ییمِس مرحلس پٮ۪ٹھ آیہِ تمۍ ژٕنتھ ماز کھیوٚن شروٗع کوٚرمُت۔ اِنسان چھُ نکہ جالی قدرن ہنٛد عاشق

شیدا تہٕ یہِ لطیف جذبہٕ تھاوُنہٕ کِنہِ آسن تِمہٕ لذیذ تہٕ ذائیقہ دار چیزہٕ ضیافژ
بناوُنہٕ خاطرٕ دار یاہ کوٗشِشہٕ کرِمژ۔ یہِ ورتاو چھُ دُنیہس اَنٛدر پژٕ ہتھ جایہ
یکسان طور چلہٕ وُن روٗدمُت۔ اَما یِم مُلک تہٕ خِطہٕ تاریخی لحاظٕ تہذیب تہٕ
تمدنٕکۍ قدیم مرکزٕ آسی مانٛنہٕ یِوان تِم دژایہ اتھ دورِ اَنٛدر برٛونٛہہ۔ چنانچہ وسطِ
ایشیاکیو مُلکو مَنٛز روٗد زیادٕ یہِ ایران اتھ اَنٛدر ہمیشہ ماز وار یاہ طریقو تیار
کرنس اَنٛدر روٗدی یِم جدت تہٕ نوٚبر یادٕ کران تہٕ ماز نِشہٕ رَنٛگہٕ رَنٛگہٕ ذائقہٕ دار ضیافژ
بناونس مَنٛز یُس رول ایرانیو ادا کوٚرمُت سُہ چھُ ثقافتہٕ کہِ تاریخُک اکھ اہم باب یِمیُک
زیادٕ اَثر سانہِ کشیرِ پیٚٹھ سیدِ سیوٗد پیوٚو تہٕ کشیر اَنٛدر اسلامک ظہوٗر سیدٕ پیٚٹھٕ
تژوٗد ایرٲنی کلچرن تہذیب و تمدنَن تہٕ ثقافتَن پننہِ زندگی ہَنٛدِس پژٕ ہتھ شوٗبس
پیٚٹھ پننہِ پوشہٕ وُن اَثر تہٕ اَتھی اثرس تحت دِتی ایرانَن سانِس لباسس گلوبند،
موزٕ، دستار، موزٕ بند، رُمال، سینہٕ بند، ایزار، ایزار بند، کُلاہ، عرق چینی،
اَچکن، شیروٲنی، چوغہٕ، عبا، قبا بیترِ ہِوی نوٚی ناو۔ گہنہٕ پانٛژ اَنٛدر دِتن حلقہٕ بند
دسوانہٕ، پازیب، انگشتری تہٕ بازوبند۔ یِتھے پأٹھۍ دِتن کھین چین کین ناوَن
اَنٛدر کُلچہ، باقرخانی، فرنی، شیرمال، شُتنجن، پولاو، زردٕ تہٕ نان، ماز نِشہٕ تیار سپدَن
واجینن ضیافژن تہٕ رسمس اَنٛدر دِتن کباب، روغن جوش، طبق ماز، آب گوشت
یَخنی تہٕ قورمہٕ تہٕ یہِ سِلسِلہٕ روٗد پیتہٕ چلہٕ وُن تہٕ زیادٕ زیادٕ اہمیت پراوان۔

ماز مختلف طریقو رَنہٕ خاطرٕ آو پتہٕ اَکھ خاص کأری گر طبقہ تہٕ بارسس
تہٕ اَتھ طبقس پیوو ناو یُس دراصل سنسکرت کہِ "واج" لفظُک کأشُر ناو چھُ۔
وازٕ چھِ یِمہٕ مَنٛز دار ضیافژ چھے سیٹھاہ ہَمارژ تہٕ اکِہ خاص طریقہٕ کِنہِ تیار یوان کرنہٕ۔

یتھ زن واریاہ ہیوٚ دٕ ہُر چھےٚ پیوان تُلنی تہٕ سو جاے ییٚتہٕ یم مخصوٗص سِنی رٔنِنی
چھِ پیوان۔ اگرچہ عام طور ساہنیو محدوٗد باورچی خانو نِشہِ کُشادٕ تہٕ بدوٗن آسنی تہٕ اَمہِ خاطرٕ
چھُنہٕ سانہِ روزمرٕ زندگی اندر کأم دِنہٕ وول داشہر بکار پیوان۔ بلکہِ اگرچہ اَمہِ باپتھ
اَکھ بوٚڈ نارٕ الاوہ آسُن نہٕ تہٕ زیٹھہِ زیٹھ وُر۔ یتھ پیٹھ بجہ بجہ دیگہ، دیگچہ
منجولہٕ تہٕ بٲگنے قسمن ہندی باہنہٕ چھِ نارَس پیٹھ تھاونہٕ یِوان۔ گویا یہ جایہ ہنن
چھےٚ اکہِ قسمک وان آسان۔ یعنے ہیٚتہ وادلکن ہندرِ کھینہٕ چینہٕ خأطرٕ بتہٕ تیار کرنٕچ
مخصوٗص جاے۔ توٚے چھُ اَکھ وازٕ وان ناو تھاونہٕ آمُت۔

وازوان چھُ اکثر خوشی کھاتدرن ہندِس موقعس پیٹھ بناونہٕ یِوان تہٕ اَکھ
پیٹھ چھُ سیٹھاہ بوٚنشہ ٹوٚنک خرچ یِوان کرنہٕ تہٕ عام طور چھِ بڈی بڈی سرمایہ دار تہٕ
دھنہٕ وٲلی ہاو باوٕ موکھہٕ اَکھ اَکِس پیٹھ سبقت نِنہٕ خأطرٕ کوٚبیٹھ واد مازٕ مارانٕ۔ اَمہِ
وازوانہٕ باپتھ چھُ ژھاولین تہٕ کٹھن ہندہ ماز لگان تہٕ اَمکی سِنی یِیکوان چھُ کیٚنہٕ
مازٕ کیو مختلف نائو نِشہِ محنتہٕ سان بناونہٕ یِوان۔ وازٕ چھُ گوڈٕ کیٚنہٕ ہند بوٹانو منٕزٕ
مازَس ژٕ آر کرِتھ شٕراکہِ سیتی ژٕ ٹان تہٕ الگ الگ تھاوان۔ مثلن کبابہٕ خأطرٕ گرتھہِ چرِبہٕ
ورأے تہٕ پچھہرٕ مازٕ آسُن تہٕ یہ چھُ اکثر رانہٕ یا کنگوٗس ڈلونہٕ یِوان۔ اَمہِ پتہٕ چھُ پچوٗس
تٔمتس پیٹھ اَکھ مازَس شٕراکہِ سیتی ریزٕ ریزٕ یِوان کرنہٕ۔ سیتی سیتی چھُ اَتھ اندر
لیدرِ ورأے سأری مصالحہ یِوان ترٲونہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ چھُ اَکھ اندر ٹانٹھ بادٕ کرنہٕ
خأطرٕ ٹھوٗل یِوان ترٲونہٕ۔ اَمہِ طریقہٕ چھُ یہ سیٹھس پیٹھ پانے ڈٕرتھ ہہکان۔ یم سیٚنہٕ
چھِ پتہٕ وُہونین تیو نگلن پیٹھ تھاونہٕ یِوان۔ تہٕ ییٚتھ پاٹھی چھُ کبابہٕ تیٚزنہٕ یِوان
تو پتہٕ چھُ یہ فرٔے یِوان کرنہٕ۔ اَدِ گو ترامہِ پیٹھ سجاوُن۔ طبق مازٕ باپتھ چھےٚ

کیٚنہٕ شٕنز لٔر کاڑٕ لگان۔ گوڑٕ چھُ لٔر پیٚٹھ پاکس یوان لاگنہٕ تہٕ پتہٕ چھ اتھ مستطیل
شکلہِ ہنز کھنجہٕ ژٔٹھ گیوس اَندر تیوٚتاہ تلنہٕ یوان زِ یہٕ گژھہِ پانَے خستہٕ سپدُن۔
رِستہٕ بناونہٕ باپتھ تہٕ چھُ رانہٕ تہٕ کنگوٚرک مازٕ ے لگان۔ یہِ چھُبنہٕ تختس پیٚٹھ دگنہٕ
یوان۔ بلکہ چھُ یہِ کنہٕ پیٚٹھ گوش پرِ سیٚتی تیوٚتاہ دگنہٕ یوان زِ امیُک رنگ چھُ چرب
رلاونہٕ سببہٕ سفیدی مائل بنان تہٕ چربہٕ اتھ اَندر استعمال کرنہٕ سیٚتی چھ رِستہٕ
دیگہِ اَندر پانَے ہُنان تہٕ لوکچہ بالہِ بوٚتھ بنان۔ دگنس دوران چھہ مازٕ اَندرٕ ریشہٕ تہٕ
رگہٕ نیبرٕ یوان کڈنہٕ۔ اَز دَہ وُہ وَری بروٚنٛہہ اوس رِستہٕ ماز کنٛژرَن اَندر دگنہٕ یوان۔
آب گوش بناونہٕ باپتھ چھُ لیچہ ہُنٛد تہٕ کنگوٚرِ ماز استعمال سپدان۔ یہِ چھُ امِس دودس
اَندر پکاونہٕ یوان تہٕ آبہ بدلہٕ چھُس مازٕ شوربہٕ رلاونہٕ پتہٕ وارِیاہ پاکھ یوان دِنہٕ تہٕ تمام
وازہ وانہٕ اَندرٕ چھُ آب گوشتس یوت بےضرر تہٕ مرغوبِ خاطر سیٚتھُن یوان ماننہٕ۔ اتھ تہٕ
چھنہٕ لیڈر یوان تراونہٕ۔

روغن جوش چھُ خاص طور کیٚنہٕ ہنٛدِس بوکتٕرس بنان۔ اتھ چھُ مصالہٕ
علاوٕ زعفران نتہٕ موولہِ رنگ تراونہٕ یوان۔ باقی کیٚنہٕ تانن ہُنٛد ماز تہٕ چھُ اتھ لگان
تہٕ روغن جوش چھُلی گژھن سیٚٹھاہ پوٚٹھ آسنہٕ۔ امیُک شوربہٕ چھُ انتہایی
لذیذ بنان۔ ہنٛدی روغن جوشہٕ خاطرٕ گژھہِ چانٛپھ ہُنٛدرٕ ماز آسُن۔ اتھ تہٕ چھُ تمام
مصالو علاوٕ رنگ کھسنہٕ خاطرٕ یا تہٕ زعفران یوان تراونہٕ نتہٕ موولہِ رنگ۔

گوشتابہ چھُ رانہٕ ہنٛدِس تہٕ کنگوٚرِ مازَس بنان۔ گوشتابہ ماز تہٕ چھُ رِستہٕ مازٕ کوٚ
پاٹھی گوش پرِ سیٚتی کنہٕ پیٚٹھ دگنہٕ یوان تہٕ سیٚتی سیٚتی چھُس ٹاٹھ کھسنہٕ باپتھ چرب
تہٕ یوان رلاونہٕ تہٕ لیڈرِ ورائے چھُ اتھ باقی مصالہٕ دگنس اَندر ملاونہٕ یوان۔



قالینَس پیٹھ خطاطی ہنٛدی نموٗنہٕ

اَمہِ پتہٕ چھُ زامتِس دوٕ دِس اَنٛدر بہٕ خوٗب پاکونہٕ یوان ۔ اگر اتھ چربی ترٛاوٕنہٕ ییہِ نہٕ تیتِھ تہٕ ہیکہ یہِ ڈٕرِتھ تہٕ بیٚیہِ ہینہٕ یہِ دیگہِ اَنٛدر ۔ گوشتابہٕ یُس تاہ بوڈ آسہِ بنوومُت تیوٗناہ چھُ سُہ وازٕ فنکار یوان مانٛنہٕ ۔ دانہِ وَل قورمہٕ یا پھتہ گٕرتھ سیٖنٛک ماز آسُن یہِ تہٕ چھُ زامتِس دوٕ دِس پلیٹھ بنان ۔ البتہٕ چھ اتھ سبز دانِوَل ترٛاوان ۔ توے چھُ اتھ دانہِ وَل قورمہٕ ناو آمُت تھاونہٕ ۔ ڈٔنی یا دٔنہِ پھوٗل بناوِنس تہٕ چھُ رانہٕ یا کُنٛگُ کِنٛک ماز لگان ۔

میٚتھہِ ماز چھُ کیٚتہٕ ہٕندرس ڈٔمبس تہٕ میتھہِ بنان ۔ مَرزٕ وانٛگن قورمہٕ خاطرٕ چھُ پٔرہتھ کیٚتہٕ تانکہ ماز لگان تہٕ اَتھ چھِ مَرزٕ وانٛگن ژٕری ہیہن ترٛاونہٕ یوان ۔ تارکھ ماز چھُ کنٛشگوہی گوڈن بنان ۔ یِمو ؤرایٚیٹیو علاوٕ چھہ بیٚییہِ تہٕ کیٚنٛہہ قسمٕ ایجاد آمٕتی کرنہٕ ۔ مثلن زٕرشہِ قورمہٕ، کشمش قورمہٕ، پمپوش ٹھوٗل، تارکھ ٹھوٗل یِمو علاوٕ چھِ مختلف قسمن ہٕنز ژٕٹنہِ تہٕ وازٕ وانٛگ اہم حصہ بنیمٕژ ، یِمن منٛز کاجوٗرٕ بیٚٹی تہٕ سبز مَرزٕ وانٛگن ژٕٹنی قابلِ ذِکر چھےٚ ۔ گاڈٕ کبابہٕ شامی کبابہٕ تہٕ ژامن تہٕ چھہ وازٕ وانس اَنٛدر شامِل ۔ اَمہِ علاوٕ گوٗد کو کٔرٕ یِس صرف فرٔشے کٔرِتھ ترٛامہِ پلیٹھ چھُ یوان تھاونہٕ ۔ اَمہِ ؤراے گوٗد پلاو تہٕ مُتنٛجن تہٕ ۔

وازٕ وان چھُ چونکہ اسلامی کلچرٕ تہٕ ثقافتُک اکھ لوٗبہٕ وُنی پیشکش ۔ لہٰذا چھُ اَمیُک زیادٕ پھہن چلے جاو مُسلمانن اَنٛدر رہے تہٕ یِمہ وِزِ محفلن اَنٛدر وازٕ وان پیش چھُ یوان کرنہٕ ماژور ژورنفر چھِ یکوٹہٕ اکِس ترٛامہِ اَنٛدر بتہٕ کھیوان تہٕ وازٕ وانہٕ اَنٛدر یِمہ ضیافژ ترٛامہِ پلیٹھ بٔروٗنٹھے سجاونہٕ چھہ یوان تِمن اَنٛدر گوٗد کباب طبق ماز، میٚتھہِ ماز تہٕ کو کٔرٕ تہٕ ڈٔنی قابلِ ذِکر ۔ ماباقی قسم چھِ ہٕنہِ ہٕنہِ گردِش ہٕندرس

نادس تحت ترٛامہِ پٮ۪ٹھ یِوان ترٛاوٕنہٕ تہٕ گوڈٕ گوٚڈٕ رِستہٕ ترٛاوُن یا اَمہِ پَتہٕ روغن جوش پَتہٕ دانہِ وَل قورمہٕ، پَتہٕ آب گوش، پَتہٕ مَرٕزٕ وانگن قورمہٕ تہٕ پوٚتُس گوشتابہ بیٚیہٕ فُل سِٹاف تہٕ چھِ ونان۔

وازٕوان چھُنہٕ وۄن کٲشِرِ تام مٕتھے محدوٗد رٔوِمُت۔ بلکہ چھُ یِہ کٲشِر نیبرٕ تہٕ پسند یِوان کَرنہٕ تہٕ یِیٚتِکی وازٕ چھِ مُلکس اَندر تہٕ مُلکہٕ نیبرٕ تہٕ وازٕوان بناونہٕ باپتھ طلب یِوان کَرنہٕ تہٕ یِہ چھُ یِیٚتہِ کِس سِیاستس اَندر تہٕ اہم رول ادا کران۔



جی۔ ایم۔ آزاد

# ہانگُل

ہانگُل چھُ اَکھ جنگلی جانوَر۔ کٔشیرِ ہِندین جنگلی جانورن منٛز چھُ یہ سارِوٕے کھوتہٕ
اہم مانٛنہٕ یِوان۔ یکِیشارٕ کٔشیرِ نیٚبر چھِنہٕ یِتھ ہیو ہانگُل بیٚیِس کُنہِ جایہِ میلان۔ صرف چھُ یوٗرپِ
کِس ہانگلس اَمِس سیٖتی ہِنا بِشرٕ دُنی یِہکین باقے علاقن منٛز یِم ہانگل موجوٗد چھِ تِمو لِشہِ۔
بالکل مختلف آسنہٕ کِنی چھےٚ اَتھ اہمیت۔ جانوَرن متعلق عِلمہ کِس تہٕ سائنسکِس شوٗبس منٛز تہٕ
طاکارہٕ یہ چھُ کٔشیرِ ہُندٕ اَکھ مخصوص جانور تہٕ کاشرِ زبانۍ منٛز چُھس لفظِ "ہانٛگُل" اَمِس ناو دِنہٕ
آمُت۔ چھُ شہ چھُ اَمہِ ہُندِس سائنسی ناوَس یلہٕ CERVUS ELAPHUS سیٖتی تہٕ پیوستہٕ
کرنہٕ آمُت۔ تہٕ نوٚوے چھُ اَمہِ ہُندٕ پوٗرٕ سائنسی ناو — CERVUS ELAPHUS
HANGLU) مقرر کرنہٕ آمُت۔ یِمہِ ساتہٕ یہ ناو کُنہِ جایہِ تہٕ ہیٚنہٕ یوان چھُ تہٕ سون توجہ
چھُ پانے کٔشیرِ ہُندِس ہانگلس کُن گژھان۔ مگر بدقسمتی چھےٚ یہ زِ یوٗتاہ اہم جانور آسنہٕ
پتہٕ تہٕ چھُ کٔشیرِ ہُندین باقے جانورن مقابلہٕ اَمہِ ہُند تعداد تیتھ کِنی ژھعہ کان روٗدمُت
زِ اگر نہٕ کینٛہہ وَری بڈٕ و نہٕ حکومتُک توجہ اَمہِ کُن پھِرِنہٕ یییہ ہے، شاید آسہے وُنی کِہِس اَمہِ ہُند
کانٛہہ نِشان لبُن ناممکن تہٕ کیا زٕ۔

۱۔ رِتھے تہٕ ہوٚٹ وُچھنے ہانگل شکار کرُن    ۲۔ بلا اجازتہٕ تہٕ زورِ ژھیٚپہ ہانگل شِکار کرُن

۳۔ جنگلن تہٕ وَنَن منٛز ہانٛگلہٕ سٕنٛز چھیپن جایہٕ ہنٛز تباہی یعنے جنگلک کھُل ختم گژھن، کُلین کٹین ہنٛز کٹائی، مرگن تمام سڑکہٕ وانتہٕ تہٕ جنگلی گاسس پیٹھ پے یوت ہانٛگلہٕ سٕنٛد گزارٕ سپدُن۔

۴۔ کینٛہہ شَن وحشی جانوٗرن ہٕنٛدِ ڈسہٕ ہانٛگلہٕ سٕنٛد مارٕ گژھن۔ چھِ کینٛہہ تمہٕ وجوہات یِمو کِنہِ اَہنٛز آبادی بے وایہٕ ژھوکان گیٔ۔

حیوانن متعلق عٔلمہ کہ تحقیقہٕ مطابق چھ دُنیہس منٛز ہانٛگلن ہٕنٛدی ۲۳، قسم تہٕ یِمو ترٛستھو قسمو منٛز یُس اکھ کٔشیرِ منٛز چھُ سہٕ چھُنہٕ کٔشیرِ نیبر بییہٕ کُنہ جایہٕ تہٕ موجود۔ اَدے چھُ یہ دُنیہکین باقے لوکن نِشہِ کٔشیرِ ہٕنٛدو عجائباتو منٛز اکھ عجیب تہٕ اہم جانوٗر مانہٕ یوان۔ ماہرن ہٕنٛدِ وَنہٕ کِنہِ چھِ ہانٛگل ذاتھ پننہٕ ارتقائی عملہٕ دوران کاشرِ ہانٛگلہٕ سٕنٛزِ شکلہِ منٛز پننہٕ ارتقاہکس آخری حدس تام واتِیمتہٕ۔ لہٰذا چھُ کٔشیرِ ہٕنٛد ہانٛگل باقے تمام قسمہٕ کین ہانٛگلن سٕرس۔ یہ چھُ CERVUS خاندانکس تتھ طبقس ستی تعلق تھوان یُس یِمہٕ طبقکی جانوٗر پننٛین بچن دہ دہ دوان چھ۔ ہانٛگل بچہ تہٕ چھُ پننہ ماجہ تتھے کنی دہ دِچوان بچہ کنی گاو دوٗرٕ تھ چوان چھُ۔ یہ سٕہ مادٕ (ہانٛگل) آسان چھےٚ تس چھ اَسی مینہ مرٛدنان۔ یہ چھےٚ ہینٛگو ورای آسان۔ اَمس چھےٚ پنٛنہ مینٛدن دہ ژانٛگن منٛز بالک ژور بہٕ آسان یہ چھِ دہ یہ وہری پِرٕلسان تہٕ اکہ وقتہٕ چھےٚ اکھ بچہ دِوان۔ ہانٛگل ہیکو اَسی پننہٕ طبقہٕ کین جانوٗرن مقابلہٕ دوٗرٕ بپرٕ ژاوتھ۔ یہ چھُ ہینٛگہ پیٚچھ گرٛنہٕ آسان۔ بنیادی چھ اَمس کلس پیٹھ کنہ دوٚ چھِ طرفہٕ اکھ تہٕ کھوورِ طرفہٕ اکھ ہینٛگ آسان۔ ییم چھ اَمس تھپنہ پننہٕ پتہٕ دہ یہ وہری نیران۔ ییمن ہٕنٛد زیچھر چھُ برابر برابر آسان۔ دوٚیمہ وٚری یہ چھِ ییم دہ نوٚے وٚسی ہیوان تہٕ نیران چھِ ژور۔ ژورٕ ومنٛز چھُ نوٚہن دوٚن ہینٛگن ہٕنٛد زیچھر پانہ وٲنی برابر تہٕ پیدا ہنو دہ یو کھوتہٕ

ہُر یمانہٕ آسان یہِ سلسلہ چھُ برابر ژٕھن ؤری یَن تام چلہٕ وُن روزان۔ شیٖنیہِ وٕہرِ چھہ ہانٛگ
نیٖرِ لٕی نبٕند گژھان۔ گویا امہِ وِزِ چھیٚ اٲہنز واٲنش آٹھ ؤری آسان تہٕ ہانٛگن ہُنٛد کُل تعداد
چھُ باہ ۱۲ آسان شیٚ اکہِ طرفہٕ تہٕ شیٚ بیٚیہِ طرفہٕ۔ دوٚن بڈٕن موٗلہٕ ہانٛگن ہُنٛد زیٖچھر چھُ
سوادٕن ژدٕن فُٹن تام تہٕ لبنہٕ آمٕت۔ ؤسی پیمتی ہانٛگ چھہ جمع کرنہٕ یوان۔ یِم چھِ یوٚنانٕی
دَوہِن سیٚتی نژادنہٕ یوان یا چھِ گیہتھ دواکیتہِ لاگنہٕ یوان یا چھِ گرن منٛز سجاوٹہٕ خاطرٕ تھاونہٕ
یوان۔ یہِ چھیٚچل ہانٛگہٕ کلہ کرِتھ چھُ ہانٛگُل سیٚٹھاہ مارٕ موٚنٛد باسان۔ اٲہنز واٲنش چھیٚ زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ پٮ۪نٛژہٕ ۲۵ ؤری تام۔ وَزن چھُس ۴۵۰ پونڈ (لگ بگ ۲۰۵ کلو) آسان۔ زمیٖنہٕ پیٹھٕ
ہیٚوٗرکُن چھُ اوٚہ ہُنٛد تھٔزر اَلہٕ پلہٕ ژور فُٹہٕ لبنہٕ آمٕت۔ رنگ چھُس کم کرٕتھ نیٖلہٕ یار سان میٚٹرٕ
رنگ ہیوٗ آسان۔ ژٔمہِ پیٹھ چھُس کٔنٛژ جنٛھ آسان۔ بُتھ چھُس تیتھے کٔنٛژ زیوٗٹھ یتھ کٔمی گاوَ آسان
چھُ۔ کَن چھِس ہُڈی تہٕ کھڑا آسان۔ انسانہٕ ہٕنز یا بدل کانٛہہِ جانورٕ سٕنز ژھاے گژھتھ چھیٚ
اٲہنٛدِ شریر پیٹھ حسہٕ ہُشارٕ ہی سیٚتی سیٚتی اٲہنز موصوٗ میتھ وٕ تلتھ یوان۔ لوٚکٹین بچن
چھِ تَنہٕ وِزِ ژٔمہِ پیٹھ نکی نکی داغ ہی آسان، یِمَن چھُ رنگ شُمُس آسان۔

کیٚتھہ ؤری برٕژ ہٕنہ اوس ہانٛگُل کٔشیٖرِ دِچھنی کھوورٕ وَنَن تہٕ جنٛگلن منٛز
ژھالہٕ ماران مگر اوس بالکُل غار محفوٗظ۔ یٮ۪ہنز خوشی گیوٗ نتہٕ کٔرِ نوٚو شکار یانیوو
پننیوٕ ہم مکان جنٛگلی جانوَرَو مارِتھ۔ حکوٗمتن ییٚلہِ یہِ زوٗن زِ قدرتَن چھیٚ یہِ
نعمت مخصوٗص کٔرِتھ کٔشیٖرِ عطا کرمٕژ تہٕ یہِنٛد تعداد چھُ دوہ ہہ کھوتہٕ دوہ ہہ کم گژھان
اٲمی کر ہانٛگل شکار کرنس حمایہِ نیتھ۔ جنوری ۱۹۷۹ ہس منٛز آو (JAMMU AND
KASHMIR WILDLIFE ACT) پارس۔ امہِ ایکٹہٕ مطابق یُس
شخص ہانٛگلہٕ سُنٛد یا رٔسی کٕنہِ ہُنٛد جایز یا ناجایز پاٹھی شکار کرِ تس پٮ۪یہِ دوٚن ؤرین

ہانگل چھُ سیٹھاہے خوش تمیز جانور۔ اُمِس چھےٚ صفائی لگ بگ تیٚتھرٕ
پسنٛد یٚتھ تام خودِ انسانس چھےٚ۔ یہِ چھُنہٕ میٚچھ ہرگز نہٕ برداشت کران۔ یتھ جایہِ گنٛدٕگی
یا کثافت آسہِ یا میچھ آسن، توٗتن چھُنہٕ یہِ گژھان۔ پیٚنہِ ناب چھُ بوٚڈ احتیاط سان
کران۔ اُمِس گژھہِ ہوا تہٕ معتدل آسٕنۍ۔ کشیٖر ہنٛد موسم چھُ اُمِس بوٚڈ راس یوان۔ کشیٖر
منٛز یِہ جانور بوٗنٛک اکھ وجہ ہیٚنکہ یِیتھٕنک معتدل آب و ہوا تہٕ کثافتہٕ نِش پاک جنگلن ہنٛد
ماحول اُسُن۔ کشیٖر منٛز کیٚتھ تام چھےٚ ہانگلہٕ شُرٕ نوارِ یَرِ بَرٕ آنٛتھ متعلق ہیٚکو نہٕ تیٚقہٕ سان کیٚنہہ
نہٕ وَنِتھ۔ یہِ کیٚنہہ کٕنۍ وۄت کشیٖر باکیہہ کُنِہ گو یِیتہٕ ییٚنہٕ تیٚتھ متعلق نہٕ کیٚنہہ وَنُن چھُ مشکل
البتہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ یِہ چھُ یِیتھٕنک سیٹھا پرٛون جانور۔ دُنیہس منٛز یِم تر ہانگل چھِ، تِمن کلہم کرِتھ
چھِ تِمن انگریزی زبانی منٛز 'STAG'، یونان تہٕ اردوس منٛز "بارہ سنگھا" یعنی باہ ہیٚنگہ
وول جانور۔ کاشُر زبانی منٛز ہانگل اُمِس ناو آسنٕک وجہ چھُ شاید یِہ زِ اکھ چھُ یہِ پنٕنۍ ہیٚنگو کِنۍ باقی
جانورن مقابلہ بِلکُل بیون تہٕ دوٚیِم چھُ جنگلکی ہانٛڈِ وٕنۍ کھیٚنہٕ وول جانور۔ یِمن ترٛیشن لفظن
چھُ پانہٕ وٕنۍ آواز ہشر یانے۔ ہانٛڈِ وٕن، ہیٚنگ تہٕ ہانگل۔ کاشُر ڈکشنری منٛز چھُ "ہانگل"
لفظُک ماخذ یتھ کِنۍ دِنہٕ آمُت۔ ہانگل دس:- شار نگلہٕ، شرنگہٕ] تہٕ معنے چھِس یہِ
لیکھنہٕ آمُت۔ "شاکھل ہیٚنگ کرِتھ اکھ جنگلی جانور" تہٕ اُہٕنٛد ن ہیٚنگن متعلق چھُ لیکھنہٕ
آمُت زِ یِم چھِ "شمشیرِ یا تُر اکہِ بیٚتر ہنٛد ن یِناوِس لگان۔ یہِ چھُ گنٛھتھ یا ژَن کرِتھ دواگنہٕ تہٕ
وَرتاونہٕ یوان۔ بیٚیہِ چھُ اَتھ سیٚتۍ آسہِ کاشرٕ ہن ہنٛد یہِ تصور تہٕ وابستہٕ زِ یتھ جایہِ ہانگل ہیٚنگ
تھوٚونہٕ یِیہِ تَتھ جایہِ چھےٚنہٕ کاہنہٕ بلاے واتان۔ لوکٕ چھِن یچھ تہٕ چھےٚ ماجہ ہانگل ہیٚنگہ رَٹتھ ناگی
تراوان۔ یِتھ زِیم کھوٗژن نہٕ۔ ہانگلہٕ سنٛد کھال تہٕ چھِ سجاوٹہٕ خاطرٕ استعمال کرنہٕ یوان۔
یِہ چھُ پاک زانہٕ یوان۔ اَدے چھِ مسلمان اتھ جایہِ نماز کنہٕ استعمال کران۔ کاشرس ادبس تہٕ

خاصکرِتھ لکہٕ ادبس منٛز چھےٚ اُہِنٛز ذِکر رنٛگارنٛگی سان کرنہٕ آمُت۔ اُمِس سیتی چھُ یہِ مشہور تلمیح تہِ وابستہٕ "ہانٛگلو کریو وشبِہ سیتی واو نفہٕک تسلےٚ گاٹہٕ موپاو" لکہٕ بأتن منٛز چھُ اُمِس بعضے یِتھٕ کنٛۍ ناو دِنہٕ یوان۔ "کیموٗ وَنہٕ ژھانٛڈ ہانٛگلو۔"



---

بٔ چھُس ریاستہٕ کِس جنٛگلہٕ جانوٗرن متعلق محکمہ کِس نِگرانِ اعلیٰ جناب میر عنایت اللہ صأبن سیٹھاہ شُکر گزار زِ تِمو کوٗرےٚ یہِ مضموٗن لیکھنس منٛز وَژِھ وأنۍ مَدَد۔ تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُس کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِ زالوجی ڈیپارٹمنٹ کِس لیکچرر جناب آر، سی بھگت صأبُن تہِ شُکریہ اداکران زِ تِمو تہِ کوٗرےٚ اَتھہٕ روٗٹ۔

(جی۔ ایم۔ آزاد)

موتی لال ساقی

# کاشِر لوٗکہٕ مُرژ

لطیف فنَن برژ وٕ ہنہٕ پکناولَس منٛز چھُ کشیر ہُندِ دیُت پتھ کالہٕ بیٛہتھٕ تھیکنُک لایق ، سوٗد رِبن تہٕ مرژھلی لبِن رنگارنگ فنَن ہِندِس نوار یِکَس منٛز روزِ کاہنہٕ تہٕ تذکرٕ توٚتامتھ نامکمل یوٚتامتھ تتھ اندر کٲشیر ہُند ذکر ییہِ نہٕ ۔ جمالیاتک فلسفہٕ آسہِ تن یا ادَبک ، مُرژکری آسہِ تَن یا سنگیت ، مصوٚری آسہِ تن یا فنِ تعمیر ، لطیف فنہٕ کین یمَن سارِنے شوبن منٛز چھے کشیرِ انفرادیت حاصِل روٗزمٕژ ۔

یہِ چھُ یوٗزِ زِمین شوبَن منٛز کوٚر کاشرِ یو فنکارو مختلف آکرولِشہٕ تاثر حاصِل مگر تم روٗدی نہٕ نقلس لاری بلکہ اَمِکھ تخلیقی صلاحیتٕ بروے کار تہٕ پژ ہتھ چیزٕ سا دِتکھ پَنن مخصوص رنگ تہٕ اہار تخلیقی کوششہٕ تھِہر کھارنکس نیتجس منٛز بنٕ دو کاشرِ یو پرہتھ شوبَس منٛز ناو ۔ فنِ تعمیر ، مصوری مُرژکری بیتر شوبَن ہندی الگ الگ سکول پیدٕ تھِنہٕ ۔ یِمَن ہنٛز شوہرت اَز تہٕ شوقہٕ والین کل چھِنے کڈان ۔

کٲشیر اندر پیوٚو مُرژکری ہُندِ فن گاندھار مُرژکری ہِندِس اثرس تَل تھِنہٕ مگر وارِ وارِ روٚٹ اَمی فنَن اَکھ الگ اِظہار ۔ مقامی اثرٕ ژٕتھ بنیوو یہِ فن سبٹھاہ

زُو دار تہٕ وُسوار۔ کینہہ کال گژِھتھ کوٚر ساٲنۍ مُرژٕ گری ہِنٛدی رِوایژن گاندھار اثرس لرِ لوٚر گیوٚنٛت، پر تہار تہٕ مِتھر اسکوٗلن ہِنٛد اثر تہٕ قبوٗل مگر اَمہِ بُنیادی انفرادیت تھٲو ساہنوٗ فن کارو پرٕتھ موڈس پیٹھ قایِم۔ یِتھ پاٲٹھۍ بنیہٕ کاشِر مُرژٕ گری اکھ سہٕ ساد رٕ وار پوشہِ گوٚنڈ، یتھ رنگارنگی اَسِتھ تہٕ پننُن الگ مزاز چھُ۔

مُرژٕ گری ہِنٛدِس شوبس منٛز روٗد نہٕ کاشرِ ین ہُنٛد اثر صرف کٔشیر تام کینہہ محدوٗد بلکہ گندھارہ حسن کاری ہِنٛدۍ اَمی امارن ہماچل پردیش، سوات، لداخ تہٕ تبت تام ژھٹھ تہٕ بعضے بعضے کوٗرن اَمہِ اور تہٕ پیٹھ۔ مُرژٕ گری ہِنٛدِ فنُک اکھ روٗپ چھُ لوے مُرژن ہُنٛد گرُن تہٕ ژرُن اَتھ شوبس منٛز تہٕ اوس برونٛہہ کالہِ کٔشیرِ امتیاز حاصل تہٕ کٔشیرِ آس لوے مُرژٕ بناونُک اکھ الگ سکوٗل۔ کاشرِ ین لوے مُرژن چھُ لطیف فنَن ہِنٛدِس توارِیخس منٛز اکھ الگ مرتبہٕ حاصِل۔ دوٚیمہ فنی شوبن ہِنٛدۍ پاٲٹھۍ چھُ کاشرِ ین لوے مُرژن پنُن مخصوٗص مزاز۔ بیٚیمہ کُنِی ییمہٕ سہل پاٲٹھۍ بَدِ چھِنہٕ نیران۔ گوڈ پٔنٛژ کتھ چھےٚ یہِ زِ کٔشیرِ منٛز چھُ داتہٕ مُرژٕ بناونس منٛز لوہ یِہ مقابلہٕ سَرتلہِ ہُنٛد زیوٚر استعمال آمُت کرنہٕ۔ ساریے مُلکس اندر چھےٚ کٔشیر واحد جاے ییتہِ مُرژٕ بناونس منٛز لوہ یہِ مقابلہٕ سرتلہِ گوڈٕ انوارِی چھےٚ دِنہٕ آمژ۔ کٔشیرِ منٛز بنے ہٕنز اکثر لوے مُرژٕ چھےٚ کھوکھرِ تہٕ مُرژن پیٹھ چھِ آکار تھُرنہٕ یِتہِ آہتی وہ تلاونہٕ۔ مُرژن چھُ تھُرنہٕ تہٕ گرنہٕ پتہٕ جلاو دِنہٕ آمُت۔ کاشرِ ین لوے مُرژن ہُنٛز بیاکھ مخصوٗص خصوصیت چھےٚ منبت کاری۔ مُرژن چھےٚ اَچھ اکثر روپہٕ سۭنٛز تہٕ وُٹھ تراموٗی لاگِتھ۔ بعضے بعضے چھکھ وۄلت تہٕ ترامہِ چہ منبت کاری ہُنٛد فنکارانہٕ ورتاو یِتھ کُنہٕ کٔشیرِ منٛز کرنہٕ چھُ آمُت۔ لوے مُرژٕ بناونُک دوٚیُم کاہنہ سکوٗل چھُنہٕ اَمہِ ہوٚنٛز منٛدی سان منبت کاری ہُنٛد یتھ استعمال کرِتھ ہیوٚکمُت

بقولِ پرتاپ دتیہ پال چھِنہٕ یہِ کتھ ناممکن زِ مینبت کأرۍ ہُنرٕ ئیبے ہیو تہٕ
وأتِتھ پیٚتہٕ غزنی کِنی مشرقی ایران۔ یہِ کتھ چھےٚ نہٕ ہیٚنی لایق زِ سرتلِہ بیٚیتھ مینت کأرۍ
بنیو وکھ مہٕ ہیٚتی لہٕ پیٚتہٕ ایرأنی ٹھاشرٕن ہُنٛد خاص فن۔ کأشرِ بن لوے مُرتن
ہُنرٕ بیاکھ کتھ چھےٚ یمن ہِنٛدِس پأراوس منٛز خاص کرِتھ ئیدرٕ پیٚٹھ کِنہٕ کأشرِ
بمیوشنک تہٕ کأشرِ بن گھمنٕ ہُنٛد ورتاو۔ کلیولینڈ میوزیمس منٛز چھےٚ اکھ مہٕ ہیٚتی لِچ
سِری یہٕ شنٛزٕ اکھ لوے مُرتھ۔ امہ کأشرِ لوے مُرتہٕ اندر چھُ سِری یہٕ ہیول گنٛڈِتھ آمُت
ہاوِنہٕ تہٕ اتھ چھُ پھیرن چالہِ گوڈن تام زیوٗٹھ چوغہٕ لأگتھ یتھ لبہٕ چأکی زٕٹھ چھُ۔ میانہٕ
خیالہٕ چھُ لیوہے دوٚلت ساہٕ پھیرنک پیشرٕو۔ ہرگاہ جامس لبہٕ چأکی بنٛد کرو تیلہِ
چھےٚ یہِ لوے مُرتھ لوٗنگی گنٛڈِتھ کأشرِ بٹنہٕ ہُنرٕ صوٗرت بنان۔ تہٕ ہرگاہ ہیول مُرتہٕ اوتھ
جامہٕ یِتھے کُنی تھاوون یہِ چھُ پرٛون بٹہٕ پھیرن بنان۔ یتھ پوشاک چھُ سیٹھی پاکُتن
لباس گنٛزرنہٕ آمُت۔ یتھ پأٹھی چھےٚ کأشرِ پھیرنٕچ دلیل عیساے سنٛس پرٛوٗہنہ
تام واتان، تہٕ اوکِنی زِ کشیر ہُنٛد شمالی حِصہ اوس کنشکس برٛوٗنہہ کُشن سلطنتک حِصہٕ
تہٕ کُشن برٛوٗنہہ اوس پرٛوٗنٛتھ بیترِ علاقہٕ مِنان درسس ماتحت۔ دِلہِ ہِنٛدِس نیشنل
میوزیمس منٛز چھےٚ شیٚیمہٕ ہیٚتی پرٕچ بیاکھ سِری یہٕ شنٛز لوے مُرتھ۔ امہ مُرتہٕ ہُنٛد جامہٕ
چھُ ازکالہٕ کِس کأشرِس پھیرنس سیٹھاہ نکھہٕ تہٕ پھیرنک نال تہٕ چھُ ٹاکارٕ پأٹھی بدنیران۔
مُرتہٕ چھےٚ ساگلرِ چالہِ مال نأل یوسہٕ ڈُنہِ تہٕ پرٛانہٕ پرٛزہِ کأشرِ زنانہٕ نألی چھےٚ ترٛاوان۔
ہٕٹھمِس نوٗمِس ہیٚتی لِس درمیان بنے مُرتہٕ بھگوان بُدھہٕ سنٛز ڈوٗنزاہ سنتی میٹر تھزٕ اکھ
کأشرِ لوے مُرتھ چھےٚ نیویارکہٕ کِس میٹرو پولیٹن میوزیمس منٛز۔ اتھ بُدھ مُرتہٕ چھُ کُنٛ
اوبزان اکھ زیور یتھ لوہٕ کِنہٕ اکھ ڈوم پیٚیرٕ گنٛڈِتھ چھُ۔ زیورٕکی اوبزان دوشوے

پھوٗہری چھہِ مُرٛژِ گرٕنۍ پھیکٕنۍ سیٖتۍ لاگِتھ ہی آوی ہتہٕ۔ لوٗرے مُرٛژ پرکھاوَن والیٖن چھِنہٕ
دُنیستام اَمہِ زیوٗرُک وۄن آمُت۔ پٲنٛژ کٲشیرِ ہنٛدِس کلچرس واقف کانٛہہ تہٕ شخص ہیکہِ
یہِ وٲنِتھ زِ زیوٗر چھُ ڈیٖجہ ہوٗریُس صرف کاشرین بٹہٕ نین سیٖتۍ مخصوص چھُ۔ ڈیٖجہ ہارِس
پیٹھ کُن چھےٚ پرٛانہِ چالہِ بٹہٕ تالہِ رَزِ تہٕ تمہِ ہیٚوٗر تُرٛژٕ، یوسہٕ کنۍ سیٖتۍ اوٗیزان چھےٚ
لوٗدوٚ وۄنی اَمہِ چالہِ تالہِ رز تہٕ ژرٛچہِ نظرِ گژھان چھِنہٕ۔ تکیازِ یمن ہُنز جاے چھےٚ وۄنی اَرٕ
ژٹھرٕنۍ۔ پٲنٛژ اَمہِ باوجوٗد تہِ چھِنہٕ زیوٗرٕچ نشاندہی کرٕنۍ مُشکل۔ ڈیٖجہ ہوٗر لاگِتھ مایایہ
ہنٛز بیاکھ کنہٕ مُرتھ چھےٚ سرینگرکِس شری پرتاپ میوٗزیمس منٛز۔ بودھ دھرمس منٛز چھےٚ
تہِ اَکھ کنہٕ پھیتٕر گاٹہٕ جار تہٕ عقلمندی ہنٛز نشانی تہٕ اندازٕ سوٗ جوٗب چھُ ڈیٖجہ ہوٗر تہٕ
اَمچی ژٕ بینہٕ وَن تہٕ یہِ چھُ بودھ دھرمُک دیٖتا ٲبنان چھُ زِ مہایانس منٛز آسہٕ ہے اَکھ بلیٚنہِ
تہِ کینٛہہ خاص اہمیت یتھ ووٚن دِنٕچ ضرورت چھےٚ۔ عالِمن ہُنٛد یہِ خیال زِ اَمہِ زیوٗرُک تعلق
چھُ منٛز ایشیاہس سیٖتۍ چھُ تصدیق طلب، پٲنٛژ کشیرِ منٛز اَزٕ تام اَمیُک مروج آسُن چھُ
اَکِہ قدیم علامتُک زنٛدٕ ووٚناو۔ یتھٕ پاٹھۍ کاشرٕ بٹو بودھ دھرمہٕ نشِ وارِیاہ کینٛہہ نالہٕ روٚٹ
تِتھےٚ پاٹھۍ روٚٹ تمو ڈیٖجہ ہوٗر تہِ۔ ڈیٖجہ ہُرٕ ژیکۍ زنانہٕ سیٖتۍ مخصوص گژھن تہٕ چھِنہٕ
تاجبچ کتھ۔ ہیٚنٛدی عقیدٕ موجوٗب چھےٚ زنانہٕ شکتی یعنے سرسوتی لکھشمی، دُرگا تہٕ کالی
بیتٕرِ۔ گاٹہٕ جارٕچ تہٕ علمُچ علامت آسنہٕ موکھہٕ چھُ اَدے ہیٚنٛدو خاص کرِتھ کاشرٕ بٹو
بٹو ڈیٖجہ ہوٗر زنانہِ سیٖتۍ مخصوص کوٚرمُت۔

کٲشیرِ منٛز بودھ دھرمہٕ چَن خاص علامژن ہُنٛد پھبُن بھاپھلُن تہٕ بِچھتہِ
روزُن چھُ اَکھ توارِیخی تقاضہٕ تہٕ۔ اَمہِ وقتہٕ اوس مہایانس منٛز کٲشیرِ سےٚ اعتبار
حاصِل یُس اعتبار ہین یانس منٛز متھرایہِ اوس یہِ اعتبار روٗد کٲشیرِ ژوداہِمس [١٤]

ہنتی لیس تام قائیم تہٕ کیاز اتھ دو ؤرس منز تہٕ آسی غاز ملکی بودھ یاتری کٔشیر یوان گژھان
تہٕ کاشرۍ بِھکشو آسی ۔ بودھ دھرمُک پرچار کرنہٕ دوٗر دراز ملکن واتان ۔ یژ جنہِ بارمیتہٕ
شنز بیاکھ اکھ لوٗے مُرتھ چھےٚ سیموئیل ایلن برگ نہٕ سوٗمبرنہٕ منز بنو یاد کہٕ ۔ امہِ مُرژِ ہنز
خاص کتھ چھےٚ کُن بجہِ بجہِ کینہٕ واجہٕ تہٕ ژرن کری لاگتھ ۔ یم دو شوبے زیور چھِ وُنہِ تہٕ گامن
منز زنانن لاگتھ آسان ۔

کٔشیرِ ہندیو ہنز مندرن مُرژہ گوچھِ امہِ چالہِ ینز ہونہِ اوتھ اکھ یٔنز تمدن
دِیہ امن تام واتو ومُت تہٕ بیتہٕ واجنن بیرن ہندِ خاطرٕ ژھرِتھ تھوٗومُت ۔

راج ترنگنی منز چھُ تمن وارِیاہن قداور لوٗے مُرژن ہُند ذکر آمُت ییمہٕ مختلف
راز، وزیرو، راہیو تہٕ آسن والیو مختلف مندرن منز تہٕ استھاپن بیٹھ لاجمژٕ آسہ
یمو اندر کینہہ سوٗ تہٕ شنزٕ، کینہہ روٗپہٕ شنزٕ تہٕ کینہہ سرتلہٕ ہنزٕ آسہ ۔ پرہاسپور تہٕ مارتنڈ
اسہ راز للتادتن تہٕ مندرن اندر سوٗ نہٕ مُرژٕ لاجمژٕ ۔ سرینگر تہٕ پرہاس پورٕ آسہ
وہارن منز بھگوان بُدھ شنزٕ سیٹھاہ تھزٕ ژامہ مُرژٕ ۔ مگر یمو قداور داتہٕ مُرژو
اندر چھےٚ اکھ تہٕ ییتہٕ کُن روٗز مژ ییتھ مخصوص تواریخی حالاتن ذمہ وار چھِ ۔ سرینگر
بھگوان بُدھ شنزٕ ترامہ مُرژٕ ہنز ذکر کران چھُ کلہن ییکھان زِ یمہ گیتن یپلہ ۔
جے پیدر وہار زول بھگوان بُدھ شنز قداور ترامہ مُرتھ آس ساری سے شہرس
اچھ پھِرۍ پھِرۍ وُچھان ۔ سرینگرے آس یاندر بیٹھن وہارس شنز متھرایہ بیٹھ
انی مژ بھگوان بُدھ شنز سوٗ قداور داتہٕ مُرتھ یوسہ ترک وزیر چنکن راز للتا
دتس اکھ موتی لال دتھ موٗلی ہیتھ مژ آس ۔ یہ قداور داتہٕ مُرتھ آس کلہن
سندِ وقتہٕ تہٕ موجود ۔ تواریخی حالاتن ہُند شکار گژھنہٕ باوجود چھےٚ از تہٕ دنیہ یکھین

عجایب گرن منز کاشرٕ ہن لوٗے مُرٕژن ہُنٛد سیٹھا جان تعداد موجوٗد۔ یِمن
ووٚن دِتھ کشیٖرِ منز لوٗے مُرٕژن ہُنٛد گاشدار پٔتھ کال اَچھن برٛونٛہہ کُن
یِوان چھُ۔ یَتھ اَندر مُرٕژ گری ہُنٛد فن ییٚتہِ گرٕ کان تہٕ اَنٛدرٕس پکھِس گاشراوان
اوس۔

کٲشیر ہنٛزٕ یِمہٕ لوٗے مُرٕژٕ ووٚنی یَتہٕ کُن بچیمٕژ چھےٚ تِموٚ اَنٛدرٕ ییٚہ چھُ
ہیٚنٛدی مذہبَس مُتعلق مُرٕژن ہُنٛد تعداد بوٚزی تھٕ مگر بودھ مُرٕژن ہُنٛد
تعداد چھُ ہَن کھنڈ لوٚرٕتہ۔

مُرٕژ گری ہُنٛدِس شوبس منٛز اوس کٲشیرِ تہِ تھٕ کینہہ اکھ سکوٗلُک درجہ
حاصل۔ یِتھ کُنی بہارس تہٕ بنگالس چھُ تہٕ اَتھ کُن چھُ گوڈے اِشارٕ کرنہٕ آمُت
مگر کاشرٕ ہن چھُ یہِ بجرٕ تہٕ حاصِل زِ تِم رُودی نہٕ صرف رِوایتن لٲری بلکہ کرِکھ
پننہِ اَنٛدٕ تہٕ مُرٕژ گری ہُنٛدِس فنَس پُشنے تہٕ بَرژرٕ ریٚتھ پنچہِ اَمی اِنفرادی مزاژ
کِنی چھےٚ کٲشیر ہنٛزٕ لوٗے مُرٕژ پرٕ یتھ سومبرنہٕ اَندر نظر بازن آسٲنی سان اَتھ یِوان۔
دا تہٕ مُرٕژن ہُنٛد ہرِ یمانہٕ چھےٚ کٲشیرِ اَندر ہیٚسی دِندِچہ مُرٕژ تہٕ بنان آسمٕژ۔ یِتھی مہٕ ہیتی پچ
کارکوٹ دورٕچ ہٕسی دَندٕچ اولوکیشورٕ سنٛز مُرتھ چھےٚ ممبیہٕ ہُنٛدِس پرنس آف
ویلز میوٗزیمس اَندر۔ مُرٕژِ اَندر چھُ مس لٹھرٕ ہن ہُنٛد پآراو، زیور تہٕ پوشاکھ وُچھن
لایق۔ مُرٕژ گرن یِمہِ ہونرمندی سان مُرٕژِ ہنٛزٕ کاے ستھٕ برآومُژ چھےٚ تتھ کُن وُچھ
چھُ تصوٗرٕ مارِ تہٕ گمہٕ پھٹان۔ مُرتھ چھےٚ کٲشیر ہنٛزٕ ہٕسی دندٕ مُرٕژ گری ہُنٛد اکھ شاہکار۔
پرنس آف ویلز میوٗزیمس منٛز محفوٗظ اکھ وِشنوٗ سنٛز لوٗے مُرتھ وُچھنَس
لایق۔ پنٛژہ سنٛٹی میٹر تھزِ اَمہِ لوٗے مُرٕژِ ہُنٛد تعلق چھُ نوٚیمِس ہٕتی لِس ستی

گرڈاسن وشنوٗ شِنٛز بہٕ مۄرتہٕ چھےٚ سیٚٹھا نفاسَتہٕ سان بناونہٕ آمٕژ۔ وشنوٗ چھہ گرڈس
سوارِ یُس دوٚہ یُو اندوٚ ژور دیوٕ بہٕ نوٗتا چھےٚ کران ۔ یِمہٕ دیو بہٕ چھےٚ پینہٕ ڈٕ تھرن
پیٹھ ڈٕرِتھ ۔ وشنوٗ ہس چھہ ژور کلہٕ یِتھ منٛز گوڈنیک منٛزِ شُند دوٚیِم سِہنُہ شُند
ترٛییُم وراہ شُند تہٕ ژوٗرِیُم راکھسہٕ شُند چھُ ۔ اَتھ کاشرِ لوٚے مۄرتِ چھےٚ ژور نٔرٕ۔ اَتھ
چھہ پیٚٹھی میٚن دوٚن اَتھن منٛز گداٗہ تہٕ کر۔ اَتھ چھُ ڈٕ چھنہٕ طرفہٕ منٛڈلک اوٚڈ حِصہٕ
پھٹمُت ۔ مۄرتِ چھہ بوٚنِمِن دوٚن اَتھن منٛز پمپوش تہٕ شنکھ ۔ گرُڈ بہٕ چھُ
پمپوشَس پیٹھ تہٕ اَمِس تہٕ چھےٚ ژور نٔر یِموٚ منٛزٕ اَتھ وشنوٗ ہس ڈکھ چھہ تہٕ باقے
دوٚن اَتھن منٛز چھُس امرتہٕ مَٹھ ۔ مۄرتِ ہِنٛزٕ خاص کتھ چھےٚ مۄرتہٕ شوٚبراوِس منٛز
پینہٕ ڈٕ تھرن ہُند استعمال ۔ یِمہٕ سیٚتۍ اَمہٕ کس نزاکتَس تہٕ ژٕر چھہ گوٚمُت مختلف
موکھن ہِنٛزٕ اَچھ چھےٚ رٕوٚہ بہٕ منبت کاری ہُند نتیجہ ۔ بقولِ ڈ گلس بیرٹ
چھےٚ یہٕ لوٚے مۄرتھ ینہٕ قسمک واحد نموٗنہٕ۔ اَمہٕ قسمِچہ بیٚیہ زٕ مۄرتِ چھےٚ
ویرناگہ دٕرامژٕ یِمَن اَتھ مۄرتِ سیٚتۍ مۄرتِگری ہُندِ اعتبارٕ سیٚٹھاہ کم تفاوت چھےٚ۔
دِیوٚسرکِس اوتارٕ ژکرس منٛز چھہ تالہٕ پیٹھ وشنوٗ ہس نرسمہا، انسان تہٕ وراہ
موکھ تہٕ اَمہٕ ہیوٗرِ چھُس گرٛی موکھ ۔ بہٕ روٗپ پیوٗنِس ہے گرو راکھیس مارنہٕ
باپتھ داڑن ۔

ویکنٹھ نارائن سنٛز مۄرتھ چھےٚ کشیرِ منٛز گوڈ انوارِ دُنتی پورِ درامژٕ۔ دُنتی پور
کھنہ ڈرِ ہُند تعلق چھُ نوٗی مس ہتی لس سیتۍ تہٕ اَمے چالہٕ ویکنٹھ نارائن مۄرتھ چھےٚ جنوب
مشرقی راجستھانس منٛزٕ ہی مہٕ ہتی لس بیتہٕ دٕرینٛژھ یوان ۔ سارِ وے محقق چھہ مۄرتِ گری
ہُندِس حاملس منٛز کشیرِ ہُندِ دٕینِک اعتراف کوٚرمُت چنانچہ ہرمن گوئیز چھُ لیکھان :۔

تہذیبی طور سۭبٹھاہ وۄتھ وۄنہٕ کشیر ہیا ژھپلیو ہِنٛز خصوصی شیوی تہٕ وشنوی عقیدٕ ہیٚندۍ مُرتٕ گری آمتیک دیت چھُ۔ ترٚٹنے مو کھٕ کرٕ تھ وشنو یَتھ منٛز تاٮ۪ہی مو کھس لرِ نرِ سمہاتہٕ وراہ مو کھ چھِ آمتۍ ہاوِنہٕ تہٕ سِری ہیِ ہیٚس وارِیاہ نرِ تہٕ مو کھ چھِ۔ امہِ چالہِ ہِنٛز سِرۍ ہیٚہ مُرتھ چھےٚ ساسانی پوشاکھ لاگِتھ مارتنٕڈ اَسِتھِ آمٕژ۔

نیویارٕکچہ ڈورس وینز گیلری منٛز چھےٚ اُش نیش وجے دیوی ہِنٛز ڈٕہہ میٚہ ہتہٕ پچہ سداہ سنٹی میٹر تھزٕ اکھ لوہے مُرتھ۔ اَمہِ مُرتہِ ہِنٛز خاص کتھ چھےٚ منڈ لک شیر یُس کٲشرٕ ہندِ مخصوص فنِ تعمیرُک باوتھ چھُ کران۔ مُرتہِ ہنٛد شیر چھُ چھتراولی ہِنٛز ژینہٕ وَن تہٕ یہِ طرز چھُ ازتہٕ کٲشرِ شرینش طرزِ تعمیرس منٛز درینٹھ یوان یتھ اندر گمبس نہٕ ستو لیس کنہِ چھُ آمت کرنہٕ تہٕ بیٚنٛھ کُن چھُس چھتراولی برنگ کھارتھ۔ اَمہِ ہارِ بمیانہٕ چھُ دیوی مسترٕھ بند، وَچھِ نرٕ وَٹ تہٕ بُتھ گرِ لاگتھ ہِم ساری زیور چھِ وُنہٕ تہٕ کٲشرِ منٛز مروج۔

پان ایشین سوٚمبرنہٕ منٛز شامل پرجنہٕ پارمتا یہِ ہِنٛز اکھ لوہے مُرتھ چھےٚ ترٛتھ یتھ منٛز دیوِ ڈیتچہ ہٕری چالہِ زیور کنن چھُ۔

کٲشرِ ہنٛزن لوہے مُرتن ہیٚنٛھ تفصیلہٕ سان کام کرٕنی چھےٚ وُنہٕ باقے یموم مُرتو منٛز درایہِ اکثر ییمہِ ہتہٕ لہِ کِس شیٚتمس ڈٕہہ لس منٛز یمہِ ساتہٕ نَنہِ نیلہِ تبتس منٛز سیاسی تبدیلی آیہ۔ یموم مُرتو منٛز وٲژ اکثر غارِ ملکی عجائب گرن منٛز تہٕ وارِیاہ بنیہ یِہ ذاتی سوٚمبرنن ہنٛد حصہٕ۔ اَمہِ برٛونٛہہ درایہِ کینہہ مُرتہٕ ۱۹۴۸ء یس منٛز تمہِ ساتہٕ نَنہِ ییلہِ مہاراجہ کشمیر تخت نشینہٕ دَس بردار سپد۔ توٚتام اوس

دأیرَس پیٹھ زِ کاشُر بوٗلوٚ مُرژٕ و اندرٕ چھہ آسَن لوٗنا پیٹھ کُن بچیومُت۔

کاشُر لوٚ مُرژٕ کیتھ پأٹھۍ وأتۍ تبت اتھ متعلق چھے کینہہ صاف زِ کشیر اندر سیاسی تبدیلیِن ہِنٛز نظر ژٕلی کأشرۍ بھکشو گرٕ تراوتھ تیٚتہٕ کیٚ تمن علاقن کُن ییتہٕ بوده دھرمس برتری حاصل آس۔ یہ اتھ سیٖتی وأنۍ لوٗزا پیٹھ یمہٕ لوٚ مُرژٕ تہ توٗرۍ۔ چنانچہ لٹھ مہٕ تہ نوٚ یمہٕ ہنٛز لیچہ واریاہ خوٗبصورت لوٚ مُرژٕ یمن منٛز بودھ شُر مُرژٕ تہ ستوٗپ شأمِل چھہ، چھے ازتہ لداخچن بودھ خانقاہن منٛز موجود۔ یأتی واریاہ تاہ دار پٹھ چھہ خاص گرٕہتھ کاشُر فنِ تعمیر بیہ یاوتھ۔ چنانچہ خالہ خطٕ کینہہ تہ چھے یمہٕ مُرژٕ کاشُر باسان۔

چنانچہ یہ کیتھ چھے باوٕنی لایق زِ بیٚنہِ عروٗجکِس زمانس منٛز کوٚر کاشرِ بوٚ مُرژٕ گرو پانس اندۍ کیٚنژھ سوٗرۍ علاقہ ییٚتھ منٛز سوات، لداخ، تبت تہ دوٚیِم علاقہ شأمِل چھہ، تیوٗت متاثر زِ کأشرۍ فنُک یمن علاقن منٛز تہ جاے۔ چنانچہ یمو علاقو منٛز یمہٕ لوٚ مُرژٕ درامتہٕ چھے، تمہٕ چھے خالِص کاشُر باسان۔ مشہوٗر فن شناس کالمہر شورا، مورتی چھہ کتھِ کینہہ کنڈان لیکھان:۔

"چمبہ کیٚن بارمورتہ چھتراہی گامن منٛز یمہٕ مہیش مرونی، ییٚتھ ہٕہتھ نرسمہا کماری تہ پرتھے لوٚ مُرژٕ اکھ چھے آمژٕ تمن چھہ پیٚتھ زلوٗٹھ مگر صوٗرت ماری منٛز۔ یمہٕ مُرژٕ چھے ارداہمہ صدی منٛز کاشُر مُرژٕ گری ہنٛز نِشاندہی کران۔"

شورا مامورتی سُند یہ بیان چھہ صاف ہأوِتھ دوان زِ لوٚ مُرژٕ بناونک کاشُر سکوٗل چھہ ہماچل پردیشکس منٛز اوتر تام اکھ زِندٕ روایت اوسمت۔

کأشِر لوٗ ے مُرتہٕ یمَن عجائیب گرن وُنی کہین شوٗ براوان چھےٚ تِمَن اندر چھےٚ پان ایشیَن سوٗمبرَن سپنک ایںڈس لنڈن، برلن میوزیم، لاس اینجلز کنٹری میوزیم میٖیَے۔ ٹارنٹو یونیورسٹی، اٹکنس میوزیم کنساس، کلیولینڈ میوزیم نارٹن سایمَن سوٗمبرن۔ رِنج مونڈ میوزیم آف فاین آرٹس تبت ہاوس نئی دہلی سٹیل آرٹ میوزیم، میٹرو پالٹن میوزیم نیو یارک بیٚتر ناوہہ ٔنس لایق۔

مختلف تہذیبَن ہندس سنگمس پیٹھ آسنہٕ موکھ چھُہ دوٗیمین چیزن ہندِ پأٹھی کأشرِن لوٗ ے مُرتن پیٹھ تہٕ ہمسایہِ مُلکن ہنٛدٮ۪ن کار اَثر مگر اَمی اَثرَن چھُنہٕ یہِ فن داغ زد کوٗرمُت بلکہ چھُن اَتھ پرٕ ہنتھ رنگہٕ ٹُر زر کوٗرمُت۔ میون ذأتی خیال چھُ زِ یوٗسہٕ فنکأری کأشرٕ یو ہوٗ نرمُت دوکنِن تہٕ دانتس منٛز ہاوٕمژ چھےٚ تِمہِ تلہٕ چھُ صاف زِ اَمہِ برٛونٛٹھ آہسے یہِ ہوٗنرٕ ہیچہِ تعمیرَن بیٚترِ منٛز تہٕ ہاونہٕ آمژ تہٕ پتہٕ زٕلی پرأنی اَمی رِوایتَن نوٕ ے نوٕ ے رنگ تہٕ عالمس مشہوٗر اَتھ کامہِ آیہِ یارَسس گوٗ ڈٕ چھُ یہِ دأیرَن تہٕ مُناسب زِ مُرتہٕ گری تہٕ فنِ تعمیرس لر لوٗر آسہٕ ہن سانہِ اَتھ کامہِ تہٕ پتھ کالہِ پیٹھ بارسس۔ چنانچہ ویلے چھُ یمنہِ چین ہان شونا وِچہِ کتابہِ منٛز لیکھان زِ کشیر چھےٚ میوَن ہنٛد مُلکھ تہٕ یہِ چھےٚ اَتھ کامہِ تہٕ امبرایڈری کینٛہ مشہوٗر۔ یہِ حقیقت نظرِ تلِ اَنِتھ چھُنہٕ یہِ داوا ہیٚکہٕ وُٹھن لایق زِ کشیرِ ہنٛزن اَتھ کأمن ہنٛد آگُر چھُ منٛز ایشیا تہٕ شہٕ تہٕ زوٗ دا اَہمہٕ ہیٚتھ لہٕ پتنگ۔



محمد شعبان نون پوری

# جالکدۄزی تہٕ ٹوپہٕ کأم

جالکدۄزی تہٕ ٹوپہٕ کأم چھےٚ اَکھ کامیوٚتہٕ اَکھ سۄ حُسن کأری یوسہٕ
پٔن چھاوٕنہٕ سیتی کرنہٕ یِوان چھےٚ۔ موجوٗدٕ زمانس منٛز چھہٕ یِمَن دۄشوٕنی کامَن ہنٛدِ خأطرٕ
اَکُے ناو عام تہٕ یہِ مُشترکہٕ ناو چھُ امبرایڈٕری (EMBROIDERY) چونکہِ امبرایڈری
چھُ اَکھ شہ کسب یَتھ منٛز کأرِگر دۄہہٕ وادٕ تہٕ گاہے ریشٕم وادٕن ہٕنٛزٕ ہیچھنٛز سیتی
کانٛہہ چیز بناوان چھُ۔ یہِ وُچھتھ چھُ سوال وۄتھان زِ یَتھ سائنسی ترقی ہنٛدِ سما
زمانس منٛز چھا یِتھین چیزن ہٕنٛز کانٛہہ اہمیت کینہٕ نہٕ۔ ییٚلہِ زٕ ن یِمے چیز چھہٕ مشینو
سیتی کم کھوتہٕ کم وقتس منٛز تہٕ سٹھاہ کم لاگتہٕ سیتی بناونہٕ یِوان یِیتھن چھےٚ یہِ
دلچسپ کتھ سننٕ لایق زِ اگر مشینو سیتی تیتھی پوش بناونہٕ یِن، یِم خوٗبصوٗرتی مشکہٕ کینہ
اصلی پوش ہی آسَن۔ سوال چھُ زِ تیٚلہِ ہیکہٕ نا یِم مصنوعی پوش اصلی پوش ثابت
سپدِتھ؟ جواب چھُ ہرگز نہٕ۔ تکیازِ حقیقی پوشن منٛز چھُ اَکھ شہ فطری عنصر شأمِل یُس
نہٕ مصنوعی طور بأدٕ ہیکہٕ کرِنہٕ یِتھ۔ یِتھے پأٹھی اگر کُنہِ چیزس فوٹو یِیہ تُلنہٕ بیٚیہ
بناوِ مُصوِرا کمی چیزُک اکھ تصویر تہٕ یِوٚدوٚے یِم دۄشوَے چیز فوٹو تہٕ تصویرٕ

ماری منٛدی آسن مگر تہٕ کرٕ تھ تہٕ آسہٕ فوٹو کھوتہٕ زیادٕ تصویرٕ ہیٚ مٔنٛز کٔشش۔ امیُک
وجہ چھُ یہِ زِ تصویر چھےٚ فنہٕ چہ اُکٲرنہٕ سیٖتۍ تعلُق تھاوان تہٕ یوٚہے چیز چھُ اَتھ زیادٕ لوٗبہٕ وُن
بناوِتھ دِلفریب بناوان۔ اَتھ برعکس چھےٚ فوٹوگرافس مٔنٛز فنُک کانٛہہ دخل۔ یہِ چھُ چیزُک
نقل آسان۔ یتھےٚ زَن تصویر بذاتِ خود اَکھ چیز آسان چھےٚ۔ امبرایڈری منٛز تہٕ چھُ
یوٚہے عنصر شٲمِل تِکیازِ یتہٕ چھُ فنہٕ۔ فن چھُ فن پارس اَکھ فطری رنگ بران تہٕ یتھےٚ
یہِ اِنسانہٕ سٕندِ یو اَتھو بنیومُت چیز فِطرتُک جُز باسہِ۔ وُچھن والین تھاوِ یہِ ضرور وُچھونے
پرتھ ہیٚکھ تہٕ زِ یتھ ہیو چیز کیاہ آسہٕ اِنسانہٕ سٕندی وٕ اَتھو تعمیر سپُد مُت۔ بینیہِ
تہٕ بلنیہِ چھِ یہِ وُچھن یرٛ ژھان تہٕ پرٛہتھ سانہٕ چھےٚ اَتھ مٔنٛز برابر دلکشی آسان۔ اَکھ عجیب
قسمُک فرحت بخش واجینٛ لذت چھےٚ محسوس سپدان۔ یہِ چھُ فنُک تاثیر۔ اَمہ ضرورت
چھےٚ فردس قدمس پیٹھ۔ یم چیز پیش کرٕ تہٕ یموٕ نشہِ لُطف حاصل کرن
چھےٚ اِنسانہٕ سٕنٛز امتیازی خصوصیت یوسہٕ نہ صرف تس اَکھ ہشینی پرٛزٕ بلنہٕ نشہِ بیوٚن
کڈان چھےٚ بلکہ چھس یاتہٕ زوٗ ذاتَن مٔنٛز تہٕ اعلا شرف بخشان۔ امبرایڈری منٛز تہٕ
چھُ یوٚہے گوٚن زِ اَتھ چھُ فنُک مایہ پیٚران۔ اَمی سیٖتۍ چھِ اَتھ امبرایڈری مشینہٕ
امبرایڈری کھوتہٕ ممتاز تہٕ ژٕروٗتھ تھاوان۔ یہِ چھُ اَمہ موجوب زِ اَتھ سیٖتۍ کرٕ تہٕ
آمٕژ امبرایڈری منٛز چھِ کاریگرٕ سٕنٛز فن کٲری سیٖتۍ تَسٕندی جذبات تہٕ شٲمِل آسان۔
یم تِہنٛدِ ٹیلنٹٕ ہنٛز تہٕ ملنہٕ سیٖتۍ اَتھ مٔنٛز تران چھِ۔ یمے چھِ وُچھن والی سٕندِ ہن
نوٚزُک ایحساسَن زیرِ دوان تہٕ تَس پیٹھ اَکھ نوٗشہ قایم کران۔ لہٰذا چھےٚ یہِ کتھ
صاف زِ مشینی امبرایڈری ہینٛہٕ سیٖتۍ بنیہ تہٕ روایتی امبرایڈری ہُنٛز اہمیتس
کانٛہہ فرق۔ بلکہ ہیٚکہِ یہِ پرٛتھ زمانس مٔنٛز پننہِ انفرادی خاصیتہٕ کِنہِ زندٕ روٗزِتھ۔

امبرایڈری چھےٚ بانٛہِ اَتھہٕ کامن ہِندی پاٹھۍ اَکھ پرٲنۍ ہونر۔ یاسان پھہ
زِییلہِ تہٕ آسہٕ اِنسانہٕ ہنٛزِ وۄدہ دِشیچو منز ؤریاٹھ وپہوٚ تۄ تعلیم زانٛہ اَندواتنک
مسلہِ پھہ سپٹھاہ پرٛوٚن۔ اَمی پیٹھہٕ آسہٕ یتہٕ سجاوٹُک عنصر تہٕ شامِل گومُت۔ یہٕ زَن
منز ایشیاہس پرٲنۍ امبرایڈری تہٕ ہاوان چھہ۔ ووٚن گوٚ دُنیہکین مُختلف حصَن منز
چھےٚ مختلف قسمہٕ چہ امبرایڈری بارسس آمٕژ۔ یہ چھہٕ یمَن جایَن مُختلف قسمک خام
مال میسَر آسنہٕ کِنۍ تہٕ مختلف قسمکۍ مقامی کلچر آسنہٕ کِنۍ سپدمٕژ۔ مِصری نقاشی تہٕ
مصوری چھےٚ ہاوان زِ پلوٚ پوشاکس اُس سیٹھے پرٲنس وقتس منز امبرایڈری
کرنہٕ یوان۔ اَتہٕ کِین اُستانَن پیٹھ برتنَن ہنٛز مُصوری چھہ ہاوان زِ پوشاک، کوچ کوٚر
پیٚردٕ تہٕ خیمہٕ آسۍ امبرایڈری کرٕتھ آسان۔ یہ کتھ تہٕ چھےٚ ونہٕ یوان زِ چینس منز
چھہ مسیحس برونٛہہ اَکھ ساس ؤری امبرایڈری کران آسمٕژ۔ اَتھ کینٛہہ روایتی
آرائیش وُچھتھ چھہ خیال یوان کرنہٕ زِ یہ چھےٚ مسیحس برونٛہہ شےٚ ہتھ ؤری
بارسس آمٕژ۔ ہِندوستانس منز تہٕ چھےٚ امبرایڈری ہنٛز پرٲنۍ تواریخ۔ موہنجوداڑو
جایہ یمہٕ ترٛےٚ ساس ؤری مسیحس برونٛہہ کھوٚہنِ سٕترٕ نیٚبہٕ آمٕژ، تمہِ چھےٚ پرٛنٛہٕ
پاٹھۍ امی مقصدہٕ خاطرٕ ورتاوان آسہٕ ہتہٕ۔ اَتہٕ تہٕ باقی وادی سِندھ چین جاین یمہٕ
زچہ ترٛن ہِندی نِشانہٕ حاصل سپدۍ مٕژ، چھہ تمَن پیٹھ چھےٚ امبرایڈری کرٕتھ
صاف پاٹھۍ نِنی۔ کشیر منز تہٕ چھےٚ پرانہٕ وقتہٕ پیٹھہٕ امبرایڈری کرنہٕ یوان۔ حال حالے
یم زٕ ہتھ ؤری مسیحس برونٛہہ بلیپہٕ آروٕنہٕ لبنہٕ آمٕژ چھہ تہٕ یمَن پیٹھ زنانہٕ شال
ڈلتھ تصویر چھےٚ منقش چھہ امبرایڈری ہِندی تہٕ اثرات ہاوان۔ ووٚن گوٚ یتھ
کتھہٕ ہیٚکہ نہٕ اِنکار آسِتھ زِ مختلف دورَن منز چھےٚ یہ کسبہٕ تہٕ بانٛہِ اَتھہٕ کامن ہِندی

پأٹھۍ مختلف قسمچہ قدرتی تہٕ سیأسی تبدیلیہ کینٛہ بموٗسیتی یِیتہٕ سماجی، اِقتصادی
تہٕ معاشی طور اُبتری پیٚیہِ منٛز آس گال کھالتھ پیوٚمُت۔ ژوداہمہ صدی منٛز
یورا سلام واتنہٕ برٛونٛہہ آسہ ییتہٕ واریاہ اُتھہ کامہِ ختم گامژ تہٕ باقے کیتھہ آسہ
ژھوکونہٕ حالتس منٛز۔ مگر یتہٕ ییلہ میر سیّد علی ہمدانی رحمۃ اللہ علیہ تہٕ باقے
ساداتو یور تشریف اون تِموٗ تاری ایرانہٕ پیٹھہ پانس سیتی کیتھہ کاسب تہٕ یِموٚ ییٚنہٕ
مورد اُتھہ کامہِ نوٚ سرٕ زندٕ کرٕنہٕ ژھوکونہِ بوڈکھ نوٚو زوٗ ژھیتہٕ۔ پندأہمہ
صدی منٛز لوٗگ یمن کامن زیادٕ پوچھر۔ یہ چھہ سُہ وقت ییلہِ کٔشیرِ منٛز
سونہٕری دوراوس تہٕ زین العابدین بڈشاہ صأبنی حکومت (۱۴۲۰ء پیٹھہ
۱۴۷۰ء تانی) آس۔ بڈشاہ صأبن تہٕ اُنہٕ ناوی ایرانہٕ پیٹھہ ماہر کاری گر یم یتہٕ
یئتی آباد سپدی۔ یمن وہ ستاد کاری گرن منٛز آسی امبرایڈری ہندۍ مختلف
قِسمن ہندۍ ماہر تہٕ شامِل۔ یِموٚ یمہ کامہِ پھأشپھلایہ تہٕ دِژ ہکھ ترقی۔ یتھہ کنٛی
چھہٕ ننان زِ کأشر امبرایڈری پیٹھ چھہٕ ایرانک زبردس اثر۔

امبرایڈری چھے آرأیشہٕ باپتھ ورتاونہٕ یوان۔ یہ چھے یوان پلوٚن پیٹھ
کرنہٕ۔ پلوٚ چھہ نالی لاگنٕکی تہٕ تہٕ بلہٕ تے ورتاونہٕ کی تہٕ آسان۔ یم پلوٚ چھہٕ خاص مقأمی
طور کٔشیرِ منٛزٕ یوت پسند کرنہٕ یوان بلکہ چھے خوشیون سجاوٕ کھٕ آسنہٕ کنٛی یتھر
منٛگ دنیہکس کونس کونس منٛز۔ امیک وجہ چھہٕ یتھ ناقابلِ فراموش ڈیزاین
کاری۔ یوٚدوے یمن ڈزاینن منٛز جیومیٹری شکلہٕ تہٕ شامِل چھے مگر اکثر پأٹھی
چھے گُل کاری کرنہٕ یوان۔ دوہوٚنی قسمہ کین ڈیزاینن منٛز چھہٕ کٔشیرِ ہند مقامی رنگ
نمایاں آسان یتھ فطرتس واریاہ قریب چھہٕ تہٕ کاری گرو چھہٕ یہ ژکہِ سان

تہٕ نفیس پأٹھۍ وۄتلاوُن آسان۔

کُنہِ تہٕ پلوس پیٹھ امبرایڈری کرنہٕ برونٛہہ چھُہ اَکھ بیٹھ ٹمہ ڈِزأنک نقش ترٛاونہٕ یِوان۔ یتھ اتھ پیٹھ وۄتلاوُنک غرض آسہِ۔ یہ چھُہ کاغذی سٹِنسلکہِ مَدتہٕ سیتی کرنہٕ یِوان۔ اَمہِ پتہٕ چھِہ کاسب سترٕ یا آرِ سیتی مختلف رنگن ہنٛدی ین چھأوِتھ گُل کأری کران تہٕ آخرس چھُہ یہ چھیٚلِنہٕ پتہٕ قأبلِ دید چیز بنان۔

امبرایڈری یِمن پلون پیٹھ کرنہٕ یِوان چھےٚ تِمن چھِہ ونیٛٹھی یا پٲٹھۍ زٕ حصہٕ۔ اَکھ حِصہٕ چھُہ تِمن پلون ہُند یِم وتھراونس تہٕ پردن لگان چھِہ یِمن پیٹھ امبرایڈری چھےٚ ونیٛٹھ پٲٹھ آسان تہٕ اَتھ کامہِ چھُہ جالکدٲزی ناو۔ دوٚیِم حِصہٕ چھُہ تِمن پلون پیٹھ مستعمل یِم نألی لاگنس تہٕ ولنس لگان چھِہ۔ یِہنٛز کأم چھےٚ زٲوِج تہٕ لوٚزُک آسان تہٕ اَتھ کامہِ چھِہ ٹوٗپہ کأم وَنان۔

## جالکدٲزی:-

جالکدٲزی چھِہ بیٛرِمہٕ کأم تہٕ وَنان یہ چھےٚ آرِ سیتی یوٚت کرنہٕ یِوان۔ اتھ منٛز چھِہ گُل کھالنہٕ خأطرٕ رنگ دار بیٛرِ ین کامہِ لاگان۔ گُل چھُہ یِوان دارِ یہن قسمن ہنٛدی کھالنہٕ۔ کُنہِ پلوس چھِہ ڈٕ ہٕ ین جانادرن ہنٛز شکلہِ بناونہٕ یِوان۔ کُنہِ پیٹھ جنٛگلی جانورن تہٕ اکثر پأٹھۍ چھِہ کٔشیر ہنٛدِ ین پوٚشن تہٕ پوشنہِ کُلین ہٕنہٕ ڈٔنٛھرن تہٕ مختلف میون ہنٛز شکلہِ بناونہٕ یِوان۔ یِمن منٛز چھِہ بوٚنہٕ پن ٹیٚلی، بادام ہرٕ تہٕ عام پأٹھۍ وۄتلاونہٕ یِوان۔ یِم گُل چھِہ سرتوٚبوٚت پأٹھۍ تٔھتی ہُیٚرٕ منٛز بناونہٕ یِوان یِہ سہٕ ہِیٚتھ یِمن فطری آسان چھےٚ بلکہ چھِہ ڈِزأین بناون وٲلی یِمن تخلیقی رنگس منٛز رنگتھ تِتھہ بوٚنہٕ (STYLISTIC) تیار کران یِم پتہٕ اَکھ نوٚو چیز

باسان چھہٕ۔ یتھۍ تھٕر دار پلوٚ چھہٕ زیادے خوشنوٗنی باسان۔

جالکد وٗزی منٛز چھہٕ گُل تٕہ ورقٕہ قسمکۍ پلوٚ بناوان۔ یم چھہٕ نمدٕہ، گبہٕ، کرٛول، امبرائیڈری تہٕ فرکامہٕ ہشہٕ چیز۔

## نمدٕہ:۔

نمدٕہ چھُہ اکھ ژرٕٹ ہشہٕ آسان۔ یہٕ چھُہ لگان فرشس پیٹھ وتھراونس یم چھہٕ آسان ژٕہ کوٗنجل تہٕ تہٕ گول تہٕ، لوکٕٹ تہٕ تہٕ بڈٕ تہٕ۔ عام طور چھہٕ یم ۲ × ۳، ۳ × ۴، ۴ × ۶، ۶ × ۹ تہٕ ۹ × ۱۲ سایزن ہندی آسان۔ اکہ نمدُک وزن چھُہ اکہٕ کلو پیٹھ اٹھن کلوٚن تام آسہ ہیکان۔

نمدٕہ چھُہ یوان پیٚرس تہٕ پھمبس بناونہٕ۔ امہ منٛز چھُہ پیٚرُک آسُن لازمی ترکیبازہٕ امہ بغار نمدُک تصوٗر چھُہ ناممکن۔ پھمب چھُہ یوان ملاونہٕ خاطرٕ تراونہٕ۔ امہ علاوٕ چھُہ پھمبہٕ سیتۍ نمدٕہ پایدار بنان۔ آرایش بڑاونہٕ خٲطرٕ بیمانہٕ چھہٕ نمدٕ وُشنیرٕ تہٕ دِوان تہٕ نوے چھہٕ یم وندس منٛزٕ یوت یوان استعمال کرنہٕ۔ بناونہٕ وزٕ چھُہ گوڈٕ نمدٕ گوٚر پیٚر تہٕ پھمب ثیوٚن ثیوٚن دونان تہٕ پتہٕ چھُہ یہٕ رلاوان۔ نتہٕ چھُہ بیوٚن ثیوٚنے وٕرتاوان کُنہٕ پنتجہ یاوگوس پیٹھ چھُہ اَرم اکھ تہہ تراوان تہٕ پتہٕ صابنٕہ آب چھہٕ کان۔ یتھ اکھ تہہ سیتۍ پھش چھُہ دِوان۔ مزید پتہٕ بیا کھ تہہ تراوان تہٕ یہٕ عمل کران روزان۔ یوٚ تام ضروٗرتہٕ مطابق ژٕ زور تہہ تراوان چھُہ۔ پتہٕ چھُس دَستہٕ لاۓ کُنہ تھوان۔ نمدٕ گوٚر چھُہ یہٕ وگو پتہٕ وٹان تہٕ چھُس رزٕ سیتۍ گنڈ کران۔ گنڈ کرتھ چھُہ وگوس کھوٚر و سیتۍ لتہٕ دِوان دِوان اوٕر یورٕ ڈلوان۔ وار یاہس کالس یہٕ عمل جاری تھٲوِتھ چھُہ آخرس وگوس رزٕ مُترٕ راوتھ واش کڈان تہٕ امہ منٛزٕ

نمدٕ تھوٚد تُلان ۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ یہ نمدٕ خوشکھ گرتھنہٕ موکھہٕ تالیس نژاوان تہٕ
شٹھہِ کرِتھ چھُ اَتھ پیٹھ ڈزاین یوان نژاونہٕ یتھ پتہٕ آرِ سیتؠ رنگ برنگی
اُکیوٚن ییر چھُ چھاونہٕ یوان، ییمہٕ پتہٕ یہ ٹھیک پاٹھؠ چھُ چھلنہٕ کرنہٕ یوان تہٕ اَتھ
چھُ یہ خوبصورت ڈزاین دار نمدٕ بنان ۔

نمدٕ سازی چھےٚ منٛز ایشیاہس منٛز بارسس آمٕژ اَتی پیٹھٕ وآتٕژ یہ کٔشیر
وٕنہٕ ۔ منٛز ایشیا پیٹھٕ چھُ نمدٕ کارٕ بارس ٹھابڑٕ شہ شروع سپدمُت ۔ خیال چھُ یوان
کرنہٕ زِ یہ وَق چھُ عیسوی سنہٕ شروع سپدنک ہیٚو اوسمُت ۔ یہ نمدٕ کاربار اوس
کٔشیرِ منٛزے باتے دُٹھ یہس سیتؠ سپدان ۔ گنوٚ ہمہ صدی ہندس ابتداہس تانؠ آسی
بار قند پیٹھ سیٹھاہ تعداس منٛز یور نمدٕ اَنہٕ یوان ۔ مگر پتہٕ سپٕز اَتھ کمی
ہش ۔ گوڈنکہٕ جنگِ عظیمہٕ (۱۹۱۴-۱۹۱۸ء) پتہٕ آو منٛز ایشیا پیٹھ ییٚہ وارِیاہ
نمدٕ مال کٔشیرِ درآمد کرنہٕ ۔ ۱۹۲۹ء پیٹھٕ لٔگی امریکہ ہن تہٕ کٔشیرِ پیٹھٕ نمدٕ ٹلی ہیٚنہٕ تہٕ
جلدے بنیوو یہ ملک منٛز ایشیاہکی نمدٕ ہینگ بوڈ خریدار ۔ یمن نمدن آسی
اصلی کاشرؠ نمدٕ وٕنان ۔ تکیاز منٛز ایشیا پیٹھٕ یم نمدٕ یور درآمد کرنہٕ یوان آسی تم
آسی ساد آسان تہٕ تِمن پیٹھٕ آس ییٚتی جالکدٕوزی کرنہٕ یوان تہٕ ییٚتہٕ آسی یوان
باتے مُلکن سوزنہٕ ۔ باپارِن ہندِ وَننہٕ مطابق چھُ ۱۹۴۰ء تام زٕ لچھ نمدٕ نی وٕری یہ
یور درآمد سپدان آسمتی ۔ مگر لیہہ وَتھ بند گژھنہٕ پتہٕ گو منٛز ایشیا پیٹھٕ
یور کارٕ بار مکمل پاٹھؠ بند تہٕ ۱۹۴۰-۴۱ء منٛز چھُنہٕ اَتہٕ پیٹھٕ اکھ نمدٕ تہٕ یورو وُتمت
چونکہِ ییٚتہٕ آس نمدن ہنٛز منگ برابر ہران تہٕ لہٰذا آیہٕ مقامی طور سرینگرس منٛز
نمدٕ بناونچ صنعت قایم کرنہٕ ۔ اَمہٕ برٕد شہ تہٕ آسی ییٚتہٕ کیٛنہہ دٔسی یاپہٕ نمدٕ بناونہٕ

یوان۔ مگر یِمہٕ تعداد اوس منز ایشیا بیٚیہٕ ڈر آمد سپدن والین نمدن
ہنٛدِ کھوتہٕ بالکل کم۔ ۱۹۲۹ء پیٹھٕ پھیری کینٛہہ قالیاف تہٕ اَتھ کارس کُن تہٕ یِنہٕ
کِنی ہیٚوتُن اَتھ صنعتس پوچھر لگُن۔ ۱۹۳۰ء منز ییٚتِھ بیٚیتہٕ نمدہٕ گری ہنٛز صنعت
باضابطہ پاٹھۍ وجودس آیہ۔ مقامی نمدہٕ سازن ہیٚز حوصلہ افزائی۔ یہ کٲم
بھانہیلیو وتہٕ ییٚتھ کِنی سپدی کشیر ہنٛدی ہِنٛی نمدہٕ مشہور۔ اَز کل چھہ بیٚیتہٕ
لچھہ بدن رو پین ہنٛدِ موٚہکۍ نمدہٕ پرٛاہتھ وٕری یہ تیار سپدان تہٕ یم نمدہٕ چھہ ہندوستانٕچو
ریاستن ہٕنز بیماہ باتے ملکن منز تہٕ کار بارہٕ ڈسی واتان۔

## گبہٕ:۔

گبہٕ چھہ آرایشہٕ ہنٛد اَکھ بلویُس عموماً کمرس منز فرشس پیٹھ
ٹھوٚکھ اوسن لگان چھہ۔ یہ چھہ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ پردن ہنٛدِ خاطرٕ تہٕ ورتاوہٕ یوان۔ گبہٕ
چھہ کُنہٕ کپرس پیٹھ آرِ کٲم کرِتھ سیٹھی بناوہٕ یوان۔ کپُر چھہ ہیکان دوٚیہ قسمہٕ آسِتھ
اَکھ کپُر چھہ یا تہٕ مٕلی کپر ٹُکرٕ وآٹھ بناوہٕ یوان۔ یم ٹُکرٕ چھہ مختلف رنگن ہنٛدی
بنادِ تھ تِتھٕ کِنی واٹہٕ یوان زِ وچھن والیس چھُہ فکری تران زِ گبہٕ چھہ ٹُکرن
ہنٛدِ بناوہٕ آمت۔ نتہٕ چھہ یہ سر توٚبہٕ ت ژادرن یا کملن ہنٛد آسان۔ گبہٕ ساتہٕ
چھہ گوڈٕ اَکھ کپرس رنگان پتہٕ مختلف قسمہٕ کین رنگن ہنٛدی ییٚرن آرِ سیٚتی
چھاپِتھ نفیس گُل کٲری کران۔ یہ کٲم کرنس چھہ فیتہٕ کٲم وَنان تہٕ اتھ منز چھہ
گبہٕ گوٚر منشہٕ مطابق تہٕ حسب ضرورت ڈیوٚن یا ترٛیوٚن ییٚرن استعمال کران
اَمہٕ قسمکی گبہٕ چھہ عام تہٕ اکثر پاٹھۍ کشیر منز پسند کرنہٕ یوان۔ تہٕ لوکھ چھہ یا تہٕ فرمایشہٕ
پیٹھ یتھی گبہٕ بناونہٕ وان نتہٕ مٕلی ہیوان۔ دوٚیمہ قسمک گبہٕ چھہ ڈسوٚت کپرس پیٹھ

آرِسۍ آکیوٗن ییٖر چھاپہٕ وِتھ بناونہٕ یوان ۔ اَتھ گبس چھِ چیٖن سٹیچ گبہٕ ناو ۔ چیٖن سٹیچ
گبس تہٕ عام گبس چھُ کیٚنہٕ بیوٗن بیوٗن آسنہٕ ہُریمایہٕ یمہٕ پیٹھٕ سیٚدان پٔن چھاوٕنچ
کامہِ تہٕ فرق ۔ چیٖن سٹیچ گبس چھےٚ نیٚنز پٔن چھاوٕنچ کاںٛم کرنہٕ یوان زِ آخرس چھُنہٕ پیٚتہٕ
ڈُسوٗت کیٚنہٕ بُتھِ نوٗنے روزان ۔ اَتھ منز چھُ کُنہٕ ساتہٕ ییٖر بدلہٕ اِسٹیٖل تہٕ وَرتاونہٕ یوان
یہِ ہیٚکہِ فائلین بدلہٕ تہٕ نکھہٕ وٕسِتھ ۔ اَتھ چھےٚ فائلینہٕ کھوٗتہٕ وارِیاہ کم لاگتھ لگان ۔ یِم تہٕ
چھِ مختلف میٖٹرن ہٕندی بناونہٕ یوان تہٕ بٔڈ کھوٗتہٕ بوٚڈ گبہ چھُ ۹ x ۱۲ آسان ۔ گبس
چھِ اَستر لاگِتھ پھمب تہٕ بران تہٕ ییٚتہِ کیٚنہہ چھُ یہِ زیادٕے آرام دہ چیز بنان ۔

گبہ ساٚزی ہٕندس ابتداہس مُتعلق چھُنہٕ کانٛہہ تُھچ تواریخ ۔ وۄنہٕ گو
کیٚنہہ لُکہٕ رِوایژ چھےٚ ۔ اَکھ رِوایت چھےٚ یہِ زِ ازٕ برونٛہہ زُہنہٕ وَری چھُ اسلام آباد
اَکھ غریب سٕتر روزان اوس مُت ایس لسہٕ ملوطہ ناو اوس ۔ ڈیان ناد آری ہٕندِ سیٚتہٕ
واٚٹہٕ اَمی وارِیاہن رنگن ہٕندی ٹیٚمٹی ٹکرٕ وٕتھرِن بناونہٕ خاطر ۔ چوٗنکہ یہِ اوس اَکِہ
نٔیہ قٕسمُک وٕتھرُن تہٕ لہٰذا ییٚلہِ باقین اَتھ پیٹھٕ نظر پیٚیہِ ۔ تِمن باسیوو
یہِ اَکھ نوٚو چیز ۔ تِموتہٕ ہیٚچ یِم بناوٕنی تہٕ ییٚتھکنی آیہِ کٔشیر منز گبہ ساٚزی بارسس ۔ اَمہِ
تلہٕ چھُ صاف پَتاہ لگان زِ گبہ چھُ ڈینہس کٔشیر مُتھ دیٚتمُت ۔ دوٚیم رِوایت چھےٚ کو بلہٕ
پیٹھٕ آو اَکھ پناہ گزین عبدالرحمان پور ۔ سہٕ روٗد ییٚتہِ اَکِس گامس منز ۔ اَمہٕ تِہنٛدو
اَمی جالکدوزی کٔرتھ اَکھ زین تہٕ ییٚتھکنی سٕپد گبہ بناوُن شروع ۔ بیاکھ واقعہ چھُ
یہِ زِ اَکِہ دۄہہ اوس مہاراجہ گلاب سِنگھ (۱۸۵۰ - ۱۸۵۵ء) ییٚتہِ اَکِہ گامہٕ منزی
پکان ۔ گامکی نٕٹھو کوٚر مہاراجس ہمٕورس تہٕ دۄہ بیٚنس ۔ اَمہٕ پتہٕ ییٚلہِ مہاراج اَنہٕ
ڈراو تِمی مۄنگ اَمس مہمان نوازس سٕہ گبہ ییٚتھ پیٹھٕ سہٕ اَمس نِش بِہِتھ اوس ۔ اَمہِ واقعہٕ

تِلہٕ چھُہ بنان زِ گبہٕ صنعت آس اَمہِ وِز کٔشیرِ منٛز جان ترقی کرٕہِتھ۔ چین ہٕتھ گبہٕ چھُہ
یینہِ حال حالے شروع کرنہٕ آمُت۔ گبہٕ چھُہ کٔشیرِ منٛز زیادٕ ترِ اسلام آباد بناونہٕ یِوان
سرینگر، وَرحل تہٕ بٲقے کینژن جاین نہٕ چھہِ اَز کل گبہٕ بنان۔ گوڈٕ گوڈٕ یِم گبہٕ بنان
آسہِ تِم آسہٕ وسہِ پایہِ آسان۔ مگر پتہٕ ییلہِ اَتھ کارس منٛز ترقی سپٕز تِتھی معیٲری
گبہٕ آیہِ بناونہٕ زِ امیر لُکو تہِ لٲگی یِم مُلی ہیٛنِی۔ اَز کل چھُہ بٲقے لُکو ہٕر پیمانہٕ یوٗرپی سٲٹانی
تہِ یِم گبہٕ مُلی ہیوان تہٕ ییتھہٕ کٔنی چھُہ کٔشیرِ ہٕنٛدی گبہٕ وونی سارِے دُنیہس منٛز مشہوٗر
گٔمتی۔ پتہٕ ییتھ وُرہِ یہٕ چھُہ لبچھہ اَبرٕ روہ بیٚین ہٕنٛدِ موٗلکو گبہٕ کٔشیرِ نیبر برآمد سپدان
یِمو منٛز عام گبو ہٕر پیمانہٕ چین ہٕتھ گبہٕ تہٕ شٲمِل چھُہ۔

## کرٛول امیرایڈری:۔

یتھ کامہِ منٛز چھُہ دُسوٗت کپرس آرِ کٲم کرِتھ وارِیاہ
چیز بناونہٕ یِوان۔ مثلن پردٕ، بیگ، میز پوش، کُشن کور، بیڈ شیٖٹ بیترِ اتھ منٛز
چھُہ اکیوٚن یییر چھاونہٕ خاطر ورتاونہٕ یِوان۔ یہٕ کار دٔوے کٔشیرِ منٛز لۆ آموٗز چھُہ مگر
تہِ کرِتھ تہِ چھہِ یِم چیز یِیسلہِ پاٹھی پسند کرنہٕ یِوان۔ تہٕ یِم چیز چھہِ عام پاٹھی پتہٕ ییتھ
ضرورتہِ ہِنٛز جایہِ ورتاونہٕ یِوان تہٕ اَتھ کامہِ چھہِ وونی کٔشیرِ نیبر تہِ آرٹکلن منٛز تہٕ
کاٹی پسند کران۔

## فرکٲم:۔

فرکٲم چھِہ پرٛانہِ کھوتہٕ پرٛٲنی کٲم۔ ییلہِ انسان گوہن تہٕ
غارن منٛز روزان اوس۔ سہٕ اوس جانوَرن ہٕنٛد شکار کران۔ اَمہِ سیتی اوس سہٕ
اَکھہ پیٚنِی یڈ پالان تہٕ بیییہ اوس یِہنٛدِ مسلہٕ سیتی بِہنہٕ تن وَلان ییٚتھ زِ تیٚمِسہ

بچھہ ہیکہ ہے۔ اَز کل یتھ ترقی ہندِس زمانَس منز تہٕ چھُ اِنسان جانوَرن ہُنڈ
شکار کران تہٕ یِہندِس مسلس لاگنہٕ خاطرٕ بلوٗ بناوان۔ چونکہ کشیرِ چھِہ واریاہ جنگل
باگہٕ آمتہٕ، یِمن منز قسمہٕ قسمکی جنگلی جانور چھِہ۔ یِمن منز چھِہ سہہ، ہہہ، خرگوش
ہاپتہ بیتر قابلِ ذکر۔ یِہندِس مسلس چھُ فر وننہٕ یِوان۔ یِمو علاوٕ چھِہ برابر شال
تہٕ لاشہٕ مسلہٕ تہٕ فر کامہٕ خاطرٕ ورتاونہٕ یِوان۔ پالتو جانورو منز چھِہ چھر مسلہٕ اکھ
کامہٕ لگان تہٕ اکھ مسلس چھِہ ٹمبر وَنان۔ کنوہمہٕ صدی ہندِس آخرس منز آو امہٕ
کامہٕ خاطرٕ اکہٕ نئیہ قسمک مسالہٕ بناونہٕ۔ یتھ ریگزین وَنان چھِہ۔ یہ مسالہٕ آو مسلس پیٹھ
کرٕ ڈم کیمیائی مُرکیا تو ہندِ عملہٕ سیتی تیار کرنہٕ۔ یہ نوو مسالہٕ چھُ چمکیلہٕ تہٕ نرم
آسان۔ یہ مسالہٕ بارسس ییہ سیتی آو اکھ کسبس نوو یر تہٕ یہ کام پھلیہ یہ دُرستِس
دُنیہس منز۔ کشیرِ منز یہ کام کرنہٕ خاطرٕ چھِہ ریگزین نیٖبر پیٹھ تارنہٕ یِوان۔ یِمن
سارِنے قسمہٕ کین مسالن چھِہ واریاہ قسمکی بلوٗ شونہٕ یِوان۔ مثلاً کوٹ، جاکیٹ
اکھ، پنجہ، بیگ، پرس، ٹوپہ، بیڈ، روم چینہٕ، بیڈروم سلیپر، بوٹ، کمربند تہٕ
کُشن کوَر بیتر۔ یِمن فرٕ بلوٗن پیٹھ چھِہ پتہٕ سٹیل پتہٕ سیتی جالکہ ڈزی کرنہٕ یِوان
ییمہٕ سیتی یم زیادٕ خوشیوٗن تہٕ سجوٗنی لگان چھِہ۔ امہٕ قسمکی چیز چھِہ دُنیہس
منز پرٕ یتھ جایہ پسند کرنہٕ یِوان۔ پرٕ یتھ وری یہ چھِہ یِنہٕ کرور روپیہ پیٹھی
موہکو فرٕس مختلف چیز بناونہٕ یِوان۔ یم دُنیہکس کو نس کونس منز چھِہ کاربارٕ
ڈسیوٗ داتان۔

## ٹوپہ کام

یہ کام چھِہ اکثر شرٕنہٕ سیتی تہٕ کُنہٕ کُنہٕ آرٕ سیتی تہٕ کرنہٕ یِوان

اَتھ منٛز چھُ یِوان یُسلہٕ یا ٹھٕی سٹیپل پٮ۪ن چھاونہٕ تہٕ ییٚلہٕ پشمینہٕ کاٗم آسہِ تیٚلہٕ چھُ
پاٹ پٮ۪ن ورتاونہٕ یِوان۔ زردوزی منٛز چھُ تِلہٕ پٮ۪ن لَگان۔ ٹھہ یہ کامہِ منٛز چھےٚ تِمے تھٕر
ترٛاونہٕ یِوان یِم جالکدوزی منٛز بناونہٕ یِوان چھےٚ۔ دوٚن گوٚ ٹھہ یہ کاٗم چھےٚ اٗوِج
زاٗوِج کاٗم۔ اِمۍ موٗجوٗب چھےٚ اَمِچ تھٕر نفاستا تہٕ زاٗوِ جارٕ سان آسان۔ یہ چھےٚ
وَلِنہٕ کِنۍ شالَن تہٕ ناٗلی لاگنہٕ کِنۍ پَلوَن پیٹھ کرنہٕ یِوان۔ یوسہٕ ٹھہ یہ کاٗم سٕہٕتھٕر نہٕ
سِہتی چھےٚ کرنہٕ یِوان تتھ چھُ سوزٕنی کاٗم یا سوزَن کاٗری وَننہٕ یِوان تہٕ یوسہٕ
کاٗم آرِ سِہتی یِیہ کرنہٕ تتھ چھُ آرِ کاٗم ناو۔

## سوزَن کاٗری:-

سوزٕنی کاٗم چھُ آرِ کامہِ کھوتہٕ زیادٕ زاٗوِج کاٗم۔
اَتھ منٛز چھُ آرِ کامہِ کھوتہٕ پٮ۪ن تہٕ زاٗوِیُل لَگان تہٕ وَق تہٕ چھُ یہ کرُس منٛز زیادٕ صرف
گژھان لہٰذا چھِ یِم پَلوٚ نفیس تہٕ زیادٕ آسان۔ سوزن کاٗری چھِ زٕ قسمٕ۔ اَکھ گٔیہ
رنگہٕ کاٗم تہٕ دوٚیِم زردوزی۔

## رنگہٕ کاٗم:-

یہ کاٗم چھےٚ رغلہٕ یا پشمینہٕ شالَن تہٕ پَلوَن پیٹھ گُل کاٗری۔
پَلوٚ چھِ مَردانہٕ تہٕ تہٕ زنانہٕ تہٕ آسان تہٕ رفگری چھےٚ یِمَن دوٚنوٚنی قسمَن پیٹھ کرنہٕ یِوان
اَکھ کامہِ چھِ دوو ترٛاوُن وناں۔ مردانہٕ پَلوٚ ونٛز چھِ کُرتہٕ، کوٹ، چوغہٕ (گوٗن) تہٕ مفلرس
پیٹھ یہ کاٗم سپدان۔ یِمَن پَلوَن چھِ سٹیپل کُرتَس نالَس تہٕ ترٛپٮ۪ن تہٕ دامنَس، کوٹھَس
تہٕ چوغَس نالَس، ترٛپٮ۪ن، دامنَس تہٕ پیٚشہ کِنۍ رَلِہٕ وِہِن اَنٛدَن دوٚن تہٕ مفلَرس
دوٚن اَنٛدَن تہٕ گُنہٕ منٛز منٛز تہٕ چھاونہٕ یِوان۔ زنانہٕ پَلوَ منٛز چھےٚ یہ کاٗم فراک، فیرَن

چوغہٕ، رُمال تہٕ ساڑی (ریشمہٕ تہٕ بأٹے میأنی صاف ڈٕپٹن) ہیوٚن پلوٚن پیٹھ سپدان۔ یمن پلوٚن پٮ۪ٹھ چھےٚ یہ کأم فراکس تہٕ فیرنس نالس تہٕ نرن تہٕ دامنس تہٕ ساڑن رُمالن منٛز منٛز کرِتھ آسان۔ اَمہٕ علاوٕ چھےٚ یہ کأم غلاف، بیگن تہٕ تکین پیٹھ تہٕ کرنہٕ یِوان۔ پیزٕ تہٕ پأٹھے وٕچھوٗر فکری چھےٚ شالن پیٹھ کرنہٕ یِنہٕ کِنی مقبوٗل۔ اکثر چھےٚ یہ شالن پیٹھے کرنہٕ یِوان۔ تہٕ اَمی کِنی چھےٚ یہ اَکھ اَکھ کأم زنانہٕ یِوان۔

شال چھُ وٕلنک اَکھ موٗنر سجاوٹی پلو۔ یہ چھُ شوٗب دِنہٕ ہیمانہٕ وُشنیر تہٕ دِوان۔ اَوکِنی چھُ یہ تیٚز منٛز وٕلنہٕ یِوان۔ عام طور چھہ شال دوٚن میٹرن ہٕنٛدی۔ مرداٚنہٕ شال چھُ ترٛیشیۍ گز۔ ڈوڈ گز تہٕ زنانہٕ شال ہُ گز اَکھ گز آسان۔ یمن شالن چھےٚ فکری کم تہٕ کرنہٕ یِوان تہٕ زیادٕ تہٕ کرِتھ ہیکان۔ یِتھ شالس صرف دوٚن اَنٛدن کأم کرنہٕ ییہِ تتھ چھہ پلہٕ دار شال وَنان۔ یہ چھُ لوکٹ دور تہٕ آسِتھ ہیکان تہٕ بوڈ دور تہٕ۔ عام طور چھہ بادام دور تہٕ چیار دور ترٛاوان۔ کُنہٕ شالس چھُ میم دور دار یا کوٗنٛج دور دار شال تہٕ وَنان کیٚنہہ شال چھہ نم تہٕ بنان۔ یمن ساری ہِسے کیپرس پیٹھ چھےٚ منٛز منٛز بوٗٹہٕ بناونہٕ یِوان۔ یمن شالن چھُ بوٗٹہٕ دار شال ناو۔ بوٗٹہٕ چھےٚ لوکچہ تہٕ تہٕ بجہ تہٕ آسِتھ ہیکان۔ لوکچہ بوٗٹہٕ ترٛاوِنس چھہ فسلی کار وَنان۔ وار یُہن شالن چھےٚ یِوان سارے ہِسے کیپرس گنٛٹی پأٹھی گُل کأری کرنہٕ۔

یِتھِس ہِیس شالس چھُ جامہٕ یا جامہ وار وَننہٕ یِوان۔ یِتھ جامس تہٕ زیادٕ سنگین کأم آسہِ تتھ چھہ جأنی جامہٕ ناو۔ یہ سارے کأم چھےٚ دو یہ قسمہٕ آسِتھ ہیکان۔ وٕنیٹھی بوٗٹھی کامہٕ چھہ وَنہٕ چکن ناو تہٕ بیپ چھےٚ عام پأٹھی رفلہٕ شالن پیٹھ کرنہٕ یِوان۔ دوٚیم قسم چھہ زیاد زاوُج تہٕ سنگین کأم یتھ ریزہ کأری تہٕ وَنان چھہ یہ چھہ اکثر پأٹھی پشمینہٕ شالن پیٹھ کرنہٕ یِوان۔ یہ کأم چھےٚ سٹیپس بدلہٕ پأٹھی بیہٕ سیتی کرنہٕ یِوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھہ یہ سٹیپس چھاپِتھ تہٕ کرنہٕ یِوان

اَمہِ قسمُک شال چھُ بُتھ تھَر آسنہٕ بغاَر دۄ نوٚنی طرفن ہیُوٚے آسان یِتھ کِنۍ اَتھ دُ رۄخ شال تہٕ وَنان یوان چھُ۔ رفوگرٕی سیتۍ چھُ اَکِہ قسمُک کانٛی شال ہیُوٗ تہٕ بناونہٕ یوان۔ یہِ چھُ وارِیاہ پشمینہ ٹُکرِ یاتہٕ وانٛل وانٛٹھ تیار کرتہٕ یوان۔ یِمہ لوٚکچہ لوٚکچہ پشمینہٕ ٹُکر چھِنۍ تہِتھہٕ پاٹھۍ جوڑنہٕ یوان زِ وُچھن وألِس چھُنہٕ فِکرِی تَران زِ شال کیاہ چھُ ترٛن ہنٛد بناونہٕ آمُت۔

کٔشیرِ منٛز اصلہٕ کارِیا امیرا یڈٛری شال بارَس پیٚٹھ مُتعلق چھےٚ وارِیاہ رایہِ۔ اَکھ رایہِ چھےٚ یہِ زِ اصلہٕ کار شال آو بیٚیتہِ ارداہمہِ صدی ہنٛدِس اَنٛدَس پیٹھ بارَس دَپان افغان دوٚرَس منٛز ییٚلہِ بیٚیتہِ آزاد خان گورنر (۱۷۸۳ء - ۱۷۷۵ء) اوس وُچھ اَکہِ دۄہہٕ اَکی کأشرِ شالباف علی باباہن اَکھ جانوٗر اَکِس سفید کپُر ٹُکرَس پیٹھ بکان۔ یتھ پیٹھ پتہٕ اَمہِ ہنٛدِ پنٛجن ہنٛدۍ نِشانہٕ موجوٗد رُود۔ یہِ وُچھتھ آو اَمِس وۄستاد شالبافس یہِ نقش رنگ دار پیٚتو سیتۍ بناونُک خیال۔ یتھکنۍ بنوو اَمۍ ستر نہٕ ستی گوڈنیُک سوزنی شال۔ کأشرِ شالباف چھِ اَمِس وۄستاد شالبافس سأد باباہ تہٕ وَنان تہٕ یہِ اوس سرینگرَس منٛز سوکالی پورِ روزان۔ شال بناونُک یہِ طریقہٕ سپُد پتہٕ مقبولِ عام تہٕ شال ووٚنن والیو لأگی یتھی ہی شال بناونۍ۔ اَمہِ قسمہٕ کِس شالس اوس اَمہِ وقتہٕ کانٛی شالُک ترٛیُم حِصہ خرچہِ لگان تہٕ بیٚیہِ اَمِس اَتھ کانٛی شالہٕ کھوتہٕ کم مہارتُک ضرورت آسان۔ بیاکھ رِوایت چھےٚ یہِ زِ شُراہمہِ صدی مرزا حیدرِ سنٛدِس وَقتس منٛز چھُ کھوقند روسی تُرکستانُک اَکھ ماہِر شالباف ناوِ نۍ بیگ کٔشیرِ منٛز اوسمُت ییمۍ بیٚیتہِ رنگ دار شال بناونہِکۍ وارِیاہ ڈِزاین چھِ ہاوِ مٕتۍ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ شال امیراویڈٛری چھےٚ بیٚیتہِ وارِیاہ برٛونہہ شروٗع سپنٛز مٕژ۔ ۱۸۰۳ء منٛز آو آرمینا پیٹھہٕ اَکھ تاجِر خوجہ یوٗسف کٔشیرِ۔ اَمۍ ہاوۍ بیٚیتہِ اصلہٕ کار شالن ہنٛدۍ بیٚیہِ تہٕ وارِیاہ ڈِزاین۔ ییمہ سیتۍ

اُتھ بیٚیہٕ ہن پوٗچھر لوٗگ سکھ دورس (۱۸۱۹ء-۱۸۴۶ء) منز اَکھ شال امبرایڈری
ٹیس پیٹھ۔ سارِوٕے کھوٗتہٕ زیادٕ تہٕ ٹھدٕی شال آسی مہاراجہ رنجیت سنگھنہٕ وقتہٕ بنان۔ اَمی
بناونو وٕ پینہٕ خاطرٕ اَکھ شال یتھ پیٹھ آہنر کامیابیہ نقش آسہٕ تہٕ یہ شال بناونس
دِتی آمی کاری گرس پانژھ ساس روپیہ۔ کوٚڈ کوٚڈ آسی صرف ایک روٚخہٕ شال بناونہٕ
یوان۔ یس صرف اَکی طرفہٕ چھہ وٕلنہٕ ییتھ ہیکان۔ ینیکیاز اُتھ چھہ بتھ تہٕ تھر بیٚون آسان
تھر اَندٕ چھس بےسوم گُل کاری آسان تہٕ اَمہ طرفہٕ چھنہٕ گُل مُہ کارٕ پاٹھی آسان
۱۸۶۴ء منز مہاراجہ گلاب سنگھنہٕ وقتہٕ آو دوٗروٚخہٕ شال بناونہٕ۔ یہ شال کوٚر مصطفےٰ
پنڈتس تہٕ عزیز پنڈتناوٕکی دون کاری گرو مُشترکہٕ پاٹھی ایجاد۔ اتھ شالس چھ
دوشوٕنی طرفن گُل کاری آسان۔ لہاذا چھہ یہ دونوٕے طرفو وٕلنہٕ ییتھ ہیکان۔

## زرہ دوزی۔

اُتھ چھہ تلہٕ کرون تہٕ وٕنان۔ تلہٕ چھہ زنانہٕ شالن تہٕ پھیرن پھاونہٕ
یوان۔ یہ کرنہٕ ورِز چھہ گوڈٕ کاغزی سٹینسلہ سیتی نقش تراونہٕ یوان۔ نقش چھہ آسان
مختلف قسمن ہندی۔ لوکٹہٕ تہٕ چھہ آسان تہٕ بڈی تہٕ۔ اَمہ وزِ چھہ ییمہ کتھہ ہنز
خیال تھاوُن پیوان زِ کنہٕ بلوٗس گرٕ تولہٕ چھہ تلہٕ چھاوُن تہٕ اَمی مُطابق چھہ لوکٹ
یا بوٚڈ ڈزاین تراونہٕ یوان۔ یہ کام کرنس چھہ دون قسمک پَن لگان۔ اَکھ گو
اصلی تلہٕ پَن روٚزہ یہ خاطرٕ۔ یہ چھہ سفید یا زرد رنگہٕ آسان۔ بنیادی چھہ یہ تلہٕ پَن ریشمہ
یَنس پیٹھ اَکھ روٚزہ یہ تہہ آسان توٚے چھہ اُتھ چانٛدِ تلہٕ ناو۔ دوٚیم پَن چھہ تلہٕ پَن
بنڈ کرنس لگان۔ تہٕ یہ چھہ اُتھ بلوٗس تھر اندٕ نوٗن آسان۔ یہ پَن چھہ یا تہٕ ریشمہ ہند
آسان تہٕ نتہٕ سوٗتی۔ ریشمی پَنس چھہ کوٚر تہٕ سوٗتی پَنس ریل وٕنان۔

## آرِ کاٗم :-

یہ کاٗم چھِ ےٚ رَفلہٕ شالَن تہٕ پَلوَن پیٹھ کرنہٕ یِنہ ہیٚکان بیٚنیمہٕ قیسمٕچ نہ اَوِج یا دِیُٹھ کاٗم آسہِ تمی قیسمٕچ چھِ ےٚ لوٚکٕٹ آر ورتاونہٕ یِوان ۔ آرِ کامہِ منٛز تہٕ چھِ تمےٚ ڈِزاین بَناونہٕ یِوان یم سوزن کاٗری سیٚتی وۄتلاونہٕ یِوان چھِ ۔ یہ کاٗم چھِ ےٚ سِلٕپس پَیٚنہٕ ہَریمانہٕ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ یمبرِ پیٚنہٕ سیٚتی تہٕ کرنہٕ یِنہ ہیٚکان ۔ آرِ کاٗم چھِ ےٚ شالوَ ہٕرِیمانہٕ فیرَنَن ، فرٕاکن ، کرٕتَن ، کوٗٹھن ، چوغَن ، ساڑین تہٕ باقے کیٚنٛہن چیزن پیٚٹھ تہٕ کرنہٕ یِوان ۔



بشر بشیر

# کٲشرِ منز قالین بأفی تہٕ نمدٕ سازی

کٲشرِ ہن اَتھہٕ کامہِ منز چھِنے قالین بأفی سٕرس بیٚیمہِ کٲشرِ ہنرٕ معٲشرٕ منز پَتھہٕ کالہٕ پیٹھہٕ منفرد رول ادا چھُہ کوٚرمُت تہٕ وُنی کیس تہٕ چھِہ لُچھہٕ واد کٲشری اَتھہٕ صنعتٕ سیتی بلواسطہ یا بلاواسطہ سیٚدِ سیٚود وابستہٕ۔ چنانچہ ٹائمز آف انڈیا ۲۵ ستمبر ۱۹۷۹ء اخبارس منز چھِہ کٲشرِ ہن ووٚنَن والین ہنزِ ایسوسی ایشنہٕ ہنٛدِس صدر اہم واے شیٚخنہٕ وَننہٕ مطابق تمہِ وقتہٕ وادی منز قالین وانَن ہنٛد تعداد داہ ساس بیٚیہٕ زَن کیٚشرن ہنٛد بیٚتہٕ وٚنُن چھُہ زاَتھ وقتَس دوران آسی کٲشرِ منز شرہہ ساس قالین وان۔ ہینڈی کرافٹس محکمہ کہِ رِکاڑٕ کِنہٕ آے ۱۹۷۸-۷۹ءَس دوران ہہ عشارِ بہ داہ کروڑ روپین ہنٛزٕ مٲلیٚتٕ ہنٛدی قالین مُلکہٕ نیبر سوزنہٕ۔

قالینہٕ تہٕ نمدٕ دوٚشوٕے چھِہ بُنیادی آرائیشی چیز لہٰذا چھِہ یِم فن کاری ہنٛدی نمونہٕ تہٕ مشرقس منز چھُہ اَمہِ کامہِ تیتھی ہوی فنی اِظہارَس اہمیت یِرا وٕتھ یُس اظہارَس اہمیت مغربَس منز مصوری ہنٛدِس فنَس چھِنے۔ اَمہِ برٛونٛہہ زِ آسی کرو کٲشرِ منز قالین بأفی تہٕ نمدٕ سازی متعلق کتھ مُناسب چھُہ یِ زِ اَتھ کارس متعلق سیٚدَن

عالمی پسِ مُنظرس منز کینہہ کتھ۔

قالینَن ہندی یوٚدوے بے شمار ڈزاین وَنہٕ چھ یوان، وون گوٚ

عام پأٹھۍ چھ قالینس تہٕ نمدس زٕ حصہٕ آسان۔ اکھ گوس دوٚنوٚ یا حاشیہ تہٕ دوٚیم مَتن

یا اندرِیُم حِصہٕ۔ گویا حاشیہ چھُ اندرِمِس حصس اکھ فریم آسان۔

کُنوُہی مہ صدی تام اوسی قالینَن تہٕ نمدَن ہندِ خاطرٕ تمے رنگ استعمال

سپدان یِم سبزِ یوٚ تہٕ کیمیکل پلوٚنتہٕ حاصِل اوسی سپدان یا اوسی کینہہ رنگ یِمنے بُنیادی رنگن

ہنز مِلاوٹ سٕتۍ تیار کرنہٕ یوان۔ چنانچہ یورپس منز سِلسِلہٕ رنگ سازی یہٕ ہندی مختلف رنگ

نوٚوۍ اِیجاد وچھنۍ پی آدٕ آیہ ۱۸۶۰ء پتہٕ مشرقس منز ییم رنگ قالین ییرس تہٕ دِنہٕ تہٕ

اتہٕ پیٹھٕ سپدٕ اتھ منز شوٗخ رنگن ہندا استعمال۔

نمدَن تہٕ قالینَن ہند خام سواد چھُ ییر تہٕ قالینس منز چھے یینۍ سترٕ پٕنۍ

تہٕ آسان تہٕ نمدس منز چھُ اند پیٹھ ییرے استعمال کرنہٕ یوان، حالانکہ ریشم تہٕ چھُ پینس

بدلہٕ قالینس منز استعمال کرنہٕ یوان تہٕ شرا اہمہٕ تہٕ سد اہمہٕ صدی منز اوسی ایرانس منز اند

پیٹھ پأٹۍ قالینہٕ تہٕ وونہٕ یوان۔ وون چھ کشیرِ منز تہٕ پأٹۍ قالینہٕ بناونہٕ یوان۔ وون گوٚ

یِمن منز تہٕ چھے عام پأٹھۍ سہتر یینۍ آسان۔ مصری قالینن منز اوس لِنن تہٕ استعمال سپدان

یہٕ چھے الگ کتھ زِ وار یہن قیمتی قالینَن منز چھے سونہٕ تہٕ روپہٕ شنز تار تہٕ استعمال سپدان

کُنوُہمہٕ صدی منز آو جوٗٹ تہٕ مشینی قالینَن منز پیٹھ رس منز انہٕ۔

قالینن تہٕ نمدن چھسنے بڈی گرٕپ۔

ترکی، کاکاس، ایرانی، وسط ایشیائی، ہندستانی تہٕ چینی تہٕ یمن بڈٕ بن گرٕ پن

منز چھ کینہہ لوکٹی قسم یوٚدوے زن قالینَن ہندر رواج سیٹھاہ پرٕون چھُ۔

ووں گو کینژ وتوٲریخی دستاویز وکینی چھُ اَمہ شیٖیمہ صدی عیسوی منز ساٲیریس سانڑ وقتہٕ قالین بافیہٕ ہُنڈ پے میلان۔ کمیے کال بڑ وٚشہ یعنی ۱۹۴۹ء ہس منز کوٚڈ اکہ روٚسی آرکیالوجسٹ روڈنکی ین (RODENKE) منگولیاکین سرحدن نکہٕ سایبیریاکین التائی (ALTAI) پہاڑن منز پیزریکہ (PAZYRYK) کینژن قالین کھنجن ہُنڈ پے۔ یمن متعلق انداز چھُ کرنہٕ یوان زِ یم آسن زِ ساس ترٛور ہتھ وری پرانہٕ تہٕ یمہ پتھٕ شیٖنس منز روزنہٕ کینہ موجود روزمٕر۔ تہٕ اَمہ ستہ نن چھُ یہ کتھ صاف زِ شیٖیمہ صدی عیسوی منز چھ قالینن ہنٛدی کینہہ شاہکار بناونہٕ آمتی۔ یمو منز ساسانی شہنشاہ خسرو سنٛدِ وقتُک اکھ لوٚڈ قالینہٕ چھُ یتھ منز سون، روپھ تہٕ قیمتی کنین ہُنڈ استعمال چھُ سپدمُت تہٕ اَتھ بیٹھ چھُ اکھ باغُک نیٖشہٕ نقشہٕ وونلاونہٕ آمُت یتھ زن بادشاہس یہ وُنہ کالس منز تہٕ سوٗنتُک حظ دِتھ ہیکہ ہے۔

ایرانی قالینہٕ چھُ اَندرونی نقش کٲری ترتیب تہٕ ڈِزاینہٕ کنی مشہور میخانہٕ تہٕ میخانکی مختلف اُہار تہٕ آداب چھُ شُرآہمہ تہٕ سداہمہ صدی ہنٛدین ایرٲنی لمدن تہٕ قالینن ہنزِ نقش ونگٲری بیٹھ وونلاونہٕ آمتی۔ یقین ڈزاین ہنٛد ورتاو سپد ابتدٲیی طور شیٖیمہ صدی قبل مسیح منز چاودورِ حکومتہٕ منز چینس منز شروع تہٕ ہان خاندانچہ حکومتہٕ (۲۲۰ م ب - ۲۲۰ م پ) منز ووت کمالس۔ ہیمہ صدی منز سپد یمن ہُنڈ ورتاو ایرانی بانن تہٕ فنِ تعمیرس منز تیٚس شاید چینی اثر کنی سپد۔ اردآہمہ صدی ہنٛدِس آخرس منز پیٚیہ اَمہ قسمچہ ڈزاین کٲری منز بییہ ہن پیش رفت۔ بییلہِ زن شاہ عباس تہٕ وقتہٕ اکھ فنس کُن زیادٕ توجہ دِنہٕ آو۔ چنانچہ ترکی قالینچ ساخت چھُ وار بہس حدس تانی ایرانی نقش ونگاری نِش تہٕ متاثر

باسان۔ مگر رنگن ہنز ساد گیہ منز چھ تہٕ کی نمدن تہٕ قالینن خاص کٔرتھ اُساک تہٕ مغربی
انتولیمکی سیٹھا مشہور تہٕ خوش بوئی۔ برصغیر خاص کٔرتھ ہندوستانس منز یم نقش و
نگار نمدن تہٕ قالینن پیٹھ وۄتلاونہٕ چھہ آمتی۔ تمن منز چھہ زۄن تہٕ آفتابکو مختلف
اظہار تہٕ ؤنہٕ یوان۔

قدرتی منظر خاص پأٹھی باغ تہٕ بہار، سرو، ہیوٚ گلی، پوشہ چمن وغیرٕ چھہ اکہ پلہ
پٮ۪ٹھ جایہ پیٹھن آرائشی چیزن پیٹھ نظر گژھان۔ ویرن تہٕ یوسمن پوشن ہندی نقش
چھہ شاہ عباس دورکین نمدن تہٕ قالینن پیٹھ تیژ پأٹھی لبنہٕ یوان۔ وون گوییتہٕ
تیژ ہوا سپیتہٕ ؤنن زِ گلاب تہٕ وۄزُل گلاب اسی تہٕ تقریبن کنوہمہ صدی تامی قالینن
تہٕ نمدن ہندین نقشن منز تیژ پأٹھی ؤنہٕ یوان۔ یہ ہیوٚ واہہ کینی ؤنن زِ قدرتی منظرن
منز چھنے اتھ پوشس سیٹھاہ اہمیت تہٕ یہ سپدُ شُرٕ اہمہ صدی منز زِ امہ پوشکی اظہار
آے یورپس منز نمدن تہٕ قالینن پیٹھ وۄتلاونہٕ تہٕ آخری کنوہمہ صدی منز سپد
یہ ایرانی نقش کاری پیٹھ نہٕ حاوی۔ باغن تہٕ شکارس متعلق مختلف اظہارن ہندی نقشہٕ
تہٕ چھہ قالینن تہٕ نمدن پیٹھ ؤنہٕ یوان۔ یمن منز اکہ اندٕ بلبل، مور، ہاہہ، ہاپت
رۄسی، ہرن تہٕ گاڈ بیتر چھپے تہٕ دۄیمہ اندٕ شکاری تہٕ تیر کمان۔ یتھے پأٹھی چھہ موسیقار
تہٕ پیمانہٕ ہیتھ شوخ طبیعت والی انسان تہٕ یمن نقشن منز وۄتلاونہٕ آمتی۔ عام پأٹھی
چھہ یتھی نقشہٕ علامتی مانہٕ تہٕ اظہار پزاوان تہٕ یتھہٕ کنی چھہ قالینن تہٕ نمدن ہنز فنی
اہمیت تہٕ مانی راوان۔ چنانچہ ساروے کھوتہٕ مستند قالینہٕ نمونہٕ چھہ اردابیل (۱۵۳۹-۴۰)
مانہٕ یوان یس ؤنی کینس وکٹوریا اینڈ ایلبرٹ میوزیمس منز موجود چھہ۔ اتھ پیٹھ
یم ژورٕ میوشن تہٕ تمن اندی ٹیکہٕ یہ تلاوتہٕ یتھے کینی دندہِ کن گلابی اظہار چھہ

رتم چھہ نقادن ہہشدِ وَننہٕ کینہہ آفتاب تہٕ رؤدچہ علامت۔ اَتھ قالینس منز چھ
ییر تہٕ پوٹ استعمال کرنہٕ آمُت۔ ۳۴۰۰ فُٹہٕ زیٚٹھس تہٕ ½۱۷ فُٹہٕ کھٔرس اکھ قالینس
چھ اَکس مُربع انچس منز ۳۸۰۰ پھر یتھ یم کُل ۳ کروڑ ۲۵ لچھ ۵۸ ساس پیٹھی پھر
واتان چھ یہ قالین اوس اردابیل ناوٕچہ مسجدِ خاطرِ مقصود کاشانی ین بنوومُت
اردابیل مسجد چھےٚ ایرانہٕ کس آذر بائیجانس منز۔ یہ چھ وکٹوریا اینڈ ایلبرٹ
میوزیمہٕ خاطرِ دون ساسن پونڈن مُلی ہیٚنہٕ آمُت۔ دُنیہکین کینژن مُ... ... قالینن
منز چھ یم کینہہ زیادٕ مشہور۔

ایرانک سہ قالینہٕ یُمک نصف پولینڈکس کرا کاو گرجس
(KRAKOW CATHEDRAL POLAND) تہٕ نصف میدس آرٹس ڈیکوریٹفس
(MUSEEDS. ARTS DECORATIFS) منز چھ۔ ییتھے کینہہ چھ کُنوہمہ صدی
ہندرِ اہالت قالینہٕ ییٚم ووڈی نیویارکہٕ کس میٹرو پالٹن میوزیمس منز چھ تہٕ پرائیس
مائکہٕ سنڈ ناوٕ مشہور چھ ییٚم زَن اہالتک شہزادٕ اوس۔

یہ زَن بروٚنٹہہ ہیے وَننہٕ آو زِ نمدہٕ تہٕ قالینہٕ چھ بنہٕ بیٹھٕ آرائیشتی چیز ماننہٕ
آمتی۔ ییتمہ کینہہ یم زیادٕ پہنہٕ مسجدن تہٕ شاہی محلن ہندِ خاطرِ بنٲوِنہٕ آمٕتی یوان۔
چنانچہ کاشانس منز چھ شاہی محلن ہندِ خاطرِ سیٹھاہ رتی قالینہٕ وونہٕ آمتی۔ ۱۸۷۸ء
ییٚس منز پیرس پیرسہٕ قالینن تہٕ نمدن ہنز اکھ نمایش یتھ منز کینژہ نمدہٕ تہٕ قالینہٕ تتھی
اٰسی ییمن منز سوٗنہٕ تہٕ رۄپہٕ پیچ تار اٰسہ تہٕ ییمن متعلق یہ اوس وَننہٕ آمُت زِ یم چھ
پولینڈ بیٹھہٕ تکیاز اردا ہمہ صدی منز اٰسی یم تتےٚ پیٹھہٕ فرانس برآمد کرنہٕ
آمتی تہٕ اوُتُتٲلی اٰسی تہٕ ایرانہٕ پیٹھہٕ نموٗنہٕ درآمتی۔ ییتہ پیٚلہٕ ایرانی قالینن

ہِنٛدی بیٚتھی نموٗنہٕ بَدٕس سیدی۔ مٲہرو اُتی بیٚتھ نتیجس پیٹھ زیٚم چھ کاشانکۍ تہٕ
اُمہِ علاوٕ اَصفہانکۍ کینٛہہ سیٚٹھاہ رٕتۍ نموٗنہٕ۔ ہراتکۍ قالیٖنہٕ اَسۍ سیٚٹھا مشہوٗر تہٕ
ہِندوستانس منٛز تہٕ اَسکھ زبردس منٛگ۔ تِکیازِ یِیٚتکۍ شہزادٕ اَسۍ یِمَن سٕتۍ پسنٛد کران

مختلف خطن ہِنٛدین قالیٖنَن منٛز ڈِزاینَن ہِنٛدِ میلہِ تہٕ اثر قبوٗل کرنہٕ کِنۍ چھ
یہٕ مُشکِل ـــــ باسان زِ کُنہٕ خاص خطکۍ قالیٖنہٕ یا نمنٛدِ کیا ہیٚکو کھ اَسۍ بیٛون گڈِتھ۔ چنانچہ
اَتھ کتھِ کُن چھُ گایڈ ٹو وکٹوریہ اینڈ ایلبرٹ میوٗزیم لنڈن - (GUIDE -
TO VICTORIA AND ALBERT MUSEUM LONDEN) منٛز تہٕ واضح اِشارٕ میلان۔
سپین، انگلستان تہٕ فرانس تہٕ چھ قالیٖنہٕ وونٕنکۍ مرکز روٗدمٕتۍ۔ شمالی امریکہ ہس منٛز
اَسۍ گوڈٕ ہتھرِس قالیٖنہٕ وونٕنہِ یوان۔ ۱۷۰۰ ہس اَندی پکۍ کے یوٗرپس منٛز
مشینو سٕتۍ قالیٖنہٕ وونٕنۍ شروع۔

بیٚتھ کِنۍ ایرانی قالیٖنہٕ اندروٗنی نقش کاری، ترتیب تہٕ ڈِزاینہٕ کِنۍ مشہوٗر
چھِ رٕتھے کِنۍ چھِ ترکی قالیٖنہٕ خاص کرِتھ اُساک تہٕ مغربی انتولیہکۍ رنٛگن ہِنٛزِ لوٗیہِ وِنہٕ
سادگیہِ تہٕ کاکاسی رنٛگہٕ بستہٕ تہٕ بییر کِنۍ مشہوٗر۔

ایشیا کین باقے مُلکن نسبتھ چھے قالیٖنَن تہٕ نمدَن ہِنٛدستانس منٛز کمے
اہمیت۔ شاید اوکِنۍ زِ یہِ چھِنہٕ ہِنٛدستانہٕ کین موسمی حالاتَن سٕتۍ زیادٕ قریبی واٹھ
تھاوان۔ وٕوں گو یہِ وُنُن چھُ بجایہٕ خود صحیح زِ مغل بادشٲہن ہنٛز جمال پسنٛدی کِنۍ سپُد
اُمِہ فنک رِواج شُراہمہِ تہٕ سداہمہِ صدی منٛز ہِنٛدُستانس منٛز۔ شاہجہان سٕندِ دَورِ تہٕ
آے محلہٕ خاطرٕ شاندار قالیٖنہٕ وُناونہٕ تہٕ یِمَن ہِنٛدِ خاطرٕ کشیر پیٹھ بییر اَناونہٕ آیہِ اُستاد۔
زَن ہِنٛدُستانۍ قالیٖنَن پیٹھ مشرقی ایرانی قالیٖنَن ہنٛد ملکارٕ اثر وُنہٕ چھُ یوان۔ تہٕ

کرٚتھ تہٕ چھےٚ اَکھ پننہٕ کینٛہہ انفرادی خاصیت۔ تِتھۍ ہیمہ تہٕ سدا اہم صدی منٛز چھ لاہور
آگرہ، مرزاپور، امرتسر، مُراد آباد، بیکانیر، فتح پوری، مسولی پٹانم تہٕ وارانگل قالینہٕ
وونٛنکۍ اہم مرکز روٗدِمتۍ۔ ایرانی اثرہٕ تہٕ پتہٕ ہنوٗ خاصیتو کنۍ یِم ڈِزاین بارسس آے
رتھمن ہیکو اَسی ہندِ ایرانی تہٕ ناو کرِتھ۔ توٗرے چھےٚ مکمل دیوی چتٕو پادیاے ہندُستانی
قالینن مُتلق پننہٕ مشہوٗر کتابہ منٛز ہندِ اصفہانی، ہندِ فراغانی، ہندِ کرامانی، ہندِ
تبریزی تہٕ ہندِ سروکی اَہمارن ہُنٛد ذکر کران۔

کٲشِر منٛز چھُ قالین بٲفی تہٕ نمدہٕ سازی سُلطان زین العابدین نہٕ حکوٗمتٕ ہندِس
دورس منٛز دِس وۄتھان۔ اَمہِ بادشاہَن کرٛ ۱۴۲۰ عیسوی پیٹھٕ ۱۴۷۰ عیسوی تام کٲشِر
پیٹھ حکوٗمت۔ ڈیان ۱۳۹۰ عیسوی منٛز آو تیموٗرناوک بادشاہ ایران تہٕ ترکستان فتح
کرِتھ پتہٕ ہندُستان کُن۔ تِمہٕ وقتہٕ اوس کٲشِر پیٹھ سلطان سِکندر حکوٗمت کران۔
ییٚمہ پننہٕ طرفہٕ تس بُتھ پننہٕ طرفہٕ اَکھ وفد اَمنک پٲغام ہیتھ سوزُ۔ تیموٗر گو اَتھ
وفدٕ کِ ذرِیعہ پیٹھ سُلطان سِکندرس خوش تہٕ تورٕ سوزُن تس تحفہ۔ اَمہِ سیتی سپُز
سُلطان سِکندرس وارہاہ خوشی۔ لہٰذا ہندُستانہٕ پیٹھ تیموٗر
سپنز واپسی پیٹھ دژاو سُلطان سِکندرن پانے بُتھہٕ مگر۔
تیموٗر ادس تس برونٛہہ وارہاہ بڑو ٹھہ دژامُت۔ لہٰذا آو سُلطان سِکندر
واپس تہٕ ییتِ پیٹھہٕ سوزُن پنٕنۍ شاہی خان، یُس پتہٕ زین العابدین بڈشاہ ناوہ پیوٚو،
سمرقند، تتہٕ سپنز تس کانی قدر، بوتانہٕ زِ سہ ہیتھ کیٚنہٕ کیٚنژن وٕرین بادشاہس
واپس پانے ۱۴۰۵ ہس عیسوی تام کٲشِر پننہٕ خاطرٕ اجازت تہٕ منگتھ۔ اَتھ وقتس منٛز
اوس سمرقند فنہٕ تہٕ تجارتُک کانی اہم مرکز۔ شاہی خان اوس پانہٕ تہٕ فنک سِنٛز دِلداد

چنانچہ ۱۴۲۰ء منز ییلہِ سہ تخت بیوٚٹھ تمیٚ اَنناوِی سمرقندٕ کِ وارِیاہ کاریگر کشیرِ یمَن منز زین گر، بندوق کھار، گیوٚن وٲلی، سنگتراش، جلد ساز، پیپر ماشی ہِنٛدی ماہِر۔ کاغذ ساز تہٕ قالین وونٕن وٲلی شامِل آسی۔ یتھٕ پاٹھۍ ووتھ قالینہٕ کارس تَتھ وقتہٕ کشیرِ منز دَس۔ یوٚدوے زَن بڈٕشاہس پتہٕ تہٕ وارِیاہ کالس اَتھ کارس ستی وابستہٕ سوٚد مگر یادٕ شاہَن ہندِ کمہِ دِلچسپی کنہِ سپد وارِیاہ پتہٕ تہٕ اکھ وقت وونا سہ تہٕ ییلہِ قالین باٲنی کشیرِ منز بنیہِ اکہِ پھِر نائوٚدِ سپنز۔

۱۶۱۴ء عیسوی منز سپز کشیرِ منز نوٚسرِ اَتھ کارس دَس تہٕ ترقی کوشش تہٕ یہ قابلِ تعریف کوشش کرِ آخون رہنما ناوِ کِ اَکِ شخصَن۔ یہِ چھُ سہ وقت ییلہِ احمد بیگ خان کشیرِ ہنٛد گورنر اوس، یُس زَن مغل بادشاہ جہانگیرن مقرر اوس کوٚرمُت آخون رہنما اوس اَتھ وقتس منز حجس گومُت تہٕ ایرانچہ دتہٕ آو تورٕ واپس۔ ایرانہٕ پیٹھہِ اَنِ تمیٚ پانس ستی کینٛہہ قالین وونَن وٲلی تہٕ۔ یِمو زَن کشیرِ منز تہٕ کینٛہہ نفر قالینہٕ وونٕنۍ ہیٚچھناوِی۔ آخون رہنما چھُ مرنہٕ پتہٕ سرینگرکِس گوجور محلس منز دفن کرنہٕ آمُت۔ قالینہٕ کارس ستی وابستہٕ وارِیاہ کاشرۍ چھِ برابر اَز تانی تمَن احترام چہ نظرٕ وُچھان۔

کشیرِ منز ووت قالینہٕ ووننک فن مہاراجہ رنجیت سنگھنہِ وقتہٕ کمالس۔ چنانچہ تَس متعلق چھُ وننہٕ یِوان زِ سہ ہیوٚکہٕ پانہٕ زانِتھ کشیرِ یتھ حالانکہ تَس اوس یورُک زبردس طمع خاص کرِتھ پشمینہٕ، بادام پھلہٕ چھاونک۔ تمیٚ سٕندی گورنر کرنل میاں سنگھن (۴۱-۱۸۳۴ء) سوٗز تَس سبز زمینہٕ پیٹھ اکھ قالینہٕ یتھ منز گولاب ٹیٚچہ آسہٕ یِمہٕ زَن بادام پھلیہِ ہنٛد ہیوٗ نظارٕ آسہٕ پیش کران۔ دِ پان میٚچھے یہ قالینہٕ

مہاراجہ رنجیت سنگھن لاہورٕ ژھ لُش سپز انتہائی خوشی۔ یوٗت زِ تمہٕ وٗل سہ قالینہٕ پانس تہٕ دِتِن تِمن منز ڈولنو۔ چنانچہ امہِ قالینہٕ کین ووسہٕ کار وونن والین فضل جان جبار خان تہٕ کمال جوس آے ینامہٕ کنی سونہٕ سیر دِنہٕ۔

قالینہٕ چھ بذاتِ خود اکھ وقتہٕ کینژ ولکھو کار آمد چیز۔ یہ چھ آرائیشہٕ ہنٛد چیز تہٕ سیتی وو تھرنہ خاطرِ تہٕ گرمی واتناونک اکھ رُت وسیلہٕ تہٕ امہِ علاوٕ ذاتی تخیلس تہٕ فنکارانہٕ صلاحیژن باوتھ کرنک تہٕ جان ذٔریعہ۔ قالینہٕ چھ سانہٕ اقتصادی تہٕ معاشی زندگیہ ہنٛز پایہِ پرجائی ہنٛد تہٕ باگہٕ بوٚرتھ وسیلہٕ روٗدمُت۔ اماپوٚز وار یہس کالس روٗدی یہٕ سانی فن کار اکھ معاشی وسیلہٕ زٔنگی پانہٕ ناونس لاری۔

لوٗکو کوٚر قالینہٕ وونک کارنمہ وقتہٕ معاشی وسیلہٕ زٔنگی اختیار، ییلہِ مہاراجہ رنبیر سنگھن تِم امہِ پایہٕ مجبوٗری کٔری۔ تتھ اوس شاید یہ تہٕ اکھ وجہ زِ شالن ہنٛد کاروبار اوس اوت نانی کاشرین زیادٕ نفع بخش باسان۔ ہندستانی قالینس اوس عالمی بازرس منز زبردس منگ ییتھ کنٕ و چھتھ ییتہٕ کس مہاراجس تہٕ اورکن زبردس ظون ہیوٚو۔ ہیارہٕ ییلہِ شالن ہنٛدِس کاروبارس تہٕ ہنا پھِر سپُد، لوٗکو پانہٕ نوو قالینہٕ وونک کار۔

کاشرِ قالینچ اکھ اہم خاصیت چھے تعلیم۔ چنانچہ اکس عام قالینہٕ وونن وائلس چھنہٕ پانس تہٕ توٚت تام نتھ نقشس متعلق پتاہ آسان، ییٚلہ سہ قالینس پیٹھ کھالان چھ۔ قالینہٕ والنس پیٹھ چھ ستھر بیٚنہٕ ہنٛدی ین سیٹھ شیوٗد منوازی آسان یمن منز قالین وونن وول مختلف رنگن ہنٛدی بن یا لوٗ پھری بران چھ۔ یم پھری چھ سہ تمی حسابہٕ بران، یہ زن تعلیمہ کاغذس پیٹھ لیکھتھ چھ آسان۔ گویا تعلیم

چھٹے رنگن تہٕ پھرِن ہِنٛدِس تیداَدس مُتلق اَسان تہٕ اَتھہٕ چھہٕ لیکھنٕک بیٚنٛ الگ طریقہٕ۔ گوڑٕ گوڑٕ اٲسی قالیاف ڈِزاین بزٕ وٕ نہٕ کَنہٕ زٕٹھہٕ مختلف رنگن ہِنٛدی بیٚن قالینس بران مگر مہاراجہ رنبیر سنگھنہِ دقتہٕ پیٹھہٕ گوٚ تعلیمہِ ہُنٛد رواج شروع۔ دَپان تمی سٕنٛدِ وَقتہٕ اوس ۱۸۷۵ اَس منٛز ایڈوارڈ ستھ Edward VII شہزادہ ویلز (PRINCE WALES) جوٚم یُنہٕ۔ مہاراجن دِیُت امر جو گنگو ہٕس حکم زِ تٔسنٛدِ خاطرٕ گرِ تہٕ چھِہ عجائیب گرکہِ حالہٕ خاطرٕ زیوٚ کٹھ قالینہٕ وونہٕ یُن۔ یہِ اوسہٕ سیٹھاہ کم وَقتس منٛز ممکن تکیاز تَمہِ وقتہٕ اٲسی کشیرِ منٛز صرف ۱۳ قالینہٕ وونَن والی لہاذا اوس ضروری زِ کینٛہہ اَن ہیٚچھر تہٕ یِہن کامہِ لاگنہٕ۔ عبلی میر اوس یِمن دوٚ ہن اکھ ووستاد قالین باف۔ تمی کرٕ یتھہٕ ہِتھ تعلیم ایجاد۔ یِیمہِ سیتی اَن ہیٚچھر تہٕ کامہِ لاگنہٕ آے۔ تِمن اوس تہٕ ڈِزاینک کہیٚنٛہ پتاہ صرف اٲسی تعلیمہِ پیٹھہٕ چھِتھ رنگ بَران۔ اَمہِ سیتی رُود غلطین ہُنٛد کم اِمکان تہٕ قالین تہٕ سٕپُد وقتس پیٹھہٕ تیار تہٕ بزٕ وٕ ہٕنکُن بنیو کٲشر قالینچہ خوٗبصورتیہِ تہٕ ڈِزاینَن ہُنٛد پرٔژرک وجہ۔

ایسٹ انڈیا کمپنی تہٕ کُرٕ کٲشرِن قالینَن تہٕ نَمدن ہِنٛدِس تکنیکس منٛز نوٚو بر آنہٕ نٕچہ کوٗشش۔ ۱۸۵۱ءہَس منٛز پیٚیہ لنڈنہٕ قالینَن ہنٛز اَکھ نُمایش یِتھ منٛز اَکھ کٲشر ریشمی قالینہٕ تہٕ تھاوِنہٕ اوس آمُت۔ یِتھ فی مُربع اَنچہ سَتھ ہتھ پھرِ بُرِتھ اٲسی۔ اَمہِ پتہٕ بیچ کٲشرِن قالینَن یوٗرپس منٛز زبردس مَنٛگ تہٕ برطانوی کہو فرانسیسی فرمن ہِنٛدِ کینہ لوگ اتھ کارس ییٚتہٕ سَتہٕ چلے جاو۔ ۱۸۷۶ءیس منٛز آو اَکھ یورپی مسٹر چاپ مین کشیرِ قالینہٕ بناونہٕ تہٕ یوٗرپ برآمد کرنہٕ۔ سٹیٹ ورکشاپک اَکھ اَفسر میاں لال دین آو تس حکوٗمتہِ طرفہٕ مدتس تھاونہٕ۔ تمی بناوی کینٛہہ نوٚی ڈِزاین مگر تِمن روٗزنہٕ شاید

زیادٕ منگ۔ یِمہٕ کمپنی سٕہ پتہٕ واپس ژوٗل۔ تِمہٕ پتہٕ آو ایم بگکس (M. BIGEX) ناوُک اکھ فرانسیسی شخص، تتہٕ چہٕ اکہٕ کمپنی بون مارشی (Bon. Marche) خاطرٕ قالینہٕ بناونہٕ یور۔ کمپنی ہِنٛدِ طرفہٕ آو تَس سیتی اکھ اجنٹ ایم، اگارڈ (M. AGARD) سوزنہٕ یِس ڈِزاینَن ہُنٛد واقف اوس۔ اَلبتہٕ یہِ اوس نہٕ پتاہ زِ ڈزاین کِتھہٕ ہیٚکہِ بنِتھ۔ لہٰذا ارٕدٕ ی مختلف ڈِزاینَن ہِنٛدی قالینہٕ بنان مگر اَمہِ سِ پیٹھ آسہٕ نہٕ تِم تَس ٹارِ لگھان۔ یِتھ کنی آو مسٹر بگیکس خسارٕ تہٕ ژُووُن یہِ کارٕ رے۔ تَس پتہٕ ہیٚتر یہِ کام ڈاورن (H. DAUVERGNE) ناوِکہ اَکہِ شخصَن مَتہٕ۔ یُس اوٚنہٕ تام کشیرِ پیٹھٕ شال نیبر اوس سوزان۔ شالہٕ کامہِ ہُنٛد تجرُبہٕ آسنہٕ کنی بناوی تِمو قالینَن ہِنٛدی تِتھی ڈِزاین یِمن نیبرٕ کِس مشہوٗری سپنہٕ تہٕ تَس آو جان فایدٕ۔ تَس پتہٕ ہیٚتر میسرز مایکل اینڈ کمپنی یہِ (MESSERS H. MITCHEL AND CO) تِتھٕ فیکٹری مُلی تہٕ میسرز سی، ایم ہاڈو اینڈ کمپنی (MESSERS - M - HADOW & CO) ناوِچ بیاکھ فیکٹری تہٕ آیہ بیٚیہِ قایم کرنہٕ۔ یِمو کمپنیو بوٗہرٕ اوٚ عالمی بازرس منٛز کاشرِ ین قالینَن ہِنٛزِ منگ تہٕ کینیڈا، فرانس برطانیہ وغارٕ جاین آو کاشرٕ قالینہٕ کافی پسند کرنہٕ۔ ۱۹۱۱ء ہِنٛزِ مردم شماری مُطابِق آسی یِمن دون کمپنین منٛز ۲۲۰۳ قالینہٕ وونَن وٲلی۔ یِمن کمپنین ہِنٛز سپنہٕ کِس مشہوٗری تہٕ واریاہ ینامہٕ تہٕ میلکھ۔ کاشرِ ین قالینَن ہِنٛز مشہوٗری سپنہٕ خاص پاٹھی ہارڈ اینڈ کمپنی ہِنٛدی کنی یِمہٕ ۱۸۹۰ء ہس منٛز چکاگو کِس عالمی مالَس منٛز کاشرِ ین قالینن ہِنٛز نمائش کرٕ۔ اَمی کمپنی کوٚر ۱۹۰۲ء ہس منٛز اردابیل مسجد ہِنٛدِ قالینک (اَمیُک ذکر آیہ برٛونٛہہ) نقل تیار یُس لارڈ کرزنَن اَکِس ہتَس ڈالرَن عملی ہیٚوٚتھ۔ یِمو وجہو کنی کرٕ اَمی کارن بیٚیہِ زبردس ترقی تہٕ وُژِھ سان ہیٚوٚتُن برٛونٛہہ پکُن۔

کوٚڑ کوٚڑ آسو کٲشِرِ ہنٛدٕن قالینن تہٕ نمدن پیٚٹھ قودرتی مناظرن ہنٛدی نقش وۄتلاونہٕ یوان۔ مگر ایرٲنی اثرٕ تہٕ ییٚتہٕ کیٚن فنکارن ہنٛدِ تخیلہٕ کنہ آے کٔشیرِ منٛز مختلف قسمن ہنٛدی قالینہٕ تہٕ نمدٕ بناونہٕ۔ برجستہٕ چھےٚ کٔشیرِ ہنٛد اکھ خاص قالینہٕ انہارٕ رُس خوٗبصوٗرتیہ کنہِ سٕخ مشہوٗر چھُہ۔ وسطہ ایشیاٲئی ڈِزاینو منٛز چھہ بُخارا ڈِزاینکی قالینہٕ ییٚتہٕ پسند آمتی کرنہٕ تہٕ امہِ ترابہٕ تہٕ چھہ قالینہٕ بناونہٕ آمتی۔ شٔپینگ تہٕ گریٚزک ییٚبر چھُہ معیارٕ کنہِ کٲفی رٕتہ۔ ییمہِ کنہِ قالینن تہٕ نمدن ہُنٛد شوق تھاوَن والی ییٚتہٕ کِس قالینس پسند چھہ کران تہٕ ییتہ چھُہ اکھ وجہ زِ کٲشرٕ ہن قالینن تہٕ نمدن چھےٚ عالمی بازرس منٛز جاے مَتگ۔ حالانکہ ؤہمہ صدی ہنٛدس ترٛیمس دٔہیس منٛز پیسر ییمن ہُنرٕ منگہ منٛز فرق یِکھیارِ مٔشینی قالیتو پیٚٹھ آو یورپس منٛز کٲفی اہمیت ۱۹۴۷ء یتہٕ آو اور کُن خاص توجہ دِنہٕ تہٕ گوڈنِکس پانٛژٕ وہرس منصوبس منٛزٕ آو سرینگر آرٹس ایمپوریم قایم کرنہٕ ییٚمہ سیتی اتھٕ کارس سیتی وابستہٕ لوٗکن فایدٕ ووت۔ درمیانہٕ دارن ہُنرٕ بالادستی ختم کرنہٕ سیتی ووت اتھ کارس سیتی وابستہٕ لوٗکن فایدٕ تہٕ لوٗکھ چھہ ووتی اتھ منٛز سٕخ دلچسپی نِوان۔ ۱۹۷۴ء ہس تانی اوس قالین وونُنگ کار زیادٕ پہن شہرِ سرینگرس تانی محدوٗد تہٕ لوٗکھ آسی اِنفرادی طور کٲشہ ووٚنتش نشہ پہ کام ہیٚچھان تہٕ اکہ سروے مُطابق اوس ۱۹۷۳ء ہس منٛز قالینہٕ وونن والین ہُنٛد تیداد یِتھہٕ پٲٹھۍ:-

| | مرد | زنانہٕ | کُل |
|---|---|---|---|
| سرینگر شہر | ۲۸۵۴ | " | ۲۹۳۱ |
| کُل سرینگر تحصیل | ۳۱۲۱ | ۹۲ | ۳۲۱۳ |

| | مرد | زنانہٕ | کُل |
|---|---|---|---|
| بڈگام | ١٨٦ | ١ | ١٨٧ |
| بیرو | ۵ | × | ۵ |
| گاندربل | ۸ | × | ۸ |
| اسلام آباد | ١١ | ۶ | ١٧ |
| ؤرٕٹِل | ١٣ | × | ١٣ |
| کُل | ٣٣۴۴ | ٩٩ | ٣۴۴٣ |

۷۶-۱۹۷۵ ہس منٛز آو حکومتہٕ طرفہٕ قالینہٕ ووننچہ تربیتہٕ مُتعلق
اکھ پروگرام شروع کرنہٕ. یمہ کنی ۱۹۸۴ہس تانی ۴۸ ساس نفرن قالینہٕ ووٕننچ
تربیت دِنہٕ آیہ. تربیت پراوٕمتین نفرن چھے حکومت پننی قالینہٕ وان قایم
کرنہٕ خاطرٕ مالی اَتھہٕ روٹ کران. یتھے کنی چھے ووٕنی نمدٕ ووٕننچ تہٕ نمدن کام
کرنس مُتعلق تربیت دِنہٕ خاطرٕ سرکاری سوٗترس پیٹھ مرکز قایم کرنچ کوٗشش
کرنہٕ یوان. کاشُر نمدٕ چھُ ییر تہٕ کامہ کنی مشہوٗر. ہندوستانس منٛز چھِ سرینگر، امرتسر
جے پور تہٕ جودھپور نمدٕ کامہ ہندی مرکز مانہٕ یوان. یوٗت وے زن نمدٕ کام وارہس
حدس تام قالینہٕ نشہ مختلف چھے مگر نقش کاری تہٕ کامہ تہٕ استعمالہٕ کنی چھہ رلہ
وُلہٕ. اَوے اَکی سے خاندانس منٛز یوان. نمدٕ ییر چھُ عام پاٹھی اکس بلوس
یا عام پاٹھی ؤگوس پیٹھ وہراونہٕ یوان تہٕ اَتھ چھُ مایہ دِنہٕ یوان. یتھ زن
ییر وال اَکھ اَکس سیتی واتھ کھین. پلو یا ؤگوٗ ولنہٕ پتہ چھُ اَتھ دباد
تراونہٕ یوان تہٕ یتھ کنی یس ییر پوٗٹ پتہ تیار گژھان چھُ تتھ چھُ مختلف

رنگٕن ہشدِ ییٚر ستی آرستی نقشہٕ کھالنہٕ یوان۔

کٲشِر منز یوٚدوے مختلف سایزن ہشدی نمدٕ تہٕ قالیٖنہٕ بناونہٕ چھِ یوان تہٕ نمدٕ گولایہِ ہشِرن شکلن منز تہٕ میلان چھِ، امابوٚز عام پاٹھۍ چھِ کٲشرِ منز یمن سایزن ہشدی قالیٖنہٕ تہٕ نمدٕ بنان۔

نمدٕ:- ۲′ × ۳′ + ۳′ × ۴′ + ۴′ × ۶′ + ۶′ × ۹′ تہٕ ۹′ × ۱۲′

قالیٖنہٕ:- ۲′ × ۳′ + ۴′ × ۲½′ + ۳′ × ۵′ + ۶′ × ۴′ × ۶′ × ۹′ تہٕ ۹′ × ۱۲′

اَتھٕ کامِہ ہندِس باپارس منز یوسہٕ درمیانہٕ دٲری پیٚتھ کالہٕ پیٹھٕ سیٖدان رُوٗد، تمہِ ستی اوس کٲری گرن سخ نقصان واتان۔ چنانچہ یتی ہموکیشرِ وۄری یوٚ پیٹھٕ آیہٕ کٲشرِ منز ترٛشہ سوسایٹیہِ قایِم کرنہٕ، یِموکِنہ حکومتس سیٚدِ سیٚود کٲری گرن مُشہِ یم چیز مِلی ہیوان چھے۔ گویا تِتھی چھِ واریاہ قدم تُلنہٕ یوان۔ یِموکنی کاشرِ ن اَتھٕ کامِہ ہندِ ن چیزن عالمی بازرس منز دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ اہمیت چھے لگان تہٕ یِمن اَتھٕ کامِہ منز چھے قالیٖنس گوڈٕ الوٲری دِنہٕ یوان۔ تِکیازِ یوٚہے چھُ وُنی کیٚن کٲشرِ ہشِرن دستکارن منز سرِس۔



سلطان الحق شہیدی

# پیپر ماشی

پاپیا میچھی، پاپیر میچھی یا پیپر ماشی اُسی کارِ منقش، کارِ قلمدان، کارِ قلمکاری یا کارِ قلمدانی تہِ وَنان ۔ یہِ ہونر یَتھ دستکأری تہٕ کسب تہِ وَنان چھِ، چھُ تیُتُے پرٛوٚن یُتاہ کاغذ بناوُن چھُ، بلکہِ میانہِ اندازٕ تَمہِ تہِ پرٛونے۔ نکیشاہ سجاوٹ، رنگ روغن، نزاکت تہٕ اَمیُک اِظہار چھُ انسأنی خمیرس منز۔ یتھ کالہِ چھُ انسانن زیٚنہٕ سیٚتی کیٚہ پر یاگاہ تیٚہی رٕلاوِتھ یا نچہٕ پرچہٕ دَجہِ، زچہِ، سیٚتھر یا پیپر ملہٕ تأوِتھ مختلف تماشہٕ قسمکی چیز بنأوِتھ تمِن تمہِ وَقتہٕ کیو رنگو سیٚتی سجاوُن ہیوٚتمُت، یمیُک گوہر کاغذ ایجاد گژھنہٕ سیٚتی لوٚ ژرس منز تبدیل چھُن ہیوٚتمُت گژھن ۔ وُنیُس تام ڈریافت حالات چھِ ونان زِ کاغذ چھُ ریشمکی پأٹھۍ ۱۵۰ عیسوی ہس منز گوڈٕ چینن بناوُن ہیوٚتمُت، امہِ پتہٕ ووت یہِ کسب وسطِ ایشیاہس منز۔ یمیٚتہِ پیٹھٕ یہِ عرب تہٕ عربہٕ پیٹھٕ سپین، اطالیہ تہٕ فرانس ووت تہٕ یتھے کٕنۍ آو ایران تہِ۔ خود عربس منز چھُ کلامِ پاک اوسُمت گوڈٕ گوڈٕ ہانگل میلس تہٕ اُڈی جن ہوِہن چیٖزن پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ یَلہِ اسلام وسطِ ایشیاہس تام ووت، دپان

۷۵۷ءیس منز آیہ اَتھی کٲرِ ہی گرتہٕ عرب ننہٕ. یمو کاغذ صنعژ ووتھ لوٚدِ ڈیت.

غرض کاغذ صنعت گیہ اَکہِ انٛدٕ شمال مغربس کُن پکان تہٕ بیٚیہِ انٛدٕ جنوب مشرقس کُن. نقش کٲری یا نقٲشی ییٚمیُک دوٚیُم نٲو مُصوری چھُ سو تہِ چھےٚ یَتھ کالہِ چینسیے منٛز کمالس وٲتمٕژ. اَدٕ کینہ چھُ کاغذٕ ڈر یافت سپدِتھ اَتھ پیٹھ نقش کٲری کرٕنی تہٕ یادگٲری چیزَن پیٹھ مُرتسم تھوٚن ہِنٛز سمجھ بنیس لایق.

پیپر چھُ انگریزی لفظ ییس اطالوی زبٲنی منٛز ننہٕ چھُ آمُت. زٕچن ہیتھرس تہٕ گاسس تہٕ کلبن منٛز نرم گوٚج ڈگہٕ ڈگی اَڈٕ میٚچہِ ہشہِ بناونہِ یا تُمہِ ستی کانٛہہ چیز بناونس چھُ دراصل پایپر میچی ونان اَسی یتی پیٚچہ صاف تہٕ تنہٕ ژادرِ چھُ یتہٕ پیپر ونہٕ آمُت. یوٚتام دجہِ مٕژاتھ اَنٛجہِ یا ٹلی دس گتہِ قالبس پیٹھ کھٲلِتھ بکارِ ینہٕ وول چیز بناوُن تہٕ تتھ پٹھ صاف کرِتھ رنگدار پوشہِ کٲری ستی سجاونُک تعلق چھُ، تتھی چھِ اَسی عام پاٹھی پیپر ماشی ونان. کارِ قلمدان، کارِ قلمدانی یا قلمکٲری ناو آسن ما آسہِ ہے ییٚمہِ موجوب زِ گتہِ تہٕ چیزس پیٹھ رنگو ستی نقش کٲری آس والہٕ قلمو یا زٲولیو بُرشو ستی لیوان کرنہٕ. اَما کارِ قلمدان چھُ اَتھ اَمہِ نِشہِ ہیوٚن کڈان تِکیٛازِ یہِ گو قلمدان بناوُنٕچ کٲم. کیٛاہ تہٕ اَسی تَن یِم دوشوَے ناو چھِ فارسی یعنے ایرانکی.

لوٚ دَے سانہِ کشیرِ ہُند تجارتی تہٕ تمدنی میٚل چھُ یَتھ کالہٕ پیٹھٕ سمرقند تاشقند تہٕ بخاراہس ستی اوسُمت مگر کارِ قلمدانی چھُ اَسہِ نِش ایرانہٕ پیٹھٕ ووتمُت.

وننہٕ چھُ یوان زِ یہِ کسب چھُ سلطان زین العابدینن یتہِ چھِ Home / Industry ) دٕہ تھ لوٚدِہٕ یا پتھ لوٚر اوٚسمُت مگر ییٚاکھ رِوایت

چھےٚ یہ زِ حضرت میر سید علی ہمدانی صاحبن لوٗ سہٕ جماعتس دِ رفیقن تہٕ تبلیغ کرن والین ہیٚنزا پانس ستیٚ کشیرِ اٚنی مٕژ اُس تِمہ کوٚر نہ صرف دینک تبلیغ بلکہ لوکن بہتر زندگی بسر کرنہٕ خاطرٕ کرِکھ لوٗئ لوٗئ ہونر تہٕ جاری۔ لوکھ ہیٚچھناوِکھ مختلف ہونر۔ حضرت میر سید علی ہمدانی صاحبن لیوٗکھ مفصل مضمون ذخیرۃ الملوک تاکہ تِمہٕ وَقتک سلطان تہٕ بکہٕ ہے یِتھن اصولن پیٹھ تہٕ ییٚنہٕ والین بادشاہن بایتھ روزِ ہے اکھ وَتہٕ ہاوُکھ۔ وُہمہٕ صدی ہُنٛد سارِوٕ سے کھوتہٕ لوٚڈ گاٹُل چھُ تِمن متعلق ییتھ کنٛہ وَنان سہ

مرشدِ آں کشور مینو نظیر
میر درویش و سلاطیں را وزیر
خط را آں شاہ دریا آستیں
داد علم و صنعت و تہذیب و دیں
آفرید آں مرد ایرانِ صغیر
با ہنر ہائے غریب و دل پذیر

چنانچہ یہ کتھ چھےٚ صحی زِ پیرِ ماشی ہُنٛد کسب تہٕ چھ ہیٚندِ وٕ سے ساتھیوَ ییٚتِکی لوکھ ہیٚچھ ناوِ مِتی۔

دَپان ییلہٕ امیر تیمور اٚندٕ رکیٚن ملکن گوٚ حملہٕ کرِتھ قبضہٕ کران، کشیرِ ہِندی شاہمیری بادشاہ سلطان سکندرن سوٗز شاہی خان (زین العابدین) وارِیاہ مولل تحفہ تحائف ہیٚتھ تیمورس نِش۔ تیمورس پیٚو شاہی خان سُنٛد حوصلہٕ تہٕ لیاقت وُچھتھ متاثر تہٕ روٗٹُن پانہٕ سے ستیٚ۔ سمرقندس تِمہٕ وزِ

تیمور صنعت کاری ہُنٛد مرکز بناوان اوس، تتہٕ وُچھ زین العابدینن پننِس
قیامس دوران یِمن ہونرن بڈٕ شٮ۪نتھ تہٕ زبر پاٹھۍ ہیٚوتن تکھ سام۔ اوسے
کنہِ ییٚلہِ شاہی خان سلطان زین العابدین سٕنٛدِ ناوٕ کشیرِ ہُنٛد بادشاہ بنیو و
اُمی دیُت باضابطہ کشیر ترقی کرناونس کُن توجہ۔

ہیون سانگ سٕنٛدِ سفرنامہٕ تہٕ راج ترنگنی ہِندٮ۪و حوالو سٟتۍ چھے یہٕ کتھ
صاف پاٹھۍ ننان زِ ییٚتکۍ لوکھ اُسۍ تمتس سٟتۍ کارٕ بار کران تہٕ واریاہ
کرٕ صنعتن منٛز اوس ییٚتہٕ کینہہ لوکن وَق گُذران، مگر یوسہٕ فراغت تہٕ امن امان
بڈشاہ صابنِس وقتس منٛز کاشرین حاصِل سپُدٕ سہٕ چھ اکھ مثالی دور۔
اُمِس درد مند بادشاہ سٕنٛدی کارنامہٕ وُچھِتھے چھ بڈٕ ہتہٕ "بڈشاہ"
نٲوِتھ گرٛھان تہٕ یُہے ناو روزِ تس آینٛدہٕ تہٕ زِنٛدٕ تھاوان۔ ہر سہٕ حکمران
ییٚمہِ عوامی کامین کُن توجہ دیُت بادِ بہٕ تس بایتھ چھ بڈشاہِ ثانی لقب
عزت تہٕ دِلقار بخشان۔

ونہٕ چھ لیوان زِ بڈشاہ صابنہِ ماجہِ ہِنٛدس ڈٕمتہٕ مقبرس آسہٕ
بنیرہ کنیہ دٔگ متہٕ کاغذ تہٕ مایہ سٟتۍ نقش دار تالہٕ لاگنہٕ آمٕتۍ۔ ہُنر مردم
(تہران جلد ۲ ، ۷) مطابق چھ ماہرکارن تفصیلہٕ سان لیوکھمت زِ
سلجوقی عہدس منٛز چھ پیپر ماشی ہُنٛد کسب ایرانس منٛز جاری سپُدمت
لیُس بٲہمہِ صدی عیسوی یک زمانہٕ چھ۔ یہٕ کٲم چھے قلمدانی (Pen holder)
بیٹھ شروع گٲمٕژ۔ صفوی دورس منٛز چھ ایرانی کاری گرو قلمدان کامہٕ
برٕ ژٕر گرٕتھ نوہرا وُنمت۔ قلمدان اوس بڈین لوکن ہُنٛد امتیازی نِشان

بنیوٚمُت اَنکِتھ؛ زِ یہِ اوس نہ صرف یلہِ اَوٚنڈر نہٕ قلم ٹھُوٚنکُن ڈبے لوٚت اَلی کہِ
اوس اَکھ موٗلُل چیز تہٕ۔ ہنہِ ہنہِ گیہِ قلمدانَس سیتی وارِیاہ چیز وابستہٕ یمنے لوٚتہِ
روٗمالہٕ ادوبات واجہ، ٹِکٕٹھ گرِ تہٕ موہرٕ (Stamps) بیترِ تہٕ۔ چونکہ قلمدان
اوس تھدِ مرتبہٕ کِہن لوٚکن ہِنٛد اکھ نِشانہٕ یوان مانِنہٕ، اوٚکنی آسی بڑٕ لوٚکھ
اَکھ اَکِس ڈالہِ کنہِ تہٕ سوزان۔ کٲرِ گرو تہٕ لوگ پنہِ طرفہٕ اَتھ رنگہٕ رنگہٕ
رنگ کھالُن۔ تہٕ یہِ گو (Brief Case) ساز صوٚندوٗق مجمہٕ تہٕ باقیو
چیزو اَنٛدٕ واش تہٕ کارٕ کڈان۔

شروعس منٛز یم فن کار شاہ ہمدان صابن ایران تہٕ ترکستانہٕ پیٹھ کشیر
آسی ٲنِمٕتی، تِہنٛز کامہِ سیٛد دوٚیمہِ لٹہِ بڈشاہ نس دورس منٛز ہُریہ تہٕ تیٚیمہِ لٹہِ
چک دورس منٛز پیٚیہِ حکومتکہِ طرفہٕ امہِ کِہن کارگرن سرپرستی تہٕ حاصِل۔ یمن
آیہِ باضابطہ خصوٗصی مراعات دِنہٕ۔ یہُنٛد گرٕ اوس زڈی کَل، مدین صابُن،
حسن آباد تہٕ کھانگر پوٗر بیترِ۔ چک دورٕ پتہٕ پییہِ کشیر مغل دربارس تل ٲیِج۔
مغلوٚ نی بیٚتِکی وارِیاہ کٲرِ گر لاہور آگرہ تہٕ دِلہِ۔ پیپر ماشی ہُنٛد بن
کارِگرن کھوٚت دون کامن بہاو۔ اَکھ یہِ زِ مغل محلہ خانن تہٕ بالادرین
ہُنٛدِ تالو تہٕ دروٗسی آیہِ نقاشی کامہِ سیتی سجاونہٕ تہٕ بییہِ آیہِ تِہنٛدی تیار
کرٕ مٕتی چیز تہٕ جان موٗلہٕ ٲلی ہینہٕ۔ امہِ بروٗنٛہہ اوس تِموٚ کشیر منٛز ماتم سرایِن
تہٕ استانن ہُنٛدی تالو تہٕ دروٗسی پٹی بناوِ نُکھ پننہِ لافانی کٲرِ گری ہُنٛد
گلہِ میوٗٹھ کوٚرمُت، یُس اَز تہٕ ناپاں چھُ۔

پٹھان دورس منٛز گو پیپر ماشی ہُنٛد فن تہٕ بلہٕ تہٕ فنن ہُنٛدی پاٹھی یہ یِپہِ زِ نہٕ

وُلِسی۔ سِکھو نہٕ اگر کانٛہہ جان حکومت کٔرٕ نہٕ اَما کاٛرِ گرِ ستی تھوٚو کھ نہٕ زیادٕ دُشمنٹ اٚلِر کِہ دوستانہٕ رٔوی یہِ سان رٔودی پکان۔ تہٕ وونی چھےٚ اتھ بیٛاکھے نوٚعیت۔

مؤرکرافٹن چھِ کاشرِ کارقلمدآری ہنٛدی نموُنہٕ دِلہِ دربارس منٛز وُچھتھ سیٹھاہ تاریف کٔرمٕژ، سہٕ چھُ ونان زِ نقش ولِنگار کرنس منٛز استعمال سپدن والی رنگ تہٕ برُش بیترِ چھِ مقامی طورٕ بناونہٕ یوان۔ اَلبتہٕ کُنہٕ کُنہٕ چھِ باقیوٕ جایو پیٚٹھہٕ تہٕ منگناونہٕ یوان۔ پیپرماشی یوس بٔڈ مہنت تہٕ تراکیٚتھ کام چھےٚ یوٚدوے شیعہ مسلمانن یاتی آیہ کران، مگر تاریخ چھُ ونان زِ اکِس مشہوٗر نقاش سُندر ناوٕ اوس نرن مورت ساکرتر۔ ۱۸۷۵ عیسوِیس منٛز اوس بیاکھ بہلہِ پایہ نقاش سید تراب تہٕ اوسمٹ علی مغل تہٕ عباس مغل چھِ میانِس ماٛلی سٕندِس وقتس منٛز ناماوار نقاش آسی متی تہٕ میانِس لوکچارس اندر اوس اکہِ بانکہِ اکھ نامی پیپرماشی زانن وول۔

انتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ پیپرماشی زانن وول طبقہٕ چھُ اکھ اقلیتی طبقہٕ تہٕ امی پیٚچھناوی امی طبقکی نفرن ہِندِ کام ییمہِ کُنی پہٕ محدوٗد رٔوز۔ کاٛرِگرن ہنٛز کوتاہ اندیشی تہٕ خود غرضی ہنٛز ذکر کران چھُ پنڈت آنند کول پننہِ کتابہِ "Jammu and Kashmir State" منٛز لیکھان:

"کاشرِن پیپرماشی کرن والین ہنٛز آمدنی چھےٚ زبر۔ مگر تم چھِ پکھنٛک کانٛہہ خیال تھوٚوٚی پننہِ زِ لوٚکمٹ پولنسہٕ یکوٹہٕ لوان خرچ کرٕنہٕ۔ اکثر گرن چھُنہٕ شامَن زالِن تہٕ آسان۔ تم چھِ پننہِ آچنہٕ پچہ بٔرن پیٛاٹھ چولہٕ تپاوان تہٕ پننہِ دِہہ بناوی متی چیز کنتھ پننہِ پچہ بٔرن دِوان۔"

اَنھٕ کتابہٕ منٛز چھُ سُہ لیکھان زِ:

"کأشرِ شال چھِ پیپر ماشی ہنٛدین ڈبن منٛز تہٕ بکسن اندر تھٲوِتھ فرانس

لۄوان سوزنہٕ، یِم تتہٕ الگ پأٹھی کٔنِنہٕ یِوان چھِ۔"

مشہور انگریز مورِخ بر نیر لیس اورنگ زیبس ستی کشیر اوس آمُت چھُ یتیہ

پیٹھہٕ پننس دوس مالنیوٹری مرایلین سٕنٛدِ ناوٕ لیکھان زِ" خوبصورت چیز بناونس

منٛز ہیکنہٕ کأشرین کانٛہہ وٕڑِ دِتھ۔ قلمدان، صندوقچہ پالکہٕ بتیر بیٚتکی

بناوِ متی چیز چھِ بیٚین علاقن لۄوان سوزنہٕ، یٚبنہٕ یِمن یُڈ قدر چھُ یِوان کرنہٕ۔ یِمن

منٛز چھِ اکثر چیز ڈٔگی متہٕ کاغزٕ ستی لۄوان بناونہٕ۔"

ڈٔگی متِس کاغذس بناونہٕ یِنہٕ والین چیزن چھِ خریدارن ہنٛزِ فرمائشو بدل بدل

قسمن ہنٛد وسعت دِیتمٕت۔ یِتھے کٔنی چھُ کُھ طرح بناونس منٛز تہٕ ہُرہ کوٚرمٕت۔

سُلطانن ہنٛد پسنٛد۔ مغلن ہنٛد پسنٛد۔ ایرأنی روایت، افغانن ہنٛد شوق۔ سِکھن

ہیٚنٛدین تہٕ پتہٕ انگریزن ہنٛز فرمائش گیہِ اتھ منٛز ہُرہ برکران۔ یِتھے کٔنی چھُ طرح تہٕ

مختلف مُلکن ہنٛدِ قومی پسنٛدک باس دِوان۔ چیزن ہنٛد گرٕت تہٕ طرحن ہنٛد

آسے چھُ تہٕ ھوپہ پأٹھی یِنہٕ وجود یِمن اکھ تأریخ وٕٹرہ ناوان۔ مثلن قلمدان، پھولدان

شمع دان، اگردان، عطردان، کتاب دان، رٔحل، زیورات تہٕ جیولری بکس، تمأکہ ڈٔبہٕ

شطرنج ڈٔبہٕ تہٕ تالوٹٕکی، پوڈر سیٹ، ہینگر بکس، رومال بکس، ٹائی بکس، ایش ٹرے،

تاس بکس، ڈٕنر ٹیبل سیٹس ٹکیٹ دان، بسکٹ بکس، بجلی زور Lamp

Stand، رائٹنگ سیٹ، فنِگر بادل بیٚنہٕ چیزن منٛز تہٕ لأسی، پولو، شکارگاہ،

گل ولایت، شال طرح، چنار طرح، دربار، جنگ تہٕ خیام طرح چھِ پانے پننہٕ

پوٚت منظرِ چ وُچھنہٕ کران ۔ لداخ گیہِ پیپر ماشی ہنٛدی سوٚت بائنہٕ، پنجاب تہٕ جوٚم
سلسِلہ تارٕ ہی تہٕ بیٚشٕ گرٕ یکُس ۔ بیٚیھے کُنی ہیٚیکہِ باقیس تہٕ اندازٕ ہ کرِتھ ہیٚتھ ۔
پیپر ماشی اندر کم کم چیز چھِ ازکل گلہم باٚٹھ تیار سپدان، تمیک فہرست دِمو اسی
الگ، طرحن ہُنٛد شُمار تہٕ کرو ٹیُون ۔ یہِ کیٚنہہ چھےٚ یاد تھوٚونی ضروری زِ پیپر ماشی منٛز
چھِ کار آمار تہٕ سجاوٹی دۄ شوٚے چیز لیوان بناونہٕ، لیٚکنہٕ کیٚنہہ چھِ استعمال سپدان
تہٕ کیٚنہہ شوٚب ہُرراونس لگان ۔

## ساختہٕ بناوُن

یِتھ کالہِ اوس بادشاہن راجن نوابن تہٕ امیرن وزیرن ہنٛز فرمائشہِ پیٚٹھ
پیپر ماشی ہنٛد ساختہٕ تہٕ اَچھ کام لیوان بناونہٕ ۔ بروٚنٛہہ اَسی گوڈٕ قالبس پیٚٹھ کاغذ
ورق لیوان مَرنہٕ، تتھ پیٚٹھ اَسی کھالان ڈِگی میٚتہٕ کاغذک اکھ وار ۔ سہ ہوٚکھتھ ۔
اَسی دوٚیِم تہٕ تمہِ پتہٕ تریِم وار کھالان ۔ یوٚتام پانٛژدہ ستھ وار اَسی یِتھے کُنی کھارِتھ
سٕتھاپی کرِتھ تہٕ ہیوٚ کھنہٕ وِتھ ضرورتہٕ کِس موجب س تام واتناوان ۔ اَمہِ پتہٕ اوس اَتھ
خاجہ دلینہٕ یا اَمِکی ٹُکرٕ یا ریلہٕ لاگنہٕ یوان ۔ قالبہٕ منٛز چیز گنڈِتھ اَسی اَتھ پرانِن دلوارن
ہُنٛد رٕنگ پیٚتھہِ یا گیتھ مالیس بیتی رلاوِتھ متھان ۔

بڈشاہ صاٚبنہٕ وِنہِ اوس کاغذ بناونہٕ یاپتھ کاندر ریلہٕ لیوان آبہٕ گرٕ بٹن ہنٛدِ ذریعہٕ
کنزن منٛز واریاہ مِقدارس منٛز مصالہٕ دگنہٕ تہٕ تمیچ اَڑیچ مس صاف کاغذ تیار کرنہٕ
خاطرٕ نوشہر لیوان سوزنہٕ، یِیتہٕ اَمِکی گرٕ گرٕ کارخانہٕ اَسی ۔ اَڑیچ اَس زبادٕ مہین لیوان
بناونہٕ ۔ خاص مِقدارس منٛز اوس تتھ مایہ لیوان رلاونہٕ ۔ تہٕ بجن بجن کنین پیٚٹھ
اَس لیوان وہراونہٕ ۔ تہٕ موہر دِتھ لیوان لیکھنس لایق بناوِتھ تھنہٕ ۔ مہاراجہ

رنجیت سنگھ لِس دورِ حکومتس منز اوس ویرناگ ڈوٗرِ بٔڈِس مِقدارس منز کاغذ
لِوان بناونہٕ۔

پیپر ماشی چھِ ساغتس پیٹھ منحصر۔ یہِ ساختہٕ یا چھوٚٹ چھُ کاغذ چھٹ تہٕ
رٕلِتھ ڈٔگِتھ لِوان بناونہٕ۔ اتھ تیار کرنس چھُ کم سے کم یِم چیز درکار آسان۔(۱) اکھ
ٹپ یا ڈرم یتھ اندر ژور یا پانژھ ترکھ آب واتِہ۔(۲) کاغذ چھٹ یوسہٕ اتھ
اندر وزنی چھِ لِوان تراونہٕ (۳) زِیا ٹرٕ نگارِ یا ٹین (کنستر) (۴) مختلف
قسمکی قالبہٕ یِم کنترو ٹینہٕ ژادر یہٕ شٕدِری یا بیچوی آسان چھِ۔ اکہٕ اکہٕ قسمکی قالبہٕ
چھِ وار یاہ وار یاہ تیارادس منز لِوان بناونہٕ۔ یہِ چھِ ضرورتس یا کارخانس
نتہٕ فرمائشہِ پیٹھ بناوِتھ لِوان تھونہٕ۔ (۵) گرٕز (۶) ٹھاپی انہٕ یا ٹرٕ سے (۷)
لِیٹرا کھنہٕ (۸) کاٹھ واو اکھ زِتہٕ پھِر واو (۹) کنتر تہٕ مھُل (۱۰) تیز جاسے یِینہٕ
یِم ساختہٕ چیز نالِس ہِن ہو کھناونہٕ (۱۱) وٕنڈس گرٕھس آسُن تجاری تہٕ کٹھ تہِ۔
تجار لوٚبرٕ ونتھ آسی ساختہٕ اڈِ ہوکھی گرٕھتھ دانہٕ گجن منز لِوان ہو کھناونہٕ۔

کاغذ چھٹ چھِ گوڈٕ آبہٕ ڈرمس یا ٹپس منز دوٚن دوٚن دوہن وزنی
لِوان تراونہٕ۔ یہِ چھِ سینان۔ اتھ چھِ لِولِو کڈان تہٕ کنترس منز مہلہٕ ستی دوگ
تلان۔ ڈٔگِتھ چھِ کھوان نگارِن منز۔ یتہٕ چھِس توٚبلہٕ اوٹ باماہٕ ضرورتہٕ مطابق
رلاون۔ اتھ چھِ امہٕ تہٕ لگان۔ اکِس دوٚن دوہن چھِ اتھ قوام کھسان تہٕ امہٕ
پتہٕ چھِ اتھ قالبس پیٹھ لاگی متس کاغذس پیٹھ وارٕ پتہٕ وارٕ کھالان۔ وارٕ چھِ اتھ
سِینی تہٕ کرٕی تہٕ سینی لِوان لاگنہٕ۔ اڈِ ہوکھ گرٕھتھ چھِس ٹھاپی گران تہٕ ہوٚکھِتھ
کاٹھ واوِ تہٕ پھِر واوِ ستی سنرتہٕ ہمشر کران۔ یتہٕ چھِ اتھ بٔتھ وار لگان تہٕ اڈِ

اُتھر سیتۍ ژٕٹھ قٲلبس لِنش جُدا کران۔ ژھیوٚنمُت ساختہٕ چھُ لوان زور رواد مایہٕ
سیتۍ واٹنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اتھ گِچ یا چاک مۆنٛز لوان کھالنہٕ (امرِ لِشس سیتۍ رٲوِتھ)
یہِ گِچ یا چاک مۆنٛز چھےٚ دَجہِ یا والہٕ بُرشہٕ سیتۍ لوان لونہٕ۔ لُون ہیوٚکھتھ چھُ کُر کوٚٹ
یا پھِہرِ کِنہِ یا سیرِ عہ سیتۍ اَتھ لِپٲلاوان۔ لِپٲلاوِتھ چھِس ریگ مال دِوان تہٕ پتہٕ تتہٕ مایہٕ
سیتۍ حریرٕ لاگان۔ یِتھنہٕ گِچ یا چاک مۆنٛز پھُٹنک امکان روزِ۔ حریرس تہِ چھِ زٲوِج
ریگ مال کران۔ وونی چھُ چیز آسان زمینہٕ ہِنٛد رنگہٕ باپتھ تیار۔ یہِ رنگ چھِ
بُرشہِ سیتۍ کران۔ بُرشس چھِ کوٚچہ تہِ ونان۔ یہِ بُرش یا کوٚچہٕ چھُ گُری یا لس بنان۔
یا گوگردنہِ ہِنٛدۍ زیٹھۍ وال۔ زمینہِ ہِنٛدِ رنگکی چھِ اَکھ یا زٕ کوٹ (coat)
لوان کرنہٕ۔ زمین کھالنہٕ پتہٕ چھُ چیزس کامہِ ہِنٛد حد مُقرر کرنہٕ باپتھ خط لوان
نراونہٕ یا کڈنہٕ تہٕ تمنے خطن اَندرٕ اَندرٕ چھےٚ کامہِ ہُنر باگنے سپدان۔ یعنے لِبس تہٕ
ڈزاین یا طرح آسہِ بناوُن سہٕ چھُ اَتھی اَندر لوان کرنہٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی دِگی متہٕ کاغذِ کہ
چیزٕ ساختہ یا چھوٚت لوان مانہٕ۔ پتہٕ پتہٕ گو اَتھ مۆنٛز ہیر پھیر گژھان۔ کَیٖژھاہ
وقت بچنہٕ باپتھ تہٕ کیٖژھاہ سہولت سپدنہٕ خاطرٕ۔ مثلن گوڈٕ آیہِ ڈبن گتوی زٕ کی
لاگنہٕ تہٕ اَتھی سیتۍ گتہٕ وی ڈبہٕ تہِ بناونہٕ۔ مگر یِم آسی نہٕ کُنہِ خاص سایزٕ علاوٕ ہیکان
بناونہٕ یتھ۔ خصوصن یتھ چیزس مۆنٛز زیادٕ خم یا گولٲیی آسہِ ہا۔ اَمہِ پتہٕ پیلہٕ مختلف
قسمہٕ کین چیزن مثلن مجمن زیٹھین ٹالی بکسن ٹولن میزن کافی سٹن یا سکرینن
(Screen) ہِنٛد تصورٕ ہیوٚتُن پیپر ماشی مۆنٛز بامل یُن، تمہِ باپتھ آیہِ سوٚلکر استعمال
کرنہٕ یتھ نہٕ ورِیہِ ہے۔ ہیچہٕ ہِنٛدِ بن یمِن چیزن اوس بناونہٕ پتہٕ گوڈٕ خاصہٕ لوان
لاگنہٕ یا کاغذ مرنہٕ یُتھ نہٕ کام کرنہٕ پتہٕ کُنہِ جایہِ پھچر یا رم گژھنک امکان روزِ ہے۔

یوٗدوٗ ے نشِنہٕ بٔڈۍ چیز کٔنہٕ ساتہٕ ژھکہٕ ودِ کی شِکار آسی سپدان۔ تِمہٕ بدلہٕ چھِ ووَنی
ہارڈ بورڈ (Hard Board) لاگنہٕ یِوان۔ چُنانچہٕ بٔڈۍ بٔڈۍ Pannel فریم
تہٕ مجمہٕ چھِ ہارڈ بورڈ کی یِوان بناونہٕ۔ کینہہ کُنہٕ ساختٕس چھِ ہٹ تہٕ ہارڈ بورڈ
دوشوٗ ے چیز یِوان استعمال کرنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھ چِپن، ٹِین، شیشہِ یا سُرتُل تہٕ
پیپر ماشی ساختٕس منز استعمال سپدان۔ مثلن چایہٕ ڈبن تہٕ سکلیہ نارِ ین جیرٕ ین
یا صُرین چھُ ٹِین یا سرتل استعمال سپدان۔ یعنے گوڈٕ چھِ یم چیز اَمہِ کی یِوان بناونہٕ تہٕ
پتہٕ چھِ تِمن پیٹھ ڈٔگی مَتہٕ کاغذچ زٕ ین یِوان وارٕ پٔتہٕ وارٕ لاگنہٕ تہٕ تتھ تیار چیزس لُس
ووَنی ساغتہٕ چھُ آسان بنیومُت، پتھے پتہٕ نقاشی یِوان کرنہٕ۔ سرتل یا ٹِینہٕ استر چھنہٕ
چیزن اندرٕ کینہہ خراب دِوان گژھنہٕ۔ فنگر بول (Finger Bowl) تہٕ بول
سٕٹن چھُ کُنہٕ کُنہٕ آب پیوان تراوُن اَدٕ کنی چھُ تِمن سرتلہِ شیشہِ یا چِپنٕ Lining
اندرٕ تھوان۔ کاغذ زٕ ین لاگنس چھِ مخصوص زٕ بأنی منز برٕہ لاگُن وَنان۔ یعنے
PLUP ساختٕس چھُ بٔرہٕ چھوٚت یِوان دِنہٕ۔ یتھے کٔنی چھُ Lining وأ لِس
چیزس ستر دول وَنان۔

پیپر ماشی رؤزنہٕ بروٚنٹھہ نہٕ اَز مُنفرد چیز بناونس تام مٔتھ محدوٗد۔ دارِ بٔٹ
دروازٕ بٔٹ السمارِ دِلہٕ تہٕ تالو دِلہٕ تہٕ چھِ یِوان پیپر ماشی ہِنٛدی بناونہٕ۔ خیر چھا
بروٚنٹھس کم کم چیزٕ ہرن پیپر ماشی منز۔

## رنٛگ

نقاشی کرنہٕ باپتھ یم رنٛگ استعمال یِوان چھِ کرنہٕ، تِم آسی گوڈٕ گوڈٕ سارے
مقأمی طور کنہِ بوٗلو شوٗ تہٕ کاسوٗ منز یِوان حاصل کرنہٕ۔ رنگہٕ کنہِ آسہٕ ژٕ آرِتھ یِوان

اَنِہٕ ۔ اَکِس بجہِ کنہِ پیٹھ نَھوٗتھ اُس رنگہٕ گَنہٕ آبہٕ رٕژھار ژھاڈِتھ گَسّس لاگنہٕ یِوان
یُو نام بیہ موکلان اُس ۔ کُنہِ ہُنٛد گِہن اوس کھاٗسس منٛز ژٹھ ہو کھناونہٕ امہ پتہٕ
اوس رٕژھ رٕژھ یوان لاگنہٕ ۔ کونگہٕ پوٗش، نیاٗسے پوٗش، داٗن پوٗش، گُل کِسو بنٛز اُسی
گِہنہٕ یِوان ہُہنٛد رنگ ۔ اوس پوشن تحریرہٕ (دِکھہ) دِنس یِوان لاگنہٕ ۔ ڈوٗنی کنٛجن داٗن
کنٛجن تہٕ لنی کلِٕین تہٕ اُسی رنگ کڈان ۔ کرٕہُن رنگ اُسی دٕہی کرٕنلِس یا لوبرِن زالتھ
بناوان ۔ کُنتہِ پوٗشہِ یا کامہ طرح بناونس چھُ گوڈٕ اسٹرِ یِوان دِنہٕ، سہٕ گو پوشن ہٕنٛز
زمین، اَدٕ چھہِ یمن ولٹالوٗنہٕ پرٕناوِ ہٕنٛزِ شکل یِوان کڈنہٕ ۔ اسٹرس تہٕ دِکھ چھپے والہٕ قلمو
(موقلمہٕ) ہٕنٛزِ یِوان دِنہٕ ۔ وونہٕ ستادٕ ہٕنٛز ووستادی چھپے پوش ژٕنی راونہٕ وِزی
نِنان ۔ رنگن منٛز اُسی واریاہ رنگ ولاینہٕ، سنکیانگ، آرمینیا، روسہ تہٕ منٛز ایشیا
پیٹھ تہٕ منگناونہٕ یِوان مگر سبا اُسی انقلابو کوڑ ییٚمن چیزن ہنٛدِ پاٹھی رنگن
تہٕ ٹھوٗر ۔ وونی چھہٕ پننی مُلکی تیار کرٕتھ رنگ لاگنہٕ یِوان ۔

## رنگہٕ پیالہ

کاشہ تہٕ رنگ چھہِ یوان پیالن منٛز تیار کرنہٕ ۔ پیالہٕ چھہِ آسان کتہٕ روٗزی ۔
روغنی تہٕ چینہٕ وی ۔ یم چھہِ لوکٹی تہٕ آسان تہٕ بڈی تہٕ ۔ یعنے ڈوڈٕ انٛچہ پیٹھٕ آنٛچہ
تامت کھُلی تہٕ سٔرنی ۔ روغنی رکابہ تہٕ چھہِ کامہِ لاگان ۔ گویا رنگن ہنٛدِ مقدارِ
تہٕ نوٗعیتہٕ موٗجوٗب چھہِ بانہٕ یوان لاگنہٕ ۔ گچھ یانہٕ چھہِ عموماً آسان ۔ ۹ یا ۱۰ آنٛچہ
کھوٗل ۔ مطلب چھُ زِ پیالن ہنٛد حجم تہٕ رنگن ہنٛد مقدار چھُ آسان تیار کرنہٕ
ینہٕ والین چیزن ہنٛدِس تیداس پیٹھ موقوف ۔ رنگہٕ پیالن ہنٛد گرٕت چھُ عام
پیالن ہِشہٕ وکھر ۔ یم پیالہٕ چھہِ برٕ چھتکی فاکیہ بناون والی کرال بناوان ۔ تہٕ تم کرال

چھِ زیادٕ تر حول تہٕ کٔرالہٕ بابٕرکی۔ اکثر چھِ گچھِ بانہٕ چاک مینٛزٕ بانہٕ رنگہٕ پیالہٕ استعمال۔ پیالہٕ
ہٕنٛز تحریرٕ پیالہٕ لیوان استعمال کرنہٕ۔ نہٕ اُکھی ہیتی دٲری پیالہٕ تہٕ سوٕنہٕ پلیٹ (روغنی)
تہٕ۔ پیالن چھِ پتہٕ رنگن ہنٛدی ناو چیوان۔ مثلن شرکھی پیالہٕ، سینٛڈر پیالہٕ
دٲنتی پیالہٕ بیتر۔

رنگ چھِ عموماً بنیادی تہٕ ثانوی آسان۔ اَمہٕ علاوٕ چھِ سوٕنہٕ ورقن ہنٛد آب
لیوان بناونہٕ۔ یا خالص سوٕنہٕ ورق تہٕ چھِ زمینہٕ یا پوشن ہنٛز جایہٕ لاگنہٕ یِوان۔
یِم ورق چھِ اَکِس خاص قسمہٕ کِس مالِس پیٹھ لیوان لاگنہٕ۔ اتھ مالِس چھِ دور وَنان۔
دور چھُ اَکھ خاص مرکب آسان، یُس نابدس لونس تہٕ مایہٕ خاص مقدارٕ آبس
منٛز رلٲوِتھ تہٕ قوام کھالنہٕ پتہٕ چھِ لگہٕ ہاربنان۔ سوٕنہٕ ورق تہٕ روپہٕ ورق لاگنس
گژھِ آسنی مہارت۔ نتہٕ گژھِ نوقصان تہٕ تہٕ چیز تہٕ گژھن خراب۔ سوٕنہٕ ورقن
تہٕ روپہٕ ورقن چھِ حریرٕ وِن ورقن منٛز ٹھوُوِتھ لوکچہٕ لوکچہٕ کِتابہٕ ہِشہٕ لیوان بناونہٕ۔
پرٕ ہتھ کِتابہٕ منٛز چھِ پانژھ، پنداہ یا پنٛژاہ نتہٕ ہتھ ورق آسان۔ اَتھ کِتابہٕ
چھِ دفترٕ وَنان۔ سرینگرس منٛز چھِ یِم دفتر صراف کدلکی زرکوب بناوان۔

پیپر ماشی منٛز یِم رنگ استعمال سپدان چھِ تِم گژھن مہین تہٕ کنہٕ پھِہر برٕور آسنی۔ پرٕ ہتھ رنگ چھُ لیوان مالِس تہٕ آبس پیٹھ تیار کرنہٕ۔ یِم ساری رنگ چھِ
واٹر کلر (Water Colour) آسان۔ یہنٛدی ناو چھِ ہتھ کینٛہہ مخصوص
آسان۔ مثلاً شنگرفی، قرمزی، دٲنتی، شرکھی، گاسی، وانگنی، زرنکھ، گیر، پوربتیر
آسان۔ پھیکہٕ رنگ چھِ تحریرن لگان۔ اگر یِم موٹہٕ رٲوِتھ آسن، یمن سیتی چھُ
سفیدہٕ رلاونہٕ لیوان (White Lead)۔ وو تلٲوِتھ پوشن یا طرحن چھُ

استر گچھِ ستی لیوان سٕنھونہٕ۔ کاہن تہٕ رنگن پوشن تہٕ نمہٕ کہن حصن ہنٛدی ناوٕ اسی گوڈٕ فارسی تہٕ وونی کاشری بنیمتی۔ پرِ قازگو پرکرتہ کاہ ریزی کہرٕ ریزی یا لِشہِ تہٕ۔ کاہ رباہ گو سیٚنڈور تہٕ روغن گو وارنش تہٕ جلاوسپرٹ تہٕ تہٕ وارنش تہٕ۔ پرِ قازن چھِ ونان رکھہِ تہٕ تہٕ شیڈ تہٕ۔ ولٹا یہ چھِ وونی خالے کاہنہٕ ونان۔

## مؤقلم تہٕ برش

برش تہٕ قلم یمو ستی پیرِ ماشی چھےٚ لیوان کرنہٕ چھِ مختلف والن بنان۔ گچھ لوتس زمین کرنس تہٕ وارنش دِنس باپتھ چھِ مختلف والن ہنٛدی برش بنان۔ مثلن گُری دُمس بالس (گُرہن تہٕ ترن ہنٛز گردنہٕ ہنٛدی زیٹھ وال) ژھاوِلی والن تہٕ یچھِ کرس (یچھ کرہ گوپٹ سن۔ اتھ چھِ بھنگہ تہٕ دنان) موقلم چھِ بیری (برآری الچہ تہٕ بدرِ لوٗج (گلہری) ہنٛز لچہِ والن بنان۔ مختلف قسمکی برش تہٕ قلم لیٚود وے وونی تیار سے چھِ میلان۔ اما قلم چھِ کاری گر اکثر پانے بناداں۔ اسمانی بطخن ہنٛزن نیرن گوڈ بوان ژٹنہٕ تہٕ کھلہِ طرفہٕ چھِ اتھ لیوان لچہِ وائےجِ گچھ (لبو۔ یہ زاوی لہٕ پتہٕ ستی چھِ لیوان گنڈنہٕ) برنہٕ۔ زاولہِ طرفہٕ چھِ اتھ تیر دِیُس وونی اگر گژھ آسان اُتُیتے زد نٕ ھنو نہٕ یہ یار یوالہٕ گچھ تیر نوٗت تھہے تامتھ لوٗنام تتھ گوڈس پن چھِ آسان گنڈتھ۔ ادہٕ چھِ لیوان یہ قلم شیرِتھ کامہِ لاگنہٕ۔ کولہِ بطخن ہنٛز تیر تہٕ چھےٚ برگرنہٕ کنہٕ استعمال سپدان۔ استرس ولٹا ہن تہٕ پرِ نازن چھِ سیمے قلم لگان

## وارنش

جلاو گو چمک۔ بیلہِ آبہِ رنگن ہنٛز کام چھےٚ اندوا تان تتھ چھِ پتہٕ لیوان

جلاوکھالنہٕ ۔ اَمیُک مطلب گوٚو زِ اکھ گرٕھ کام پوٚختہٕ گژھِہٕ تۍ، بلکہ گژھِ نہٕ پیٚہ کرٕنی ۔ یتھ کالہِ اوس اَلِشہٕ تیل تہٕ مایہ اَمہِ باپتھ لیوان استعمال کرنہٕ ۔ بلکہ سپئنڈور تہٕ سپرِٹ ۔ ووٚنی چھِ بازرس منٛز تیار وارنش دستیاب ۔ تہٕ سُے چھُ لیوان استعمال کرنہٕ ۔ وارنِش چھےٚ لیوان اتھ ستی مَنتھنہٕ ۔ اگر نہٕ پیپر ماشی پیٹھ وارنش پیہِ کرنہٕ تیلہِ چھےٚ یہِ کام یہِ ڈٲنگی زِ نہٕ آمہِ کھاسِکی یا ٹھکیس آب وُچھتھے شیوٚن شیوٚن چھُ گژھان ۔

## طَرح

پیپر ماشی چھےٚ وارِہین طرحن (Designs) منٛز کرنہٕ لیوان ۔ ژریتھ ڈزاین چھُ اکھ خاص ماحول تہٕ تواریخ لولہٕ للہٕ ناوِتھ اَسہِ تام ووتمُت ۔ ہتہٕ بد لوطر توٚ منٛز چھِ کیٚنہہ مشہور طرح نوم ۔

گُل ولایت ۔ اتھ منٛز چھِ گولاب، ژوٚنٹھی پوش، رعنا، وِرنہِ گوژ، سُنبل بیتر پوش لیوان بناونہٕ ۔

گُل اندر گُل ۔ اَتھ اندر چھِ مختلف پوشہٕ قسمَن ہنٛد گوٚنڈی بناونہٕ لیوان ۔ خصوصاً گولابن ہنٛدی ۔

ہزارہ ۔ ساسہٕ قسمہٕ کین پوشَن ہنٛزِ کام بغرضِ اَتھ کامہِ چھُتہٕ پوشَن گنڈ ۔

پچھلے ۔ ژوٚنٹھی، بم ژوٚنٹھی، ژیتی، ژیر، ٹینگہ تہٕ کِلاسہٕ پچھلے ۔

چنار ۔ اَتھ منٛز چھِ لوٚنی یا بونہٕ وُتھرن ہنٛدی ڈزاین لیوان بناونہٕ ۔ ردٕ پیہ چنار، سونہٕ چنار تہٕ رنگہ چنار بیترِ ۔

ڈل ۔ آب، پمپوش، کھلہ وُتھر، گاڑِ گرن، ہل، زبہِ کُک تہٕ کولہٕ ٹوٚنچ

چھہِ لوان اَتھ طرحس مَنز بناونہٕ۔

پولو ۔ (ہالہِ گِنڈُن) یعنے گُرِ ہن پیٹھہٕ زِیھو ہاکیو ستی بَرِس گِنڈُن ہاوُن۔

شِکارگاہ ۔ جنگلس مَنز خیمہٕ دِتھ جانوٗر مارنہٕ نیرُن، گُرِ ہن تہٕ ہستین کیتھ، بندوق

تہٕ تیر کمان ہیتھ دہر باجن ستی۔

جنگلی ۔ کوہ پارہٕ تہٕ جنگلی جانوٗرن ہندین قسمَن ہنٛدی علاقہٕ تہٕ تِہنٛدی

عادات ہاونہٕ۔

شال ۔ زِیھٹھی زِیھٹھی بادام تہٕ مِحراب اَکھ اَکِس مقابلہٕ برابر برابر جایہٕ نِھوِتھ

سجاونہٕ تہٕ خالی جایَن سونہٕ کہریز یا رنگہ کہریزی کرٕنی۔

دربار ۔ مغلن یا بیّین بادشاہَن ہنٛدِ دربارٕچ تصویر کشی یمِہ ستی منظوم

بیان۔

خیام ۔ عمر خیام نِس رباعین ہنٛدی خیال شکلاونی بیّیہ ستہٕ کلامہٕ لیکھُن۔

لاسی ۔ سَرپھ ۔ اَژدھا ۔ مار ۔ گلمار بناونی۔ اَمیُک آگُر چھُ لہاسہ۔

جنگ ۔ دون دلن ہنٛد جنگ کرُن تہٕ تَتھ منز انسانَن ہنٛدی دستھان

ژھینیٖ تہٕ سامانس اَدہٕ کھل گژھنی ہاوُن۔

بیٖھکنی چھہٕ باقٕے یم طرح تہٕ ۔ سوسن طرح، کاسہٕ طرح، گونٛدر، گوژر، حاشیہٕ دار

دُسپھ دار (اژھوٗر تہٕ لوٗرٕت) دِچھ لیف، بغل دار، رنگ بستہٕ، پِنبہٕ زل، گل افتابہٕ

چین، پوشپیری کاروان، جانوار طرح (اسمائی اَبی تہٕ جنگلی) اکلی دار، ونلاوِتھ۔ سبز

پوش، شرکھی پوش، سینٛدرِ پوش، روپہٕ پوش تہٕ سونہٕ پوش ڈزاین۔ یم ساری

طرح چھہٕ رنگو ستی لوان بناونہٕ۔ اَلبتہٕ چھہٕ کینہہ کینہہ روپہٕ وَرق تہٕ سونہٕ وَرق تہٕ لوان

لاگنہٕ۔

## چیٖزن ہنٛدۍ قسم:

پیپر ماشی لوٗسہٕ قلمدانہٕ ہیٚتھ شروع سپنہٕ تمہِ منٛز چھُ دوٚن ہٕتہٕ بٲدٕ چیٖز لوان تیار کرنہٕ تہٕ کینٛہہ چھِ ہیٚتھ گٔیہِ۔

فِنگر بول تہٕ اکھ سیٹ (سیٹ چھِ ستن بانن ہنٛدۍ آسان۔ شیٚشہِ آنچل تہٕ اکھ باہ آنچل شرن چھِ لوٚ آنچہ آسان۔ ٹوکری بوٚری تہٕ کنٛز (مختلف شکلن تہٕ سایزن منٛز) راٹینگ سیٹ (اتھ منٛز چھِ آسان فایل کوَر یعنے جلدٕ، بلاٹنگ ہولڈر ٹکٹ دانہٕ، کاغذ تھٔونہٕ شہ اکھ تہٕ پن تہٕ پنسل بیتر) سٹینڈ اَرڈ لیمپ سٹینڈ (یانٛژ فٹہٕ تھر خرادس ہیٚتھ بناونہٕ آمتۍ ترٛے بانژور آنچہ موٹ بجلی زور لوٚسہٕ موٹس تہٕ گوٚلس عیدس پیٚٹھ چوٗر گستھ دودِنہٕ روزان چھے۔ اَتھ چھِ عموماً ترٛور حِصہٕ آسان۔ پوڈر گوڈ لنٛڈ تہٕ چِلم (اتہٕ لیمپ سٹینڈ چھِ عموماً ہیڈس نِکھ لوان تھوٚنہٕ۔ اتھ اندر چھِ ترٛے فٹ ڈایہ فٹ تہٕ ڈوڈ فٹ ڈسر یہِ دار تہٕ بندوار لیمپ سٹینڈ لوان بناونہٕ یم چھِ ترکوٗنچل تہٕ ہشکر دار تہٕ آسان (شمع دان، منتسکہ زور، ہشکہ ڈبہٕ، پوڈر بکس (مختلف سایزن تہٕ شکلن ہنٛدۍ۔ گول فار دار بیتر) پوڈر سیٹ (اتھ منٛز چھے رِکٲبی، صابنہٕ ڈبہٕ، سینٛدرٕ ڈبہٕ تہٕ پوڈر ڈبہٕ آسان) جیول بکس یا ساز صنٛدوٗق (یمن چھے اَندر کینٛہہ چیٖز تھوچ بارگنہٕ تہٕ آسان کرِتھ یعنے خانہ بندی، بییہ چھکھ متحمل آسان لاگتھ) شیونگ بکس، سگریٹ بکس تہٕ سیٹ (سیٹس منٛز چھے ایش ٹرے گندک ڈٔبی، گر تہٕ سگریٹ ڈبہٕ آسان۔ ٹکٹ دان، کارڈ بکس پنسل بکس، پھولدان امیزس ہیٚتھ تہٕ بٔن ہیٚتھ لاگنہٕ باپتھ مختلف شکلن منٛز مشلن

گول، خربزٕ آیہ نہٕ صرٕبہٕ شکلہِ۔ دلواری ہنٛدِ خاطرٕ بجلی ژانگی تارِ بلیٹہٕ Wall Plaques، سپرٕ Shields، پینل Pannals، یمن پیٹھ قدیم تہٕ پُراسرار نواریخی واقعات یا افسانہٕ چھِ شکلاو نہٕ یوان۔ سلیہ کیس تہٕ سترنہ ڈبہٕ، مختلف شکلن ہنٛدی پیپر ویٹ، اشلن ٹنگ، ژونٛٹھ یا بیٛیہ کنہٕ آیہ الفاف دان، قلم دان، آرٹسٹ ہٕنٛدِ باپتھ برش ہولڈر، عطر دان، لپ اسٹک اسٹینڈ، رُمال بنگر Napkinring، بنگرٕ، ٹے بکس، رُمال بکس، مختلف سایزن ہنٛدی ٹرے تہٕ حجمہٕ چایہٕ ڈبہٕ پیپہٕ، ٹشو بکس، کمر بند کانٹھ، ٹالیس بِ ڈنر ٹیبل میٹس ۱۸، ۲۴ یا ۲۵ ہن ہنٛدِس تعدادس منٛز، گلاس میٹس، بڑی پھولدان یمن منٛز ونان چھ۔ دارِ دلہٕ، تالو دلہٕ، تالوس اویزان تراون والی ٹھول، ٹنگ ژونٛٹھی بتیرِ ایش ٹرے۔ ویسٹ پیپر باسکٹ، پایپ اسٹینڈ، جحیرہٕ، صرٕبہٕ، طشت ناری، گلاسہٕ تہٕ پیالہٕ۔ بیٛیہ تہٕ کیٛہنہٕ مختلف چیز۔

## مہارت۔

پیپر ماشی ہنٛز کام وُچھتھ چھِ انسان کاریگرن بے ساختہٕ داد دِوان۔ تہٕنٛز اوج تہٕ ژاوُج کام چھِ دوکھ دِوان زِ خبر یم پوشِ ما چھِ بٕرٕ پاگٕھی پھولتھ اسہِ برونٛہہ کنہٕ تہٕ بُلبُل ما دِیہ اسہِ دِگ نتہٕ ماتلہِ وُسھ۔ رنگہٕ ستی بناوی یمہٕ متین پوشن چھ قدرتس سٕتی لیوت، ہشر زدہ کمانس چھے مشکہ رٕوستے طراوت سیدران۔ دوسنا دوچھ پننہٕ کاریگری ستی ازتٕنی ہیتھ وری بروٛنٛہہ مدین صاٛبنِس استانس خانقاہ معلی فتح کدل تہٕ زور ہیتھ وری بروٛنٛہہ حسن آباد چہ ماتم سرایہ لول لورمت تہٕ روزگار کماونہٕ باپتھ شیر گڈی اسپٹھان پیلیس اتہٕ عجایب گھرس تہٕ وومنہٕ۔

ؤیٹھی لۄپٕٹھی نمونہٕ چھہِ شالہٕ مار بالادرِ تہٕ در پٕتھی گژھان۔

## کارخانہٕ

یِتھ کالہِ اوس نہٕ کارخانن ہُنٛد کانٛہہ منظم وجوٗد۔ وۄستہٕ کار آسی پَنٕنین شُرِین حسب قاعدٕ پیٚشہٕ کسب ہیچھناوان۔ لۄدوٚے کالٕنٕس ژاتہٕ باج شُرِتہٕ ضرورت آسہِ ہیکھ، تس تہِ آسی پنہٕ نی اُستادی مٔنز انان۔ لۄتام سُہ ماہِر سپدان۔ اوس تہٕ پتہٕ اوس پنہٕ نی گرِ ژاتہٕ ہال تراوان۔

ہیٚرِماشی ہُنٛد مرکز رُوٗد ہمیشہ اکھ حسن آباد بیٚیا کھ زڈی بَل تہٕ بیٚیہ ِمدین صاب تہٕ کھانگر لۄرِ یم وُنِس تام چلان روٗدی۔ البتہٕ ۱۹۵۸ءَ نہٕ خاص طور ۱۹۷۵ء پتہٕ روٗد نہٕ یہِ کار موروٗثی، تِکیٛاز دستکاری ہُنٛز آیہِ اکھ ڈایریکٹری قایِم کرنہٕ۔ یمہٕ ذٔریہ مختلف کسبن ہنٛدی تربیتی سنٹر آیہ تراونہٕ۔ یِمَن سنٹرن آو اکھ ووستاد تہٕ مدگار ہیچھناونہٕ باپتھ مقرر کرنہٕ تہٕ تِمن آو معقول تنخاہ دِنہٕ۔ یِمَن سٕنٹرن یِتھ سہ لڑکہٕ یا لڑکی لیوسہٕ اَتھ مرکزس یا ژاتہٕ ہالس مٔنز یہِ کسب ہیچھنہٕ آو، تس تہِ دِتکھ وظیفہ۔ گویا حکومتکہِ طرفہٕ لۄگ اَتھ کامس وۄستھ لوٗ۔ تربیتکی دوٗری پوٗر کرنہٕ پتہٕ آیہِ باہمی امدادچہٕ انجمنہٕ قایِم کرنہٕ۔ بیٚیہ تیار کۄر گورمنٹ سامانہٕ ہشیوٗ گورنمنٹ ایمپوریمَن۔ گویا ہیٚرِماشی لیوسہٕ اکِس خاص کوٗنِکس مٔنز محدوٗد آسس دٔرایہِ اَمہِ مٔنز تہٕ لۄبٕن وُسعت۔

## تجارت

گوڈٕ گوڈٕ آسس ہیٚرِماشی راجن نوابن تہٕ امیرن ہُنٛد سامانہٕ۔ تِمے آسی یہِ ٹٔلی ہیوان۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ اَمکی دُکانہٕ تراونہٕ بیٚیہ سالانٛی لۄکھ یہِ مال آسی

ئمی ہیتھ یَنہٕ پنٕن مُلکن نوان ۔ وَنہِ ٕس آسی کاری گر لاہورتہٕ بیٚین جاین گژھتھ کِنان تتہِ آسی یوٗرپی مُلکن ہٕنٛدی بیاپاری یہِ سامان پنٕنین علاقن کُنٛنہٕ باپتھ سوزان ۔ خصوصن اوس یہِ مال فرانس ولایت تہٕ اٹلی گژھان ۔

اَز چھُ پیپر ماشی ہُنٛد پیداوار سیٹھاہ زیادٕ ۔ تقریبن دوٕن کروڑن روٗپین ہنٛدِ مول لٕک پیپر ماشی ہُنٛد سامانہٕ چھُ سالانہٕ نیبر گژھان ۔ یمہِ علاوٕ چھِ پوٗرٕ دُنیاہس تہٕ ہنٛدُستانس اَنٛدر اَمِکی دُکانہٕ آمتہٕ تراونہٕ ۔ پرائیویٹ تہٕ تہٕ سرکاری تہِ ۔ سرکٲری دُکانَن چھِ ایمپوریم وَنان ۔

## مستقبل

پیپر ماشی ہُنٛد مستقبل چھُ سیٹھاہ روشن ۔ مگر اَکھ لوٗڈ روٗٹ چھُ اتھ یہِ زِ بیٚیلہِ نہٕ وار یاہ تیار اَسِ مثر اَمکہِ سامانک آرڈر یا فرمائش لِوان چھےٚ سو چھےنہٕ نموٗنہٕ مُطابق تہٕ وقتس پیٹھ ہیکان پوٗرٕ سپدِتھ ۔ یٚمیُک نتیجہ یہِ نیران چھُ اتھ چھےٚ کارِکِنٛدٕ لَنس ٹھوٗنٛٹھ لِوان ۔ یہِ ذمہ داری چھےٚ آرڈر رٹن والین تہٕ تیار کرن والین دوشونی دَرُن پیٚیہِ ۔



موہن لال آش

# ویتھ

کٲشِرِ ہِنٛد سماجی، رۄحٲنی، فلسفی، معاشرتی تہٕ تمدنی وُتھٕ بار چھِ
ویتھہِ وٲنی سپھا شُپھلووُمت۔ ویتھ چھنہٕ محض اکھ دٔرِیاو بلکہٕ کٲشرِ تیٚشرِ ہُنرِ سوٚ
بوٚ سہٕ لیوسہٕ کٲشیرِ اَنن مُنفرِد مقام عطا چھےٚ کران۔ ویٚتھ ہُنٛد اصلی ناو چھُ وِتستا،
یُس زبٲنی پھیرِس منٛز ویتھ بنیوو۔ ویٚتھِ ہُنٛد تذکرٕ چھُ ویدن منٛز میلان تہٕ
ویتھ چھےٚ ہِندٕ سنانکہِن مُقدس دٔرِیاوَن منٛز تصوُر یوان کرنہٕ۔

ماہرِ ارضیاتَن ہِنٛد دَپُن چھُ زِ ویتھ آس ابتدٲیی ایامَن منٛز جنوبُس کُن
وسان۔ یتہٕ چھُ اکھ زبردس بینٛچُل آمُت، یمہِ سٕتۍ پیر پنٛژال توٚن گوَ۔ اَمہِ
بالن کوٚر ویٚتھ ہُنٛد رفتار نِہاتھ، تہٕ آبَن ہیوٚت جنوبہٕ بجایہِ شمالہٕ مغربس کُن
پکُن۔ چونکہِ آلبس اُس نہٕ کانٛہہ نیرَن وَتھ، اَمہِ کِنۍ گوَ آبُک ذخیرٕ جمع۔ اَتھ پیوو
”ستی سر“ ناو۔ اَمہِ ستی سرُک آب گوٚ کھاڑِنۍ یا رِشہ کھَن لگنہٕ کِنۍ ژرو نیہکِن جٲری
تہٕ زمین ڈرایہِ بَنیہ نٕٹی۔ اَتھ عملس چھُ لچھِ وادٕ وُری لوٚگمُت۔ جغرافی ہِنٛدۍ ماہر
چھِ اَمہِ کِنٛتھِ ہِنٛدِس ثبوتس منٛز وَنان زِ ہمالہٕ پرٕبت تہٕ اَمچہِ لنٛجہِ چھےٚ دۍنیہکِن بالَن

ژٕر ساریوے کھوتہٕ کم واٲنسہِ تہٕ ہمالہ پَرتَس پیٹھ چھِ تِتھی چیز لبنہٕ آمتی۔ یِم ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد باس چھِ دِوان زِ ہمالیہ پہاڑ چھُ اَکہِ وقتہٕ سمنٛدرس تَل اوسمُت۔ یِہ اَس وَیتھِ مُتعلق مٲہرِ ارضیاتن ہنٛزٕ راے۔

دوٚیمہِ طرفہٕ چھِ وٮ۪تھِ مُتعلق بےشُمار تٲریخی تہٕ نیم تٲریخی، لُکہٕ کتھہٕ تہٕ دھارمِک حوالہٕ میلان۔ یِمہِ تُلہٕ یہٕ نَنان چھِ زِ اَنہٕ ''وِتستاز نمس'' سٟتی چھِ وارہ تٲریخی تہٕ نیم تٲریخی واقعات واٹھ یِمو سٲنِس کلچرس اَکھ وِستار تہٕ باگہِ بوٚرٕت اظہار دیُت۔

وِتستا مہاتم چھِ وٮ۪تھِ ہنٛدِس بجرس تہٕ اَمہِ کِس جغرٲفیاہس مُتعلق ساریوے کھوتہٕ پرٲنی کِتاب۔ اَمہِ کتابہِ ہنٛد باب اَکھ چھُ صرف وٮ۪تھِ ہنٛد زایُن وُتھ حسا وان۔ مثلَن:

''ییٚلہِ کشیپ ریشی سٟتی سُرک آب خوشک کوٚر، ییٚتہِ گیہِ آیہٕ کامن۔ سارٕی لُکھ تہٕ دیوتا، ریشی گیہِ پریشان۔ آخر واتی یِم ریشی تہٕ دِوتا کشیپ ریشس نِش سٟتی ''شیت سوم'' ناوِکِس شٟنہٕ کوہَس نکھہٕ۔ اَتہِ وٲتھ یِمو اَکِس ژٕٹدن گلِس نکھہٕ شنکرہٕ مہادیو دھیانَس منٛز مگن۔ یِمو ریشیو لاج مہادیوس زٕ استوتی اپوٗز اسیٹھاہ عاجزی تہٕ انکساری سان کٔرٕنی۔ مہادیون ژٕرا وٲچھ تہٕ پانَس برٛونٛہہ کنہِ وٲچھن دِوتا تہٕ ریشی ژالوٗز الوادٔش ہاران۔ شنکرن وُٹھکھ اے نیکوکارو کیاہ دلیل چھےٚ۔ توٚہی کیازِ لوٗت دُکھی۔ کشیپ ریشی اَلیس دِوتھن سردارا وس الیوٗ سوٗرٕے حال مہادیوس۔ شنکرن وُٹھکھ۔ ''اے نیک نیہ ریشیو۔ تِہنٛد یورین گرٕ دھینہٕ خالی۔ شنکرن کوٚر اَمی ساتہٕ پاروتی حُکم۔ اگر ژٕ میٲنی ناٹھ چھکھ۔ تیٚلہِ چھےٚ ژےٚ

ہُترٲتھ شیٚنزِ. پاپہٕ جاۓ یِ باپتھ کولہٕ ہینزِ شکلہِ منٛز اظہار گژھان. چنانچہ لوۓ شنکرن
تہٕ شول زمینس-اَمہِ سٟتۍ گوٚاَتہٕ چاہ پاڈٕ. یٟمہ منٛز پاروتی کولہِ ہینزِ شکلہِ منٛز اظہار
سپٕز. مہادیون کوٚر اَتھ پانہٕ وِتستا ناو۔"

دیاں جہلم شہرس (پاکستانس منٛز) واتنہٕ پتہٕ پیوٚ اَتھ وێتھِ "جہلم" ناو.
مگر یہِ کتھ چھےٚ نہٕ تحقیقہِ پتہٕ صحی دراماژ. یکیشانہِ پرٲنۍ مورخ مثلن شری ورنہٕ
جونراج تہٕ چھہ اَتھ دٕری یادس سٟتۍ جہلم لفظ استعمال کران.

وێتھ منٛز تہٕ نہٕ جاے چھےٚ وێتھِ وۄڈترہ. یُس ییر پانژلس نکہٕ اکھ پُرفضا
ناگ چھُ تہٕ وێتھِ ہندِ ماٲلِنۍ کرُون گوٚ ویرناگ یتھ "ورہ ناگ" چھُ وننہٕ آمُت۔
اَتہٕ پیٹھ چھےٚ وێتھ اکھ تیز رَو آرٕچہ شکلہِ منٛز کھنہ بَل یتھ "کھنی تیرتھ" چھُ لیکھتھ واتان.
کھنہ بَلس منٛز چھُ ژوٚر نالہ یا آرٕ یکہٕ وٕ ٹہٕ ڑلتھ "وێتھِ" ینن بارٕ وۄتہٕ شکل بخشان۔
یمن منٛز چھہ ساندرن - برنگی آرٕ یتھ تہٕ لیڈر مشہور. کھنہ بلہٕ پیٹھہٕ کھادنی یارتانی
چھےٚ وێتھ تہٕ سکوٗن حالتس منٛز وسان. تہٕ تجارتی لحاظہٕ چھےٚ اَمِچ اہمیت بڈان.
یتھ کالس منٛز ییلہِ نہٕ پتہٕ گژھنک کانہہ وسیلہٕ اوس. ساڑی تجارتی تہٕ فوجی
سرگرمی اَس وێتھہِ منٛزے جاری آسان. جنگی لحاظہٕ تہٕ فوجی اہمیت آسنہٕ سببہٕ
روز وێتھ ہمیشہ راز محلن منٛز موضوعِ بحث. یونانی عالمو وون اَتھ ونتا بدلہٕ
ہیڈسپس (Hydaspes) تہٕ چینی تحریرن منٛز آو "ودستا" ناوٕ سٟتۍ اَمِچ
ذِکر کرنہٕ۔

کلہنن چھُ جایہ جایہ وێتھِ ہنٛدُ تذکرہٕ کوٚرمُت. یہِ چھُ سیٹھاہ خوبصورت
انداز س منٛز وێتھِ وۄترِنک ذکر کران. وێتھہٕ وۄترِنک تاریخی ناو چھُ وِتستر"

راج ترنگنی منز چھُ تحقیقن بے شمار رازن ہنٛد ذِکر کرنہٕ آمُت، یِمو ویتھہٕ بٹھن پیٹھ
خانقاہ، مٹھ، مندر، دھرم سالہٕ، تأریخی عمارژ، یاتٕرٕ بل، بودھ، خانقاہ، بِکھشوٕ ہُن
ہنٛدِ روزنہٕ یا بیتھ بودھ خانقاہ یا آشرم تعمیر کٔرۍ۔ کشیرِ ہنٛد ساروٕے کھوتہٕ پرٛون
تہٕ تأریخی مندر یُس راژٕ وزیا بندن ۳۲۶ قبلِ مسیح منز تعمیر اوس کورمُت۔ تہٕ
یُس کاہ لوٚر تھوٚد اوس۔ یتھ منز پانژھ ہتھ "دیوداسی" تہٕ کم از کم اکھ ساس برہمن
کام آسہ کران، اوس أتھی ویتھہٕ بٹھس پیٹھ وجیشور مندر ناوٕ مشہوٗر۔ کشیرِ ہنٛز
گوڈنیچ یونیورسٹی "وجیشور وشو ودھیالیہ"۔ باغ داراشکوہ آگرہ کِس طرزس پیٹھ
تعمیر شدہ باغ یُس شاہجہان ہنٛدی نیچوی وَچھہ بیاڑس منز تعمیر کوٚر۔ راجا
اونتی سوامن سُند اونتی شور مندر۔ زیارت شاہ ہمدانؒ۔ سعید حسن شاہ منطقیؒ۔
زیارت دستگیر۔ استھاپن ریشی پیر۔ سرینگر یا کوٹی تیرتھ بارہمولہ۔ غرض ویتھہٕ
بٹھس نزدیک چھےٚ ساٚنی روحانی زندگی کاڈکڈران۔ وۄنہٕ بیا کِہی ہرِ یشچندر گاٹ
تہٕ ودِ کی یار بل چھِہ ژمہٕ زٕ جایہٕ یتیہٕ یُس پرٛتھ کانٛسہ تس یاترس سٔران دھیان کرُن
ضروٗری چھُ یُس امرناتھ یاترا کرنہٕ ژلامت آسہ۔

پرہاس یوٚرِ تأریخی اہمیت سیٚدے یہ ژمہٕ ساتہٕ ختم، ہیٚلہٕ ویتھہٕ پنن رُخ
بدلوو۔ تہٕ اکھ بارٕ تأریخی شہر گور آدِس تَل۔

دیان کشیرِ منز گوڈنیم تأریخی کِتاب "نیل مت پوران" چھےٚ ویتھہٕ آگرس
یعنی ویرناگس منز تخلیق سپٕزمٕژ۔ نیل مت پوران چھُ کاشرین بڈین دوہن، ریتن،
رلواجن تہٕ سماجی تقریبن ہنٛد اکھ کیلنڈر۔ دیتھہٕ ہنٛد بجر ننہٕ ییمہٕ کتھہٕ سِتۍ زِ
اتھ منز چھُ ژدن اتسوَن (بڑین دوہن) ہنٛد ذِکر تفصیلہٕ سان میلان۔ یمِن منز

چھُ ترِٛین منز وٚنیتھ ہُنٛد ذکِر کرنہٕ آمُت۔ مثلن اکھ دوہ گوٚو "لوٚیم وِتسرا" یعنی لوٚو
شیٚین پینٛک دوہ۔ دوٚیِم گوٚو "لوسمو تسرا" تِتھ تِہ نٛوٚنہٕ یِچھہٕ ژٕ وداہ (اژ وٚداہیم) تارِیخ۔
اَمہِ دوہہٕ چھُ دپان "آدم" یعنی "برہما" سُنٛد زاد دوہ۔ اَمہِ دوہہٕ گرٛھ بِرہما وِشنو
مہیش۔ تارکھ۔ خلا۔ وقت۔ سَتھ عالم۔ سَتھ پاتال۔ عقل و عرفانٕکی پانٛژ رموز
رُح۔ پرُشس۔ پہاڑ۔ وِتستا (وٚیتھ) وینایک۔ پٔرِی۔ اِشٹ۔ دٕلیوتٕن پوٗزا
کرٕنۍ۔ رِشتہ دار گرٛھن سالہِ انٛنۍ۔ زنانَن گرٛھن وِوزلہِ رنٛگٕکی پلو ڈالہِ ژنٛگ
دِنۍ۔ ترٛیُم گوٚو وِتستا زَنم۔ یعنی وٚیتھِ ہُنٛد زاد دوہ۔ یادرٕ نوٚنہٕ یِچھ تُرٛواہ[13]۔
وَنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ دوہہٕ گرٛھن سارِی وِتستایہِ منٛز شران کرٕنۍ۔ یتہٕ اَپِچ پوٗزا
کرٕنۍ۔ ییلہِ پوٗزا کٔرِتھ والپس یِموٚ۔ یتہٕ گرٛھن اداکارن۔ تِژَن والپن امردتہٕ
زنانہٕ دوشوٚے امنٛز ینامہِ بٲگراونۍ۔ یمیٚن فن کارن گرٛھن پوشہِ مالہٕ تٲلی ژٲوِنہٕ
تہٕ عطر گرٛھ ہیکھ مَلنۍ۔

— شراونی۔ وَنہٕ چھُ آمُت زِ اَمہِ دوہہٕ گرٛھن اہنٛرِی شن کورِن آبہٕ کھیلہٕ
ہیٚچھتاونہٕ۔ وٚیتھِ منٛز گرٛھہِ شران کرُن۔ یتہٕ گرٛھ گبوٗن۔ گینٛدن تہٕ نژُن۔

وٚیتھِ ہنٛز تٲرِیخی اہمیت کیاہ چھےٚ۔ امہِ متعلق چھُ کلہن پنٛڈِت لیکھان۔
وٚیتھ چھےٚ کٲشرِ ہٕنٛد راژن سوٚکھس (آرام کِرِ وقتہٕ) شیٚہجار جنگس منٛز لاوٕلشکر
سارلِس تہٕ دوٚکھس (مصیبتس منٛز) صبر و سکوٗن ہیٚچھتاوان"۔

برٛونہٕ کُن چھُ لیکھان "ییلہِ راژٕ اننت راج کُمار کلشس تاج و تخت
حوالہٕ کٔرِتھ وَنواس کرنہٕ دٕراو۔ ناوَن ہُنٛد اکھ کاروان آو تیار کرنہٕ۔ یتھ منٛز
راژٕ رانہِ۔ خزانہٕ ہنٛزِ لشکر تہٕ کیٚنہہ وفادار وزیر سوار سپدۍ۔ راژن کٔر گوڈٕ

وٚتھِ ہٕنٛزٕ لۄزا۔ اَدٕ دٕژاو یہِ طاقتوٗر، عقلمند تہٕ لۄہُر رازٕ وجشنوٗرس کُن"۔

بأدشاہ اوس وٚتھ تُرٛواہ لیٚس ؤتھِ ہُنٛد زادوہ چھُ سیٹھاہ چاوٕ سان مناوان۔ اَمہِ دوہہ آسہٕ ژأنٛگی تیچہٕ وٚتھِ پیٚٹھ ژادنہٕ یوان۔ بادشاہ اوس یقول شٔری ور اَمہِ دوہہ محل خانہٕ تیٚر سنٛد شہرس منٛز اژان۔ سہٕ اوس ناوِ کھٔسنہٕ برٛوٚنٛہہ لۄکن ہُنٛد دعایہ خأطرٕ کٔڑان۔ وٚتھِ ہِنٛدِین بٔٹھین پیٚٹھ اوس تیٚتھٕ ژأنٛگی گاہ آسان، باسان اوس زَن تہٕ دِوٚہہَن ہٕنٛزِ لۄزِ ایہِ باپتھ سونٕہ ہِنٛدی لوٗش چھِ بٔٹھین پیٚٹھ ژأری تھٕ کٔمٔو وی میتی۔

یہٕ لۄڑ دوہ اوس لارن صابنس وقتس (۱۸۵۵ - ۱۹۰۵ء) تام مناونہٕ یوان۔ لارنس چھُ لیکھان زِ" اَمہِ دوہہ چھِ مألی کورٕ ہن بِناہ تہٕ تحفہ پیش کران۔ یہٕ دوہ چھِ کشیرِ منٛز مشترکہٕ پأٹھی سارٕہی مذہب وألی کُنہ امتیازٕ بغأر مناوان۔

وٚتھِ ہِنٛدِس بجرَس تہٕ اَمِچہِ جغرافیٲیی اہمیتَس متعلق چھُ پنٛڈت بٕرٛکیتس رٲنٛسی اَکھ کتاب لیٚچھمٕژ یَتھ" وِتستا مہاتم" ناو چھُ۔ اَتھ کِتابہِ منٛز چھِ وٚتھِ ستھ جغرافیٲیی تقسیم یا حد بنٛدی کرنہٕ آمٕژ۔ یوسہٕ یتھٕ کٔنی چھےٚ:

۱. ژٔنٛدٕ پہٕ کھیتر۔ یہِ حِصہٕ چھُ وِرناگ (ویرناگہ) پیٹھٕ وجیشورس (وٚیچہ بیأرس) تانی مقرر کرنہٕ آمُت۔

۲. مُکھتی کھیتر۔ یہِ تقسیم چھُ وجیشورٕ (وٚیچہ بیارِ) پیٹھٕ زٕلوٗن گامس تام۔

۳. سیدٕ کھیتر۔ زٕلوٗنہٕ پیٹھٕ گرگری تیٚر سنٛد یعنی گگرِ بلس تام گو سیدٕ کھیتر۔

٤. گرگرٚی تیرتھ یعنی گگرِبلہٕ یَتھٕ سٕنی واٰرِس ناو گو لکھشمی کھیتر۔

٥. سیٖتہٕ ناگرٚی (سٕتی وارِ) یَتھٕ پدم سر (وولرس) ناو گو سیٖتہٕ ناگرٚی کھیتر۔

٦. پدم سر یَتھٕ وارہ مول (وٕرمُلس) ناو گو ورا کھشی کھیتر۔

٧. تہٕ وَرمُلہٕ یَتھٕ کھادنیار تام چھُ کوٚٹی تیرتھ مانہٕ آمُت۔

راژہٕ اونتی ورمنن چھُ وٮ۪تھہٕ بُتھٕس یَتھٕ وُڈنی پورس منز اونتی سوامی مندرنہٕ راژہٕ دربار بنا ونہٕ علاوٕ ژٕک دورس منز ارہٹ ہتی آب کھارنُک طریقہٕ رائج کوٚرمُت۔ تہٕ آمی سے راژہٕ سٕندی انجنیر سُویہ ہَن دٕ بانوو وَرمُلہٕ نزدیک وٮ۪تھہٕ ہٮ۪نہٕ نٕہلاپَن ہٕنٛد زور گوکم۔

وٮ۪تھہ ہُنٛد بُجر نہٕ اسہٕ یمہٕ وصیتہٕ سٕتی لوسہٕ سروجِنی ناےڈو مرنہٕ برٛونٛہہ گرمُن اُس یٮ۪تھہٕ منز وَنان چھےٚ زٕ "مرنہٕ پتہٕ گژھن نہٕ میانہٕ اُسرک (اٲرٕ جہ) گنگا یہٕ ترٛاونہٕ یِنہٕ بلکہٕ گژھن وٮ۪تھہٕ بیارِس منز ہریش چندر گاٹھس نزدیک وٮ۪تھہٕ منز باونہٕ یِنہٕ۔"

وَنان چھِ ییلہٕ مہاراجہ پرتاپ سنگھ وَندس منز دربارس سٕتی جموں اوس گژھان۔ وٮ۪تھہٕ بیارِ اوس راتس ٹھہران تہٕ بٮ۪یہٕ دوہہٕ صُبحن اوس وٮ۪تھہٕ منز لٕہزا کران۔ یتی پوش اُسی بُری یاوس ترٛاونہٕ یوان باسان اوس آلبس یَتھ چھہ رنگا بہ رنگی قالین بنا ونہٕ آمتی۔ سرینگر شہر کنہ گنی بسوو پرورسین وٮ۪تھہٕ بُتھٕس یَتھٕ اَتھ متعلق چھُ اکھ دلچسپ حوالہٕ میلان۔ "راژہٕ پرورسین گو راژہٕ دانی بنا ونہٕ باپتھ سخ پریشان۔ وارہ تلاش کوٚرن کانہہ جاے آلیس نہٕ

---

ناےڈو چھےٚ تحریکِ آزادی ہٕنٛز اکھ باہ مجاہدہٕ مانہٕ یوان۔

پَسنٛد۔ خبر کیاہ خیال آس تہٕ اکہِ راتھٕ تیٚلہٕ سٕنٛج اَنہِ گٹہٕ ٲس۔ راتہٕ دُراو محلہٕ خانہٕ
نٮ۪برٕ۔ واراہ پکنہٕ پتہٕ ٲس اُکس جایہِ نار لوزنہٕ۔ یہ لوٚک اَتھ جایہِ تام۔ یہ ٲس آوٕرٕنۍ
تہٕ اَمہِ سانہٕ ٲسۍ اَتہِ موردٕ دُران۔ اَنہِ گٹس منٛز اوس یہ نظارٕ سیٹھاہ ہیبتناک۔
اَتہِ تھ باسے یہ ژھایہ ہشہِ اورٕ یوٚر ترٛاوان۔ راژَس پتیہ اچانک وٕتھہِ اپورٕ نظر۔
اَتہِ وُچھ اَمۍ نِہایت خوفناک صورتھا۔ مگر عجیب کتھ چھیے یہ زِ یہ خطرناک
دیو نُما صورت چھے پادشہس اشارٕ ہاوان یپٲرٕ ترٛنگ۔
اَمۍ دٕہرٕ آو زنگ یوسہٕ دُرِ یادس اَپارِ یپورٕ ترٛ۔ نِڈرٕ بادشاہ
توٚر اَمہِ زنگہِ پیٹھہِ تہٕ یہ خوفناک صورت سپٕز سیٹھاہ خوش تہٕ ووٚنُنس۔ "اے
بلہٕ ویرہ یہ سپدِس چانی دلاوری وُچھتھ سیٹھاہ خوش۔ یہ چھس وایتال۔
وَلہٕ بیہاو سے ژٕکتھ جایہِ بناوکھ نیٚنہ راژٕ دأنی۔ یتہِ گژھہ دیت پرورسینٕ دون
وتھہٕ منٛٹھن پیٹھہٕ راز دانہِ کُن۔ یتھ گوڈٕ پرورلوٚرتہٕ پتہٕ سر بگرناو آو تھاونہٕ۔—
نیتھے گئی آو شاید دینہِک گوڈنیک انجنیر "سوٚیہ"۔ تیمی وٕتھہِ منٛزٕ سنرا ڈرجنگ،
کرتک فن لوٚکن فکرِ تورٕ۔ اکھ چنڈال اُرکہٕ ٲستھ بنیو وسہ راجا اونتی ورمن
سٕنٛد وزیر۔ تہٕ اَمہِ ندِس ناوس پیٹھہ آو "سویہ پورٕ" لباونہٕ یس بگراں بگراں

وونی سوپورٕ بنیو۔

سَنگم۔ یتھ جایہِ زٕ دُری یادٕ یکجا گژھن۔ تتھ چھہٕ سَنگم بنان۔ یتہِ گژھہ
چھیے وٕتھ ویرناگہٕ پیٹھہ کھاڑنی یارتانی ۳۶ سَنگم بناوان۔ مگر یمن منٛز چھہٕ
تاریخی لحاظہٕ صرف زٕ سنگم سیٹھاہ مشہور۔ اکھ گو گھمبیر سنگم یتھ انز کل صرف
سَنگم چھہٕ ونان۔ اَتھ چھہٕ ترٛے دُری یادٕ رنج آرٕ ولِشو تہٕ وٕتھ یکہِ وٹہٕ ملتھ

سنگم بناوان ۔ دوٚیم سنگم گوٚ شادی پور یتھ تاریخی ناو پریاگ چھُ ۔ ییٚتھ چھےٚ وێتھ تہٕ سِندھ نیکہ وَٹہٕ ڈلتھ سنگم بناوان ۔ گھمبیر سنگمچ مذہبی اہمیتھ چھےٚ اَز کل ختم گامٕژ ۔ حالانکہ راج ترنگنی منز چھُ بے شُمار رازن ہُنٛد ذِکر یمو اتھ گھمبیر سنگمس پیٹھ خانقاہ، مٹھ تہٕ مندر تعمیر چھےٚ کرٕمٕتی ۔ مگر سٹاین چھُ لیکھان ۔

”ییٚمہِ ساتہٕ یہٕ سنگم وونُس، سیٹھا تلاش کرٕ نہِ پتہٕ لوٚب نہٕ مےٚ پرانہٕ تاریخی تجرُک کانٛہہ نِشانہٕ اَتہٕ ۔“ مگر شادی پورچ اہمیتھ چھےٚ از کل تہٕ قایم تکیازِ اَتہٕ چھہِ موردن ہنٛز اَسرک دٕری یاوَس تراونہٕ یِوان ۔ تقریبن شیٚیہ تریہہ ورٕی پتہٕ چھُ شادی پوٚرس منز اکھ بارہٕ مالہٕ لگان، ییٚتہٕ دَشہ ہار چھہِ وسان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سرینگرس منز اکھ زوٚنٹھی کول تہٕ دوودھ گنٛگا ۔ کمرازس منز پہری نالہٕ، لولاب، کلاروس، تُلہٕ کاتل ماور ننگل، کشن گنگا بیترِ آرِ کولہٕ تہٕ دٕری یا وێتھہِ ستی ڈلتھ سنگم بناوان ۔ مگر یمن چھنہٕ تاریخی، مذہبی یا معاشرتی اہمیتھ حاصل ۔

وێتھہِ منز چھےٚ داریاہ قسمہٕ ہنٛز ناوٕ پکان ۔ یمن منز لوٚ ہہٕ ناوٕ مشہور تہٕ مُروج چھےٚ ۔

۱۔ ڈوٗنگہٕ ۔ اَتھ منز چھہِ ہانٛز بسان ۔ اکہٕ چھہِ وار اہ کمرٕ آسان ۔ ییٚتھ کالس منز اوس یہٕ تفریح خاطرٕ استعمال سپدان تہٕ اکثر اوس ڈوٗنگن منز بچہِ نغمہ لاگنہٕ یِوان ۔ ڈوٗنگہٕ چھُ تقریبن ۳۰ فٹہٕ زیوٗٹھ تہٕ اَٹھ فٹہٕ کھوٗل آسان ۔

۲۔ ہانٛزٕ تہٕ چھےٚ ڈوٗنگے ہِشہٕ، مگر اَمہِ کھوٗتہٕ سیٹھاہ بٔڑ ۔ یہٕ چھےٚ تجارتی مقصدٕ خاطرٕ استعمال سپدان ۔

۳۔ شکارٕ ۔ ڈوٗنگہٕ کھوٗتہٕ ہنا لوکٹ تہٕ اکثر تارِ دِنس منز استعمال سپدان ۔

۴. لَرِ ناو (ہاوس بوٹ) یہ چھُ ناون منٛز جاذِبِ نظر ترین اضافہٕ۔ لَرِ ناو چھےٚ اَکہٕ عالیشان بنٛگلکی پاٹھی سجاوِتھ، کُشادٕ کَمرٕ، فرنیچر، بجلی تہٕ سینٹری فِٹنگ کٔرِتھ آسان۔ یِم چھِ اکثر ڈَلس منٛز آسان۔ تہٕ اورٕ پور سیٹھاہ کَم پھیران۔ اَمہِ بَتہٕ چھِ ناوَن ہنٛزی دۆیم قسم یِمن منٛز کھۆچ، پرٛنٛد، ٹاسہٕ دٲرٕ تہٕ پٹرولس پیٹھ چلن وٲلی موٹر لانچ تہٕ شٲمِل چھِ۔

وۄنۍ چھےٚ ویرناگہ پیٹھٕ چناپہٕ کِس سنگمس تانی ۶۲۰ میل سَفر کٔرِتھ سِرینگرس منٛز چھِ وۄنۍتھ پیٹھ لوکٕڈل بناونہٕ آمٕژ تہٕ کشیرِ ہنٛدی مشہور قصبہٕ کھنہ بَل، وۄیچہِ بِجبہارٕ، اۆنتی پور، پدمان پور (پانپر) سوپور۔ وٕرٕ مل وغٲرٕ قصبہٕ چھِ وۄنۍتھ نزدیک آباد۔ کشیرِ ہنٛدۍ مشہور شیشرم ناگ، واسکھ ناگ، پانٛژتھ ناگ، نیلہٕ ناگ، تار سر مار سر، بَرٛیمہِ سرِ وغٲرٕ ناگن ہنٛد آب چھُ مختلف جاین وۄنۍتھ مِلِتھ زٕلنہِ آمیک بُجر تہٕ تھزر پایہٕ دار بناوان۔ ڈَل آنچار، مانسبل تہٕ وولر چھِ وۄنۍتھ آبس پٮ۪ٹھ حصہٕ وانہٕ تٲدِتھ کوتاہ پوشن ہنٛد آسے کانچھان۔ زین العابدین بڈشاہن کٔرِ سوتہٕ لانک تہٕ رَوہٕ لانک وۄنۍتھ ہنٛد تہٕ سَرن ہنٛد ولۄر تلنہٕ باپتھ تعمیر۔ راج ترنگنی ہنٛدِ یہِ تاریخی حوالہٕ کوتاہ معنی خیز چھُ تہٕ اَمہِ سِتی کوتاہ بُجر چھُ وۄنۍتھ بنان۔ یینہِ راژہٕ کارِ ؤس لبِس سیر ینہٕ کنی تہٕ خوٗن کٔنہِ طریقہٕ بنٛد نہ گژھنہٕ کنی گو زنٛدگی نِشہِ مولوٗس۔ یہِ ذراو و جیشورِ اوٚچہ بیارِ امنٛز تہٕ گوٚ مارتنٛڈ تیر تکس پٮ۪ٹھ مَرنہٕ باپتھ۔ کلہن چھُ لیکھان:

" راژٕ ذراو وجیشو رنٛزِ تِھ منٛز یِتہِ انسان مَرنہٕ یِتہٕ سارِ وے پاپو نِشہِ نجات چھُ لبان۔ یتھ جایہِ وِتستاہِ تھےٚ کُنی نہٕ کنٛہ پاپ چھِ چھلان۔ یتھ کُنی روٗد ینہٕ وِز

لبۄری دڈ ھلوان اچھِ چھلنہٕ لوان ۔ یہ بدقسمت راز گوٗیتھ پاک تہٕ مُتبرک شہر ترٲوِتھ مارتنڈ تیر تھس پیٹھ مرنہٕ باپتھ۔"

وۄنتھ چھےٚ کٲشرِ ن گونہٕ ماتَن وِزِ وِزِ دِلہٕ چَن تارَن مِضراب دِوان ۔ تٔمۍ سٕندۍ یِن "وۄنتھ آیہِ مہرٛینٛز سولنٔ ہیے" اوپیرا چھُ کٲشرِ ادبُک اَکھ موٗلُل سرمایہ۔ عبدالاحد نادِمُن نظم سُنٛد مشہوٗر نظم "کھنہٕ بل گٕدلِس مہرٛینٛز ترٛہیے" یا کرِشنہٕ جو رازدانُن "وۄٚچھ بہارِ پٕردِ کھٕبن دَمہٕ ژٕکہٕ دٕہیے وجیشورِ ہیے چھےٚ لوشہِ لوٗزا" غرض گونہٕ ماتو چھُ اَچھِر ونہٕ کسِ سِلسِلس مَنز وُنیتھِ ہیٚنٛد گرٕزَن لوٗزِمت تہٕ فنکاری اَتھہ وۄنادِ کھ اُمی شِز اَنکٕہٕ ون بیٚمہِ سیٚتی کوٗشُر فن، تمدُن تہٕ کلچر مالدار بنیوو۔



شام لال سادھو

# سوامی امرناتھ جی

اکثر لُکن چھُ اعتقاد زِ کائینات یا زگت پأدٕ کرن وول چھُ اکھ لامحدُود طاقت۔ سُے چھُ اَتھ پَتہٕ بٕرونٛہہ وُچھان تہٕ آخرس پَتِس موقس پیٹھ سمہار یا فنا کران۔ اَتھ لامحدُود طاقتس چھِ واراہ اکھ قسمٕچ شخصیت تصوٗر کران، لوٚسہٕ لاشریک تہٕ واحِد چھےٚ۔ اَتھ چھکھ لُچھ بٔڈی ناو تھوٗ ہی متی۔ أڈی چھِ اَتھ وَنان خدا۔ أڈی گاڈ God أڈی بھگوان تہٕ أڈی شِو۔ شِوُک مَطلب گوٚسہ طاقت یا سو شکھتی، لوٚسہٕ زگتک رُت چھےٚ کانچھان تہٕ کلیان کران۔ یہِ کائینات یا سرشٹی چھےٚ أمی سےٚ منٛز روزان۔ بِنہٕ اکھ قدا ور دیوتا چھُ أکِس لوکِس بیالِس پٲٹھلس منٛز آسان۔ اَمہِ بیِہ چھےٚ یہِ سرشٹی کارڈ وہران تہٕ پنُن وَق سوٗرِتھ شِوس منٛز بیٚیہ سرپان یا سماوٕلش گژھان۔ بھگوان شِوس چھِ بیٚیہ تہٕ واراہ ناو یمَن منٛز شنکر مہاراج، مہادیو، نٟرزگت ناتھ، شمبوناتھ شامِل چھِ۔

سائنسِ ملکس ہندُستانس منٛز چھِ کرِ دِ بٔڈی لکھ شِو بھگوانہٕ سنٛز بھکتھی تہٕ پوٗزا کران۔ ہتہٕ بٔڈی تیرتھ چھِ کوہہ، تھنگین تہٕ سمندرٕ بٹھین پیٹھ تہٕ جنگلن منٛز پوٗت سیٹھاہ زیٛوٗٹھ تہٕ کروٗٹھ سفر کٔرِتھ چھِ یِم واتان تہٕ لولہٕ تہٕ بھاونایہِ سان

پۄزا پاٹھ کران ۔ سوامی امرناتھُک تیٖرتھ یَتیٖہ شِو بھگوانن دیوتاہن درشُن دِتھ
امرت ژھَٹنس دیُت مُت اُچھ سارِوے کھوتہٕ زیٛادٕ پانژن تیٖرتھن مَنٛز تہٕ
باقے ژۄر تیٖرتھ چھِ بدری ناتھ (ہمالیہ) جگن ناتھ (اُڑیسہ) دوارکا ناتھ
(سوراشٹر) تہٕ رامیشورم (تامل ناڈو) ۔ امرناتھ چھ تیٖرتھ کرنہٕ باپتھ چھِ آمان
نہ صرف ہِندوستانٕکۍ کوٚنے کوٗنہٕ لُکھ بلکہ دُنیاہکۍ مختلف مُلکو پیٹھہٕ
لکھ چھِ زیارتٕ نِنہٕ تہٕ دینٕہ بٔیون چھِ ۔ امرناتھُک لفظی معنی چھُ سُہ طاقت یُس "امر"
لافانی یا پۄشہٕ وُن چھُ ۔ اَتھ کتھ آسہٕ امرناتھ پیومُت ناو تہٕ بروٚنٹہٕ یہن ۔
یتھ تیٖرتھس آسہٕ امرناتھ ناوٕ چھِ سوران، تتہٕ چھُ اصلی ناو سُمت امریشور
تہٕ کلہن پنڈتٕ سٕنزِ لیکھنہٕ مطابق اوس اتھ راجہ نرِ نہٕ وقتہٕ (لگ بھگ ... اقوم)
تہٕ امریشور ناو ۔ نیلمت پورانس مَنٛز تہٕ چھُ امی ناوٕ اَمیک ذِکر ۔ جونراجن تہٕ
شُکھدیو یا شنگ پنڈِتن تہٕ چھُ لۄہے ناو ورتوومُت ۔ باسان چھُ زِ امرناتھ
ناو چھِ زیُو پیٹھ کھوتمُت لۄہے زہے تریٚیہ ہتھ ؤری برونٹھہٕ ۔

امریشور تیٖرتھ چھُ بَستی نِشہ سیٹھا دوٗر تہٕ میلہٕ یادن چھُ آسان یا شین یا
گاسہٕ تہٕ پچھِ ذاتھ ۔ کُلہٕ تہٕ ۔ اَتہٕ چھنہٕ کانہہ مندر ۔ صرف چھِ یتہٕ تہ اَک شینہٕ ٹھوٚنگ تہٕ
کوٗلہٕ ۔ تِژن واوِیس آڑی جِن تانی چھِ خبر ہوان تہٕ بَڈٕ بَڈٕ پل ۔ یمنے کوہن مَنٛز
چھے اَکھ تنگ گھاٹی یا نار تہٕ اَتی چھے اَکس کوہس مَنٛز اَکھ بَڈ گوپھ زَن چھُ
کانہہ پرانہٕ وقتُک دلو اَکس وہر تھ ۔ یہٕ گوپھ گوٗل آسہٕ قریبٕ پنٛژاہ ہیٚتھ ٹھوٚد
تہٕ اَمہٕ کھوتہٕ زیادٕ نہٕ لۄٹھ ۔ اَتھ گوپھِ آسہٕ اَمہٕ کھوتہٕ کم ہیٚن سنبر ۔ اَتھی مَنٛز
چھُ اَکھ شینہٕ لِنگ یا شیٖنیچ موٗرتی یتھ شِشِر چھُ لوگمت ۔ یہٕ موٗرتی چھے

تٔھکی انٛدٕ اٗس منٛز یتھ اٗسہِ عام طور شِو مَنٛدرَن منٛز وُچھان چھِ۔ فرق چھُہ صرف
یِتھٕرے زِ یہِ چھُہ سفید رنگٕچ تہٕ شٔشرٕ ستی وُٹہِ آمُت تہٕ ہمیہ چھُہ کرٛہنہِ رنگٕچ کٔنہ
ہٕنٛز کٔرمُت۔ اَتھ لِنٛگس (یا مورتی) اَچھِ یہِ وصف زِ یہِ مأوس گرٛٹھتھ چھُہ ژٕنٛدرٕ
ہِیوان دوہہِ کھوتہٕ دوہہ بَڈٕن ییٚنہِ چھُہ ہنہِ ہنہِ لوٚکٕٹ گژھان تہٕ پوٗنٛم دوہہ
بیٚیہِ ژٕنٛدرم چھُہ پوٗرٕ جوہر وہران یہِ شٔشر لِنٛگ چھُہ ہُراوان ییٚنہِ پورٕ دوہہ
ژارتہٕ باڈٕو۔ اَمہِ پتہٕ چھُہ ژٕنٛدرٕ ہیوان ژَھمُن تہٕ یہِ لِنٛگ تہِ چھُہ ہنہِ ہنہِ
وِگلان۔ نوٗس زوٗنہِ پَچھس منٛز چھُہ ہیوان بیٚیہِ وارٕ وارٕ کھسُن تہٕ بوٚڈ کھسُن۔

امرناتھ سوامی یا امریشور یاترایہِ ہٕنٛز مہما کیا چھِ؟ دَپان چھِ زِ
بییمہِ وِزِ یہِ کاینات یا سرٛشٹی اٗس سأرے شرٛپتھ گامٕژ۔ شوٕ بھگوانس یا
پرم شوس منٛز۔ اَمی سٕنٛدِس مَنس منٛز ہیٚتِن وۄتھنی ترنگ بالہرہشن تہٕ یہِ
کاینات لوٗن کرٕ پٲدٕ یترھا، تہٕ تمہِ پتہٕ وۄدپہیہ پرکرتی۔ پرکرتی منٛزے دراو سہ دنیا
لِیُس خاک۔ باد۔ آب۔ آتش بیترِ۔ سوتنگ یا سکی دٕرتہٕ دراو اَتی لوٗن
تہٕ اَمی ہیٚوت اَندر تہٕ بیٚین دوِ نا ہِن کُن آیہ گرٛایہ کرنہٕ۔ تہٕ تمِن ژاو کانٛہہ
تہٕ گژِ تم شوس شرن۔ دوٚپ ہنس اٗسی کتہِ موکلو اَمِس موتہٕ کِس پأسکی درس
نِس۔ بھگوان گوئمِن خوش تہٕ لِیس ژٕنٛدرٕ اَمِس جٔٹن منٛز چھِ آسان سہ وۄلُن
نہٕ دیٚیت لِس اَتھن منٛز چیر۔ اوٚر دراو امرت یعنی سہ رس بیمینگ اکھ قطرٕ
چنٛنہِ ستی ہیٚکہِ کانٛہہ تہِ لافانی بٔنِتھ۔ اَمہِ پتہٕ لوبہ دھارا اَتھ یتھ پلیہ تٕیتھ
بٔنیہ یہِ امراوتی کوٗل یا امر گنگا۔ دوتا ہیوٚ چھِ امر پتہٕ تہٕ گژِ تم موتہٕ کہٕ خوف رۄستہٕ
آزاد۔ ہٕنٛز زار آژ لوٗرٕ نتھ اوس، پرم شو لوٗنہٕ یاڈھی تمِن دٕر یتھٕمان۔ اَمہِ پتہٕ

دوراَمی شِشِر لنگک سرُوپ لیُس ڈُنی کِنِ تہٕ چھُہ تِشِتھے۔ دِونا ہن وُنُن توٚہی
بنے وامر یالاٲفانی تہٕ یہ جاے روزِ آخرکالس تانی امرِیشورکہ ناوِ مشہوٗر تِنکِس زٕ
یتھ جایہ بنہٕ پرٕ یتھ کانٛہہ امر۔

امرِ تیچ خاہش چھِنے منوشس دوٚہ ہے آسُن۔ ییٚلہِ امرِیشورکو یتھ ہنز خبر
رٕہ پھیر اورِ یور۔ لُکھ ہیٚتِن اڈٔت واتنہٕ یاترایہ ناکہٕ تِمن تہٕ یِیلہِ ہے رٕت کھل۔
یہ چھُہ مُشکل وُنُن زٕ اَمہِ یاترایہ ہُنٛد چرچہٕ کیتہ کالہٕ پیٹھہٕ چھُہ گومُت۔ راج ترنگنی
منز چھُہ زٕ واقہٕ یم اَتھ کُن چھِہ اشارٕ دِوان۔ اکھ چھُہ یہ زٕ راجہ سندیمان (قوم سَنہ ۳۴
پیٹھہٕ ب۔ م سَنہ ۱۶ تانی) اوس شیٚنہٕ لِنگن پوٗزا کران۔ تیمہِ سِنٛز چھُہ لیوان یہ اَخذ
کرنہٕ زِ لُکھ اوس امرِیشورک لِنگ خبر کوتاہ کال پژھ نہٕ وُچھمُت تہٕ تیمن اوس
وارٕ پاٹھی یتھِ زِ اَتھ پوٗزا کرنہٕ ستی چھُہ زِنمہ سوٚکھل گژھان۔ دوٚیُم واقہٕ چھُہ
اَمہِ ستھاہ پژھوٚتھ سُند مُت۔ راجہ نر (راج ترنگنی۔ ترنگ اول) ہُنٛد وقتہٕ کو اکھ
بٔہمن تہٕ تُسند ہیہر پور ہیتھ راز دانی ترٲوِتھ شُشرم ناگ کُن چھُہ لیُس امرِیشور چہِ
وَتہِ لیوان چھُہ نمہِ پتہٕ چھِنے نہٕ مٔت لوپراچ شہادت ہیتر۔

یہ ہیکو نہٕ شُبہٕ پاٹھی وَنِتھ زِ سوامی امرناتھ جی سٕنز یاترا کیتو ساسوٕ رِ یو
پیٹھہٕ چھِنے چلان۔ یہ چھُہ یاسان زِ کُنہ وَقتس نانی آسِہان لُکھ اَتھ یاترایہ گژھان
تہٕ پتہٕ ناسازگار حالاتو کِنی، موسمی مُشکلاتو کِنی یا بیٚیو نامولوٗم وجوہاتو موکھہٕ
آسہِ نہٕ یہ یاترا آمژ کرنہٕ تہٕ آسہِ ہے گامژ مُشتھے خبرٕ کیٚنتس کالس۔

۱۹۲۸ء منز آو یاترایہ ہُنٛدِ بن دوہن کشیر منز زبردس سیلاب، خاصکر پہلگام،
امرناتھ طرفس تہٕ ہیتہٕ تہٕ بُدی یانری خاصکر گوساٲنی مودی۔ اَمہِ پتہٕ آسہِ دوان ترٛٹن

ڈری ہِنٛ لکھ ییتھ پتھےٚ ہیوان۔ سنہ ۱۹۴۷ء پتہٕ یم حالاتھ گٔے گنٛگہٕ بل یاترا یہِ پوٚس سپُدٲہ
اَتھ تہٕ شٲدی لوٗرٕ ڈاو ورگس۔ شارداہ یہِ شیٚترٕ یاترا گیہ تہٕ منٛستھےٚ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ اَتھ بنیہ
وۄنھیو لوگمُت۔ اَتھ مُطابِق چھُ لیوان وَنہٕ زِ مٔنٛنہٕ کِنہِ مُلکن ہنٛد۔ ڈٔسی چھےٚ لکن
یہِ گوٗپھا بنیہ اَتھ آمرٕ تہٕ پتھےٚ یاترا بنیہ لجمژ۔ دپان چھِ زِ مُلکن ہنٛدٕ نیٚتھ اوس
تیٚر چھان تہٕ اوس مہاگنِسہِ بالہ اپارِ نیٚچ ترنی اٚندی گِکھ پھیران آسان۔ امس
اوس نہٕ کیہن پتاہ نہ اَمہِ گوٗپھِ ہنٛد تہٕ نہ شینہٕ لنٛگک۔ اَکہِ دوہہٕ آسے
نہ سٲری تیٚر کھیلس شرولیس تہٕ پرٲنی شرد ڈاو یہ ہیٚنٛد پلے کڈنہ تہٕ
سپھیوٗر ڈرو واپار۔ اُتھی دوراَنس شر گیہ امس یہ گوٗپھ نظرِ تہٕ وچھن یہ
شینک شولنگ۔ یہ گوٚو بڈ حاران۔ اَتھ گوٗپھِ منٛز گوٚترو یاد چھیتھ گو یہ
زیادے حاران، تہٕ کیازِ اٚندی گِکھ اوسنہٕ اَتہِ کانٛہہ تہٕ جانا والہ۔ مٔتن وٲتھ
کوٗرٕ امی امیک ذکر پنٛڈتن تہٕ برہمنن نِش۔ تِمو اوس بوزمُت امیک زبٲنی
زبٲنی مگر گاہے آسی یہ کیتھہ تہٕ نہ اسکھ ونہ شیر خبر۔ اَمہِ پتہٕ گٔے یم اَتھ گوٗپھاہ یہ
پیٹھ سمین مُلکن سیتی تہٕ کوٚرکھ درشُن۔ یاترا یہ بنیہ۔ مُلکو ہیوٚت مٔنٛزٕ اَتھ مشکل
پہاڑی وَتہٕ یاترین رہنمائی تہٕ راچھ راوٹ کرٕنی، تہٕ سہولیت واتناوٕنی۔
مٔنٛنہٕ کیو پنٛڈِتو تہٕ زٹ امچ سرداری۔ یاترین آسہِ ہن اَمہِ یاترایہ باپت
کیٚہتھ ٹیکس ہیوان۔ یہ زِ پرانہِ زمانہٕ دستور اوس۔ اَمہِ علاوٕ آسی یاتری
اتہِ بھگوانس چڑھاوٕ تہٕ ارپن کران۔ اَمہِ آمدنی منٛز اوس مُلکن تہٕ پنٛڈتن
برابر حِصہٕ میلان۔ دونی چھُنہٕ کانٛہہ ٹیکس لیوان ہینہٕ۔ مگر لبس چڑھاوک
رقم سمان چھُ ییتھ منٛز سون، روپیہ، کپرٕ تہٕ نقدی تہٕ چھ آسان، تتھ چھے

ووٚنی یمن دۄن فریقن بێیہ زِ حصہ دار: دھرمرتھ ٹرسٹ تہٕ سہ منھٕ ڈأری لیٚنڈِس تحویلس منٛز شری امرناتھ سوامی ہٕنٛز چھٹری یا عَلَم چھےٚ آسان لیوٚسہٕ پڑاوٕ پڑاوٕ یاترین رہنمأیی تہٕ رہبری چھےٚ کران۔

پرانِہ وقتہٕ أسی کشیرِ منٛز راجہٕ مہاراجہٕ تھٔوِی منتی اَفسَر، یِم تَن شاہراہن آسی رأچھ راوٹ کران۔ یِمَن أسی مارگیش مارگاپتی یا مارگ آدیٚتی ونان۔ یِمیُک مَطلب گو وَتہِ ہُنٛد مالِک یا لوٚڈٕ اَفسَر۔ تیٚمِس اوس ہیٚکہِ ہیے تہٕ لیوٚرکاہنہ یِتھے لوٚتافی تہٕ متعلقہٕ پرگنک مارگیش اجازت دیہِ ہیٚس۔ مارگیش اوس فرض وَنہ تھٔوِنی صاف، یِتھنہٕ مُسافرَن کانٛہہ تکلیف واتہِ ہیے، تہٕ ژوٗرن، ڈاکوٗن، دُشمنَن ہٕنٛز صفأیی کرِنی۔ یِم عہدٕ دار أسی مسلمان سُلطانَن ہٕنٛدِ وقتہٕ تہِ دارٕ اہس کالس، مگر اَتھ عہدس گیہِ وارٕ وارٕ ناوٕ بدلی تہٕ لگو یِمَن وَنہِ اَڈٕ بن مأگرے تہٕ اَڈٕ بن مُلک۔ امرناتھ یاترایہِ ہٕنٛدی مُدک تہٕ ماآسہٕ بن بذاتی پرانِہ وقتٕکی مارگیش تہٕ حالات بدلیتھ تہِ روٗدی یِم یاترین پتہٕ برٛونٛہہ وُچھان تہٕ آسأیش واتناوان۔

سوامی امرناتھ جی ہٕنٛز یاترا کرنُک اصل مُدّا چھُ امر یا لافأنی بنُن۔ یہِ انسأنی موٗد چھُ فأنی۔ یہِ ماہیٚکہِ امر بنِتھ۔ مگر ساری دین، دھرم، اوتار تہٕ پأغمبر چھِ وَنان زِ روح یا آتما چھُ لافأنی۔ لہٰذا چھُ یاترایہِ ہُنٛد مقصد زِ منوش گژھِ سہ گیان یا علم ووٚپدٕن یُمہِ موکھہٕ سہ ہیٚکہِ یِتھی زندگی منٛز لافأنی آتما ہیچ جھلک ژھٕنِتھ تہٕ اَتھ پتہٕ مَن ٹھہراوِتھ۔ یُمہِ سِتی سانہِ انفرادی شخصیژ ہٕنٛدی تِم رجحانات یِم اَسہِ محبتہٕ بدلہٕ نفرتس کُن نِن۔ یِمہٕ گیر

اِنسان پرستی بدلہٕ خود غرضی تہٕ خود نمٲیی کِنۍ وستھ ہاوٕن۔ یکٕٹ تہٕ یگانگی وۅپدِ اونہٕ بدلہٕ اَکھ اَکِس لٕنٛش تُرٛن۔ گرٛھن کمزور تہٕ پوٚنُس ختم۔ یِمی پرٕ تہٕ پان کٔنۍ زٕون سٕتۍ ہیٚکہِ پوٚرٕ کاش پرٛاوِتھ تہٕ اَمر بٔنتھ۔ مگر یہِ ماچھۍ گِندٕ نہٕ ہنا۔ اَمہِ باپت چھے ضرورت نفس کُشی تہٕ خود ضبطی، یِمہِ سٕتی مَنُک مَل دوٗر کرنس شَنز مددٕ میلہِ۔ یہِ یاترا چھے نفس کُشی تہٕ خود ضبطی ہٕنز اکھ متحرک تمثیل، یٔتھ ہنٛز سارٕی یاترٕی ادا کاران چھہِ۔ تِمہٕ ہنٛز تہٕ منچ صفٲیی پرٛاونہٕ باپت چھہِ پیوان شرٛان کرٕنۍ، پوٗزا کرٕنۍ، موزوٗن غذا کھیٚنۍ تہٕ دان پیتر کرٕن۔

نیرانہِ وقتہٕ آسی یاترٕی پیٹھے بانہٕ بٹہٕ یارہٕ کران شرٛان۔ تِمہٕ پتہٕ گٔنیت یار۔ شرٛاہ یار۔ شیٚو پور۔ پاندریٹھن۔ لوٚ میر۔ سبدٕ یارہٕ۔ بارٕس۔ جیوبرور۔ مِٹھوٕن۔ ووٚنتی پور۔ میہر ناگ سنگم۔ بالہِ یار۔ واگہٕ ہوم۔ ہَسہِ کھَن۔ ٹرٛکدھر۔ دِوکی یار ژندن یار۔ سری گو پھوور۔ لیدٕر۔ سرٕ ہوم۔ سھدٔر۔ کمل ناگ، وۆزنر ناگ۔ سلر بیترٕ تیر تھٔنۍ پیٹھ شرٛان سَندھیا کرنہٕ سٕتۍ چھے منچ صفٲیی گژھان۔ اَمہِ پتہٕ چھہِ نارائن تیرتھ، گنیش بل۔ مامل سھر گو نیرتھ۔ نیل گنگا ژندن وور بیترٕ۔

اَزی کہِ وقتہٕ چھہِ سفر ژٕ ژھنہِ کھوتہٕ سٕتھاہ سَہل۔ عام طور چھہِ یاترٕی گاڑین منز ہیلگام واتان۔ اما پوٗز سوٲمی امرناتھ جی ہنٛز چھڑی یا علم چھہِ شرٛاونہٕ زوٗنہٕ پچھ ژوٗرِم دوہ لیوان اَکِس جلوٗسہ کِس طریقس منز سرینگر دشناٗمی اکھاڑہٕ پیٹھہٕ پوٗزا پاٹھ کرِتھ نیہٕ۔ اَتھ چھہِ آسان سٕتۍ بڈٕ بڈٕ سرکٲری اہلکار۔ دھرمرتھکی سرغنہٕ افسر، پولیس تہٕ وارہ گوسٲنۍ ——

چھڑِ ہِندی سیوک چھہِ اَتھ وارِ وارِ پتھری پکناوان۔ گوڈنکِ دوہہ چھہ تِم
گڑھان پوشپر۔ دوٚیمِ دوہہ دِیچہِ بڈوُر۔ اَمہِ پتہٕ مٹن عیش مقام تہٕ پہلگام۔
اوٚت واتِتھ چھہِ یِم دون ترٛین دوہن قرار کران۔ اَتھ جایہِ چھہِ اَزوٚنان
سادھو پڑاو۔ اتھ وقتس چھہِ یِم بڈ ونہٕ کنہِ پہاڑی سفرٕ باپت تیاری کران۔
ییتِس کالس چھہِ باقے یاتری تہِ واتان اور گارڈن منز۔ پرانہِ وقتہٕ اَسی
پہلگامس منز سیٹھاہ کم مکانہٕ آسان۔ تہٕ یاتری اَسی اَتہِ پہان خیمن منز۔
اَتھ موقعس پیٹھ اوس بنان پہلگام اکھ خیمن ہُند شہر۔ ووٚنی چھہِ واراہ مکانہٕ
بنے متی، مگر توتہِ چھہِ یاتری پسند کران خیمن منزے روزُن۔ پہلگامہٕ پیٹھ
چھہِ بڈ وہکُن لِوان زندن وود۔ داوجن تہٕ پنج ترنی ہِندی پڑاو، ییتہِ
یاتری راتس چھہِ روزان۔ یمن جاین تہِ چھہِ ووٚنی واراہ شبدُ بنے متی۔ مگر
بڈ وشھ اَسی آسان خیمے باٚنی سردی نِشہِ یا روٗدٕ شینہٕ نِشہِ پان بچاونہٕ باپت۔
چونکہِ پہلگامہ پیٹھ چھنہٕ گاڈِ بڈ وہکن گڑھان۔ یاتری چھہِ پننہ سامانہٕ
باٚرگُرین پیٹھ لدِان۔ کینہہ چھہِ پانہٕ تہِ سوارِ گُرین یا زمپانن کھسان۔
لہٰذا چھہِ یاترایہ سیتی آسان ساسہٕ بدی گُری مرکبان تہٕ موٚزور تہٕ بڈ تھ
پڑاوس پیٹھ چھہ آسان لوٚگمُت لوُرِ بازر، ییتہِ یاترین تہٕ ہندن ساتھین
چھہِ ساری ضروریات ہیکان پرتھ وزِ میلتھ۔

شرادنہٕ زوٗنہٕ پچھہِ پاٚنش دوہ چھہِ یاتری صبحٚے تریشی بجہ نیران
پہلگامہ پیٹھ ترندن وورکُن۔ سارِنے بڈ وہنہ چھے آسان امرنیشور بھگوانہٕ سنٛز
چھڑی رہنمائی کران تہٕ اَتھی سیتی گوساٚنی تہٕ یاتری۔ یمو چھہ آسان نصف

دٕرتھ شینہٕ وانہٕ شرٛان کوٚرمُت تہٕ نیرٕنہٕ برٛونٛہہ چھےٚ سپدان لوٚزاتہٕ آرتی۔
شنکھ تہٕ نادکرن وٲلۍ ہنگ چھہِ وزان تہٕ یاترۍ چھہِ دِوان ہتہٕ چہ رکہٕ
مٕزرٕ نٕتھ نعرٕ...... امرناتھ سوامی کی...... جے۔ ہرہر مہادیوٕ.... بتیرٕ
ہہکگامہٕ پیٹھٕ ژندن ووزنٲنۍ چھےٚ موٚدُر موٚدُر چرٛھاے۔ یاترِین چھہ گوڈنکہٕ
دوہہٕ سیٹھاہ چاو. کینژھا اَمہٕ موکھہٕ تہٕ کینژھا اَنہٕ گٹہٕ موکھہٕ چھُکھ نہٕ کمین باسان
کاتھہٕ مُشکل۔ مگر میلہٕ ہیلہٕ یکبنتھ چھےٚ ہیوان کمین شانٛش کھسینٛ تہٕ ہیوان
چھہِ منز منز دم دِثِن. بیتس کاس چھہ لوٚزٕ گاش لوان تہٕ یاترِین چھہ اندازٕ لگان
زِکمن ہالن چھُ یمن کھسُن۔ تاہم چھہٕ ازٕگوڈنیک دوہ تہٕ کمزور یاترۍ تہٕ چھہ
ہیمتھ کرِتھ پکان برٛونٛہہ کُن۔

چھرٛی چھےٚ ترِین ژون گنٹن منز ژندن وور (۲۶۰۰۰م) واتان، تہٕ ییہان
اَتی رانٛس۔ باقے یاترۍ تہٕ چھہِ اَتی ٹھہران۔ گنٹس کھنڈس منزٕ چھہ یہٕ ژکل
خیمن ہنٛد اکھ شہر بنان۔ بازرس منز چھہِ خام تہٕ پکاوِ متۍ چیز میسر
اَتہٕ چھہ کھنڈ۔ میٹرٕ تیل۔ زِثِن تہٕ بٔیہ بٔیہ سامانہٕ۔ شہرس منز چھہ مجسٹریٹ
پلیس۔ انجینیر تہٕ ڈاکٹر۔ صفٲیی ہنٛد انتظام۔ وایرلیس تہٕ والنٹیر۔ یاترۍ
چھہِ شرٛان کران۔ تہٕ لوٚزا کرِتھ گرٛھان سٕنت سنگہٕ خاطرٕ توتتھ ییتتھ
چھرٛی مبارک آسان چھےٚ۔ اَرِٛی چھہِ دِچھنہٕ کھوورٕ گرٛھان فوٚ رتکی لنٛار
وچھنہٕ۔

ژندن وور چھہ سوٚترٕ زمینہٕ ژکل تہٕ ہند چھُ نٛہرٕ رس۔ اتھ چھہ دِچھنہٕ
کھوورۍ شینہٕ وانہٕ چہ کوٚلہٕ کھوٚرن دِوان میٹھہٕ تہٕ باسان چھُہ زٕ کوہ دِلوٚن

چھُ یوٚہے کوٚٹھٕ زَن وَہرِو وٕمُت۔ اَتھ چھِ ترٛیٚن طرفَن تھٔدۍ تھٔدۍ بال یِمَن
ہٕرِت گٔلۍ جنگل چھِ۔ اَتھ چھِ بیٚنہٕ ڈٔرۍ شینہٕ تختہٕ وٕہرِتھ یِموٚ ٹٔکۍ سوٚ کول پکان
چھُنہٕ لیوٚسہٕ شیٚش ناگہٕ پیٹھہٕ چھِ ڈرامٕرٕ۔ اَتھ چھِ شینہٕ کٔڈل (Snow
Bridge) وَنان۔ وُسوار یاترٛی چھِ اَتھ کھٔرِ تراوِنَس تہٕ گنڈان یِگر
عموماً چھِ یاترٛی ہمرکبان بتر مقتوّم روزان۔ تِکیٚشا زِدوٚ یِمہِ دوٚہہ چھُ
یِمن پیٚش باسَس (دیا ہیٚسوٚ گھاٹی) کھَسُن۔ یہ بال چھُ سیٚٹھا تزکر تہٕ سوٚتِرِس
سیٚتی آسہِ زاویہ ۱۱۰ درجہِ ہیوٚ۔ وَتہٕ لوٚدٕ چھُ تنگ، موٚرٕ چھِ واراہ۔
کھَان کھَان چھُ شاہ زھوٚکان۔ کمبرٕ ڈٕوٕ کان تہٕ ہٕشِر ہیوٚ کھان۔ تزلِش
چھٕنہٕ کِنہٕ بَنان۔ یاترٛی، ہمرکبان، گُرۍ، موٚزوٗر، زٔانپانہٕ، ہیٹھی بنیٚر چھِ تنتھ
پٲٹھی پکان زَن چھِ اَکھ زیٚٹھ ہانگل۔ گرۍ سوٲرن باسان۔ اُسی پیموٚ
یٕتِ کِنہٕ۔ زٔانپانَن منٛز ہیٚنتھ یاترِن چھُ برٛم گُرٕ ہان زِدِلے گوٚڑھہِ ہیٚنتھ
گُرٕ ہن۔ اَتھ ماحولَس منٛز اگر رۄد پیٚیہٕ، یہ زَن یٕڑھِ چرایہ پیٚٹھہٕ بنان چھُ
رَب ووتھِ۔ یکوٚہنِن یا گُرِہن گرٕٹھِ کھیر۔ اَتہٕ گژھِ سَخ مُشکل۔

پیٚش بال چھُنہٕ زیادٕ تھوٚد۔ اَمِچ تال آسہِ مَسا ۳۲۰۰ م۔ مگر کھسُن چھُ
تزکر۔ کھَان کھَان چھُ گٔلۍ گرٕہان وارٕ وارٕ کِم تہٕ تالہِ پیٹھہٕ چھُ خدایے
کانٛہہ تجربہ کار ہمرکبان چھِ یاترِن ہیٚنتھ دِوان۔ یا پیرِ دستگیر..... کمبر
چاک کٔرِتھ۔ خدا یاد کٔرِتھ ہیٚکوٚ بٕڑو نٛہہ۔ امرناتھ سوامی لٔس پیٹھہٕ یٕڑھ
یٕڑھ تھوٚن وٲلۍ چھِ دِوان نعرٕ: ہَرہَر مہادیو..... امرناتھ سوامی کی.....
جَے۔ شوٚہرے..... ہیرٕ لوٚزِتھ چھُ دِل روزان رٕژھِ ڈٔجہِ۔

ہثیوٚر وٲنتھِ چھِے سمکھان بیا کھ جما تھا، یعنی ییچھِ وِنی یَم چھِ آسان دُعاے

خاہ رکران : تن بدن کی خیر...... خوشی نال اوے خوشی نال جاوے......

بال بچہ راضی ۔ اوٚت وٲتِتھ چھِ یاتری خوش گژھان ۔ رژھا دم سنٛبالان

تہٕ دِوان بڑو ہُنکُن قدم ۔

پش بال چھُ تژ کرُ مگر جوانمرد چھِ خدمتِ خلقہ باپت اَتھ سیٚبر ہا

کران ۔ یم چھِ ژندن وارِ پیٹھ تژیش کھاران تہٕ وَتہ وَتہٕ یا ہثیوٚر وٲتِتھ

یاترین چاوان ۔ پَنتہٕ بتّیہ تہٕ بتّیہِ کھاران ۔ یا چھِ چاے چاوان ۔ بہٕ گوس

پیٹھے باپتہٕ ۱۹۳۸ ہس منٛز امرناتھ یاترایہِ ۔ اَتہِ اوس پش بالس پیٹھ سردار جوگندر

سنگھِ (جگو سنگھ) ۔ ایس، پی کالجک مشہوٗر کھلاڑی تہٕ روور سکاوٹ

(Rover Scout) یہِ اوس یاترین تژیش چاوان ۔ یہِ اوس نہٕ پان

بالیتہٕ ہینتھ ٹکہِ کھسان ۔ پش بالس زَن اوسُس ٹینکُک طاقت ۔ جگوٗ آسہِ

وُنہِ وارہیہن یاد ۔ ۱۹۳۹ ہس منٛز وُتھ جنگ تہٕ یہِ بنیو فوجس منٛز لفٹنٹ ۔

اَمہ پتہٕ سوزُکھ افریقہ تہٕ تورٕ تہٕ پھیوٚر نہٕ ۔

اتھ بالس کیازِ پیو پٔشش ناو؟ یہِ ناو چھُ دراصل سنکرت پیشِ

گری पैदवाई منٛز "پیش" لفظُک مطلب گوٚہپہُن ۔ دپان دِوتا تہٕ

راکھس آسے یکہٕ وَٹہٕ ژندن وورنشِہ بھگوانہ شُند درشن کرنہٕ باپتہ

راکھسو دوٚپ "گوڈے گوڈے" تہٕ کرِکھ نہٕ ریدی ۔ اَتھ بالس کھسان

کھسان منٛنے یہ تہٕ ہمن دِونا ستھِ ٔکھ یہِ ڈیپی زِ تہٕ پہتھِ تہٕ گے یم اَتھی

بالس شر پیتھِ ۔ اَمی پیو اتھ پٔشش ناو ۔

لیش بالہٕ برٛونٛہہ ٹکیتھ چھِنہٕ جنگل کُنہِ کُنہِ چھ برٛزٕ کلی زٕ ترٛ شے گژھان
نظرِ کرہ بال چھِ سبزٕ تہٕ سیٹھا پوشہِ ذاتھ چھےٚ زوتان۔ وَنہہ چھےٚ تھزٕ رَس
تہٕ کول چھےٚ سیٹھاہ لوٚن سنہِ رَس۔ اوٚتانی وَتھ چھِ سیٹھاہ مُشکل تہٕ کیاز
بال چھِ تھتھی تزٕ کرٕ۔ سنہ ۱۹۴۶ء منز گوس بہٕ دوٚیمہِ لٹہِ امرنیشور۔ امر سنگھ کالجکی
سکاوٹ آسی مےٚ سٕتی۔ یمن منزٕ اوس وزیر ہری کرشن تہِ۔ یہٕ اوس
بہترین ہاکی کھلاڑی، کھر تیلہٕ تہٕ دَورن وول۔ آسی آسی لیش بالہٕ ہرٕ تھا
ڈلی منٛزٕ زٕ اکس مرکبا لَس ہیٚتھ گرٕ ہیوٚ ڈٕ تہٕ وِزِ لَس کُنہِ دِ آرِ تھہ۔ کُنہٕ وُزِھ
ڈُل ڈُلہٕ کران سیٹھاہ لوٚن کولہِ کُن۔ مرکب اَن دِتی وَچھِ وَچھ، مگر سہ
کُس کرِ ہے ہمت زِ یتھِس تزٕ کرِس بالَس وَسِہ ہے کُنہِ کھادنہٕ۔ پلیس تہٕ
ہیوٚ کُس تہٕ کینہہ کرِتھ۔ یتِس کالَس ووٚت ہری وزیر اوٚتھ۔ امی دِژ نہ
تاہ رِ ہے۔ کوٚڈُن لوٚسٹھ تہٕ ووتا نہٕ وولہ ہے کُنٹھن نَفہہ دِوان دِوان اَتھ
جایہ یتیٚن یہٕ کُنہٕ ژُکے منزٕ آس۔ امِس پتہٕ پتہٕ اوس بیا کھ سکاوٹ، یمو کرٕ
اَتھ کُنہِ تھپہِ تہٕ لیتھِ کھو کھر کھاٚرٕ کھ ہیوٚر۔ واراہ لُکھ آسی ہینِہ ہمتس ہند
کارنامہٕ وُچھان تہٕ یمن کوٚرٕ کھ شاباش۔ بدقسمتی کنٛہ گوٚ زٕ ترٛ ےٚ وُری
گژھِتھ ہری کرشن گوٚلی کھیتھ شہیدِ عالمہ۔

یاترٕی چھ امرِ داہہ وانان واوجن۔ اوٚتانی چھ تقریبن پاٹھ منزٕی
چھےٚ موٚدُرِ چرٛایہ ہتا۔ وَنہ چھےٚ لوٚران تیہ۔ مگر سادوے کھوتہٕ شاندار نظارٕ
چھِ شیشرم ناگ۔ اتھ سرِس چھِ اَنٛدی اَنٛدی بال تہٕ منزٕس چھ یہ لوٚہے
مَس پیالہ ہیوٚ۔ اتہٕ چھ منزٕ ان سنٛدھیا کرِتھ پاٹھ لوٚزا کران۔ کلہن تہٕ وِنہ

اشہٕ لگِتھ بے ہوش گژھان۔ مہاگنُسہِ کھتنُک چھُ یاترِین اَمہِ سوکھہٕ بُڈ
لرزٕ آسان تہٕ برٛنٛزِ برٛنٛزِ چھِہ تِم وَنان روزان، ہر ہر مہادیو..... بھگوان
شنکر کی جے..... امرناتھ سوامی کی جے..... اَتہِ چھےٚ اَنٛزٕ کھچھ
سبٹھاہ لوٗتہٕ تہٕ کِچھ ذاتہٕ آسان ہٕنہٕ یِتھےٚ بیری بہ کھان چھُہ، شُپمکہ پھیری
چھِہ واپہٕ واپہٕ وُڈِتھ گژھان۔ اَتھ منٛز چھُہ لوٗٹن کچھن ہُنٛد تاثیر تہٕ آسان۔
یاتری چھِہ برٛونٛہہ آسان چھُنٛدر یمتہِ ہی کیٛنژھاہ تھزر پہٕ کیٛنہِ کیٛنژھاہ
تھکاوٹہٕ کیٛنہِ تہٕ کیٛنژھاہ خوفہٕ کِنہِ۔ بیٚیہِ یِم یِتھ ہوا چوان چھِہ، کانٛسیاہ
چھِہ بیہوش گژھان۔ تِمن چھُہ اَشہٕ لگان۔ پرٛانہِ زمانہٕ اُس آسان
انار دانہٕ پچ تہٕ امبہ چوٗرٕ ژٕ ژٕ ٹینٛی سٟتۍ بیمہِ سٟتۍ یِتھ شخص حِسہٕ پھیرِہ ہے۔
وونۍ چھِہ ڈاکٹر تہٕ والنٹیر آسان جایہِ جایہِ دواہ ہیتھ امدادِ خاطرٕ تہٕ اشہٕ
لگنُک خطر چھُنہٕ روُدمُت۔

مہاگنُسہِ ہِنٛز مالہِ پیٹھ چھُہ لوٗبہٕ وُن نظارٕ ڈرنیتھ لیوان۔ اَنٛزی اَنٛزی
کوہن پیٹھ چھِہ کرِ کرِ ونۍ چھپٕر کیپٕر ژادر۔ صاف تہٕ شوٗد ہوا۔ ہلکہٕ نیلِس
آکاشس پیٹھ کُنہِ کُنہِ اوبرٕ لنگہٕ ہانا۔ کھسہٕ وُنہِ سری یک بہرٕ وُپی تاثرٕ تہٕ
پوشن پیٹھ شبنمی موختہٕ نیَہٕ نیَہٕ کران۔ فطرتُک یِتھ ماری موٗنٛد پہِ چھِہ وُچھن
چھُہ سیٹھاہ کم منوشن نصیبہٕ آسان۔ اَتہِ چھےٚ سیٹھاہ لوٗتہِ ٹنہِ آسان۔
پروٗنٛہکن نظرٕ تراوِتھ چھُہ وَسہٕ وُن بال۔ ہوکھ ڈٕرِس منٛز چھِہ یاتری خوش
گژھتھ وَسان، تہٕ پیٚچ ترٕنہِ واتِتھ تھکِتھ کڈان۔ یِہ جلے چھےٚ سوٗترٕ
لوٗہتے بالٹینُک ژوٗک ہیُو۔ اَمہِ منٛزی یکان یکان چھِہ ہوان یاترین کولن

چھُ اَتھ اصلی ناو شُسرم ناگ یعنی ہیہر شُند ناگ، تہٕ ستی چھُس یتہ کنہٕ زامترِ ناگ۔ یم ناو کنھ۔ یتیٚ یمن دوٚن سرن ہُند تفصیلہٕ سان لیکھتھ۔ راج ترنگنی ہنٛز دۆیمہ ترنگہِ منٛز یتھ راجہ نرٕ شُند حال چھُ۔ زھوٚٹرتھ چھےٚ کتھ یتھٕ پأٹھی۔

" راجہ نرن ؤچھ اکھ مارہ منٛز زنانہٕ چنٛدر لیکھا تہٕ کرٕ یُن شنٛز زبردستی نیمن یہ محلن لنس۔ یہ آس سہاگہٕ آمژ اکس نژِ ہمنس یَس وِشاکھ ناو اوس تہٕ اَس اکس ناگ ہنٛز کوٗرلیس سروس اُماوس۔ یتیہ وِشاکھا برٛہمن ژینچ راجہ نرٕ ہنٛز شیطنت۔ سہٕ ژوٗل پوٚت برٕ کنٛیہ تہٕ ووت ہیہر س نِش یس سروِسن کوٗر قہر۔ وُزملہٕ، گگرایہ تہٕ ترٛٹہٕ وٗزھ۔ بڑٕ بڑٕ پل پییٚ ڈٕو ڈھکی پأٹھی۔ نر موٗد تہٕ تُہُند نر گو تباہ۔ اَمہ پتہٕ گو یہ ناگ یعنی چندر لیکھا بہٕ ہُنٛد موٗل غمگین تہٕ ژٕلتھ بنوٗون نوٚو گرپِنش بالہٕ ترٛتھ امر ایشورنہٕ اَتھ بیوٗن ناگ سرم ناگ یُس وارِوار شُسرم ناگ بنیوٚو وِشاکھا تہٕ بیوٚٹھ ناگ ہُنتھ زامترِ ناگہٕ۔ مگر ام ناتھ مہاتمہ چھُ وَنان زِ یہ اکھسن گالنہٕ خاطرٕ دِژ وِشنو بھگوانن یہ جاے شیش ناگس۔ دپان شُسرم ناگُک مطلب گوس جاے یتیہ ہٕ لۆکھ سو کھہٕ سان روزن۔

شراونہٕ زونہٕ پچھہٕ ترٛوُش دوہہٕ چھہٕ یاترِ روزان واوجنہ۔ اَتھ آسی والیوور حَن وَنان، نکہ یا زِ اَتھ اوس والیو یعنی واو رٕلیس ہنٛز اکھ راکھیس مارہٕ آمت۔ یہ بال چھُ شیشرم ناگہٕ پیٹھہٕ اکھ کلومیٹرٕ تہٕ تھزرٕ آسہٕ ۵۰۰ ۳ م۔ خوٚش پوشِن موسمس منٛز تہٕ چھےٚ یہ جاے دِیہٕ وِنی باسان۔ نہ چھُ کُنہٕ گُل کوٚٹ۔ نہٕ کانہہ پوشہٕ ذات دٕر یتھ گژھان۔ سر دہوا چھُ پرٛتھ وِزِ آسان یہ ڈیچ زِ

چِکہٕ دِوان تہٕ ژھٕکٕھ چھےٚ پَزِ ہی کِنِی اَڑِی جَن ترٕ یِنہٕ گژھان ۔ وَنہٕ چھُ لوان زِ
اَوٚت آوا کھ خطرناک راکھشُس واولٲگِنہٕ ۔ اَمی اوس بٔڈ تپسیا کٕرِتھ شِونا تھ
خوش کوٚرمُت تہٕ اوٚسُن سیٹھاہ طاقت پرٛاوِمُت ۔ لوان یوٗنی ژھٲنی
اَمی راکھشَن نَٹھ دِتاہَن ۔ تِم گٔیے شِونا تھَس شَرَن، تَمی وۄنُکھ زِ مےٚ
چھُ اَمِس یہِ زورٕ دیُتمُت تہٕ بہٕ ہیٚکَن نہٕ یہِ مٲرِتھ ۔ توٚہی گٔژھِو وِشنو
بھگوانَس ۔ وِشنو بھگوانَس گوٚو دِوتاہَن ہِنٛز زٲرِ ہی بوٗزِتھ بٔڈ اَثر ۔ اَمی
سوٗزٕ اور سرپھن ہِنٛد راجہِ شیٖشن ناگ ۔ اَمی ناگ رازَن گٔڈٕی پَنٕنی ساس
کلہٕ نِنی تہٕ نیوٗن یہِ سوٗرُے واوٕ ہیٚتھ ۔ اَمِہ پَتہٕ بیٛٹھی دِوتا بٔڈ سوکھٕ
سان ۔ اَمِہ واوُک چھُ لوٚت اَثر یاترِیَن پیٛٹھ روٗدمُت نِہ وۄنہٕ چھِ لوکچہ
لوکچہ کِنہِ سوٚمبرٲوِتھ علامتی طور اَکھ لوکُٹ لٔرِ ہیُن بَناوان ۔ اَتھ مَنٛز
پانُسہٕ، تومُل بیترِ تھوان تہٕ لٔپرٕ زاکران ۔ مَطلب چھُ آسان زِ واوٕ وَقتہٕ
ہیٚکہِ اَتہٕ چھُپِتھ ۔ بیاکھ مٲرِی مَنٛز جاے چھےٚ استھان مرگ ۔ اوٚت چھِ
سیاح تہٕ لوان ۔ ۱۸۸۳ء مَنٛز چھُ اور شِکارٕ گَنٛدنہِ آمُت لارڈ رِپن ٲلِس
تَمہِ وِزِ ہِنٛدُستانُک واسرٲے اوس ۔

واوجِنہِ راتھ گٔڈِتھ چھِ یاترِی ژوٚدش دوہہٕ صُبحٕچ اَے نیران
برٛوٗنہہ کُن ۔ اَمِہ دوہہٕ چھِہ سِمیِن پنٛچ ترٕنی یا پاتٕر ترٕنہِ واتُن ۔ مَنٛز چھِ لوان
مہاگُنسہِ ہِنٛد بال یُس اَتھ سفرس مَنٛز سارِوٕے کھوتہٕ تھوٚد چھُ ۔ یہِ آسہِ
۱۴۶۰۰ ام تھوٚد ۔ چرٛھائے چھَنہٕ لیش باگٕچ ہِش ترٕکرٕ مگر تَمہِ کھوتہٕ چھےٚ
سیٹھا ہُتھ بیتِس تھزَس چھےٚ یاترِیَن شالِش کھَسان تہٕ کٲتیاہ چھِ

ترُن ۔ اَمہِ موکھہٕ چھُ اکھ ہیومنٹ پنٛچ ترنی ناد۔ دٔیان ہیلہ شوجی مہاراج اوس تانٛڈو ناچ کران۔ اَشٕر ژھٔٹ آبہٕ واہرٕ پانٛژن کھیتن منٛز تہٕ شیرس پیٹھ لۄوسہٕ گنگا اُس سو ڈُرٛہ تیکیٚر یمو کھیتو کینٛژ تہٕ بنیہ یہ یمے پانٛژن کوٚلہ یمین پنٛچ ترنگنی ووٚنکھ ۔ اَتیتھ چھےٚ ہیلی کاپٹر خاطر پیٹری بناوٕنی ستہل۔

ژوٚدش دوہ چھ انہٕ روزان ساسہٕ بدٕ یاتری ہرکیان، گرٛحی بنیر تہٕ بڈ دوٚسہٕ ژرو سہ چھےٚ آسان۔ کیٖجن کیرتن منڈلیہ چھےٚ آسان جوشہٕ خروشہٕ سان سرگرم۔ تکیشا زِ صُبحس چھ گوپھایہِ منٛز اَتھ سوامی امرناتھ جی سُند درشن کرُن ۔

یگاہ چھےٚ پوٚنم ۔ تریمی بجہ راتُ چھ لکھہ آسان تیار۔ چھرٕ ہنٛز پوٚزا سینٛز تہٕ یاترا درٛایہِ۔ اوڑ کلومیٹر کھنڈ ٹکیتھ چھِ واتان دوٚمیل ۔ اَتیتھ چھُ دون کوٚلن مِٹیل گژھان۔ اکھ گو تیتھ یا نس لِس پانٛژِ ترنیٚ پیٹھ وسان چھُ تہٕ بیاکھ گیہِ سو کوٚل یوسہٕ امرناتھ سوامی ہنٛزِ گوپھہِ ہنٛد پوٚنی پانس ستی رلاوِتھ چھےٚ وسان ۔ اَتھ چھِ ونان امرگنگا۔ اَمہِ دوٚمیلہٕ پیٹھ چھُ یہ پوٚنی وسان بالتل کُن تہٕ میلان سِنٛدِس ستی ۔

دوٚمیل واتنہٕ چھِ نیران یاتری ژھیٚنی تہٕ کھسان کوٚلہ بُھٹی ٹھی تمہِ تارٕ منٛز دینٛد منٛز گو پھا چھے۔ چڑا ے چھے ژر کرِتہٕ ترچھے سخ۔ پتھرس تہٕ اُندری ٹیکھی چھ شین۔ وتھ چھےٚ تنگ۔ مگر یاتری چھِ ووٚنی ہیمتھ کرِتھ قدم قدم دِوان ۔ تکیشا زِ منٛزل چھ نزدیک۔ صرف ژور کلومیٹر۔ لوٚتہ یم ترو شتھ پکان ۔ نیوٚن چھکھ گژھان بشاشت تہٕ دِوان چھِ پزیم نعرٕ ......

سوامی امرناتھ جی کی جے ...... آخر چھِ واتان گوپھایہ نِش۔ ہنا چھِ دِوان دم۔ پتہٕ کران شٔشروانہٕ شرٛان امرگنگایہ منٛز ...... پلویدلاوان تہٕ کھسان ہیٚوٚر گوپھہِ منٛز ...... دۄہان پتھ کالہِ آسی اۆت نیٚنہٕ ژٔنی بھسم ملتھ اژان تہٕ نانٛدرو ناچ کران یا صرف ترٛز جامہٕ لاگتھ اژان۔ شٔر وھایہ تہٕ بگھنی سان پوٗزا پاٹھ کران۔ تہٕ بھگوانس پننہِ مقدرٕ اَرپن کران۔ سوٗن، روپھ، نقدی، وستر، نارجیل، میوہ بیترِ۔ اَتہٕ چھےٚ چوٗنہٕ میٹر (Chalk Silt) آسان یوسہٕ یاترٛی چھِ ڈکس متھان۔ یتھ زن شیوناتھ چھُ ہاوِتھ تصویرن منٛز۔

سمنٛدرٕ پیٹھٕ چھُ اَمہِ گوپھایہ ہنٛد تھزر اَلہِ پلہٕ ۳۸۰۰ میٹر۔ اَتہِ چھُنہٕ عام طور آسان زنتہٕ تہٕ ژاپٔنس۔ مگر اَمہِ دوہہٕ چھےٚ اَمہِ گوپھایہ منٛز نیران کوتر جوٗرٕ یہ یاترٛی چھِ یہ وُچھتھ سیٹھاہ خوش گژھان۔ لۄتا فی تہٕ تم یہ کوتر جوٗرِ وُچھن تمن چھُنہٕ پننی یاترا سوپھل باسان۔ یم کیاہ چھِ کھوان یا کتہٕ پیٹھ چھِ یوان چھُ سوٗرے سِر۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یم چھِ دراصل امریشور مہاداج سندی سیوک کوترٕ آگتھ آمتی بھگتن درشُن دِنہٕ باپتھ۔

یہ چھُ برو نتھے امرت وَننہٕ زِ اَمہِ گوپھایہ ہنٛد تالو پیٹھٕ چھُ دۄشان پان پھیرِ تہٕ بنتھ یم پتھر پیوان چھُ۔ تمن چھےٚ ژۄ تہٕ پچھس منٛز موٗرتی ووتلان۔ گُنہِ کُنہِ چھےٚ ژٕ آسان: یعنی شِوناتھس تہٕ پاروٚتی جی ہنٛز۔ نتہٕ چھےٚ آسان ترٛے۔ ترٛیم چھےٚ آسان گنیش جی سنٛز۔ یمن موٗرتین چھُنہٕ پرٛتھ وُریہ ہیٚہے دوہٕ ژار آسان۔ یہِ چھُ ہران یا ژھوٹان۔ بٔڑِ بارِ منٛز چھِ یاترٛی کران

جتہِ زیٖمِن مۄرتین لاگہٕ ہان کھورٕ ان آسہٕ ۔ اَمہِ سیٖتۍ چھہٕ یمن چھوکھ لگنُک احتمال۔
لہٰذا چھہٕ یمہِندِ بچاوُک خاطرٕ اندۍ اندۍ جنگلہٕ ۔
وارٕ ساینسدان چھہِ امرنیشورُکو پھایہ یوان امثیک کھوٗنج کڈنہٕ زِ
یمہِ مۄرتی کیتھہٕ چھےٚ بنان ۔ وۄنہٕ ژار پراوان تہٕ مۄژان ۔ کاںژاہ رایہِ چھےٚ آمٕژ
سیر بازر تراونہٕ ۔ اَڈمی چھہِ کران کوٗشش یمن stalagmite / stalactite
عملہِ سیٖتۍ واتنس ۔ مگر وُنِس تام چھُنہٕ کانٛہہ خاطرخواہ یا وۄژنۍ
لایق دلیل پیش کرنہٕ آمٕژ ۔
یاتری چھہِ والیسی پہِتھٕ یاترہٕ ہرنی روزان تہٕ دۄیمہِ دۄہہِ واتان
پہلگام تہٕ شامس سرینگر ۔ یم زَن شُلی کرن درشُن تِم چھہِ پوٗنِم دۄہے پہلگام
واتان ۔ برۄنٛتھ آسہٕ والیسی پہٕتھٕ لۄدلہ شرادھ کران ۔ لۄدل تیرتھ چھہٕ
ژرال نیشہِ ۔ پہلگامہِ اگر مالمیشورنش ژرۄ بالہٕ اپور ۔ اَتی واتان آسہٕ ژرال ۔
مگر وۄنی چھہِ یتیوٚ دُسے یوان لبہِ مژٕ سرینگر ۔
سوامی امرناتھ جی یاترا چھےٚ وارٕ اہِر کٔرِتھ کوٗشش کران ۔ اَمِچ روحانی
کیفیت اکھ طرف تہٕ اَتھ چھہِ یاترِن ہِندِ دِل منٛز اتھہٕ ہِندۍ سوندر نظارہٕ
وُچھنٕچ شادمان گترِ ہان ۔ یاترایہِ منٛزٕ وَتہٕ چھےٚ وۄنتھہٕ ہُتھٕ ہُتھٕ ۔ اَمہِ پتہٕ چھہٕ
لیدرِ ہِنٛد وَنہٕ وُن بۄزان لۄزان یم تَتھ نیٚبہِ ییٚنہٕ ۔ ژھنِہ کھورِ ژی کوہ
بال تہٕ گٔنٛن جنگل چھہِ یتہٕ لیدرِ چھےٚ ژھایہ گٔنٛژ کران ۔ تہٕ رۄنہٕ کتھہٕ چھےٚ
پوشہٕ مرگ منٛزِ دۄ دِ کۄلہٕ وسان تہٕ کوہہٕ تھنگین چھہٕ ہیمبہٕ دستارِ لاگتھ
یم سرہی یہ کھسنہٕ سیٖتۍ چھہِ نیبہٕ کران تہٕ اوند لوٗک شُو برادان شبنہٕ مادان

ناگہٕ لوکھر تہٕ منر۔ پوشہٕ ذاتہٕ تہٕ سبزار۔ لطیف ہواتہٕ پانژادرچھےٚ منوشس
کیاہتانی جودزن کران تہٕ لنس پرستی ہنٛدی خیال زن چھ پانٛ پانےٚ یتھ پتھ
روزان تہٕ انسانیت، یکٕمت، خلوص تہٕ محبت ووتلتھ یوان۔ یوٚتےٚ اوت
تہٕ بلکہٕ دِلس تہٕ دِماغس بیٛہتھ چھ شہ انتہٕ پہوان ییٚچ کیفیت شیکسپیٖر
(Sermons in stones تہٕ زیٖوِ (Shakespear)
منز دٔرشنٹھی لوان۔ (and books in running books
منٛنسٕس چھےٚ یتھس ماحولس منز نہ صرف دٕیی مشان بلکہ ساری ییے کاینٛاتس
سیتی چھ پاسان اکھ قریب رشتہٕ یتھ اکس پیریوارس منز آسن گٔنزرِتھ۔
امرنشیور یاترا چھےٚ آسان کرٕنی ٹھاوِ ٹھاوِ تہٕ وٕ تہٕ یم تیرتھ ین تمن
جاین منز شراں کرٕن تہٕ پوٗزا کرٕنی۔ یتھ کالہ اسہ وارہ یاتری دوہ یہ دران
فاقہ۔ تم اسی شکمہ پانہ گاراوٹ بتیرلوان سیتی۔ رات کیٛنٛت وٕژھا یہ تربیہ تجر
نینٛدرِ۔ شران اسندھیا پوٗزا کرے یکھ تہٕ یتہٕ دٕرااے چاے چیتھ نوٗس
پیٛراوس کٕن تہٕ اوٚت وائنتھ کر لوکھ بنٛیہ شران تہٕ پوٗزا۔ اِدٕ اسی ہیوان
بتہٕ رٕتن ...... یتھ پاکٹی یاترا کرلس منز اس سیٹھا محنت مگر فرصت
اس تہٕ شانتی اس۔ یتھےٚ پیرٕو یرو برو تہ یچھے یہ، کرہتکی جنجال تہٕ دٕنیچہ
گھری کانگرِ آسہ کیہنہ کال مشتھ گژھان۔ باے برادری تہٕ انسانیتک
بزر یتھ سائنس منس منز چھےٚ کھےٚ لج ہزاوس تہٕ دس نیران۔ فطرتک
ماری موٗنادر یتھ، شوٗدہواتہٕ صاف پونی بتھ منز لوٚٹہن تہٕ کچھ ذاژن ہنٛد
جوہر لنتھ چھ۔ سادتہٕ صحت مند غذا۔ اتھ ماحولس منز چھ خودغرضی لشہ

بالانٛتر رۄزنہٕ پٮ۪ن اصلی وجوٗد پیٚر زِناوِتھ ہیکان ۔ امرناتھ مہاتمہٕ چھُ وَنان زِ
یُس امریشورٕچ یاترا کرِ سُہ چھُ یتھہٕ سمسارس منٛز رۄزِتھ تہٕ مکتی پراوان ۔
یعنی تس چھُنہٕ دُنیاوی دوکھ سوکھک کانٛہہ تہٕ اثر گژھان ۔ سُہ چھُ روزان
نِشکام تہٕ نِرمل ۔ یِمن اَمہٕ قسمہٕ شانٛتی چھےٚ لبان تِم چھِ بیٚیہ تہٕ بیٚیہ پرٛتھ کیتھن
یاترا کران ۔ مےٚ چھُ وُنہٕ یاد یُس منٛز اکھ شخص یُس مےٚ لوکچارٕ اوس
وُچھمت ۔ أمیٚ اوس سٔتہٕ ترٛہہ لٹہ یاترا کٔرمٕژ تہٕ وَنان اوس برابر روٗزِ
توٗتانٛی کران یوٗتانٛی زو چھُم ۔ تس اوس نہٕ کانٛہہ طمع تہٕ یتھِ پیٚٹھٕ أمِس
منٛزٕ شانٛتی درٕ بیٚٹھ ۔

مگر وۄنی بدلیو وَق ۔ لُکن چھُنہٕ فرصت ۔ تِم چھِ واتان بائش دۄہہ
صُبحے پہلگام تہٕ تمہِ پتہٕ ژنٛدرن وور ۔ یا سرینگرٕ پیٹھٕ اکی دۄہہ واتان داوجن
یا پنچ ترنی تہٕ ۔ بیٚ چھُ ظاہر زِ یتھہٕ یاترہِ ہیکن نہٕ کوہن، نٔین تہٕ سرن ہنٛد
بدلیمتہٕ ماحولُک کانٛہہ خاص فائدٕ تُلِتھ انکِشافٕ ۔ یمن چھُ آسان گرٕک،
دفترُک، یا کاربارُک بۄرمنٛس منٛزٕ سے ۔ وۄنی چھےٚ یتھٕن لُکن یا پتہٕ زیادٕ
سہولیت ۔ یِم چھِ بسہٕ منٛز واتان کنگن تہٕ سونہٕ مرگ نٕیرِتھ بال تَل ۔ اَتہٕ پیٹھٕ
چھِ باہ کلومیٹر دۄ میل تام تہٕ تمہِ پتہٕ گوپھا یتہِ ژور سے کلومیٹر ۔ اگر کانٛہہ
ٹیکسی ہیتھ نیرِ سُہ ہیکہ اکی دۄہہ یاترا کٔرِتھ بیٚیہ شامن سرینگر واتِتھ واپس ۔
یہ گیہ crash pilgrimage ۔ شیٹھ وُری برۄنٛہہ اوس
پنڈت آنند کول بامزی اَکہِ ژبہٕوَن دتہٕ منٛز یہ کتھ آیہ بال ۔
لُکن چھےٚ چاہت آسان زِ لوٗزا یاسٹھٕ عبادت کرِنہٕ بیتھ گوژھ تمن دُنیاوی

مسلن نہٕ حل نیرِن۔ اما امرلیشور یاترا کرنہٕ ستی چھا امہِ قسمُک کانہہ رُت پھل یِمن میلان ؟ یہ ہیکنہٕ اتھ ییتھ کانہہ ذاتی رائے ظاہر کرِتھ۔ تِمے چھےٚ ییتھے بانہٕ ۱۹۳۸ء منز یاترا کرِمٕژ۔ امہِ پتہٕ چھپیو ماڈرن ریوِوس (Modern Review) منز اکھ ییتھ میون باتصویر مقالہ۔ ماڈرن رِوِو اوس انگریزی پاٹھی نیران کلکتہ ییتھ نہٕ اوس تمہ دِ پایہ کین نہٕ معتبر رسالن منز ماننہٕ یوان ییتھ کرہٕ امہِ مقالہٕ منز کینژن سطرن ہند ترجمہ پیش ۔

" اَکھ طریقہ سونچن والی وَنن خبر کیا کیا مگر گوپھا وٕچھنہٕ چھہ دوٕدِ دوٕر ییتھ وانان، یاتری نہٕ بھگوان نہٕ چھہ ییتھ غلوٕصُک قدر کران۔ دپان چھہ کشیرِ ہندی آزِ کی (یعنی ۱۹۳۸ء منز) مہاراجن بناوٕ ناوٕ نوٕ سڑک گوپھایہ تام نہٕ بجٕ بازِ امس ہیوٕل لوٕ راج۔ یہ دان اُمراتہٕ اوس موٕنکمت۔ کشیرِ ہندِ اکی مسلمان آے، سی، ایس منسٹرن نہٕ تسنز آشنہ کرٕ گوپھایہ منز صدق دلی نہٕ خلوٕص سان زار اُزی انہٕ گوٕ ہر ہا ناگز ہکھ بنی ییلہ یہ گوٕبرز نمس آدنمِ گئے اور بنیہِ دوہ لَتِہ شکرانہٕ کمہٕ نہٕ۔ اکھ نوجوان بنگالی عیسائے پروفیسر ییمہِ آکسفورڈ اس تعلیم پرمژ ادیہ اوس (St. Stephen college Dehli منز پروفیسر) گو والسی ییتھ نمونہٕ ہک شکار مرنہٕ پرٕ دوہ نہ لیکھنوٕون یہ پاٹھ عام :

" میانِن سارِنے دوستن گزھہِ وَنُن زِ یاترا لوٕبہ کرِتھ چھس بہٕ بڈٕ تسکینہٕ سان ییمہِ عالمہٕ گژھان ......"

مگر یاتری چھ امرلیشور یاترا کران رُوحانی تسکین تہٕ شانتی پراوُنہٕ باپتھ۔
اَکھ انگریز سیاحن باوٕ پننہِ کیفیت یتھٕ پاٹھۍ:
"قطرتک نظارٕ چھ تیتھٕ شاندار، پُر کشش تہٕ موثر زِ اَوت
وانتھ چھ یاسان منوش وُوتا کاینات کِس خالقس نش۔"
یوٚہے بھاو چھُ ساد ھو، سنیاسیو، صوفیو تہٕ گوسنا تو پننہِ پننہِ طریقہ
ظاہر کوٚرمُت:

کوہ و دریا و غروبِ آفتاب
من خُدا را دیدم آنجا بے حجاب

(اقبال)

شیو شکتی اکھ نامہٕ لیہ بٔہ ہیوٚن

پانہٕ بوزٕ مانہِ کیا لوٚن وَتُن
پرمانندٕ پانس رٔتُن

من تھج کرہ۔ پوٚژان پرٕ بھو

(پرمانند)



معراج الدین

# ہاوس بوٹ

کشیر چھےٚ پننہٕ خوٗبصورتی کِنۍ دُنیہس منٛز سیٹھاہ مشہوٗر۔ کشیرِ ہٕنٛدۍ بالہٕ ٹھنٛگۍ، آبشارٕ، جوٗیہٕ مرگہٕ تہٕ ماٛدان چھہٕ یتہٕ وٕتہٕ بیٚیہ غٲر مُلکیَن ہٕنٛدِ خٲطرٕ باعثِ کشش روٗدۍ مٕتۍ۔ یۄہے وجہ چھُ یہِ چھےٚ دُنیہس منٛز اکھ اہم سیاحتی مرکز مانہٕ یوان، یۄت غٲر مُلکی تہٕ ہِنٛدوستانکیو اطرافو بیٛیہ ترٛٲنتہٕ ووٗری یہِ ساسہٕ بدۍ سیاح چھِ یوان، یتھ پاٹھۍ چھےٚ ریاست جموں و کشمیرٕچ معیشتٕچ اکھ خاص صِفت مانہٕ یوان۔ امہِ علاوٕ چھےٚ کشیرِ منٛز اتھ کامہِ دُنیہس منٛز بٔنِتھ اکھ اہم مقام کھوان۔ یتھ سِتۍ لُکن منٛز اکھ خاص تعداد چھےٚ بروٗنہہ کالہِ پٮ۪ٹھۍ کشیرِ منٛز ییٚنہٕ گژھنہٕ دری یاوٕرۍ وٕتہٕ آسنٕچ۔ امہِ کنہِ ہٕنٛد ثبوت چھُ دُنِیہِ کِین ٹاکارٕ پاٹھۍ دٕرینٛٹھۍ گرٛہان۔ بیٚیہ زٲن دُنۍ کس تہٕ ویٚتھ دوشوٕے طرفو ٹھٕس لُکھ بسان چھِ۔ یتھے پاٹھۍ چھِ ویتھ ٹھسِ بیٚیٹھ تہٕ پرٛانۍ مکانہٕ دٕرینٛٹھۍ گرٛہان تہٕ نالہٕ مارٕس دٕچھنہٕ کھووٕرۍ تہٕ بستی آباد۔

تاریخکِ مطالعہٕ نِلہٕ چھُ نَنان زِ کشیرِ منٛز آسی ناوَن ہٕنٛدرۍ وارِیاہ قسم موجود۔ یتھ منٛز ڈونگہٕ، ناہٕ، ژھیٚٹہٕ شکارٕ، ہاکہٕ وارٕ تہٕ نادٕ وغٲرٕ قابلِ ذکر۔

چھِ۔ مگر دُمنزلہٕ لیسنٕچ (رہایشی) ناو کرٕ یِنہٕ مسلمانو دٲیِج۔ چنانچہ اکبر بادشاہس

سنہ ۱۵۱۶ء متعلق چھُ وَننہٕ یوان، ییٚلہِ سہ شہرس منز جشنکہِ دوہہ جلوٕ گرِ سپدٕ

سہ اوس اکس دُمنزلہِ ناوِ منز دٔریایہِ جہلمس منز اتھی ناوِ منز تخس پیٹھ بِہِتھ

دٔری یادُک سیر کرنہٕ دِرامت۔ تہٕ یِمہٕ ناوٕ بنیہ یہ پتہٕ ہاوس بوٹ۔

مگر تاریخِ تحقیقہٕ تلہٕ چھُ دریافت سپدمت زِ گوڈنچہ لٹہ یمس شخصس ہاوس

بوٹس متعلق خیال آو، سہ اوس اکھ انگریز یُس (M.T. Kennard)

ناو اوس۔ یتھ پٲٹھی سپد ہاوس بوٹ سنہ ۱۸۸۱ء منز گوڈنچہ لٹہ رٲیِج۔

یورپی سیاحن ہندِ کشیر ہنہٕ ستی آسے یِنہٕ رُوزنہٕ باپتھ خاطرخواہ

انتظام نہٕ آسنہٕ کنی تِمن سیٹھا مشکلات دریپیش۔ یِمَن لوکن اوس نہٕ مہاراجی

حکومتس منز مکانہٕ بناونہٕ یا مکانہٕ ہینک اجازتھ۔ یہ مشکل دور کرنہٕ خاطر

آو ڈونگس مزید بہتری تہٕ سہولتہٕ فراہم کٔرِتھ موجودٕ ہاوس بوٹ بارسس۔ ہاوس

بوٹن منز مزید بہتری تہٕ مزید سہولت فراہم کرنس منز کٔرو ادیا ہو انگریزو واتھ مزید

دستھ دِنچ کوشش یمن منز یم قابلِ ذکر چھِ۔

سنہ ۔ مارشن کیناڈان ہنو وُڈلپور ہاوس بوٹ ۱۹۱۸ء ہس منز ناو کفو ونس،

Col. R. Sartorins & mr marty Kennard

"Victory" ۔ یہ ہاوس بوٹ چھُ ونکس راجباغ نش وَنیتھ بٔٹھس

پیٹھ پننہٕ شان برقرار تھٲوِتھ تلہٕ پزِ یتھ سیاحن ہندِ خاطر باعثِ کشش۔

ہاوس بوٹ بناونس منز چھِ دیودار لکڑ استعمال سپدان۔ یہ لکڑ چھنہٕ

آبس منز دوران۔ لکڑِ ہند یہ قسم چھُ سیٹھا پایدار تہٕ قیمتی۔ ہاوس بوٹ

بَنادنَس مَنٛز چھُ چھانَن ہُنٛد اَکھ خاص طبقہ مہارنٛد تھاوان ۔ ہاوس
بوٚٹن ہُنٛد زیٖچھر چھُ پنٛژاہ ہٕٹھ فُٹ بیٛٹھ پنٛژ ہتھ فُٹن تام آسان ۔ اَمِیُک
کھجر چھُ تقریبن ۱۶ فُٹہٕ آسان ۔ ہاوس بوٚٹن چھِ اَنٛدرِ کٕمرٕ بَنٛدی آسان ۔
یَتھ مَنٛز ڈرائینگ رُوم، کھانہٕ کُمر، پینٛٹری علاوٕ بیڈ روم وغارٕ شامِل چھِ ۔

ڈرائینگ رُوم :

یہ چھُ اَکھ بوٚڈ کُمر آسان، یَتھ مَنٛز کاشُر تہٕ ایرٲنی قالیٖنہٕ وَتھرِتھ چھِ
آسان ۔ اَتھ کَمرس مَنٛز چھُ عام طور ڈوٚنی ہِیُہ ہُنٛد فرنیچر آسان ٹٔکِتھ یا صوفہٕ سیٹ
وغارٕ ۔ کٕمرِکِس اَکِس طرفس چھُ آسان رائیٹنگ ٹیبل ٹٔکِتھ ۔ تالو چھُ عام طور
کاشُر مخصوص تالو یَتھ وَس تالو ونان یا ختم بنٛد تالوٕ لیس سیٹھا شوٗبہ دار
آسان چھُ ۔ بلکہ چھِ ہاوس بوٚٹہٕ کِس روٗلیس تہٕ اَنٛدرِ میٚن حِصَن ٹکر پیٛٹھ
زٲوِج گُل کٲری کٔرِتھ آسان تہٕ کاشُر اَتھ کامِہ ہِنٛدی کٔرٕ لول پردٕ دارِ
استعمال کرنہٕ یِوان نَتہٕ ریشمی رنگا رنگ پردٕ لاگِتھ آسان ۔ اَتھ کمرس مَنٛز
چھِ تالوس شیٖشہٕ بُڈی جار یا فانوٗس ٹٔکِتھ آسان ۔ یِمہٕ سٟتی اَمہٕ کُمرچ
خوٗبصوٗرتی مَنٛز زیادٕ یِہن ہُرہٕ چھِ گژھان ۔ گرمی مَنٛز پنکھ تہٕ سردی مَنٛز
گرمی ہُنٛد تہٕ لوٚنٛد بس آسان ۔

ڈاینِنگ ھال یا کھانہٕ کُمر

اَمِہ پَتہٕ چھُ کھانہٕ کُمر یا ڈاینِنگ ہال آسان ۔ یَتیہِ سیاح کھیٚن وغارٕ

---

ے The Boat & Boatsman in Kashmir.
By . Dr. Shanta Sanyal.

چھِ کھوان ۔ یہ کمرٕ تہٕ چھِ سجاوِتھ آسان ۔ اَتھ کمرس تہٕ چھِ قالینہٕ وغارٕ وٕتھرِتھ
آسان ۔ بۄڈ کھانہٕ میز تہٕ ژھۄر کرسیہٕ لگِتھ آسان ۔ اَتھ کمرس منز چھےٚ کرا کری
وغارٕ شیشہٕ وِ الماریَن منز سجاوِتھ آسان تہٕ اَتھ کمرس چھُ اَکِس طرفس کُن
فِرج بیترِ تہٕ آسان ۔ تہٕ بیٚیہ چھِ اَتھ کمرس منز تہٕ کیٚنہہ کاشرِ آرٹ پیٖس مثلَن
سماوار، ہیہہ شُند مسلہٕ وغارٕ لبَن پیٹھ سجاوِتھ آسان ۔

پینٹری ۔

یہ چھُ اکھ لوکٹ کمرٕ آسان ۔ ییٚتہِ کرا کری، کھینہٕ بانہٕ وغارٕ الماریَن
منز چھِ تھاوِتھ آسان ۔ اَتہِ چھُ سیاحَن ہِنٛدِ خاطرٕ کھین وغارٕ گرم کرنہٕ
یوان تہٕ شیرِتھ تہٕ شوٗبہٕ دار پانٛژھ یمِن کھیٚنہٕ کمرس منز پیش یوان کرنہٕ ۔

بیڈ روم (شونگن کمرٕ)

بیڈ روٗمَن ہُنٛد تیدادُک دار مدار چھُ ہاوس بوٹکِس نِکھرس پیٹھ منحصر ۔
اَکِس ہاوس بوٹس منز چھِ کمہٕ کھوتہٕ کم اکھ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شے کمرٕ تانی
ہیکان آسِتھ ۔ پرتھ کمرس چھُ آسان شیرِتھ تہٕ پرتھ فرشس قالینہٕ وٕتھرادِتھ ۔
شونگنہٕ خاطرٕ کمرس دۄن اَنٛدَن تہٕ پلنگ لگِتھ آسان ۔ یِم عام طور ڈؤز
ہچہٕ ہِنٛدی بناوِتھ چھِ آسان ۔ یمِن پیٹھ چھُ نرم توٗزک بسترٕ وٕتھرِتھ
آسان تہٕ بجلی ہُند خاطرٕ خواہ انتظام آسان ۔ چونکہِ ییٚتہِ چھےٚ وَندس منز بجلی
ہیٚنز وِژھے تہٕ ہاوس بوٹن منز چھُ جنریٹرن ہُنٛد تہٕ انتظام آسان ۔ کمرس چھُ
اَکِس طرفس کُن ڈرائنگ ٹیبل لگِتھ آسان ۔ تاکہ سیاح لوکھ ہیکن پانس
شیراونہٕ پارادکرِتھ ۔ اَتھ کمرس سٕتی چھِ جدید غسل خانہٕ لگِتھ آسان ییٚتہِ

موجود Sanitory Fitings. تہٕ اَتھ چھُ سرد تہٕ گرم آبُک انتظام
آسان ۔ ساری کٔشدگی چھے تِھنٛز مَنٛز جذب گژھان ۔ ییٚتہِ یِم ہاوس بوٹ
لگیتھ چھِ آسان ۔

ہاوس بوٹن چھے اکھ ڈُونگہٕ سٍتۍ آسان یٚتہِ سیاحن ہُنٛد کھین وغارٕ
رنِنہٕ چھُ یِوان ۔ تہٕ اَتی بیٚہتھ چھُ کھین تیار سپدِتھ ہاوس بوٹس مَنٛز پیش
یِوان کرنہٕ ۔ ہاوس بوٹس مَنٛز باگ چھے اکھ لوکٹ ہیر ڈٔویمِس پورس کُن
کھسان ۔ یٚتہِ سیاح اَتھ کٔھسِتھ لُتہ پٔہِن قُدرتی نظارن ہُنٛد حَظ تہٕ
چھِ تُلان تہٕ تفریحُک سامانہٕ مَنٛز چھِ کران ۔ تا پہٕ کرِ تٔژر نِشہٕ بُچُیتھ چھے بجرِ
چھٕتس بٔنِرِ وَرتاونہٕ یِوان ۔

سیاح بٔہتھ بیٚہتھ ہاوس بوٹس مَنٛز اَتھنہٕ تہٕ نٔنہٕ یا ہیٚتھ چھے لوکچہ لوکچہ
شِیرنھ تہٕ پیٚرِتھ ٹیکسی شِکارہِ استعمال کرنہٕ یِوان ۔

سرینگرس مَنٛز چھِ ہاوس بوٹہٕ ترٛٚن مخصوص جاین پیٚٹھ درٛیٚنٛٹھی گژھان ۔
جھیل ڈل، نگین لیک تہٕ دٔری بابہٕ جہلمس دوشوے طرفہٕ ۔ یِم ہاوس بوٹ
چھِ بٔہتھ پکہٕ وٕنِس پٔرِتھ انسانہٕ سندِ خاطرٕ تہٕ خاصکر غٲر ملکی سیاح چھِ
یِمن ہاوس بوٹن مَنٛز رُوزُن پسنٛد کران ۔ یِمَن ہاوس بوٹن مَنٛز چھُ سیاحن
ہُنٛدِ سہولیتُک تہٕ آرامُک خاص خیال تھَوَنہٕ یِوان ۔ یِم سیاح ہاوس بوٹن
مَنٛز جھیل ڈلس مَنٛز روزان چھِ یِم چھِ ڈلُک پوٗرِ حَظ تُلان تہٕ قُدرتچ کارٛیگری
وانہِ دِوان ۔ جھیل ڈل چھُ سرینگرکس شمال مشرقس مَنٛز ۔ یہ جھیل چھُ ژور
میل زیٛوٗٹھ تہٕ ڈٲیِ میل کھُلہ ۔ اَتھ مَنٛز چھِ وارِیاہ دُکان تہٕ ہوٹل تہٕ ٹرانسپورٹ ۔

تہٕ جھیٖل ڈلچ خوبصورتی چھےٚ ہنٛنہٕ جایہِ اکھ مِثال ۔
اکہِ تازٕ سروے مُطابِق چھہِ سرینگرس منٛز تقریبن اکھ ساس ہاوس
بوٹ یِم جھیٖل ڈلس، نگیٖنہ تہٕ ژٕرِ بایہ جھیلس منٛز اِستاد چھہٕ۔ یِمن ہاوس
بوٹن ہنٛز درجہ بنٛدی چھےٚ محکمہ سیاحتن کٔرمٕژ۔ سو چھےٚ پنٛژھ پاٹھٕ ــــ
ڈی لکس۔ اے کلاس۔ بی کلاس۔ سی کلاس۔ ڈی کلاس۔ ہاوس بوٹن
منٛز روزنہٕ خاطرٕ یُس کِرایہ چھہٕ مُقرر کرنہٕ آمُت۔ سُہ چھہٕ پنٛژھ پاٹھٕ ۔

| | کرایہ مع کھیٚن چیٚن ژٕن نفر | کرایہ مع کھیٚن چیٚن یک نفر |
|---|---|---|
| ڈی لکس | ۳۲۵ روپیہ | ۲۳۰ روپیہ |
| اے کلاس | ۲۲۰ روپیہ | ۱۵۰ روپیہ |
| بی کلاس | ۱۱۷ روپیہ | ۱۰۰ روپیہ |
| سی کلاس | ۱۰۰ روپیہ | ۹۰ روپیہ |
| ڈی کلاس | ۶۰ روپیہ | ۴۵ روپیہ |

جھیلِ ڈلس منٛز یِم ہاوس بوٹ چھہِ تِمن ہنٛد فہرست چھہٕ یہِ :

1.Taj Mahal 2. Golden Palace 3.Humayun Palace 4.High land Queen.5. White Shores. 6.Janat Palace. 7.Queen of the Lake. 8. Taj Palace. 9. Savoy. 10.Floating Castle. 11.Persian Palace. 12. Bangkok.13. Top Erien.14.New Taj.15.Lango Palace. 16. Manzoor. 17. Navy. 18. Gulistan. 19.Dastan. 20.Kings Rose.




ہاؤس بوٹ ۔ نیئبرہُم منظر

21.Shabistan. 22.Gulistan Palace.23. Y.Golden Palace.24. Paristan. 25. Wood land. 26. Bostan. 27. Tunda palace.28. Gulzar. 29. New Blue Jay. 30. New Erin. 31. Prince of Vales. 32.Flower Garden. 33.Tehran.34.Snow View.35.Dalgoma. 36.Starling. 37.Star night. 38.Peer palace. 39.Fayaz. 40.Rubani palace.41.Star of kashmir. 42.New Dangola. 43.Dangola palace. 44.Alziria. 45.Erin. 46.New Ruby. 47.Sun beam. 48.Ruby.49Union Jack. 50. New Chinar. 51.Helen. 52.Buloo palace.53.Sheikh palace. 54. New Ara Bella. 55.Cultural palace. 56. New Flower Garden. 57.Floating palace. 58.Zandar palace. 59.Harmes. 60.New Texas. 61.S.Shabash. 62.Golden Hind. 63.Helen of Troy. 64.Tree of the life. 65.New Colombo. 66.Heaven. 67. Harmony. 68.Chinar. 69.Queen Elizebth. 70.Pakhtoon palace. 71.Armstrong. 72.Bulbul. 73.Shera palace. 74.Texas. 75.Dawn. 76.Merry dawn. 77.dawn Group.78.Happy Dawn.79.Lucky Dawn.80.New Armstrong. 81.Arizona. 82.Gulfam.83.Golden Palace. 84.Ajanta palace. 85.Royal Kashmir.86.Golden Fleece. 87.Rover. 88.Jacqueline. 89.kotroo palace.90.Zumzum. 91.Anaar Kali. 92. Prince of Kashmir. 93.Katharine. 94.City Star. 95.Vale of

Kashmir. 96.Diamond. 97.Far pavollion. 98.Alasha. 99.Mughal palace. 100.Happy Dinners club.101.Veinna palace.102.A uamarina. 103.Blue Dolphin. 104.Switzer-Land. 105. Duke of windsor. 106. Dubllo palace. 107. New Lucky Flower. 108.Queen of Mountain.109. High Lucky Flower. 110. Badami. 111.Lalzar. 112.Pansy. 113.Mughal-E-Azam 114.Sansouci. 115.New Australia. 116. New Sydney. 117.New Cherry Stone. 118.Pagooma. 119.Yuvraj. 120.Rolex . 121.Malaga.122.Treking. 123.King of Kashmir.124.King of Sea. 125. Shah Pare. 126. Queen of Sheba.127.Royal orchard. 128.Solomen Sheba.129.New Sawsouci. 130.Hong Kong. 131.Silver Jublee. 132. Miss England. 133.King Tiger. 134.Khyber. 135.Gul-Rose 136.Jilwi palace. 137.Roxana. 138.Pala palace. 139.Rose mary. 140.Sun Flower. 141. Little Flower 142.Goa. 143 . Royal Soverign. 144.New life. 145.Crown of India. 146.Ajaz . 147. Shabnam. 148. Donoo palace. 149. Buckingham palace. 150. New Cherry life.151.Morning glory. 152.Shabina. 153.Pearl Ship.154.Miss India.155.Golden Bell. 156.Duke Well. 157.New pala palace.158.New Batkoo palace. 159.Lotus.160.New Titwillow.

161.Monalisa.162.Pandora.163.Himalya.164 .Noah Sark. 165.Mandalay.166.King Fisher. 167.Pintial.168.Heaven Sun. 169.Lucifer. 170.Derby Shine. 171.Richard Green. 172.Beausite.173.Dulce Domum. 174.H.M.S Pinafore. 175.Venezia. 176.Khuroo palace. 177.Queen of Heaven. 178.Prince House. 179.New Manila. 180.Gemni. 181.Coronation.182.New Manhattan. 183.Mountana. 184.Golden Eagle. 185.New Golden Lily.186.Fairy Land. 187.Nightingale.188.Happy House. 189.Indoor.190.Timour.191.King Gori. 192.New Shabash.193.Dream palace. 194.Zulekha. 195.Gulshan Rose. 196.Lallarukh 197.Gul-o-bulbull. 198.Mayflower.199.Suffering Moses. 200.Mother India. 201. King Fishher.202. Soulkiss.

نگین جھیل کی ہاؤس بوٹ:

1. New Doreen. 2. Silver Bell 3. Moscot one 4.Mascot Two. 5.New Mascor. 6. Lord Palace 7.Royal Suite. 8.The Lion. 9. Lion of Kashmir. 10.Jwell of Kashmir. 11.Worrier. 12.Inshalla. 13.Sobara. 14.Yaadghar. 15.New Yaadghar. 16.Nageen Princess. 17.H.B.Wangnoo Palace.

18.H.B. Monarc. 19.New Gurkha. 20.Gurkha. 21.Huermoukh.22. Golden Privel. 23.Shari-Kashmir. 24.Islamabad. 25.Peacock. 26.Canada. 27.Golden Flower. .28.New Golden Flower. 29.Jedha. 30.H.B. New Jedha. 31.Shalimar. 32.New Shalimar. 33. Majestic. 34.Washington. 35.Paradise of India.36. Flora. 37.Lady of Shirton. 38. Bajoom. 39. New Bajoom. 40. Shah Parie. 41. New Blue Bird. 42. Blue Bird. 43.Martein. 44. Jubblee Noor. 45. Perfume Garden. 46. Zenith. 47.Butter-fly.



موتی لال ساقی

# مارتنٛڈ

کٲشِر چھےٚ قودرتُک شاہکار، لۆز اَمہِ شاہکارچہ کوچھہِ منٛز چھہِ کیٚنٛہہ
تِتھی چیز تہٕ یِمن ہِنٛد شُمار عجائباتن منٛز سپدان چھُ۔ مارتنٛڈ مندر تہِ چھُ
نوادراتن منٛز شامِل یمو کشیرِ ہنٛزِ کوچھہِ منٛز زایہ لوٚب۔ یِنہٕ وۄنٛراہ ہٕ
کارِ وۄگنیارِ موکھہِ چھُ تعمیر کاری ہُنٛد یہِ لوٚپشہ گونٛد کشیرِ ہنٛدِن بێتھ کالی آثارن
ہُنٛد ڈیکہِ ٹِکہ۔ مندرُک اُزیُک کھنڈٕری سپھُٹ جلال تہٕ چھُ اَمہِ کہِ آدن کالِچ
ژینہٕ وَن دِوان تہٕ ژھوپہٕ دعپ گرِتھ رازٕ للتادتٕ ہِنٛدِ عظمتُک سربستہٕ
رازٕ وژھناوان۔

وُڈٕر کھوٚنہِ منٛز تعمیر کرنہٕ آمُت مارتنٛڈ چھُ حال حالے دُنیاکِس تمدنی
ورانتس منٛز شامِل آمُت کرنہٕ۔ تازِ فاصلہٕ چھُ تتھ اہمیتس کُن اِشارٕ کران یُس
اَہمیت برِصغیرکین قدیم آثارن منٛز اتھ مندرس حاصِل چھےٚ۔

مغربی فن شناسو چھےٚ یِنہٕ پاٹھی مارتنٛڈ کہِ عظمژ باوتھ کرمژٕ۔ یُس
پِننہِ جایہِ سٕٹھاہ قابلِ قدر چھےٚ۔ لۆز وۄنۍ تفاوتھ اَکِس کُن ترادِتھ چھُ یہِ
مندر مشرقُک پارتھینان۔ باڈٕو عظمتہٕ تہٕ تعمیرکاری ہنٛدِ اعتبارٕ یُس ہِشر

یمن دون نوٚئرِچی تعمیرن منز موجود چھ پٔنٕہ چھُپہٕ مٔشراوُن یا نظر انداز کرُن لایق ۔
دوٚ شوٗبٕہ مندر چھِ گلس پیٹھ ڈورِک (Doric) طرزِ تعمیرکۍ نموٗنٕہ تہٕ یوٗنانہٕ کِس
تعمیر کارٕ ہنٛدِس تہٕ آرکِٹیکٹس منز چھُ ڈورِک طرزِ تعمیر سارِوٕے کھوتہٕ پرٛون ۔

پارتھینان چھُ ایتھنز ایکرو پولسہٕ تھزرس پیٹھ تعمیر آمُت کرنہٕ تہٕ مارتنڈ تہٕ
چھُ وُڈرِ کھوتہٕ منز تھٔدِ جایہِ تعمیر سپٕد یومُت ، یتہٕ پیٹھ نظر شمال مشرقی تہٕ مغربی
بالن تام تہٕ گژھم کاسہٕ سٲری ہیٚہ وٕتھہ پتھر تار چھِ کران ۔ بقولِ رام چندر کاک
مندرکہٕ اٲنری پکھیچ یہٕ خوبصورتی چھےٚ تِمن لُکن تہٕ وولسٹس اَنان ، یمن
حسین چیز وُچھتھ وُٹھ تہٕ بھولان چھِ ۔ پارتھینان چھُ ایتھنی دلوی ہنٛد
مندر یُس یوٗنانی اسطوٗرِ موجوٗب کاٹہٕ جارچ تہٕ ہٕتھی یادبنٛد مقابلہ آرائی ہنٛز
علامت چھےٚ ۔ مندرس منز اَس فیڈلیسی سٕنٛز بنٲومٕژ ایتھنی سٕنٛز ۴۲½ فٹ تھز
ہسو دنٲرن تہٕ سونہٕ سٕنٛز مورتھ ۔ مارتنڈ چھُ سرٛی یہٕ مندر ۔ سرٛی یہٕ لیس
گاشنک تہٕ خوشحالی ہنٛد علمبردار چھُ ۔ اَتھ مندرس منز تہٕ چھےٚ سرٛی یہٕ سٕنٛز مورتھ
اٲسمٕژ ۔ یہٕ مورتھ چھِ اَس تتھ متعلق چھُنہٕ اَسہِ برٛونہہ کُنہٕ کانٛہہ حوالہٕ موجوٗد ۔[1]
راج ترنگنی منز چھُ یتہِ کانٛہہ حوالہٕ موجوٗد زِ مارتنڈ مندر تعمیر کرن وٲلی للتادتن
(۷۳۱-۶۹۵ء) آسہٕ پرہاس پورہٕ کِس مندرن منز سونہٕ سٕنٛز تہٕ روپہٕ سٕنٛز مورژہ
لاگمٕژ ۔

بازِ للتادتہٕ سٕنٛدِ دورکی مورژہ گری ہنٛدی ستھیٚ اَمارِ مندرِ تہٕ ژٕنہٕ ونی
نموٗنہٕ چھِ وُنی یا کُنہٕ مختلف عجایب گرن منز موجوٗد ۔ یِمہٕ تلہٕ پاسان چھُ زِ تہنٛدِ

---

۱ ۔ راجِ انت دیون اَس مندرس منز سونہٕ سٕنٛز سرٛیہٕ مورتھ لاگمٕژ ۔

وقتہٕ چھُ کٔشیرِ منٛز مٔرتٕہ گرٕہی ہُنٛد فن عروج حٔس ییٚتھ اوسمُت ۔ یہ حقیقت نظرِ تل
تھاوِتھ لوب یہِ سرٕی یہِ مٔرتھ مارتنٛڈس منٛز لاگِتھ آسہٕ ہے سو آسہٕ ہے سیٛٹھاہ
شوٗبہٕ دار تہٕ منٛدرک باڈُو چھُتھ وونٛہ تہٕ قرار دارنہٕ ۔

وَننہٕ کنہٕ لوٚدو ۔ یوٗنانی طرزِ تعمیر عیسائے سنہٕ کِس گوڈنکِس ۂتِلس منٛز گُشتانن
سٟتی کشیرِ ووت مگر تارٕ تحقیق چھُ نہٕ حقیقتس کُن اِشارٕ کران زِ یہ طرزٕ آسہٕ ہے
پارتھیَن ہیٚنٛد وقتہٕ نہٕ تہٕ آمہٕ یتہِ کٔشیرِ وونمُت ۔ کٔنہ پٔتھس اولہٕ سینٛدِ وقتکی
سکہٕ شمالی کٔشیرِ منٛز اتھِ یِنہٕ سٟتی چھُ پاسان زِ کٔشیرِ چھےٚ کنِشکس برونٛہہ ٹھے یوٗنانی
اثرس تل آمٕتٕہ تہٕ گاندھار جاتکہٕ موجوب چھُ حمیشس بردٕ شٕہہ شیٚمیس ۂتِلس
منٛز گاندھار کٔشیرِ ہُنٛد حصہٕ اوسمُت ۔ یتمہٕ کنہٕ سکنٛدرہٕ سنٛدِ حملہٕ پتہٕ تہٕ کٔشیرِ اتھ
علاقس سٟتی قریبی توعلق آسہٕ ہے ۔ چنانچہٕ راج ترنگنی منٛز تہٕ چھُ جلوٗکہٕ سنٛدِ
وقتہٕ ملیچھ حملک ذِکر یُس شمال مغربی سرحدس سٟتی حکمران یوٗنانی تراوِ کٔشیرِ
پیٚٹھ کوٚرمُت آسہٕ ہے ۔ مگر اَمہِ طرزِ تعمیرُک گوڈٕ رازٕ للتادِتٕ سنٛدِ وقتہٕ کٔشیرِ تہٕ
اَمہِ کِس اَندٕ کِنہِ علاقس منٛز لوٚرِ پاٹھی کاڈ ۔ رازٕ سنٛدی تعمیر کرٕہی مٔتی منٛدر
روٗدی نہٕ کٔشیرِ تام محدوٗد بلکہِ تہٕ بالکل علاقس منٛز کٔشیرِ نبر وُنہِ تہٕ موجوٗد ۔
کیٚنژن عالمن ہُنٛد خیال چھُ بمیاپنٛچ لودھ مٔرتھ تہٕ چھےٚ اَمی رازن نصب
کرناومٕتٕہ ۔ یہ لودھ مٔرتھ چھےٚ تتھ برہت لودھ مٔرتس سٟتی رلان، لیکہ رازن
پرہاس پورٕ لاگناومٕتٕہ اس تہٕ یتمیُک تفصیلی ذِکر راج ترنگنی منٛز موجوٗد چھُ ۔

---

۱؎ ییتہٕ چھُ ممکن زِ یہ حملہٕ آسہٕ ہے چینیو کوٚرمُت تہٕ کیازِ چینی توٲریخن منٛز چھِ ییتھی
کینٛژھہ حوالہٕ موجوٗد ۔

مارتنڈ چھُے تِمہٕ خوشحٲلی تہٕ پاپرجابی ہُنٛز علامتھ لوٗسہٕ کٔشیر رازٕ لِلتادتنہٕ
وِزِ اُس ۔ تمہِ زمانہٕ اُس کٔشیر ہُنٛد سیاسی جغرٲفی اَزِ کہ لِحاظہٕ لۆر پٲٹھی روٗکھ ۔
شُنٛز مِس ہِنٛز لِس مُنٛز اوس ہیون سوانگہٕ ہُنٛدِ بیانہٕ موجوٗب ٹیکسلا نادک علاقہٕ
کٔشیرِ ہُنٛد حِصہٕ ۔ ہیون سوانگن لیٚس کٔشیر ہُنٛد اۆنٛد لۆکھ بیان چھُ کوٗرمُت تِمہٕ
موجوٗب چھُ ٹیکسلا پیٹھہٕ جالندھر تام مُلُک سوٗرُے علاقہٕ کٔشیرِ ہُنٛدِ سلطنتُک حصہٕ
اُوسمت ۔ مگر لِلتادتنہٕ وَقتہٕ کوٚڈ کٔشیرِ ہُنٛدی سلطنتن بییہٕ ہیٚن واتھ ۔ چنانچہ
ہرمَن گوئیز چھُ کِتھ پھُٹ کڈان لیکھان ۔

" لِلتادتنٕنۍ سلطنت وٲژ میسورٕ پیٹھہٕ منگولیا تہٕ بنگال اُڑیسہ پیٹھہٕ افغانستان
تام ۔ اُتھ بُنیلن سوروٗن گوٚجھ پیدٕ شمٲلی ہِنٛدُستان اَتھس منٛز رٹنچہ
کوٗشش ہِنٛدِس نتیجس منٛز مارٕ تہذیبی اعتبارٕ اُس کٔشیرِ سیٹھا سرگرم ۔ اَتہِ آو
مقٲمی شیوی مکتبہٕ فکرِ یارٕسس تہٕ وکھرِ وشنوی فرقن لۆب زاین ۔ اَمیُک
خاص دیت چھُ تہٕ مکھی وشنویتھ منٛز وشنوہس سیتۍ وارہ تہٕ نرسمہا یکجا چھُ اَمِنۍ
کرنہٕ تہٕ اَتھ سیتۍ وار باہ موکھ تہٕ نرکِرِ تھ ہرٕی ییٚرِ ا ییٚرِ مُرتھ چھُے ساسٲنۍ
پوشاکھ لاگِتھ مارتنڈُکِ حاطہٕ منٛز اَتھِ آمژ اکار کوٗٹھن ہِنٛدی پرٲنۍ آثار
چھِ پاندریٹھنہٕ تہٕ اَسمنۍ (پرنہٕ اوشٹھال ۔ پرٲنۍ رازٕ دانۍ) ۔ پوز منٛز کالکہٕ
کانٛشرِ فنُک بانۍ کار اوس لِلتادت یمۍ پرہاس پور (پرس پور سرینگر ورنٛلی
وَتہِ نکھے) پرانہِ سرینگرُک وارِیاہ کینٛہہ حِصہ (یہِ چھُ ننہٕ پیٹھہٕ تقریبن سوٗرُے
تباہ گومُت) جلالہٕ لۆوٗرن مارتنڈ، وانگت مندر، نارستان، لوبنیار،
شنکر آچاری مندر تہٕ اَمہِ پتہٕ ملوٹ ۔ پنجالس منٛز کالر کتاس تہٕ کافر کوٹُکۍ مندر

چھِ اِمکانہٕ کیٚنہہ آمٕتۍ سپدِ رازٕ ہٕنٛدی تعمیر کرٕ ہیٚتی۔"

راز للتادِتہٕ ہٕندِ وقتہٕ اوس کٔشیرِ اَنٛدری ٹکھی علاقہٕ اَکہِ بجرآنی دوٗرٕ مَنٛزٕ
گُزران۔ روٗمی سلطنت ہٕنٛدۍ دوٚیمہِ حکوٗمتہٕ آسہٕ چھٕلہٕ وگرٕ کارٕگر بیٚیمہ کیٚنہہ فنکار تہٕ
کارٕگر بیکار تہٕ دربدر آسی گامٕتۍ۔ رازن آسٕ دوٗر دراز علاقو پیٚٹھ کارٕگر
تہٕ ہنرمند تہٕ کرِ نکھہ سر پرستی۔ یمِن منٛز آسی ہندستٲنی، ہنٛز ایشیٲئی بیتر
کارٕگر تہٕ ہنرمند تہِ شٲمِل، یمو اَنہٕ پانس سٟتی دوٚیمین علاقن ہٕنٛز تعمیری تہٕ
تخلیقی رلوانٛژٕ تہٕ۔ چنانچہ آسی چھہِ وُچھان زِ مارتنٛڈ تہٕ ملوٹ کیٚن مندرن
ہٕندِس تعمیرس منٛز چھہٕ آخری دورکس روٗمی تہٕ شٲمی طرزِ تعمیرس بنگٲلی تہٕ گُپت
دورکہِ سودرن کاپچہِ مرزٕ گرٕی کُنٹے آمٕت کرنہٕ۔ چنانچہ مارتنٛڈ مندرس پیٚٹھ کتھ کران

چھِ مارنیز وٹیڈری لیکھان :

"مارتنٛڈ مندر چھُ یتھہ کتھہ کیٚنہہ دلچسپ تہٕ کیازِ اَتھ منٛز چھےٚ یوٗنانی تہٕ روٗمی
عناصرن ہٕنٛز آویزش۔ امکہِ ژھیٚکۍ تھَمبہٕ شیر تہٕ ژکوٗنل دوگنیاد ( تہٕ اَتھ سٟتی
چھہٕ کیٚنہہ مخصوص ہندستٲنی عناصر تہٕ یمِن منٛز تروُتری محراب شامل چھہ۔
محرابک یہ طرزاد س کٔشیرِ منز ستھاہ مقبول۔ یٚمیک ثبوت دوٚتہٕ پوٚرکی

مندر چھہِ۔"

کٔشیرِ ہٕندِین مندرن چھےٚ تعمیر کاری ہٕندِ اعتبارٕ اکھ خاص انفرادیت۔ واریاہ
آگرو سازاب سپدِتھ آو کٔشیرِ منز کاشُر تعمیر کاری ہٕنٛد اکھ نوٚو سکوٗل بارسس
یتھ کاشُر فنِ تعمیر ونوتہٕ یتھ پننٛ مخصوص مزاز چھُ۔ دوٚیمین لفظن منز فاضِ تِتھ
کوٚر کاشرو مختلف چیزن ہٕنٛد وَرتاو ضروٗرتہٕ نظرِ تل تھاوِتھ تہٕ تم روٗدی کرنہٕ

دوٚیمین ہنٛدِ آویزٕ۔ مثالہٕ پاٹھی ہیٚنو ڈورِک تھمب یتھ فایدٕ موجوٗب وہ ڈورِ
گژھن آسنہٕ۔ لوٚنہٕ کاشُر لوٗکھ اَمہِ فایدٕچ پابنٛدی کرٕ مُت۔ یتھٕ چھے کیٖنژن تھمبن
شُراہ ڈوٗرِ، کیٖنژن ژوٚدٕ وہ ڈورِ تہٕ وُہن ڈورن ہنٛدی کینٛہہ تھمب تہِ چھِ اَتھ آمتی۔
تعمیرکاری ہنٛدِس سفرس منٛز چھُ مارتنٛڈ مندر گوڈنیُک اہم پڑاو۔

مختلف تہذیبن ہنٛز کوچھِ منٛز آسنہٕ موکھ کیٚنہ کوٚرٕ کاشرو دوٚیمین ہنٛد اثر
ضرور قبول تہٕ اَتھ سیٖتی کٔرِکھ دوٚیمی تہٕ متاثر۔ منٛز کالس ہُنٛز اُمس کشیر مُنٛز گری
ہنٛد اکھ اہم مرکز تہٕ یتھہٕ ہیو نرِ سیٖتی کوٚرٕ کاشرو پنُن اوٚند پوکھ زبردس متاثر۔
ہماچل پردیش تہٕ سوات اکہِ طرفہٕ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ تبت تہٕ لداخ تہٕ آو کاشرس اثرس
تل۔ یُمہِ چھِ مثالہٕ وُنہٕ تہٕ تبت تہٕ لداخچن بودھ خانقاہن منٛز موجود چھے۔
مختلف عنصرن تہٕ کاشرِن ہنٛد تخلیقی بلہٕ کِس نتیجس منٛز تھٔنہٕ یمیتِس کاشرِس
تعمیرکاری ہنٛدِس اسلوٗبس وِتُر ہنٛد کران چھُ ہرمن گویز لیکھان:

"اَمہِ طرزِ تعمیرچ خصوصیتھ چھے گپت طرزٕکی کٕن، روٗمی انداز چہِ لبہٕ ڈوٗر دار
تھمب یمن بیہہٕ گپت طرزٕکی چھِ۔ تھمبہٕ شیٖر چھُ بازنطینی تھمبن ہنٛز یاد تازٕ
کران، تیٚرٕ وتری محراب، ہندُستانی طرزٕک تالو۔ یتھ مربع اکھ اکِس برابر
نصفس پیٹھ ژٔٹان چھِ۔ وُلِنہٕ وو گہٕ تہٕ دگہٕ دوٚ آری اہرامی جالہٕ پنش"۔

مُلکہٕ کین مادانی علاقن ہنٛدِن مندرن نِشہٕ چھُ کاشری مندر (مارتنٛڈ
ہینٛہ ) واریا ہو رنگو وکھٕ، یمن نہٕ چھُ تاہ دارلِنش تہٕ نہٕ وُٹھنہٕ شیکھر۔ نہٕ چھکھ تیوت
پارادکرِتھ لیوت مادانی علاقہٕ کین مندرن کرنہٕ چھُ۔
مارتنٛڈ ورائے چھُ کشیر ہنٛدِس اکثر مندرن گنٛیہ گمبہٕ گرنہٕ یہہ۔

پوٗزا یہ کتھ ایلہِ ژَن شُمٲلی ہندوستانکین مندرَن دوٗہ پیٹھہٕ ژورتام کتھ
آسان چھہ۔ مگر کینٛہہ رنگ چھہ نِتھ تہِ یِمَن منٛز کاشرٕ ین مندرَن مادٕ مٕی علاقن ہندین
مندرن ہُنٛز ہنٛزٕ چھےٚ۔ مندرکِس آنگنَس انٛدر چھہ مرکزی مندرٕ ہریمانہ لوکٕٹین دِوٕ تھین
ہنٛدی مندرٕ نہ۔ درواز ژاچھن تہ دُری بانٛی دیویٚن ہنٛزٕ مُرتہٕ چھےٚ ہیٚرن، درواز
ہاکَن تہ ہنگن پیٹھہ آسان بناونہٕ۔ وشنوی تہ شیوی عقیدَن ہُنٛزٕ زینہ وَن
لگنہ بانٛتھ چھےٚ خاص علامتہٕ ہیر پاوِن تہ سَردلون وِفنلاوِتھ۔ مندرس منٛز
یُس دِوٕتھ پوٗز اسپدان آسہ تسنٛد وہن چھہ یا نہ ژِنٛس نتہ مندرس
بٕرونٛہہ کَنہِ بُنٛجہ پیٹھ بناونہٕ۔ مارتنٛڈس سان چھہ کشیر ہندین اکثر قدیم مندرَن
لِش وُسی پیوٚمُت یا لُہراونہٕ آمُت، یِمہِ کِنہِ یہ کُہُر کرُن مشکل چھہ ژِ تِم پِش
کیتھ چھہ بارٕ آتی اسیمتی۔ کَنگھم چھہ لیکھان ژِ مندرَن چھہ اَرامی چالہ پِش
اوسمُت، یِمیٚک انداز ژُمی پاندرٕ یٹھن نِہ پابر مندرو چھتھ کوٗر مرتے چھہ۔
یِم دوشوے مندر چھہِ تمہِ دورٕکی یادگار یِلہِ کشیرِ ہنٛد تعمیری جلال سوٗر پوٚمُت
اوس تہ کاشرِ ی راز اسی رازٕ کی ہیٛتھہ ڈالڈاری پیٹھ دِتی مِتی۔ مگر باڈوِ ہدرین
مندرَن مُتعلق چھہ میون خیال زِ یِمن چھہ مشرقی جاوا طرزہ کی لِش آسی مِتی۔
راز للتادتن اوس یہ طرز برہٲس پوٗرہ تعمیر کرن وِزِ پانہ نوٗمُت، یِمہ کِنہِ اتھ
طرزہ تعمیرس اکھ ناو یرہاس پوٗر طرزِ تعمیر تہ چھہ۔ اتھ حقیقتس پیشِ نظر چھہ
یگوڈا طرزٕ ہے مندرَن ہنٛدی پش تعمیر کرن وِزِ پانہ ناوٕن اندازس سیٹھاہ
نکھہٕ بارسان۔ یگوڈا طرزس ژَنٛز چھنہٕ چھیر الگِہ ہنٛدے لیوتے استعمال سپدان
بلکہِ چھےٚ کِنہِ تہ استعمالس لگان، یِمیٚک ٹاکارٕ پَےٚ جنوبی ہندوستان کین مندرن

ڈیچھتھ لگان چھو تہٕ اَتھ طرزس منٛز تہٕ چھےٚ اوٚکپور ہن مندٕرن کنٛہن منٛز تہٕ ہر کھاریتھ پیش تعمیر کرنہٕ گنٛز ییش ۔

مارتنڈ مندر چھُ کھلہ ڈلہٕ آنگنس منٛزس ییتھ ژٕو پاسے تھمبہ ہنٛد ل چھےٚ ۔

مندرکس آنگنس منٛز چھکریتھ ملبہ تلےٚ چھےٚ سوٚہبری یہٕ مُرتھ اَتھ آنٛز ۔ ییمہٕ ذکر ہرمن گویٹزن کوٚر مُت چھُ ۔ اَمے ملبہ تلہٕ چھو شہ شار دا کتبہ تہٕ ڈُدا ییٚنہٕ کھنڈ دٕ پھٹے عبارتھ مندرس متعلق تفصیلات زانٛنس منٛز کامہٕ خاص اَتھ رووٹ چھِہ کران ۔ کتبہٕ چھو انہٕ تہٕ مندرکہٕ حاطس منٛز مرکزی مندرس ڈیھنہٕ گنٛزہ رٔژ ھر تھ ۔

ہرگاہ اَسی مارتنڈ، اونتی سامن تہٕ لونیار مندرن ہندس طرزِ تعمیرس ہنا زِ ییتھ دِتھ سنو، مرکزی مندرکس کُن ڈاٗلیتھ چھو یُہے طرزِ تعمیر سرینگرہ جامع مسجدِ منٛز تہٕ ڈرینٛٹھ یوان ۔ فرق چھےٚ صرف یہٕ زِ ژٕو ن کوٗنٛن پیٹھ ژٕو ن مندرن منٛز جاے چھےٚ ژٕو دٕ ایوانو کُشہ ییمن سار نے مندران چھُ آنگن حاطس منٛز باگ آنگنک یہٕ طرز چھُ جامع مسجدِ منٛز تہٕ پانہٕ نا وہٕ تہٕ آمت ۔ مستطیل طرزِ مذہبی تعمیرن ہندٕ یہٕ سلسلہٕ چھُ ہیٛندٕ بُدٕ بُداتی بودھ خانقاہ وٕ چھتھ پانہٕ لوٚمُت ۔

پرہاس پور یکہ للتادت مکتا پیڈن تعمیر کوٚرمُت راج وہار چھُ اَمہٕ کتھہٕ ہنٛز ژینہٕ ژن دِوان ۔ اَمہٕ وہارک چھُ وُنی کیٛن صرف کیٛن تہٕ منٛز آنگن ڈرینٛٹھ یوان ۔ البتہٕ چھِہ زِ یہٕ کوٗٹھرن ہندی نشانہٕ دٕیہٕ تہٕ گنٛس وٕ چھتھ لوز نہٕ یوان ۔

مارتنڈ مندرک گرسبہ گریہہ (لوٚزا یہٕ کوٹھ) چھُ مستطیل چالہٕ اَندری اَندری اَرداہ فٹ پانژھ آنٛچہ زیوٗٹھ تہٕ ترُواہ فٹہٕ داہ آنٛچہٕ کھوٗل ۔ لبہٕ چھس ساڈ

مگر سارٕ سۄداہ فُٹ تھزرس پیٹھ کانس چھُس پَزاوتھ نہٕ گژھِتھ۔ مندرُک نالوچھُ
شاید مورتس پیٹھ موو بہٕ چالہٕ او سِمت پیٹھ گُنی پانٛدر یٹھن منادرس چھُ مگر اتھ
مُتعلِق شیقہ داو اکُرن چھُنہٕ مُمکن۔ پۄزا یہ کُنٹھیاک فرش نہٕ مورتی چھےٚ تِمہ سایہٕ
ڈالنہٕ یا تباہ کرنہٕ آمژ یتِمہٕ سایہٕ مندرٕ وجار نہٕ آو۔ پۄزا یہٕ کُنٹھِباک برنہٕ چھُ مستقل
یتھ ہنگس پیٹھ بُٹھ کانس چھےٚ۔

پۄزا یہٕ کُنٹھس ہتھِ کُنٹھ (منٛز کُنٹھ) چھُ اَنٛدرٕ اَنٛدرٕ ژو پاسے اکداہ
فُٹ داہ اَنچ۔ شُمالی تہٕ جنوبی لَبہٕ چھُس دروازٕ ژٹھتہ۔ منٛز کھُس تہٕ وُزس
یِمہٕ صورژ لبن پیٹھ کۄرِتھ چھےٚ بناونہٕ آمژ تِمن منٛز چھےٚ گنگا مگر مُچھس پیٹھ
وو دنی روز ژتھ۔ مگرمچھس چھےٚ نظر گنگا یہٕ کُن۔ گنگا یہ چھےٚ اکھ دامی چھٔت
ژٹھتھ ڈچھنی کنہٕ تہٕ کھوورِ کنہِ چھُس اکھ چھیبر بردار۔ دلوی چھُ کھوورِس اکھس
کنیتھ پانٛ گژھتھ تہٕ ڈچھنس اکھس منٛز چھُس کمپوشہٕ نٔل۔ یِم دۄشوے چیز چھِ
گنگا دلوی ہنٛدی عام نشانہٕ۔ گنگا یہٕ ہتھ لبہ پیٹھ چھےٚ جمنا بناوِتھ۔ یہٕ چھےٚ
کچھوس سوار تہٕ کچھو چھُ اَمی شِنٛد مُستقل واہن (سواری)۔ تارس ہیُو رکھوَ
لَبہٕ دلوس پیٹھ چھِ ژلان زگندھرو بناوِتھ تہٕ یمن چھُ چھتر سایہٕ کرِتھ۔ مغربی
لَبہٕ پیٹھ بناوِتھ صورژ چھےٚ گنہٕ شکہٕ ورآے وشنو سنٛدی مختلف روٗپ۔ تہٕ یمن
چیزن فرگوسن سرکھ چھِ ونان چھُ تِمِ چھِ بقول دیا رام ساہنی مُکتہٕ۔ یِمو صورژو
منٛز چھِ سِرپتھ صورژ ترے موکلہ۔ یِمہٕ مُرژٕ چھےٚ اونتی سامی مندرس منٛز تہٕ
آمژ سِرژٕ منٛز چالہٕ۔ دۄنٛی مُرژِ منٛز چھِ منٛزم ہتھِ وشنو کھوورِ طرفُک وراہ تہٕ
ڈچھنِ طرفُک نرسِمہاسنٛد۔ دۄشوے صورژ چھےٚ اَٹھ نر کرِتھ تہٕ یہنٛدی

لۆنم اَتھہٕ چھہٕ چھیرِ برداران کلَس پیٹھہٕ ۔ یہ طرز چھُہ کشیرِ منٛز بیٛین وِشنوٗمرٛزَن منٛز
تہٕ پانہٕ نادِنہٕ آمُت ۔ یمَن صوٗرژن چھےٚ ون حال نالےٚ ۔ شمالی آندِ چہِ لبہِ پیٹھہٕ مرٛزٕ
چھےٚ کھورَن منٛز باگ بنٛتھٕ ہنٛزِ اُڈ کاے ( Bust ) تہٕ نظر گژھان ۔
اکثر صوٗرژن ہنٛدی اَتھہٕ چھہٕ کھٹمتی تہٕ گسہٕ آمتی ۔ یمہٕ کنی اَتھن منٛز تھاونہٕ آمتی
چیٖز بدنیٖران چھینہٕ ۔ وزلبَن کالسہِ لون بنٲوِتھ ژٕ داہ صوٗرژ چھینہٕ ژھِ سان
پرزٕناوِنہٕ یوان ۔ یمِو منٛز چھےٚ یاہ صوٗرژ کھووِرِ تہٕ دٔچھنہِ لبہِ پیٹھہٕ بنٲوِتھ تہٕ زٕ
صوٗرژ چھےٚ مشرقی لبہِ پیٹھہٕ ۔ دٔچھنہِ طرفہٕ کِس اَکِس دِلَس پیٹھہٕ چھُہ اُرن بنٲوِتھ
اُرن چھُہ سری یہِ شُند رَتھ بان ۔ تہٕ یہِ چھُہ سَتن گرٛہن اَتھس منٛز لاکم رٕٹتھ
بُڈِس تہٕ وُترِس مہرابَس ڈٔکھِ وزِکہن ژٕ نین چھِہ صوٗرژٕ ہیتھ تار بنٲوِتھ ۔ مگر
صوٗرژٕ چھینہٕ پچھانہٕ یوان ۔

وزِس دٔچھنہِ تہٕ کھووِرِ کوٗٹھرِ ہن چھِہ زٕ تارِم اَنٛدری اَنٛدری پانژھ فُٹ
نوٗ اَنٛچہِ کھُلی تہٕ ژور فُٹ تھٔدی چھِہ ۔ اَکھ تار چھُہ مغربَس تہٕ بیاکھ مشرقَس کُن بتھ
کرِتھ ۔ یمہٕ زٕ تار چھِہ سری یہِ کھسنٛچ تہٕ لوٚسنٛچ زینہٕ وَن دِوان ۔

مارتنٛڈ مندرَس ژٕ پاسے تھمبہٕ تشدَل چھےٚ ینہٕ وقتہٕ کشیرِ منٛز جلالہٕ تہٕ
جمالہٕ کنی جورِ روٗس اَسۭمِر تہٕ یہِ اَس سارِوے کھوتہٕ زیٛٹھ ۔ اکثر تھمبن ہیٛتھ
ڈلنہٕ کنی چھینہٕ اَتھ ووٚنی سۆ شان روٗزمُت مگر امہِ باوجود چھُہ دوٗرِ پیٹھہٕ وُچھن
والِس اَکِہ غفلتُک احساس سپدان ۔ تھمبہٕ تشدلہِ چھِہ زیٛٹھن اَنٛدن سےٚ
منٛزس زٕ ڈوٗرِ دار تھمب ، یمِ نرواہ فُٹ تھٔدی تہٕ اَکھ اَکِس نِش دوٗن نوفُٹ
دوٗر چھِہ ۔ زیٛٹھ کوٗٹھرِ ہنٛتی ووٚنی تھمبن نِشہِ چھِہ یِم تھمب ہناہ نبر ۔

مستطیل آنگنس چھ ستنھ ڈُلٲمی، ڈور دار تہٕ داہ اکھ اَکس لرٕ ژکوٚنجل
تھمب۔ مرکزی مندرچ ڈبہٕ ڈکھ ژور تھمب ہینتھ اوس تھمبن ہشار کل تیار
ژولسنیتھ۔ اَمہٕ نیدادٕ اندر چھ وونی نصفہ کھوتہٕ تہٕ کم تھمب ووٚدٕنی۔ پرتھ
تھمب چھ ۹½ فٹہ تھوٚد تہٕ ۲۱½ انچ ڈٲلوم۔ اٰثارٕ مِلن تھمبہ شیرن چھ اکھ اکس
کُن وچھان انسان کلہٕ کرِتھ جانا وار بناونہٕ آمتۍ گوشہ میحرابس پیٹھ چھ بڑو ہیکن
تِتھ کرِتھ اکھ جانا وار کوٚرِتھ۔ شاید چھے مغربی اندہٕ تہٕ دیوارس پیٹھ تِتھے گٔنیہ
تھمبہ تٔندل آسٕمتٕ یِتھ گٔنیہ۔ یِہ وۄنی پور مندرن آسن۔ مندرک ژوپاسے حاط چھ
۲۲۰ فٹہٕ زیٚوٗٹھ تہٕ ۱۴۳ فٹہٕ کھوٚل یتھ ستی مندرکہ بادوٚک انداز جان پاٹھۍ
کرنہٕ ہیکہ یتھ۔

ہندو شلپہٕ شاستر کس قایدٕ موجوب چھے مندرچ ڈیڈی وسیہ ونہٕ
سیری یہ دیوارس منز باگ تہٕ انھ چھ نیوٗتے کھجر لوٗت خود مندرس چھ۔ ڈیڈ
تہٕ مندرس منزیہ تنوسب تہٕ توازن چھ مندرس الگے جلال عطا کران تہٕ جلالک
شہ تصور چھ اَچھن بڑو ہیکن لیوان۔ یہ چھ زینہٕ دن شلپہٕ شاستر لود آیرمت
چھ۔

دور ییٹھ چھے مندرچ ڈیڈی مندرکس تصورس وتش دوان تہٕ اصلی
مندرکہ پاٹھی چھ ڈیڈ ہندس محراب تہٕ زینی پاٹھ آوتھ۔ پار او چ خاص علات
چھے تم سۓ گوشہ تار یمن منز ژکوٚنجل دلہ چھ آمتۍ بناونہٕ۔ ڈیڈ ہندس
ہنگس چھ ۱۷½ افٹ تھدی ڈور داد تھمب ڈکھ۔ یم تھمب چھ باقے
تھمبو کھوتہٕ اٹھ فٹ زیٹھی۔ یمو تھمبو اندر چھ وۄنہ تہٕ اکھ تھمب ووٚدٕنی۔

ڈبارِ منٛز لبہٕ چھےٚ اَنٛدرٕ نٮ۪برٕ مرٛزٕ گری ستۍ پارٕ آدِتھ ۔ مۍ گوشہٕ محراب
منٛز اکثر دِوتا چھِ وودٕنی ۔ یمن کٕنہٕ کٕنہٕ وِدٕنٮ۪ن لۄر مندٕرن منٛزِ مرٛزٕ گری ہنٛدی
پاکھٕ عایشہٕ متٕلن منٛز کھیٚنجہِ ستۍ چھےٚ ۔ دراصل چھِ وونی لۄر مندٕرن منٛز ماد تنڈٕ کے
فن زیادٕ نفاسژ سان پیش آمُت کرنہٕ تہٕ ضرورژ موجوب چھُ ہیٚتہٕ یینہٕ انتھ
پارٕ آوُمُت کرنہٕ ۔ حسن کاری ہنٛدِ یم منظر ییلہ پیٚنہٕ کاشرِ لوفن کارو ہیچہ پیٹھ
منتقل کٔری ، یِمو ہٕرآو لۄ زندگی ۔ کٔنہٕ مقابلہٕ لگِ پیٹھ نقش پارٕ دِنس تہٕ
وونلادنس منٛز آیہ حسن کارن آسایش تہٕ یمو کوٚر پیٚنہٕ فنک وٕزہ دانٛجہ اظہار ۔
اَز تہٕ چھِ سائنس لگہٕ تعمیرس منٛز ہمپوش ہری یہ تہٕ ڈوکیہ ہٕرژہ کلینہٕ علامژ
ہٕرایہِ دلوانٮ۪ژ ہنٛد تسلسل برقرار کھاوِتھ ۔ ہرگاہ ہیچہ پیٹھ نقش گری ہنٛزِ دلوانٮ۪تھ
نیٚبر پیٹھ آمژ آسہے سائنس عوامی فن تعمیرس منٛز آسہن نہٕ یِمہ علامژ وہ تلمیحژ
تہٕ بہانچہ لیمژ تہٕ پھلے ہٕژ ۔ نیچر کاری ہنٛد فن ووت لگہٕ تعمیرن ہنٛدس دورس
منٛز بینہٕ عروجس پیٹھ مگر اَمِکی ابتدائی نقوش چھِ اَسہِ بٕٹری مہٕ تہٕ کہِیمہ صدی
در میانہٕ کین کٕنہٕ تعمیرن منٛز بینٛدٕ سۄدر دریٹھ یوان تہٕ مثالن ہنٛز چھینہٕ وُنہٕ تہٕ یِیرگی ، یذاتی رُود
کشیرِ منٛز تعمیر کاری ہنٛد فن وقتہٕ وقتہٕ نیچ برلاوان ۔ ابتدائی دورس
منٛز اوس لگہٕ تعمیرن چلیے جاو ۔ یمہِ موکھہ یٹرٕ ہٕ مس ہیٚتی لیٚس تام تعمیر
سٕدمت کاہنہٕ تہٕ چیز اَسہ تام واتتھ ہیوکنہٕ ۔ بہٕ لۄگ مذہبی تعمیرن ہنٛد بانیتھ
کٕنہٕ وٕرتاوس چلیے جاو ۔ یمچ ابتدائی صورتھ راتہٕ برورسین ثانی ہنٛد مندرچ
ملب چھےٚ لوٚسہ ونستام تہٕ بہاوالدین صابنس حاطس منٛز وودٕنی چھےٚ ۔ سلطانن
ہنٛدِس دورس منٛز زٹ لگہٕ بیٚیر کٕنین ہنٛز جاسے تہٕ امہ دورٕ کیو تعمیرو منٛز چھِ
بُڈشاہن ڈمٹھ تہٕ مدین صابنی مشید وُنہٕ موجود ۔ موغل دورس منٛز آیہ بیا کھ

اکھ بٕہج ترٛو ٹھکن، یِمکۍ کانٛہہ آثار رُونِتھ تام محفوظ چھِ۔ خانٕہٕ ژکوٚجل دِلَن پیٹھ چھےٚ بہتھِ صوٗرژ گل دار منظرن تہٕ أنٛز بتھرو وہ تلاوین آمژٕ۔ ڈیٛڈِ اندر کُٹھِ ہِ چَن لبن بناوِتھ دوہن یٕڈیٛن تارن منٛز چھ ترٛے مکھی وشنو بٕنٛیٛ سیوا کار ستۍ ہیتھ وو ڈِنۍ۔ تارو لوٗن چھِ بٕڈۍ ژکوٚجل دِلہِ یِمَن پیٹھ ژنژل شٕٹرۍ تژان چھِ باوِتھ۔

مشرقہ طرفہٕ مرکزی مندر چھُ ۶۳ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ۳۶ فُٹہٕ کھوٗل۔ مگر مغربہٕ طرفہٕ چھُس کھجر صرف ۲۷ فُٹہٕ۔ اکھ چھِ ترٛے کُٹھۍ۔ اردھہ منڈپ (اوٚنۍ) نُس اَرداہ فُٹہٕ داہ آنٛچہِ مربع چھُ۔ انترال (منٛزیم کُٹھ) یہ چھُ ۱۸ فُٹہٕ زیٛوٗٹھ تہٕ ۶½ فُٹہٕ کھوٗل تہٕ گربھہ گرہیہ (لوٗزا یہ کُٹھ) چھُ اَرداہ فُٹہٕ پانٛژھ آنٛچہِ کھوٗل خاص مندرچہ لَبہ چھےٚ نو فُٹہٕ موٚچہ بیٛلہِ زَن وُزلین ۴½ فُٹ موٚچر چھُ۔

مارتنڈ مندرکس تعمیرس منٛز چھُ کشیرِ ہٕندِ بن دوٚیمِن کِنہ تعمیرن ہٕندۍ پانٛٹھۍ ہیٛرِ لوہ تہٕ نرم چوٗنہ کِنہ ہٕند استعمال آمُت کرنہٕ۔ یِمہ کِنہ چھےٚ مقامی کِنہ کھانہِ منٛز آمژٕ کڈنہٕ۔ تعمیرس چھےٚ گژھتھ پاترِ لاگِتھ یِموٚ منٛز کیٛنژن پاترن ہٕند نیچھر داہ فُٹہٕ تہٕ موٚچر دوہ یہِ پیٹھ ترٛن فٹن تام چھُ۔ اکھ کنتھ چھےٚ یہ زِ نٕ لایق زِ کشیر اندر چھُ ازبرو ٹھہ الہ پلہ ترٛواہ شتھ وٕری پاترن وا لٹھ دِنہٕ خاطرٕ شتسر واہ نگنین ہٕند استعمال آمُت کرنہٕ۔ پیٛوٚکھٕس پیٹھ پاترن درمیان چھُ سُرخہِ تہٕ چوٗنہٕ زٕنیٛہ ہٕند استعمال تِتھِ پانٛٹھۍ آمُت کرنہٕ زِ وُچھن والِس چھُ نہ یہی گمان۔

دیارام ساہنی یِمہ وَقتہٕ (۱۹۱۴-۱۵) کشیر منز قدیم آثار بَدلِکدِ ڈلنس ستی آدٕ اوس، مارتنڈک آنگن اوس تمہِ زمانہٕ ملبہٕ ستی ترٛوپرِتھ تہٕ کھمبہٕ

تھٔدِ ہِندِ کٔن نہٕ اوس مُلبس تل ہینہٕ آمُت۔ رام چندر کاکنہ وقتہٕ آو یہ مُلبہ
تھوٚد تُلنہٕ۔ کھُدایہِ دوران ڈرایہِ مندر آنگنہٕ منٛز بجہِ دوٚنٛجہٕ۔ امہِ سیتۍ نٔنے یہ
بیاکھ اہم کتھ یہِ زِ مارتنڈ تعمیر سپدنہٕ برونٛہہ چھُ اتھ جایہِ بیاکھ لوکُٹ مندر
اوسمُت۔ یتھ متعلق باور چھُ کرنہٕ یوان زِ یہ مندر چھُ راز رانادتن تعمیر اوسمُت۔
مارتنڈ تعمیر کرنک بجر یوٚد وَسے رازِ للتادتس حاصِل چھُ مگر مندر تعمیر کرنچہ
جایہ ہُندِ شرف چھُ تس شخصس گژھان یمۍ یہ جاے مندرکہ تعمیرِ باپتھ گوڈٕ
ژٲرمژ آسہ۔ ادِ شہ اسی تس راز رانادت یادوٚتُم کاہہ۔

نوٚو مندر تعمیر کرن ورِ چھُ پرُون کٔن نہوٚ نہٕ آمُت بلکہِ چھُ پرانہِ مندرک
کٔن نوِ مندرکسِ حالتس منٛز شامِل نہٕ آمُت۔

سکاثرفِ تعمیر کسِ نوآرخیس منز چھُ مارتنڈ، اکھ شہ منزل بنہ بیٹھ واریاہ
وٚتہٕ بلہِ ڈرایہِ، واریاہ تعمیر سپدۍ مگر امہِ کسِ جلالس تام کوٚرنہٕ کُنہِ اکی تعمیرن
پلوٚ تہٕ کیٚہ نہِ للتادتس وَدآسے اوس یہ کالنسہ تہٕ تیتھ بیتر۔

## کتاب نامہ


1. James Fergosn.
   A History of Eastern Architecture.
2. Cunningham.
   Ancient Geography of India.
3. Percys Brown.
   Indian Architecture.
4. Maurizo Taddei.
   India Monuments of Civilization.
5. Hermn Goetz.

Art of India.
6. M.A.Stein.
Kalhan's Rajatarangini.
7.R.C.Kak.
Ancient Monuments of Kashmir.
8. A.K. Bamzai.
Archeological Remains in Kashmir.



مرزا غلام حسن بیگ عارف

# کٲشرِ منز رێشم صنعت

اِنسائیکلوپیڈیا امریکانہِ چھُ چین یا ہندوستان رێشمُک مالِٕک اوُسمت.
نہٕ پننہِ پننہِ جایہِ دوشوٕنی دعوےٰ۔ مگر چینی لوٗکھ چھِ ہیکان یقینہٕ سان وٲنِتھ زِ
رێشم کیٛتھ کٕنۍ آدلیٛنہٕ، کرسٕن دٔرِ یاف نہٕ کَس اوس تہٕ لٔبِن نصیبہٕ۔ ہندوستانس
چھُنہٕ رێشمُک تیٚژھ کانٛہہ کتھ تٲرِیخی اعتبارٕ معلوم.

دپان چیٖنس چھِ اکہِ ملکانہِ وُچھُلہٕ کُلۍ تَلۍ بیٹھ سفید مُہرۍ تلہٕ پٮ۪ن کھوان.
کیٛنژر کالہِ غاب گژھان تہٕ بیٚیہِ کلۍ پیٹھ سفید گوژ ہینہٕ کٕن روزان.

اکہِ دوہہٕ اوس یہِ ملکانۍ باغس منز اکس کُلِس تلہٕ کٕلِس تل وٕہِتھ داین
ستی ہیتھ چاے چوان زِ اتفاقن پیئیہٕ اَمی ہٕشی سندی گرم چایہِ پیالس منز اکھ
سفید گوژ۔ اَمہِ ژٕھینہٕ نو دشہ چایہِ پیالہٕ نرآوِتھ۔ مگر یہِ گیہِ یہِ وُچھتھ حٲرٲن
زِ اتھ گوژِ ڈرایہِ اکھ زیٛٹھ زلۍ تار ہشِس نیبر۔ اتھ داوِلمنہٕ ستی نیبوویہِ گوژ اوس
سٲرِے اَمی داوِ یا تارِ ہنزِ بنے مژ۔ تہٕ یہِ اوس ہینہٕ بڈی گز زیٛٹھ۔ اَمہِ
گاٹجہِ ملکانہِ نیبر اکھ منز لوُرٕ دلچسپی تہٕ تجربہٕ کٔرِتھ آبہٕ یہِ تار گوژو پیٹھہٕ ژٕرنٕ

پیٹھ تلنہٕ ۔ تہٕ وارِ وارِ آو رێشِم تلہٕ نُک کارٕ بار وٕرتاوس منٛز تہٕ انٛھ لوٗگ چلے جاو۔

چیٖنی لُکھ چھِ برابر اَز تام اَمِس مُلکانہِ دلوٗی نظرِ وُچھان تہٕ ژوٗر پانٛژھ ساس ؤری گژھِتھ تہٕ چھِ ساری اَکِھ لُکھ پژھِتھ ؤری یہِ اَمی سٕنٛد وۄہرِس مناوان ۔

اَمِس پادشاہ بابہِ چھُ سی لنگ چی ناو وُنمت تہٕ یہِ چھُے اَمِس مژٕ فوٗہی خاندانٕچ اَکھ پادشاہ بابے ۔ چیٖنی مورِخَن ہیٛنٛدِ کنِہ چھُ یہِ ژٕ ساس سَتھ ہَتھ وٕری قبل مسیٖحک زمانہٕ اوسمت ۔ ایٚلیس انٛچیلہِ ہیٚنٛدِ بآدی ہتہٕ طوفانِ نۄحہ بٕرونٛٹھ قریٖبَن اَکھ صٔدی مانہٕ لیوان چھُ ۔

ہِنٛدُستانس منٛز تہٕ چھُ رێشمُک ناو سٹھاہ پرٕون ۔ سنسکرتس منٛز چھ اتھ "پَٹ" وَنان تہٕ اندازٕ چھُ لیوان کرنہٕ زِ کاشُر "لوٗٹ" چھُ اَتھی "پاٹ" یا "پَٹ" لفظَس نِشہِ دٔرامُت ۔

ڈاکٹر محی الدین صوفی چھُ پننہِ کتابہِ "کشیٖر" جِلد ۲ ہَس منٛز وَنان زِ ارسطوٗن تہٕ ٹالیمین تہِ چھُ رێشم کیٚمِس پیٹھ تفصیلہٕ سان لیوٗکھمت ۔

رێشمٕچ زان تہٕ رێشمُک کارٕ بار چھُ یوٗرپس منٛز شیٚیمِہ صدی عیسوی منٛز وۄتمُت ۔ دپان یہِ چھُ اوٚلہ سپینہٕ پیٹھ مسلمان حکومتٕ ہنٛزِ آمُت ۔ پروفیسر کے حِتی چھُ عرب تہٕ اسلام کتابہِ منٛز لیکھان ۔ فرانس، اٹلی تہٕ یوٗرپہٕ کین دۄیمین مُلکن منٛز چھُ بَہمِہ صٔدی منٛز اَکھ رێشم کَپُر یَتھ عربی پاٹھٕ "تابی" وَنان اَمِس تہٕ اَمی ناوٕ چھُ اَز تام تِتھ یہِ دُنیاہَس منٛز مشہوٗر ۔ فرق چھُ یہِ زِ "تابی" بدلہٕ چھُس "ٹابی" وَنہٕ یوان ۔ پروفیسر حِتی چھُ یتہِ وَنان زِ قرونِ وسطیٰ چہِ یوٗرپی لیڈیز آسہٕ "Taffete"

ناوٕک ریشم کپڑ پسند کران۔ یتھ فارسی ناو "تافتہ" اوس تہٕ اُمس تہٕ چھ وَنہٕ اَتھ
شافتے وَنان۔

کشیر منز ریشمچ تارٟخ تہٕ چھےٚ اَتہٕ گٹہٕ سے اندر۔ آسہٕ تہٕ چھنہٕ یہ خبر زِ ریشم کیٛژھ
چھا اَسہٕ پانٕے لوٚبمُت کِنہٕ ہندوستانہٕ کِنہٕ بجایہ بیٚٹھ چھُ یور نوٚ رمُت۔ نتہٕ ما آسہٕ
یہ چینہٕ بیٚٹھ اَنہٕ آمُت۔ پنڈت رام چند کاکس یُس آخری عمرِ منز مہاراجہ ہری سنگھ
سُند وزیر اعظم اوس، چھےٚ برٛ زہامہٕ آثارِ قدیمہٕ کِس تحقیقاتس منز اکھ ٹایل دستیاب
سپزمٕژ، یتھ متعلق ماہرن ہُنز رائے چھےٚ زِ یہ چھےٚ اَز بَرٕ وٕہہ ترٛین ساسن ؤریٛن
ہُنز۔ اَتھ ٹایلہِ بیٚٹھ چھےٚ اکِس زنہٕ ہُنز شکل یوسہٕ نٲوِل ریشمی پارچہ لاگتھ باسان
چھےٚ۔ یہ چھُ ممکن یتھ کپڑ آسہٕ ہے تمن دوہن چینہٕ بیٚٹھ یوٚر لوان۔ یتہٕ چھُ ممکن زِ
کٲشرِ آسہٕ ہن پانٕے یہ وونان۔ اتھ زمانس چھ Neolithic age
وَنان۔ نہٕ تمن دوہن چھ اُسی ہتہٕ کٲشرِ گوہن غارن تہٕ دوٚین منز رسان یسان)۔
تٲریخی ریکارڈ کِنہِ چھُ نَنان زِ کشیرِ منز چھ اکھ ساس ؤری قبلِ مسیح تہذیبہٕ تہٕ
تمدنُک دور دورٕ اوسمُت۔

ریشمِ صنعژ ہُنٛد گوڈنیُک تٲریخی ثبوت چھُ اَسہِ چینی سفیر ہیون سانگنہٕ
سفرنامہٕ کِنہِ میلان۔ یہ چینی سیاح چھُ ۶۳۰ء منز کشیر واتان۔ دیان تمن دوہن
چھےٚ وَنجہٕ بیاکھ عالمی بدھ کانفرنس منعقد کرنہٕ آمٕژ۔ یہ چھُ لیکھان زِ کشیرِ منز چھُ
ریشم اَکِس جنگلی کیمس[۱] بنان تہٕ بازرٕ چھِ رنگارنگ قسمہٕ کیو وونی تہٕ ریشمی کپڑ وُبرنہ۔

---

۱۔ جنگلی ریشم کیٚم ژھانڈی میٚ ۱۹۵۹ء منز لوکچہٕ سفید گوژ ریشم مگر یمن ڈراو کم
ریشم۔

جنگلی رٔشیم کیٚمن ہنٛز گوٚڑٕ رٔشیم تارِ باپتھ استعمال کرنٕک معنے چھُ یہ زِ کشیٖر چھُ پنُن لوکل بیول اوسمت۔ یِس تِمن دوہن پالنُہ چھُنہٕ بنیومت آسان۔ یِتھیٚک اکھ صاف مطلب یہ چھُ زِ کشیٖر چھےٚ رٔشیم کامہِ منٛز پنٕنۍ اکھ الگ حیثیت اُسمٕژ تہٕ غالبن چھُ کاشرِ پانٕے رٔشیم دریافت تہٕ کوٚرمُت تہٕ اتھ ترقی تہٕ دِژٕمٕژ۔ اَز تہٕ چھُ ساناین جنگلن منٛز تُلہٕ کُلین پیٹھ رٔشیم کیٚمہ تہٕ نچہٕ گوٚڑ آسان۔ مگر اَسہِ نہٕ چھُ اورکُن توجہ تہٕ نہٕ چھُ تحقیقاتُک کانٛہہ ذریعہ۔

تاریخِ راشدی اَنٛدر چھُ مغل گورنر میرزا حیدر دوغلات وَنان زِ سلطان زین العابدین (بڈشاہ) سٕنٛدِس زمانس ۱۴۲۰-۱۴۷۰ء منٛز اوس یہ صنعت پنٕنِس عروجس پیٹھ۔ اَمیُک تجارت چھُ بخارا ہس سیتۍ اوسمت تہٕ بیاکھ تہٕ باپتیُک لین دین چھُ اوسمت طیس پیٹھ۔

بخارا کِنۍ اوس کشیٖر ہنٛد رٔشیمن دمشق، مغربی ایشیا تہٕ یورپس کُن وَتھ لبان تہٕ بجر بجہِ منٛڈی آسن مختلف شہرن منٛز قایم کرِمژ۔

میرزا حیدر دوغلات چھُ یتہٕ وَنان زِ ۱۵۴۰ء منٛز ییلہِ سہ کشیٖر ہنٛد گورنر اوس، اُسی کشیٖر ہنٛدی بٔڑۍ بٔڑۍ بازر زٔرقہٕ برق کرونین رٔشیمی کپرن منٛز سجاوَتھ کرٕنس منٛز اکھ اکِس برٛونٛٹھ نیران۔ یِتھۍ رٔشیمی کپر اُسہٕ دُنیاہکین بٔڈین مشہور شہرن منٛز تہٕ میلان۔ مگر کشیٖر منٛز اُسی سوٗلبوٗ سوٗلبوٗ دستیاب۔

میرزا حیدر چھُ یتہٕ لیکھان زِ خراسان ہوٚیس علاقس منٛز ییٚتھ ماورٲءالنہر تہٕ وَنان اُسی تہٕ اُسی نہٕ یِتھۍ رٔشیمی پلوٗ گَنہِ جایہ لبنہٕ یوان۔ مگر رٔشیم کارس چھُنہٕ ہمیشہ رُت دوہ لوستہٕ وٕچھُن نصیب اوسمُت۔ یہ چھُ یِتہٕ بٔڈِس ؤری لسیٖ، ووتل، بجہِ گران

رۄد مٕنت۔

آئینِ اکبری اندر تہٕ چھ ابوالفضل کشیرِ ہٕندِ ریشمُک ذِکر کران۔ دُپان چھ تٔمہ پتہٕ پاٹھی کیٚمن کھٔنیاوٕ نہٕ لیوانِ تہٕ لُکھ چھِہنہٕ تٔل کھیوان۔ یہٕ کتھ چھےٚ از تہٕ پُرٕ کاشری چھہٕ تٔمہِ پتہٕ کیٚمین نٔراوان۔ تہٕ یمن کُلین ہٕندی تُلہِ چھِہنہٕ استعمال کران کھِہنہٕ خاطرٕ چھہٕ پیوندی مِٹھی تُلہِ پٔہ دِلوان کرٕنہٕ۔ زینہٕ گیر علاقہ چھ یتھین تُلین منز مشہور۔

دُہنہٕ تہٕ چھ لیوان دُراگس منز اُسی یتھ کالہٕ یم مٔدرِ کٔلی ہوکھ تاوِتھ یِہنہٕ لیوان تہٕ امہٕ کِس اَلٕس آسہٕ ژوچہٕ لیوان کرٕنہٕ۔

جہانگیرنہٕ چھ تزکِ جہانگیری منز ابوالفضلہٕ سٕندِس بیانس تائید کران۔ یِنہٕ چھ وَنان زِ کشیرٕ ہٕندی لُکھ چھہٕ کلگتہٕ تہٕ تبتہٕ پیٹھ ریشم بیول انان۔

کشیرٕ منز چھےٚ وٕنہٕ ترٕ جایہٕ، یمن تُلہٕ یتھر وَنان چھہٕ۔ یٔژھن جایَن چھِہٕ تُلہٕ باغ یا تُلہٕ کُلین ہٕندی جنگل آسی منزٕ۔ وار یاہن جایَن چھہٕ پاٹھی یتھر ونان۔ یٔژھن جایَن آسی پاٹھی ڈگری روزان، یم یاد ریشم تار ٹلان آسی یا اشیگ لین دین کران آسی۔

یتھ کالہٕ چھےٚ ریشم سازی پرایویٹ پاٹھی کرٕنہٕ یوان آسمٕژ۔ سِکھہٕ راجس منز تہٕ چھ ریشمُک کارٕ بار لُکن ہٕندی نِیے اَتھن منز اوسمُت تہٕ بٔڈِس پیمانس پیٹھ چھہٕ چلان اوسمُت۔ جی، ٹی، وِینی (G. T. Vigne) چھ لیکھان زِ ۱۸۳۵ء منز اوس اَکھ ابرِیشمُک گورنر مقرر کرنہٕ آمُت۔ مہان سنگھ چھُس ناو اوسمُت۔ دُپان یَمن دہ ہن اوس نو ملس یَدلہٕ ریشم لیوان اُلمہٕ ہینہٕ۔ ترٕییم حِصہٕ اوس کشیرٕ منز لگان تہٕ باقےٚ سوڈرے اوس پنجاب سوزنہٕ یوان۔

منشی گنیش داس چھ "تحفۂ کشمیر" کتابہ منزٕ ونان زِ ۱۸۴۶ء منز اُس حکوٗمتٕ ریشمہِ آمدن زٕ ساس اشرفی آسان۔ یہ چھہ سکین ہنٛد اخری تہٕ ڈوگرن ہنٛد گوڈٕ کال آسان۔

ڈاکٹر مسوٗدن گنجو چھ پنہٕ نِ پی ایچ ڈی تھیسز منز ونان زِ ۱۸۵۵ء منز ووٗتھ یورپس منز ریشمہ کیمین ہنٛد وباہ تہٕ یمن ہنٛد نسلے گو ختم۔ فرانس تہٕ اٹلی یتیٛر یہ ہیتہٕ بدلو ڈٕ ری تہٕ پیٹھٕ چلان اوس گیہ مولوس۔ یمن دوہن چھ کشیرِ پیٹھ مہاراجہ گلاب سنگھن راج اوسمت۔

دپان ۱۸۶۶ء منز ییٚو یورپس کشیرِ کُن محتاج سیٚدن تہٕ دٕ یئو اطالوی ماہرٕ نیوٗ کشیرِ پیٹھٕ ۲۵۰۰۰ اُنس بیول ہلمہ۔

یہ کتھ چھےٚ صاف ہاوان زِ کشیرِ چھےٚ یمن دوہن سیٹھاہ ترقی پیٹھ آسمٕژ۔ مگر واریاہ چھ اُسی یورپٕچ محتاج سپدٕی متی۔ زمانہ اکہ پیٹھٕ ووت اُسہ اٹلی تہٕ فرانسہ پیٹھٕ بیول اناوان تہٕ ونہٕ چھ اتھ منز جاپانس کُن نظر تھاوِنہ۔ تتی پیٹھٕ گوڈٕ بیول انہٕ ناوان۔ پتہٕ بنیاری روٗس بیول چھینہٕ ہیکان بناوِنہ۔ ۱۸۷۰-۷۱ء منز بنوو مہاراجہ رنبیر سنگھن پنُن چیف جسٹس کے ایم، مکرجی ریشم صنعژ ہنٛد سربراہ۔ یہ اوس بنگالک روزن وول۔ ریشم کامہِ سٕتۍ اُسس دلچسپی۔ مہاراجنۍ ہاوٕ پننہٕ ذاتی خواہش تہٕ ریشمہٕ اہمیت تہٕ قدرٕ تہٕ برٕاوِن۔

اُمی اُنۍ مرشد آبادکۍ زٕ ماہر یمن ریشم کارِ بار حوالہ کوٗرن۔

سرکارن ہیٚتر ۱۸۷۱ء منز گوڈنکہِ پھیرِ کرم کشن لشہِ لُقدر روپین گوڈٕ تلتہٕ پیتھٕ گنی سپد روپین ہنٛد لین دین تہٕ شروع تہٕ سرکاری کنٹرول تہٕ۔ لیس

وٲنِنگ تام تھِکھ کنہٕ قایِم چھُ تہٕ یتھ گورنمنٹ مانوپلی (Government

Monopoly) دِنہٕ یوان چھ ـــ۔

اُکھ وٕری یُس منز آیہٕ زٕ سرکٲری کارخانہٕ تہٕ چالو کرنہٕ ۔ اکھ اسلام باد تحصیلس

منز زیرپورِ تہٕ بیاکھ سرینگرس اندر ہفت چنارِ ۔ دوشوٕنی ہیوٚو مرشد آباد کارخانہٕ

ناو، تہٕ کیاژِ تِہُنٛد انتظام ادس مرشد آبادٕ کِین دوٕن ماہرن اتھِ ۔ ترٛیٛیم فیکٹری تہٕ

آیہٕ رٕوگناتھ پورٕ نسیم باغ نکھٕ تراونہٕ ۔ اَنھ کارخانس وٕنکھ ہیرام پور فیکٹری،

اَتہٕ ادس ہیرام پور بنگالک ماہر کاشرٕن تار کشی ہیٚچھناوان ۔

کشیر چھُے ریشم کامہٕ باپتھ بہترین جاے مانہٕ یوان ۔ یہ چھِنہٕ کاشرٕن ماہرن

ہنٛزِ ے پاٹر راے ۔ یوٚت یُس یُس نیبر کُم ماہر آو، تِمو تہٕ وٕن یِی زٕ کشیر چھے

ریشم سازی باپتھ نہایت موزوٗن جاے ۔ ڈاکٹر تازیما (Tazima) یُس

عالمی شہرت تک سائنسدان چھُ آو ییمہٕ ڈدی ہنٛدِس شیٚیمس دٔہلس منز کشیر

یاما آسِہے پیٹھ مِہ دِہلِک آخری حصہٕ شہ تہٕ چھِ اتھ کِتھ تصدیق کران زِ کشیر

چھُ ریشمہٕ باپتھ جاپانک ہیوٗرٹ تہٕ موزوٗن آب وہوا ۔ تہٕ کیٚتژٕن کتھن منز چھِے

کشیر ے سٔرس ۔

میانی کنہٕ چھُ کشیرِ منز اتھ کارس یتھ پتھ گژھنک یوٚڈ سبب یہ زِ یہ صنعت

تہٕ کارٕ بار رودٕٹ گوڈٕ میہاراجو پنہٕ نیس اَتھس منز تہٕ کاشرٕن باسیو دِنہٕ بیگارِ

ہنٛدِ ے اکھ شاخ تہٕ کیازِ موٚٹ لنڈ ژٹنہٕ باپتھ یا دوردلومت یا دِ سنتھ ہیوٗمت

کل زنہٕ بدلہ نا النس پیٹھ اُس دوہے یمین سختی یوان کرنہٕ ۔ یوٚت ظلم ادس

کرنہٕ یوان زِ خود سٔتھ بنے یہ کاشر زبانی منز مشالے " الہِ کلس تلہٕ کل کٔرن"، لیعنی

معمولی ہنٛس پیٹھ مصیبتھ منٛز پھٔاوُن۔ مُقدٕمن لاگُن۔

وُنیُک تام چھُ سے ملبری ہِنٛد "کالا قانون" جاری۔ گرٕ لوٗ ستے چھُ

کلِس لاگان تہٕ نہٕ لوٗ ہسے چھُس واتان تہٕ مگر اتھ پٮ۪ے لاگیس اَتھے چھس زٔٹان۔

مہاراجہ رنبیر سنگھس پتہٕ کرٕ ریشم خانہٕ باضابِطہ لُوٗس طرزس پیٹھ چالوٗ

کہٕ ناوُنچ کام مہاراج پرتاب سنگھن لوٗر۔ سرو الٹر لارنس آو ریشمک سروے

کرنہٕ موکھہٕ مقرر کرنہٕ تہٕ اُمی سٕنٛزی سفارشہٕ پیٹھ آیہ گوڈنِکہ پھیر اٹلی پیٹھ

تار کشی ہنٛز مشینہٕ اَنہٕ ناونہٕ۔ رام باغ آو امہٕ باپتھ لوٗڈ زمینہٕ پلاٹ ژارنہٕ۔

تہٕ ۱۹۰۷ء سنہٕ تس اندر آو اَنہٕ ریشمہٕ خانہٕ قایم کرنہٕ۔ یُس وُنیُک تام اُتھی جایہٕ

چلان چھُ۔ تہٕ تمے پرانیہ پُھچہٕ منٛز مشینہٕ اَز تہٕ چلاونہٕ یوان۔

ایس، این، کول چھُ "کشمیر اکنامکس" کِتابہٕ منٛز وَنان زِ داہ فلیچر آیہٕ

لاگنہٕ تہٕ شیٹھ ساس لکھ آیہ کامہٕ پیٹھ لاگنہٕ۔ مگر یہ چھُنہٕ کول صاب ونان زِ یِم

شیٹھ ساس اُسیا کرم کش ہیتھ کِنہٕ تار کشنے یا تہٕ اُسی یِم ساری۔ یہ ناممکن چھُ۔

میٚ نِ کِنہٕ چھِ اَتھ تعداد س منٛز کرم کش تہٕ کول صابن مجراہ کھیمتہٕ۔ اُمی سٕنٛدی

وَننہٕ چھُ اکھ لچھ لوٗنڈ قیمتک ریشم گوڈنِکہٕ پھیرِ تیار کرنہٕ آمت۔

ریشم خانس چھُ دوٚ یہ پھیرِ نار لوٗگمت۔ ۱۹۰۷ء تہٕ ۱۹۱۳ء سنہٕ منٛز یِموہ تہٕ

اَتھ سیٹھاہ نقصان وُتمت اوس، مگر حکومتہٕ ہنٛز مہربانی سٕتی ووت ۱۹۱۹ء سنہٕ

تام اَمہٕ چہٕ سالانہ آمدنی ہِنٛد حِساب ترٛیہ لچھ تہٕ شیٹھ ساسہٕ پیٹھ بہن

لچھن تام۔

پتہٕ چھُ وَننہٕ یوان زِ مشہور انگریزی شاعر رڈیارڈ کیپلنگ چھُ گوڈنیُک

شخص یِمو برطانیہ سرکارس یہ وٚون زِ کشیرِ منز چھہٕ ریشم تیار کرنکی سیٹھاہ امکانات۔ دپان اُمی سِندی ہیے ڈٕزی ہنٛزِ بیٚٹھ آو برطانیہ سرکارکہ طرفہٕ سلِک ایسوسیشن آف گریٹ برٹن وا آیرلینڈ سرتھامس وارڈل کشیرِ سوزنہٕ تہٕ ریشم کامہ نوین طریقن پیٹھ چلاونُک جایزٕ ہینہٕ باپتھ تہٕ اوٚ پتے آو ۱۸۹۷ء سنہٕ منز کشمیر سریکلچر ڈیپارٹمنٹ قایم کرنہٕ تہٕ مسٹر سی ڈبلیو والٹن آد گوہ ڈنیٖگُٹ ڈایریکٹر مقرر کرنہٕ یُس پتہٕ ۱۹۰۴ء سنہٕ تام روٗد۔

انگریز، فرانسیسی یا اطالوی ماہرے چھہٕ اَتھ کارخانس یِمہِ صدی ہنٛدِس زٕوٗرِ ہیس ڈٕہسِ تام چلاوان روٗدی منٛز تہٕ لوٗکٹی لوکٹی مُلازِم اُسی لوکل آسان یِمن یِم نیٚبرم لُکھ نیٹو (Native) وَنان اُسی۔ تارکشن پیٚٹھ اُسن بڈٕ سختی کرنہٕ یِوان۔ ٹھاپہٕ آسہٕ لُکہ ہنٛز کرنہٕ یِوان، تہٕ تِمو سے ستی اُسی غلطین پیٚٹھ یِمن منٛدل دِگنہٕ یِوان، جُرمانہٕ کرنہٕ یِوان تہٕ کانٛش پھولنہٕ پیٹھ شامہٕ ژھمبرن تام کام ہینہٕ یِوان۔ آخری یوٗرپی ڈایریکٹر اوس مسٹر پیشوٗلیس ۱۹۴۶ء تام کشیرِ منٛز اوس بحیثیت ڈایریکٹر سریکلچر کشمیر مُلازِم۔

برطانیہ گو کشیرِ ہنٛدِس ریشم کارِبارس لوٗرِ ہر تلِتھ۔ ۱۹۴۷ء سنہٕ چہٕ آزادی تام اُسی تلہٕ کلی تہٕ ژرانیٚمتی تہٕ اطالوی مشینہٕ تہٕ تہٕ تارکش تہٕ اُسی بدٕ ہیٚمتی کرم کشن ہنٛدی گرٕ۔ اُسی تِمہٕ بیمارِ ہنٛد لو سپور [1] ہستی ژٕرِتھ یِمہٕ لوٗرِ لس منٛز گو ژٕ کیمبن ہُنٛد بیول گولشمت اوس، یِمیُک ذِکر آسہٕ بیٚیتھو مضموٗنس منٛز بروٗنہہ یہَن کوٗر۔

---

[1] سپور (Spore) بیمارِ ہنٛدی ژھوٗل چھہٕ اَکھ ڈٕر گنڈ پالسن اندی اَندی بناوان تہٕ محفوٗظ روزان۔

لوئی پاسچر (Lious Pasteur) اوس تمِس دوہن ۱۸۶۶ء منز
اکھ تھد پایک سائنسدان یورپس منز۔ یمو تحقیقات کرِ تھ امہ بیمارِ ہنٛد پے
لگووتہ پیبرین (Pebrine) نکھوٗلُس ناو۔ یمُتھیک پتہ نِ خوردبینہ ستی لاگنہ
یوان چھُ تہ بیمار روٗس ریشم کیٛمین ہنٛد بیول بناونہ یوان چھُ۔ پرتھ ملکس اندر
ییٛنہ ریشم بناونہ یوان چھُ، چھُ بنیالی گرِ قایم آمتی کرنہ تہ ہیتہ بڈی سیڈ
اگنہ امنز چھُ ملازم تعداد یوان، یم بیمارِ روٗس بیول تیار کران چھِ۔

مگر بدقسمتی ستی چھُ امہ بیمارِ ہنٛدی سپورُ گردِ منز کھرہ پٮ۪ن منز لیشن
لبن تہ ڈررزن منز وری یہ وادن زِندہ روٗز تھ ہیکان تہ ریشم کیٛمین بیمار کرِ تھ
ہیکان۔ یہ چھُ پتہ منحوس بیمار۔ زِ اٹلی ہنٛدی ماہراسی پتہ مرِ صدی اندر
تیتی مویوٗس گامتہ زِ اکی مشہور اطالوی ماہرن اوس ووٚنمُت زِ "سبھاہ افسوس چھُ
کتھ چھُ زِ اٹلی ہنٛد ریشمُک قابلِ فخر تعمیر سیدہ پنہ نِسے کنس منز دفن"
(پروفیسر لمبارڈی)

تہ مے دراصل اچھ یوان انتہائی افسوس یہ سان لیکھن زِ کشیر اندر لوٚت
تامتھ ریشم صنعژ اندر انقلاب انہ نہ یہ، لوٚت نا متھ کرِ تھ ییٛنیک ریشم خانہ
پتھ پتھ۔

۱۹۵۲ء یس منز کرِ یہ مے تمِہ دوہ یہ کس کشیرِ ہندس وزیر اعظم
مرحوم شیخ محمد عبداللہ ہس یہ کتھ واضح زِ جنگل چھِ لبتی والین گامن نکھہ ژھری
گامتی۔ ساسہ بڈی ایکڑ چھِ کلبورڈ ستی۔ تمو مانیٚ یہ میانی کتھ تہ چیف
کنسرویٹر پیٹھانیہ ہس ستی صلاح مشورِ کرنہ پتہ آیہ یور اکھ نایب تحصیلدار

یِتھی پلاٹ یُدِ کٕڑنہٕ بایِتھ لاگنہٕ ۔ مقصد اوس یِمن جایَن ٹریکٹر لاگِتھ تِکہٕ بیول ووٗن تہٕ تِمہٕ دوٚپھ یاتِلہٕ زدنڈ بناونہٕ ۔ تہٕ یِمہٕ نِے جایَن نِکھ بٔڈی بٔڈی کھم لاگتِھ شِپاٹھ بناوِتھ بہارِ رٔوس گوٚژ بیول تیار تہٕ کرُن تہٕ کرم کشی تہٕ اتہٕ کٔسی ہینس پیٹھ بالہٕ پیمانس پیٹھ کرنہٕ ۔ مگر ۱۹۵۳ ہکی اگستکی سیاسی انقلابن نیہٕ سوٗ سکیم تہٕ ڈٕہِتھ ۔ ہرگاہ یہ پلان چلیوُمت آسہٕ ہے ۔ از آسہِ ہے دلشمکہٕ پیداوار چ بڈٕئے ہیٚچ ۔ کرم کشی آسہٕ ہیٚن گوٚژٕ تہٕ بناوان ۔ تار تہٕ کڈان تہٕ ریشم گھر تہٕ دوان ۔

یہ کٲم بنہٕ ہے بے زمین گرِستیس پوٗرٕ وٗری یک کار ۔

۱۹۵۷ ہک اکتہ کول کوٗرٕ مے چینس منز بسر شین رہنُن یہِیو رِسس برتقر ہین سٲری ہے چینس ریشم خانن وچھنہٕ بایِتھ ۔ لیو تنگ صوبس منز یس چینک شمالی حِصہ چھُ تہٕ ییمشِک شہر انتونگ دریاے کوڈ یاکِس ٹھٕس پیٹھ چھُ وچھِم مے ٹسر کیِمی ژھوٚٹین شا بلوط ( oak ) کُلین پیٹھ پالنہٕ یوان ۔

اکتوبرکِس رٕتس منز چینہٕ پیٹھٕ والیس یِتھ کوٗر مے ٹسرگوژن ہند جوٚمہ تلاش ییتہٕ بہٕ یِمن دوٚہن ریشم خانک ڈائریکٹر اوسُس مے لٔبر دوٚیہ قسمکی ٹسر کیِمی یِمن نِے سوالکا ( Suvalika ) تہٕ رایلی ( Rojlei ) ناو تھوٚو ۔ خوش قسمتی سیتہٕ دٔرایہ یِم دوشوے قسم ہند بستانہٕ کین اَوتہٕ تام ٹسر گوژن ہند گھوتہٕ نٔم اَتہٕ پھل ژراوِتھ گیٚنٛترس کانس گرم آبس منز پاکہٕ ناوِتھ دٔرایہ یِمن گوژن اصل یا ٹھی نکر گژھنہٕ وراٚبی زیٚٹھ تار ۔ ییٚنہ ساسہٕ بٔدس وٗری لِس ہندستانس منز ممکن اوس ہیٚوٗ کٔمت سپدِتھ ۔

اپر شہرت پھیپر ریشمکِس عالمس تہٕ میٲنۍ کٲم وُچھنہٕ وٲنۍ بٔڑۍ بٔڑۍ عالمی
شہرتکی ساینسدان یِمو منز (سر) جے۔ بی۔ ایس۔ ہالڈین (کلکتہ) ڈاکٹر دی تاریما (جاپان)
تہٕ ڈاکٹر وِشنک (فرانس) قابلِ ذکر چھِ۔

بیاکھ خوش قسمتی سپنز زِ بہ گوس جاپانچہِ ٹسر کیٖمی ذاژ پرنی یی Perneyi
جومہِ چہ رایلی (Roylei) ذاژ سیتی نِیتھ کرنس منز کامیاب۔ تہٕ اکھ نوٚو
گولہٕ پارژم (Hybrid) گو تیار۔ یُس کامیٲبی سان ڈُنیہہ کین بہترین
ذاژن منز تہٕ۔ بہتر زانہٕ تہٕ مانہٕ چھہ لیوان تہٕ از تام چھِ ہِندستانہٕ کین وارِیاہن
صوبن منز یِڑس پیمانس پیٹھ کامیابی سان ریشم بناوان۔ مگر ساتی ریاستہٕ تلنہٕ
امشیک فاید۔

بیاکھ کامیٲبی تہٕ پراو مے ۱۹۵۸ء ہس اندر۔ کاشرٕ ریتھ جومہِ اژند چھِ
وَنان تہٕ ژھوٚنٛ پیٹھ چھہِ ووپہٕ دان۔ تہٕ نہ چھس گرکھیوان تہٕ نہ گپن تہٕ نہ گاو۔
انھ پنس پیٹھ پول مے ارِی قسمک گوژ ہیول شیٖنیہ شیٖنہ پھر ورِی لیس منز۔ انھ
چھےگوژ اکہ اَنہ بلے آسان تہٕ پاکہ ناونہ پتہ چھہ پرژن پیٹھ امشیک ریشم تلنہٕ لیوان۔
اَمشیک کارِ بار چھہ آسامس منز تیوت زیادٕ زانہٕ ہری شہ کورِ چھے امہِ چے پانہ ووۄنہ پر
ساڑِ کھانڈرس پیٹھ لاگان مگر مے پتہ موزنہٕ اتھ کامہِ تہٕ کٲنسہِ!



